دُ ہفتہ وار

# شیرازہ

جلد ۳۷ | عبدالاحد آزاد نمبر | شمارہ ۱-۴

نگران

رمیش مہتہ

ایڈیٹر

مجید عاصمی

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگو یجز۔ سرینگر

© ناشر : سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

چھاپ : میکاف پرنٹرس دہلی

کمپیوٹر کمپوزنگ : • ......سرینگر کمپیوٹرس مہاراج بازار سرینگر۔
• ......محمد افضل اندرابی سرینگر۔

سرورق : غیور حسن

پروف : جاوید اقبال

وٗری : ۵-۲۰۰۴ء

موٗل : ۴۰ روپیہ

شیرازس منٛز چھپَن والین مضموٗنَن منٛز کانٛہہ تہٕ راے ظاہر کرنَس ستی ادارُک متفق آسُن چھُنہٕ ضروٗری۔

چھٹھ بیترِ سوزنُک پتاہ :-
مجید عاصمی

ایڈیٹر انچارج شیراز (کاشُر)
اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز
لال منڈی۔ سرینگر کشمیر

# ترتیب

☆☆☆

# گوڈٕ کتھ

یُہس آیہِ کٔشیرِ ہِندِس نامی گرامی شاعر، نقاد، مورخ، محقق تہٕ تذکرٕ نگار جناب عبدالاحد آزاد ہِندِس زا دوہس پیٹھ آزاد صد سالہ تقریبہٕ مناونہٕ یِم داہ جولائی ۲۰۰۴ء اند واژ۔ اتھ سِلسِلس منٛز اوس اکادمی اکھ جامع پروگرام ترتیب دیُت مُت یتھ منٛز کأشرِ شیرازُک عبدالاحد آزاد نمبر تہٕ شأمل اوس۔

پنٛنِ کنِ عرق ریزی سان اند واتہٕ ناوِتھ چھِ أسی کأشرِ شیرازُک یہِ تأریخی دستاویز عبدالاحد آزادنہِ ناوِ منسوٗب کران۔

أزی کِس یتھ خاص نمبرس منٛز چھِ عبدالاحد آزاد سٕنزِ زندگی، شخصیژ تہٕ فنکین مختلف گوشن مثلن شاعری ہندی کمالات، عروضچ پابندی تہٕ وزنہٕ لیہِ، فکروفنس پیٹھ نفسیأتی تہٕ تنقیدی تجزیہ علاوٕ آزاد بحیثیتِ نقاد، مأہرِ لسانیات، ادبی مورخ، تذکرٕ نگارتہٕ اکھ شوٗژتہٕ خوددار انسان بیترِ متعلق کینٛہہ مُدلل تحقیقی مقالہٕ شأمل کرنہٕ آمتی، یمن منٛز مقالہٕ نگار حضراتو

آزادس متعلق توٲریخی حوالہٕ دِتھ کیٚنہہ نوِ کتھہٕ وَنتھ آزاد نہٕ شخصیژ تہٕ زندگی ہٕنزِ وابستہٕ تم پیچیدٕ تہٕ گۆمرٕ ہی دار گنڈ غار جانبدارنہٕ طور مُژ راونچ کوشش چھِ کرٕ مژ یم کینژٕ ولوکو پننو خصوصی مُفادو باپتھ تسنز شخصیت مسخ کرنہٕ خاطرٕ ترٲوِی متی اٲسکھ۔ تکیازِ آزاد سُند سونچ، فکرتہٕ قلم اوس سماجی استحصالس، سیاسی نظامس تہٕ معاشرتی بدحالی خلاف یہٕ ڈٲلِ زِ تہٕ جنگ کرنہٕ درژ امُت۔

جناب عبدالاحد آزادٕسندِس کُلہم فنی سرمایس پیٹھ نظر ترٲوِتھ ہیکو اٲسی یہٕ وُثوقہٕ سان وَنتھ زِ آزادن تھوو کاشرس تحقیقس تہٕ ادبی تنقیدس مژفکر تہٕ تدبُرک ژونگ دزِوُن تہٕ کاشرِ شاعری دیُتن بہادُرانہٕ لہجس مژ اکھ سہٕ لوٚبہٕ وُن تہٕ مٲری موٚند رومانی، فکری، توٲریخی تہٕ انقلابی آہنگ یُس کاشرِس ادبی توٲریخس مژ اکھ تھوٚد معیارتہٕ منفرد مقام تھاوان چھُ۔

مجید عاصمی

مرزا عارف بیگ
اردوٗ پیٹھہٕ ترجمہٕ: شبیر آزرؔ

# عبدالاحد آزادؔ۔ میانہِ نظرِ منٛز

مغفر تھےٚ اَمی سٕندی نسٕ آزادؔ اوس سیٹھاہ دگرٛ وُس باسان۔ کأشرِ طرزُک عمامہٕ لأگتھ یہِ ڈیکہٕ بوٚڈ مولوی چالہِ اِنسان اوس پانہٕ یہِ ژینہٕ وٕنی دِوان زِ یہِ گژھِ وارِیاہ صلاحیژ وول تہٕ باگہِ بوٚرُت آسُن۔ اَمِس متعلق اوس اکھ ووٚنمُت زِ اگر اَمِس زندگی وفا کوٚرِ یہٕ دِیہِ پنٕنہٕ نوٚ تخلیقی صلاحیژ وٕستی یتھ خاموش وادی اکھ ژنگرائے۔

قُدرت چھےٚ بعضے نٕنے نبہٕ ترٛٹھاہ ژھنان تہٕ آزادؔ تہٕ کوٚرُن اَسہِ نِشہٕ تمہِ ساعتہٕ ژھینہٕ یَیلہِ سُہ پوٗرٕ شبابَس پیٹھ اوسِ۔ وُنہِ اوس تَس وارِیاہ کیٛنہہ کرنےٚ۔ توٚ پتہٕ تہٕ یِم کیٛنہہ ژھ تَس باگہِ آے تمی ہأوِ تِتھی کارنامہٕ یِمو سٕببہٕ تمی سُند ناو کُلِ عالمس منٛز نیشناونہٕ آو۔

شأعری ہُنٛد ماہ اوس آزادن رُمس رُمَس منٛز شولہٕ ماران۔ گوڈٕ گوڈٕ لیٛچھ تمی روایتی اندازس منٛز کیٛنہہ مُشکلہٕ غزلہٕ اَتھی منٛز گو وتَس مجبوٗرس ستی لیزان۔ آزادؔ چھ گوڈنِکہِ مُلاقاتکِ ذِکرِ یِمہِ آیہِ کران۔

مہجوٗر پٹوٲری ٲری گام
رانگر چھ آزادٔس مُقام
بوزنہٕ آمُت خوش کلام
تھنڈُے غزل ما آسہِ ہے

یہِ شعر چھ دون کتھن ہنز ترجمٲنی کران اکھ یہِ زِ آزادن اُس مہجورس سمکھنہٕ برونٹھے اکس کامیاب شاعرٕ سنز حیثیت پرٛاوِمژ دوٚیِم کتھ یہِ زِ مہجوٗر آسہِ ہے ٲری گامہٕ کیہِ پٹوٲری سندِ حیثیتہٕ محکمہ مالہٕ کین افسرَن ستی دورس پیٹھ آمُت تہٕ آزادن کوٚر اَمے واقعہٕ ہُک ذِکر غزلہِ اَندر۔ سبزٕ پرٕ تہٕ فُرصتھ آسنہٕ کنی آسہ ہن یِم اکھ اکس کٲفی نکھہٕ۔

وُہمہِ صدی ہندس ترٛیِمس دہلس اندراوُسس بہٕ فتح کدلہٕ کس کلم کوچس منز اکس لوکٹس مکانس منز ٹھہرِتھ۔ سُہ یادگار مکانہٕ چھُ وُنہِ تہِ تتھے پٲٹھی یتہِ کٲشرِ زبٲنی تہٕ ادبَن نوٚ وانہار پرٛوو۔ اکہِ دوہہ آو آزاد ژھنزِ نوِ بجہِ تہٕ ژاو بےٚ والیہ دروازس دکہٕ دِتھ اندر۔ اَمِس ستی اوس کتب فروش غلام محمد تہٕ۔ بہٕ اوُسس امہِ وِزِ بتہٕ کھوان تہٕ بہٕ گوس یہِ وُچھتھ روٹہٕ ہیوٚ زِ گوڈنکی ہے مُلاقاتس منز ہووٲمی یُہ تاہ پانہٕ نیار۔ خٲر پاٹھ کرِی تھے وٚوتھ مےٚ کُن زِ بہٕ آس وُنی کین صرف خبر اتر پرژھنہٕ یہِ یِمہٕ ژےٚ نِشہِ پگاہ تہٕ روزٕ راتس پیتی۔ مےٚ اوس اَتھ بارس منز وُنہِ کینْہہ وَنہٕ نے زِ سُہ درٛاو۔

پگہہ راتھ اُس میانہِ باپتھ زَن تہٕ خوابن ہنز راتھ۔ بہلہِ پایہ اَدبی شخصیت آزاد اوس اَمہِ رٲژ مےٚ ستی یِمن مہجوٗر نو آموز سخنور و نان اوس۔ راتھ

گٕذرے یہِ زَن تہٕ پوشَن پٮ۪ٹھ زَن اَسی وُمراتو پتہٕ عاشق تہٕ معشوق سمکھے ٲسی۔ گوڈِنکِے مُلاقاتہٕ توگ مےٚ بوزُن ووٚنی پٮ۪یہِ مےٚ مہجورنہٕ قُربُت نِشہِ اَتھہٕ چھلُن۔ آزادَن کوٚرمےٚ نِشہِ سٕتہِ پانہٕ نِیارمحسوس شاید ہَم خیالی کِنی۔

آزاد اوس کاشُر زبانی ہنٛز شیرِ پارِ باپتھ میانہٕ شروع کرِمٕژ تحریکہِ کُن گوڈے راغب اَما تاریخ شعرا کشمیر مسودَن اوس سٕتہِ آوُرمُت۔ تتھہٕ پاٹھی عام طور تہِ چھِ وَنان زِ آزاد اوس آزاد خیال لُک اِنسان، مذہبک تہٕ نہٕ کانٛہہ پرواے، پٔژون عینک لاگتھ آزاد سٕنٛز شخصیت پٔرزناوٕنی اوس یہِ ڈٲلِی زِ تہٕ پہاڑَس آب کھالُن۔ شوٚد گژیسی ماحول، دقیانوسی شاعری سو تہِ اَکے ترٲیہِ، سوزُک تہٕ سازُک اَکھ پٔژن مسلک، زُلفن تل دوہہ دوہہ کڈُن تہٕ سُنبُل تہٕ نرگسَن ہندی بٲتھ وَنٕنی، یِمَن کتھن ہنٛز اَسنہٕ آزادَس ڈِے اَماپوٚز اَتھ پٮ۪ٹھ اوس سٕتہِ بیزار۔ سُہ اوس زبانی تہٕ اَمہِ کِس ورتاوَس منٛزنوبر یِژھان اُنُن تہٕ ستی اوسُس طمع زِ یہِ قومی زبان تہٕ ادب گوژھ پھولُن تہٕ پھانٛپھلُن مگر تَس کیتہِ گٔیے یہِ سوفرصت۔ سُہ اوس اِنٛنی پٔرٛوجیکٹَن آوُرمُت۔

عام طور چھُ آزادَس متعلق وننہٕ یِوان زِ سُہ اوس مذہبہِ نِشہِ لاتعلق۔ سو چھِنہٕ کتھ سُہ اوسنہٕ فقطٲ کِس خُدا دوس بُزرگہٕ سُنْد فرزندَے یوت بلکہِ اوس پانہٕ تہِ صاحبِ دِل۔ مےٚ نِشہِ گرِن ووشاہ ترٲوِتھ اَکہِ دوہہ پریم ناتھ بزازَس ستی تعلُقاتَن ہنٛز ذِکر وَوٚنُن زِ یہِ چھُس ووستاد سٕنٛدِ حیثیتہِ ترے روپیہِ تنخواہ نِوان تہٕ پریم ناتھ بزاز چھُم پانٛژترٛہہ روپیہِ دِوان اَوے چھُس "ہمدرد" اخبارِ خاطرِ تمی سٕنٛزِ خاہشہِ مطابق شعر لکھان۔ یہٕ اوسُس تحریکہِ

آزأدی ستی تہٕ آزاد اوس بزاز ہندس ڈیپس پیٹھ اتھ برخلاف رؤ زِتھ۔ کینژھاہ أسس پانہٕ تہٕ اَچھ دِے مگر اَمہِ ستی پیوٚو نہٕ سانہِ برادٔری پیٹھ کانٛہہ اثر۔ اکہِ دوہہ دِنن مےٚ نشہِ بوس تہٕ رومالہٕ گنٛڈِتھ کینٛہہ روپیہٕ ہاوِتھ وۄنن یہِ گۄو اکہِ رہتک تنخواہ ترٛہ روپیہٕ تہٕ یم تہٕ چھم تحقیق کرنس تہٕ ژھانڈ دِنس پیٹھ خرچ کرنہِ۔

لاہور پرُژھ مےٚ اکہِ دوہہ محی الدین صوفی ینن یُس "کشیر" (kasheer) کِتابہِ ہُند مصنف اوس زِ آزادس متعلق چھہ عام طور ونان زِ سُہ چھ مذہبہِ نشہِ لاتعلق یہ چھاپوٚ زکنہٕ اَپُز تمس دیُت مےٚ نفی یس منٛز جواب۔

تمن دوہن اوس دوٚیمہِ دوہے راولپنڈی وَتہٕ اَپارِ یپور ڈاک واتان۔ مےٚ لیٚچھ آزادس کأشرِ پأٹھی اکھ طویل چِٹھی تہٕ تورٕ تہٕ ووت کأشرِ پأٹھی جواب زِ بزاز صأبنہِ ہانٛژ چھس بۓ اَمہِ رزِ گنٛڈنہٕ یوان۔ سُہ چھ بنیاد پرست جمہور نواز تہٕ چھ أکس خاص گرٛ پَس ستی تعلق تھاوان۔ یوٚ تام دباونہٕ آمتین ستم رسید تہٕ مظلوم اِنسانن ہُند تعلُق چھ بۓ چھس تمن ستی۔ ووٚنی گۄو خُدا یہٕ ہِنٛدِ وحدانیتُک تہٕ چھس قأیل۔ بۓ چھس توحید کِس سایس تل پلٕنوٚ مُت بۓ چھس نامدار صوفی بُزرگ سلطان ڈارِ رانگر سُند وأرِث۔ بۓ چھس ذِکرِ فکرِ ہُند قأیل تہٕ کینٛہہ اسرار چھم سرٕ تہٕ کرِٕ متی۔ آ مگر مَلہٕ گی چھس خلاف تہٕ استحصالک دُشمن۔ اِنسانہٕ سُند احترام چھم پنُن مسلک بنوومُت تہٕ یژھان چھس زِ ساری سے عالمس منٛز گۄ ژھ بأے بندت

تہٕ مِلرٛار پھاُٹھلُن۔

سانہِ یمہٕ کاشُری پاُٹھی لکھنہٕ آمژ اَدبی تہٕ تارٛیخی نوعیچہٕ چھِہ لیجہٕ پی، این پشپ سٕندبن اُتھن منز۔ بوزنہٕ تلہٕ چھِے تمی یمہٕ چھِہ ''آزاد اور عارف کے خطوط'' ناوٕ چھاپ کرمژ۔

آزادوس رٹبس منز کرٛزلیٹہِ مے نِش فتح کدل یِوان۔ اُتھ متعلق دریافت کران زِبہٕ کوٚت ووتُس کاشُرِ زبانی تہٕ ادبَس نوبرتہٕ پوچھر دِنس منز تہٕ کینژہ هاہ اوس پننہِ ادبی تہٕ تحقیقی کوششن ہُنز ذِکر تہٕ کران۔ تنخواہ اوسُس تہٕ آسنَس برابر۔ مسامسا کران اوسُس سفرخرچہٕ نیران۔ آزاداوس میانین زانی کارَن نِشہِ میانہِ چھِہ نوان تَس آسہٕ اَمہٕ سِتی زِ کامہٕ نیران، اَکھ اوس تمِس ڈیر ڈگہٕ تہٕ بنان تہٕ بیٚیہٕ اوس سُہ شاعرَن متعلق موادتہٕ حاصِل کران۔ مے سوٗز ڈاکٹر صوفی سٕندِ ناوٕ آزادنین چِٹھین متعلق انگریزی زبانی منز مقالہ تژ ایہٕ اَکھ خط یُس تمی میانہِ ناوٕ ''کُشیر'' ہِندِس دوٚیمس جلدس منز چھپو و۔ آزاداوس پزی کنی اَکھ مخلص محقق تہٕ تاریخ دان۔ تیٚوٗ تاہ مخلص زِ اگرُنہِ جایہِ یہ تہٕ باسہٕ ہبس زِ اَمی شاعرَن چھ میانہِ کھوتہٕ زبرلیٚو کھمُت سو کتھ تہٕ اوس ٹاکارٕ پاُٹھی نٕنی کڈان۔ میانہِ اَکس نظمہِ متعلق تہٕ چھِہ تمی شوٗد تہٕ ٹاکارٕ پاُٹھی ''عورت اور شاعری'' کِتابہِ اندر باوتھ کرمژ۔ لِکھان چُھ ''موٗزرتنی چھِے فصیح بلیغ تہٕ برجستہٕ نظم کاش بہٕ ہکہٕ ہازانہہ پرٛ ھ نظم وٕنتھ''۔ سِتی چھِن میانین دون نظمَن ''گانی تہٕ ساویٚنہٕ'' اِکٹھ تہٕ کڈمژ۔

مہجورَس یوٚ دوٚے سُہ فنک ووستاد ماٗنتھ تعریفن ہِندی پُل تہٕ گنڈان

اوس تتہٕ اٲسس بجر کنہٕ دوہَن تمہِ سنز آستان پرستی ہنز تہٕ ژوکان۔ چنانچہ سُہ ہیٚوٗیُس مہجورنہٕ ناو لبکھنہٕ چھ آمُت لبکھہٕ نوؤن گوڈنچہِ لٹہِ میٚے اَتھہِ۔ ہیٚوٗ چھُ یتھہٕ پاٹھۍ

اقبال صابَن مردِ مومن کھور عرشس پیٹھ
مہجور صابَن کھور تُمبکھ نارِ پکھر پور
ٹیگور صابَن لولہِ مَس بنگالی ملرِ بن بور
مہجور صابَن بور اٲسِس نتہٕ وارِ پکھر پور

آزاد اوس کور رِتھ کڈٕن وول نقاد۔ تنقیدٕچ شرٛاکھ اَتھس منز رٹتھ کینٛہہ واے کرنہٕ ورٲے اٲسن پنہٕ نِس ووستاد محترم سنزن خامین تہٕ کوتاہین ہنز ذِکر اٲسِس کِتابچس منز کرمژ۔ یُس بہٕ اکہِ راتہٕ فتح کڈلہٕ بوزِ نوونس۔ اَتھ منز چھےٚ تمہٕ سارِنۍ غزلہٕ یِم باقی شاعرن ہندِس اثرس تل لبکھنہٕ آمژ چھےٚ، یِمہٕ آسہٕ ترٛہہ (۳۰) غزلہٕ۔ یہِ نُسخہٕ (مسودٕ) اوس وُنہٕ اَڈلیٚو کیٚہ توٗے کرنہٕ آمُت یہٕ نقل کرنٕچ کوشِش۔

جوری ۱۹۸۹ عیسوی یَس منز اوسُس بہٕ ساہتیہ کلچرل اکادمی دٕسی انڈیا انٹرنیشنل ہوٹلس منز اعزازی پرژھی ہندِ حیثیتہٕ ٹھہرِتھ۔ آنجہانی موتی لال ساقی آو مےٚ سمکھنہٕ۔ کتھ کتھ کران وۄژھ آزادٕنی کتھ۔ تاریخ نویسی ہندِس فنس منز آزادنہٕ مہارژ تہٕ تنقیدس منز تمہِ سنز صاف گویی متعلق کرٛ اَسہِ واریاہ کتھہٕ۔ ساقی ین کور چھیکرس مے ستی اتفاق زِ آزاد چھ پرتھ رنگہٕ تعریفن لایق۔ آزادنہِ پور شاباس پیٹھ وٲتتھ ژھال دِتھ ژلنہٕ پتہٕ کینٛہہ کالی سوٗزمےٚ

تمہِ وِقتکی وزیرِ اعظم شیخ محمد عبداللہُ صاٮ۪بن نادِ تہٕ فرموٗدُن زِ مےٚ سوزُ یے ژےٚ غلام حسن ہِندِ حیثیتہٕ نادِ تہٕ بہٕ چھس بحثیت شیخ محمد عبداللہ ژےٚ نِشہِ یہِ وۄمید تھاوان زِ ژٕ انگھ اکھ اہم کام بامَل ۔ بہٕ تہٕ اوسُس وأنجہِ ہِندِ بوٚ کنوٗ بوزان ۔ تمی وۄن زِ چانِس خاص دوست آزاد سُنٛد وٕری وادَن ؤژھ وأنجہِ تیار کۄرمُت کٔشیرِ ہِندِ بن شاعرَن ہِندِ تأریخُک مسودٕ چھ وُنہِ تمی ہِندِ بن وأرِثَن نِشی موجوٗد یُس کیٛاسا گژھِ ضایہٕ ۔ مےٚ تھاوے یہِ یہِ کام تمی ہِندِس وۄستادِ مہجورَس مَنٛزِ اَما تمی کیٚہ نہٕ کٔرتھ ۔ مےٚ بوٗز آزادنِس وصیت نامَس منٛز چھ چون ناو تہِ یمَن متعلق تمی لیٚو کھمُت چھ زِ یمہٕ مےٚ منٛزِ گژھِ کأنٛسہِ أکِس یہِ کام مَنٛزِ تھاونی ۔ چھنا صلح زِ ژٕ ے تُلکھ یہِ بَنان چھ چانیے ذٕمہٕ اَندِ یہِ کام ۔ مےٚ گیہِ یمہٕ کتھہٕ ترِتھ تہٕ دوریوٗس دۄیمہِ دوہہ رانگر ۔ رانگرٕ ے تھاونوٗ وم کیمپ ۔ ڈپٹی ڈائریکٹرٕ تہٕ متعلقہ اسسٹنٹ اوسُم سٕتی تمو واتہٕ نأوی مرحوم آزادٕنی زِٹھی برادر علی ڈار تہٕ غلام نبی عارضؔ مے نِشی ۔ مےٚ اوس ڈار صاٮ۪بس سٕتی یہِ گوڈنیُک مُلاقات تہٕ عارضؔ اوسُن بہٕ شاعر آسنہٕ سٔببہٕ بڑ وِنٹھے زانان ۔ سُہ اوس آزادَس بِنٛتھر تہٕ ۔ یِلہِ مےٚ مٔری دِیا دم آیہٕ آزادنہِ اَمہِ مسوٗدُک پَیے پتاہ کڈنچ کوٗشش کٔر کہِ یہِ کس نِشی چھ ؟ آزاد اوس پانہٕ لاولد تہٕ ژٔھرا أکِس آشِنیٚ زِندٕ ے ۔ مےٚ باسیوٚ وکتھو تلہٕ زِ یمَن دوشونی یعنی علی ڈار تہٕ عارضؔ صاٮ۪بس چھے مسودچ پَے پتاہ تہٕ ژٔھرا اوس سُہ یمےٚ نِشی ۔

ڈار صاٮ۪بن یوٚ ژھ مےٚ گوڈٕ بتولہٕ دیُن تہٕ وۄنُن زِ تَس چھنہٕ پُرٕ خبر ۔ آزادنِس کمرَس منٛز چھِ واریاہ نُسخہِ چھلہٕ چھانگرِ تہٕ تمنے منٛز پئیہِ ژھأنٛڈ

دِنی۔ أسی وأتی دۄیمہِ دوہہ صُبحہ چہِ دٕہہ بجہِ ییہِ اورتہٕ ہیٚرٕ محکمچ کأم کرٕنی۔ دوہہِ
بجہِ آو عارض لاران لاران پھولِتھ۔ نہ روپہِ تہٕ وُٕنن مےٚ یہِ شیچھ زِ اَسہِ لوٚب
شُکُر خدایس کُن۔ مےٚ زون زِ شاید آسہِ یوہےٚ مسوٗدٕ بدٕس ییمن آمُت تہٕ
پرٕ ژھمُس تعجلی سان زِ کیاہ لوٚبو۔ تمۍ وٚنُن تورٕ آزادُن وصیت نامہٕ۔ یتھ منٛز تمۍ
چأنی ذِکر تہٕ گرٕ مژ چھےٚ زِ ییمہٕ ے منٛز گرٕژھِ کأنٛسہِ أکِس اَتھِ یہِ مسوٗدٕ دیُن
ووفی چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ ہرج۔ ژورہشہِ بجےٚ یہِ تہٕ علی ڈار آو مےٚ نِش یہِ
مسوٗدٕ ہیتھ تہٕ مےٚ برٕ ونہہ کنہِ تھاوِتھ وٚنُن أسی چھِ ژےٚ وصیت نامہٕ مطأبق
یہِ مسوٗدٕ حوالہٕ گران۔ مےٚ کوٚر تمن شُکریہ تہٕ ستی کوٚر مَس باند باند زِ پگاہ یِی زِ
مےٚ نِش سرینگرٕ بہٕ نمتھ ژٕ شیخ صأبَس نِش تہٕ یہِ مسوٗدٕ کرٕ ہس پانٛے حوالہٕ۔ ییلہِ
واپس سرینگر وأتھ مےٚ یہِ شیچھ شیخ صأبَس وُٕنی سہٕ گوٚ وسبٹھاہ خوش۔ شیخ صأبس
أس ادبَس ستۍ سخ لوے خوے۔ دۄیمہِ دوہہ واتہٕ نوو مےٚ علی ڈار
کینٛہہ نفر ہیتھ شیخ صأبَس نِش۔ سہٕ سمکھیو تمن لولہٕ سان تہٕ کوٚر رنگھ وَٹھِ
وأنی جہِ اَکھ ساس روپیہ منظور۔ مسوٗدٕ آو کلچرل اکادمی ہٕندِس سیکریٹری صأبَس
حوالہ کرنہٕ تہٕ شیخ صأبَن کُر خاہش ظاہر زِ یہٕ لکھہٕ امہِ خأطرٕ گوڈٕ گژھ۔ مےٚ
کُر حُکمچ تعمیل تہٕ کینٛژ ودوہَو پتےٚ کُرم اَکھ تفصیلی گوڈٕ کتھ اکادمی ہٕندِس
سیکریٹری صأبس حوالہٕ۔ ییلہِ امہِ تأریخُک گوڈنیُک جلد شایع کرنہٕ آو میأنی
گوڈٕ کتھ أس منساونہٕ آمٕژ تہٕ اکادمی ہٕندِس سیکریٹری سٕندِ ناوٕ چ گوڈٕ کتھ
أس چھاپ کرنہٕ آمٕژ۔ مےٚ ییلہِ یہِ وُچھ تہٕ زونم زِ یہِ چھُ زأنتھ مأنتھ کرنہٕ
آمُت دۄیم پانا ژھوپہِ چھےٚ روپہٕ سٕنز۔ شُکر میأنی سو مسوٗدٕ ہن چھےٚ وُنی کینٛن

تہِ اکادمی ہندِس أ کس پژ أنس مُلأ زِمَس نِشہِ محفوظ یُس وُنی کمن مولانا آزاد کالج جموں لیکچرار چھ ـ مے چھ توقع یِی زِ "شیرازِ" والین پیٹہٕ یہِ مَسودٕ تِمَن نِشہِ حاصِل کرنَس منز کاٗنہہ دِقت۔

آزاداوسنہٕ چاپلوٗس بلکہِ اوس بِتھس پیٹھ گتھ وَنَن وول۔ سُہ اوس پانَس متعلق تہِ انصافَس کاٗم ہیوان۔ یہِ گتھ أس شبقہٕ زِ تِتھِس ہوِس آزاد مُنش لِکھأرِس کتہِ آسہٕ ہَن اربابِ اختیار خوش تہٕ تِ اوس تہِ مگر تِمی جھکاوُنہٕ کاٗنسہِ بڑونہہ گنہِ گردَن تہٕ خودداأری تھاأون مرنہٕ کِس دمَس تامَتھ ستی۔ (انّا للہ وانّا الیہ راجعون)

چھُکھ بادشاہ تہٕ ماأ لک دون عالمن خُدایا
ژٕ ے جایہ جایہ موجوٗد ژٕ ے ہیٚر بون خُدایا
ژٕ ے چھُکھ رحیم تہٕ رحمٰن پرماتما تہٕ بھگوان
ہندو بیٚیہٕ مُسلمان ژیٚے کُن نمان خُدایا
کر جہانٕچ گٹے دوٗر اَسہِ ہاو علمٕہ کُے نوٗر
دِل سون شاد تہٕ مسروٗر بیٚیہٕ تھاوتن خُدایا

عبدالاحد آزاد

پروفیسر رحمٰن راہی

# آزادُن اکھ مُجمَل شعری تعارُف

''دٔریاو'' یعنے عبدالاحد آزادٕنی اکھ مومتاز نظم یتھ تسنٕز غاررِوایتی شاعرِ یہِ منٛز تیژٕ نُمایندٕ حیثیت حاصل چھےٚ زِ امیک پزٕنہ پاٹھی تذکرٕ کرنٕے باسہ آزادُن اکھ مُجمَل تعارُف پیش کرنس برابر:

ژٕلاں چھُم شَر حُبابَن، اِضطرابن ، وَلوَلَن اَندر
یِواں چھُم زِندگیہِ ہُنٛد سوز سفرن مٔنزِلن اَندر

اَمہِ نظمہِ چھُ پنٕنہٕ ترٛیٚیو خصوٗصیژٕو ،کنہِ امتیاز پرومُت:(۱) اَتھ چھےٚ توارٟیخی اہمیتھ ۔(۲) یہِ چھےٚ آزادنہٕ کلُہم غاررِوایتی تہٕ نٔوینہٕ چالہِ کلامُک جوہر پیش کران تہٕ(۳) یہِ چھےٚ فنی اعتبارٕ آزادٕنس چھاپ شُدٕ کُلیاتس منٛز سارِنٕے نظمن سرٕس۔

نظمہِ ہنٛز تَوارٟیخی اہمیتھ چھےٚ اَمہِ کہِ موضوٗعہٕ تلہٕ نَنان، تہٕ ظاہر چھُ یِیلہ نظمہ ہُنٛد موضوٗع تَوارٟیخی لِحاظہٕ اہم مانٕنہٕ ییہِ تیلہِ گوو مطلب اَمہِ نظمہِ ہُنٛد طرزِ بیان تہِ ییہِ تَوارٟیخی لِحاظہٕ اہم مانٕنہٕ ۔ کأشُر شاعری وُہٕمہِ صٔدی یہِ ہنٛدِس نٔوِس مزازس نکھہٕ اَنٛگ سلسلہٕ کوٚرتاکار پأٹھی گوڈٕ نیتھے مہجوٗرَن شروٗع ۔ مہجوٗر اوس گوڈنیک کأشُر شاعر یٚمی شعوٗری طور کٔشیرِ ہُنٛد پَتھ کال تھکُن لایق نٔسوٗس کٔرِتھ تہٕ اِقبالُن اثر رٔٹِتھ کأشرِ زبأنی منٛز عمل پسند شاعرِ یہِ دَس تُل:

وولو ہا باغوانو نو بہارُک شان پیدا کر

پھولن گُل گتھ کرن بُلبُل تتھی سامان پیدا کر

مہجوٗرنی یہِ نظم چھےٚ اکھ حرکتھ پسند تہٕ وطن دوس نظم۔ بوزوٗ ہے تہٕ آزاد چھُ گوڈنچہِ نظرِ امی کولہِ ہنز اکھ گژاے باسان۔ تاہم چھےٚ تِمنز بدوٗنی ییتھ تہٕ انفرادیتھ دون کتھن منز پوشیدٕ: (۱) آزاد چھُ اکہِ طرفہٕ مہجوٗرس تہٕ اقبالس نِشہِ فاضِ پراوِن واجنہِ حرکتھ پسند یہِ پننہِ نوینہٕ چالہِ کلامُک غالب تہٕ حاوی عُنصر بناوان تہٕ تتھ مرکزی اہمیتھ دِوان تہٕ (۲) دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ سُہ مہجوٗرنہِ خالص وطن دوٗستیہٕ نِشہِ بروٚنہہ نِکتھ انسان دوٗستیہٕ تہٕ انسانی مساواتس، بلکہِ اِشتراکیہ انسانی ہِشرس مذکوٗر حرکتھ پسندِ یہِ ہُنْد محور تہٕ مُدعا بناوان۔ گویا حرکتھ پسندی، انسان دوٗستیہ تہٕ انسانی مساوات یمن ترٛہن بیوٚن بیوٚن تراین پٹھن کُن تہٕ سارِوے کھوتہٕ اہم روجحان بناون وول گوڈنیک سرکردٕ کاشُر شاعر چھُ عبدالاحد آزاد شاتھ سپدان۔

آزادس تہٕ مہجوٗرس بروٚنہہ آس یَسلہٕ کاشُر شاعری یا لول نتہٕ اُسرارِیتھ۔ تتھ شاعرِیہِ منز اوسنہٕ وطنی حالات یا سماجی، سیاسی یا اقتصادی نظام بدلاونہٕ باپتھ کُنہِ واضح جدوجہدُک پاٛغام۔ چنانچہِ تمہِ یَسلہِ لولہِ شاعریہِ کیُو یَسلہٕ اَسرارِی شاعرِیہِ ہُنْد موضوع اوس تخیل آباد تہٕ موٗثر، لفظت اوس لوتوے تہٕ لطیف تہٕ لب و لہجہ نرم تہٕ پُر سوز۔ تمن دوشوٕنی قسمین شاعرن مقابلہِ چھُ آزادنہٕ زیرِ سام نظمہٕ ہُنْد مرکزی ذتشا و اضطراب، عمل، شور صدا تہٕ انقلاب، تہٕ تِوسببہٕ لفظ کیُو جُملہٕ، لہجہِ کیُو لے پُر جوش تہٕ پُر شور۔ پاٛغام تہٕ

زلہٕ وُن تہٕ باوتھ تہٕ حرکژ ل۔

یہِ چھُ پوز زِ آزادس بڑونہہ لیکھنہٕ آمتین کاشُر بن جنگناَمن چھُ کُنہ کُنہِ جذبٕک جوش تہٕ وچھوُشناوان تہٕ زبانٕ ہُند گربز تہٕ کنن گژھان، مگر یُتہ جوش تہٕ گربز چھُ یِژ پاٹھی تِتھین داستانٕی معاملن تہٕ ماحولس تہٕ تِتھین افسانوی واقعاتن تہٕ کردارن ستی وابستہٕ زِ اکثر جنگناَمن چھنہٕ بدس زمانہٕ کہِ کُنہِ توجہ طلب وطنی، سماجی، سیأسی یا اقتصأدی صوٗرتِ حالس ستی سیدِ سیوٗد کانہہ واٹھ لگان۔ اِوَ کِنی باسہِ یہِ وَنُن اکھ بلا مُبالغہٕ بزر زِ آزادٕنی زیرِ تبصرٕ نظم چھےٚ تازٕ پوٗت منظر واجینی، تازٕ خیال کیو تازٕ یرادٕ واجینی اکھ عہد ساز نظم۔ چنانچہِ آزادنہ یمہِ عالمہٕ گژھنہٕ پتےَ یُس ترقی پسند روٗحجان کاشرِ شاعرِیہِ منز ووتلیو وتمکی نُمایندٕ اَسی زیادٕ پہن آزادٕ سے یاد کران۔

موضوٗعی لحاظہٕ نظمہِ ہنز یہِ توأرٟیخی اہمیتھ چھےٚ گوڈنچہِ پَرنیہِ تلہٕ ٹاکارٕ سپدان۔ امیک مرکزی قووتھ چھُ اَمیک عمل آور جوش، قرارٕ بجایہِ بےٚ قرأری، شِشٹھرِ نیارٕ بجایہِ طلوٗطم، موتَس ستی ہِشر تھاوَن واجنہِ ژھویہِ بجایہِ زِندگیہِ ہُند وُپھن، ولولہ تہٕ شور، حاطہٕ بند خاموش تلاوٕ بجایہِ ژھالہٕ ٹلہٕ وُن پُرشور دٕری یا وُیس قلاین تہٕ بَلاین پان چھاوان چھُ تہٕ بیرن کیو بُٹھین سوٗم سوٗتُر کران چھُ تہٕ بزبانِ حال ونان چھُ:

ژلان چھُم شر حُبابن ، اِضطرابن ، ولولن اَندر
یوان چھُم زِندگیہِ ہُند سوز سفرن مُنزلن اَندر

بٹھن بیرن، سَنِن وو گنن ژٔتھ والاں چھس بوشہِ
دربن تکربن ٹھربن سٔری پیٹھی گرٕھتھ ڈالان چھس ہوشہِ
ئہ چھس خوش پیچ و تابن ، انقلابن زلزلن اَندر
یِواں چھُم زندگیہِ ہُند سوز سَفرَن مٔنزلِن اَندر

ئہ چھُس خوش دورِ دورَن، زورِ شورَن ہُند سبٹھاہ چھُم چاو
پکُن بے خوف ، تراوُن رَو، پھٹُن کیاہ گوو، تھکُن کتھ ناو
پٔتن بَل آزماوُن چھُم ، پھساوُن مُشکلن اَندر
یِواں چھُم زِندگیہِ ہُند سوز سفرن مٔنزلِن اَندر

پیامِ کُلُ شییٔ حَے چھُ میانِن وَلوَلن اَندر
یِواں چھُم زِندگیہِ ہُند سوز سفرن مٔنزلن اَندر
کُلُ شییٔ حَے ،یعنے یتھ کاینات منٛز موجوٗد پرٛتھ چیز چھُ حَے ،
مطلب زِنٛد، بےٚ سکوٗن، حرکت پسند ،تبدیلی کانٛچھِ وُن تہٕ حیات طلب۔
یہ کتھ چھےٚ نٔی زِنظمہِ ہُند ذٔری یاد چھُ اکھ علأمتی رٕ پھ حیاتس کاینانس مُتعلق آزادنہٕ مخصوٗص تصوٗرک۔ حرکتھ، جدوجہد، طلوطم، انقلاب۔ آزادنس ذٔری یاوس چھُ یوہے مُسلسل اضطراب تہٕ ہیٚے ووٚھ ژھانٛٹھ، پیش قدمی تہٕ تیز رٔوی حیاتک کایناتک أندریم تہٕ اصل جوہر باسان۔ توٚے تہٕ چھُ ونان:
نہٕ چھُس گُل پان چھُم شیرٕن ، نہٕ بُلبُل اول چھُم بیرٕن
مےٚ عادتھ چھےٚ نہٕ پتھ پھیرٕن ، مےٚ نش گوو بڑونٛہہ کُنے نیرٕن

کنہن کھمبربن، کھین کھراشن، پکن چھس منزگٹن گاشن
نہ چھس موحتاج شاباشن، نہ چھس مُشتاق شُری باشن
یتھے چھس راتہٕ کرٛیلن منز تیتھے چھس بُلبُلن اَندر
یوان چھُم زِندگیہِ ہُند سوز سفرن منزِلن اَندر

☆

خوشامد کٔری تم کانژھا ، ملامتھ کٔرِتھ تم کانژھا
بہٕ یَتھ کیُت چھس گوٗمت پأدا، کرُن چھُم تی ڈٔرِن گس کیاہ
بہٕ نوکر چھُسنہٕ کانٛہہ افسر لیکھم ناقابلن اَندر
یواں چھُم زِندگیہِ ہُند سوز سفرن منزِلن اَندر

حرکتھ چھےٚ آزادس تیژ اہم باسان زِ حرکتھ پسندی چھےٚ تبسُز شاعرِیہِ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ نُمایاں تہٕ اہم عُنصر نِنان۔ تہٕ اَمی حرکتھ پَسندِیہ ہُند نتیجہٕ چھُ زِ آزادُن طرزِ بیان تہِ چھُ حرکرٛژل باسان۔ یژھ کتھ تژھے باوتھ، یُتھ خیال تِتھی لفظ، یُتھ احساس تِتھے لہجہ تہٕ لَے۔

یِتھہٕ کُنہِ گوڈٕے اشارٕ پأٹھی وَننہٕ آو آزادس تہٕ مہجورس بڑ وُنہہ اَس یَسلہٕ کأشر شاعری یا لول نتہٕ اَسرآری یَتھ تہٕ نتہٕ داستأنی جنگ جوٗیی۔ کٔشیر ہِندس تواریٚخس یا دوہ دِہنہٕ کِہن واقعاتن ستی کانٛہہ سیٚدسیوٚد واٹھ نہٕ آسنہٕ سببہ پھاپھلیو نہٕ کأشرِ شاعرِیہ منز کانٛہہ مُتلقہٕ پوشہٕ وُن طرزِ بیان۔ روٗزِ سأنی پرٛأنی لولہٕ شاعری تتھ اوس سارِوٕے کھوتہٕ نوٗن تہٕ اہم گون تمنیک نسوأنی سوز و گُداز۔ وأنی چالہ عاشق زَنہٕ ہِندس دِلس منز جاے گیر دارآیہ معشوقہٕ سُند مارٕ موٚت۔ خوجہ زاز عاشق کور ہُند برٛبلہٕ آمت اَمار، تمہِ امازک أندرٕ

آمہٕ تاو، أندری وُہُن تہٕ وبگٕن، سمکھنگ ارمان، کوٚرِوُن ہمسوس تہٕ وصل پژاونچ زہتہٕ جوش کل یوسہٕ نیہہ تہٕ ننیٚدرٕ گالان چھےٚ :

| | |
|---|---|
| ہن ہن چھَم لولہٕ چانہٕ بارِتھ | زولہٕ چھیم نو سوندآرے سوندرٕ ے |
| تیر مژگان دِتھَم داٚرِتھ | گامہٕ جگرس پارٕ پارٕ کاٚرِتھ |
| داٚدی لاٚد چھس کوٚتوٚ ہکہٕ لاٚرِتھ | زولہٕ چھیم نو سوندآرے سوندرٕ ے |
| وُژھ واٚنج ہاوٕے مُژراٚوِتھ | پہٕ پن زن ہریو ہاٚریو |
| مَژِھہ مَژِھہ بند زن گژھے لاٚرِتھ | زولہٕ چھیم نو سوندآرے سوندرٕ ے |
| گِچھہ کُٹھہٕ نے تھاوٕے وَتھراٚوِتھ | لچھہٕ ناویو مندورے سانہٕ بیہہ |
| اَچھہٕ داٚر زن روزٕے پاٚراٚوِتھ | زولہٕ چھیم نو سوندآرے سوندرٕ ے |
| لالہٕ گومَے باغہٕ منزٕ نیرتھ | پوٚشِ لاگس گوندآرے گوندرٕ ے |
| کیٚنہہ نَے منگہٕ سَے تیمنا پھیرتھ | زولہٕ چھیم نو سوندآرے سوندرٕ ے |

اَتھ لولہٕ باٚتس ہرگاہ وارٕ سَنو امہٕ کس لفظِتس باسہٕ حاٚوی نسواٚنی لوٗلُک اکھ اِنفعاٚلی روی یہ۔ اکھ رٔژن ہار تہٕ وتراون ہار رؤیہٕ، یُتھ زن أ کس پراٚنس جاٚ گیر دار چالہٕ خوجہٕ ماحولس منزٕ پلیمژ کاٚنسہٕ شرم دار تہٕ نرم نوزُک طبی ہتہٕ واجنہٕ نوجوان خوتوٚنہٕ اٚستھ ہیکہٕ۔ عشقُک أندٕری وُہہٕوُن آمہٕ تاو ہمسوسُک تیُتھ دود زِ اور یور لارنُک چھُنہٕ امکانٕے۔ داٚدی لد چھس کوٚت ہکہٕ لاٚرِتھ۔ یہ چھُ پہٕ پنٕکی پاٚٹھی لوٚت لوٚت ہٕرِتھ پیٚنُک معاملہٕ، مَژِھہ بَند مَژِھہ لاٚرِتھ گژھنُک معاملہٕ۔ بےٚ سور تہٕ بےٚ حرکتھ اَچھہٕ دارٕ ہنٛدی پاٚٹھی گِچھہ کُٹھہٕ پان پاٚراٚوِتھ بیٚہُن تہٕ پژارُن۔ ننہٕ وانہٕ نہٕ کیٚنہہ وُنُن تہٕ نہٕ کیٚنہہ

منگُن۔ کینہہ نے منگہٕ سے تیٚم نا پھیرتھ ۔ کانٛہہ ترٛشہ کتھ تہٕ نہٕ کرنٛی تیٚمہ تلہٕ کُنہِ زوٗرک جبروٗتک باس لگہٕ۔ کُنہِ لفظس نٕہٕ کانٛہہ تیُتھ تلفظ تہٕ تیٚمہ تلہٕ کُنہِ وُسوآری یہٕ ہُند احساس ووتلہِ ، یا کُنہِ زور دار حرکژھ یا تُند رفتارٕ ی یہٕ ہُندظوُن گنہِ ۔ لہجچ نرمی تہٕ گُداز گوٚیو وآسی تھٕہنہٕ ، لفظہٕ پھور تام چھُ لوتوٗآے ، مُلاٰیم تہٕ زیٹھہِ شہٕہ ۔ توٚے تہٕ چھُ ''بٕرتھ'' ''بارِتھ'' بنان تہٕ ''کٕرتھ'' ''کاٰرِتھ''۔ تہٕ اَمہِ لولہٕ باٰتچ لے ہرگاہ ژٕھینٛژ تَنہٕ تمہِ تلہٕ تہٕ باسہِ احساٰچ اسٕتٕی ، لوٚتی پٕری تہٕ سوٚت رفتار۔ پُرشور دَساہٕ بجایہٕ سوٚت سوٚت وَساو۔ اہربٕلی آبشارکہ نَنہِ ہنگامہٕ بجایہٕ ژھایِتہٕ وِیرِوارٕ منٛزٕ ی پکن واجنہٕ پس آوازکولہِ ہُند قول قول انداز۔ اَتھ مقابلہٕ ییٚلہِ آزاٰدٕنی نظم کُنن گرٛشان چھے باسان چھُ اَکی دِژاے ہنگہٕ تہٕ مَنگہٕ اکہِ خلوکھ تہٕ ژھایژ گچھِ کوٚٹھرِ منٛزٕ نبر تہٕ پیٚنہٕ وآتتھ کوٚبن بالن ، وآدِین تہٕ ماٰدانن ، اہربٕلی آبشارن تہٕ ژھالرٕ ی رٕنٛی آرن منٛزٕ ییٚتہِ اضطراب تہٕ غوغا چھُ حرکتھ ، عمل ، ووٚٹھ ژھانٹھ ، جدو جہد تہٕ انقلاب ۔ کُنٛنن کھمبرٕبن کھیٚن کھراشن پٕکن چھُس منٛزٕ گٹن گاشن۔ ہرگاہ یوٚے اکھ مِصرٕ نموٗن اَمہِ تلہٕ تہٕ گرٛشہ ''دٕرِیاو'' نظمہِ ہُند روہ رکانہٕ آیِنہٕ ۔ ییٚتھ ہیوٚ کھکھر ایٚل تہٕ ٹاسوٹاس مصر ہیٚکہِ ہی نہٕ سانہِ پرٛانہٕ لولہٕ شاعرِیہٕ منٛز وٕپٕتھ ۔ تہٕ نہٕ ہیکہٕہن تتھ منٛز یژھہ مختلف آوازٕ اَکی آنہٕ جاے لٕبتھ :

بٹھن بیرن سَنٛبن وو گنبن ژٕٹتھ والان چھُس بوشہٕ
دٕربن تکرٕبن ٹھٕربن ئرٕ ی پیٹھی گرٛشتھ ڈالان چھُس ہوشہِ

دٕٔس نیتون پرٛانہ صوٗفی شاعرِیہٕ منٛز اکھ مشہوٗر مثال:

یس لایہٕ نادٕ سہٕ چھِم نیشہ میٚہٕ شیشہ چاٰونٛس موٚے

سازِس تارٕ گنجم کیٛشہٕ شنوٗے پاس ترٛوٗپرِتھ گرٛھ

صَدائے ساز پانس نیٛشہٕ کَمیٚوٗ شیٛشہِ چاوٗنس موے

عٔشقچہٕ ناوِ وَسوٗ درویشہٕ مُشکلکی پاٹھی پھول سارٕ ہن

عٔشِق راوِ غارٕس نیٛشہٕ کَمیٚوٗ شیٛشہِ چاوٗنس موے

اَمہِ لولہٕ گرٛہٹہٕ کَنٕے مےٚ پیٛشہٕ فرہاد نیٛشہِ کیاہ لوٕہا

یتھ میانہِ جویہِ آب ہمیشہٕ کَمیٚوٗ شیٛشہِ چاوٗنس موے

وَنہٕ ہَس حٕ کانٛژھا زانہِ حیس مَعنہِ بے شوٗ مار

أَلِف دژاو میٖمس نیٛشہٕ کَمیٚوٗ شیٛشہِ چاوٗنس موے

کُنٕے دژاو کُنِس نیٛشہٕ کُنٕے اوس سورِنہٕ زانٛہہ

ووٚن دِیہِ نعمہٕ پانس نیٛشہٕ کَمیٚوٗ شیٛشہِ چاوٗنس موے

نعمہٕ صابٕنس اَتھ ہِرٛساوِس عالمس ہرگاہ أسی خیالہٕ پاٹھی تہِ اَندرا اَژو اَسہِ باسہِ زِ اَتہِ چھُنہٕ کُنہِ شورِ شکرارُک کانٛہہ سوالے ووتھان۔ کانٛسہِ ناد لاینُک تہِ نہٕ کانٛہہ ضروٗرتھ تکیازِ یَس لایہِ ناد سُہ چھُم نیٛشہِ۔ یہِ چھُنہٕ اعلانَن ہُنٛد کانٛہہ گلہٕ بوٚڈ دُنیا بلکہِ شنوٗے پاس ترٛوٚپرتھ اَکھ ژھوٚپ ژھاپ رَوگن، خلوَکھ کُٹھ، خاموش جاے۔ اَتہِ چھُنہٕ فرہادنہِ ڈٕسی کنیٚن ٹوٗنگ لاٗے لاٗے چٹا کھ تہٕ پٹا کھ تُلنگ حال بَلکہِ گرٛہٹہٕ بَلہٕ اندر أژِتھ گنہِ پیٛشنگ مُزہَم مُزہَم صدا۔ یہِ بأتھ چھُ اکھ موے خانہٕ۔ اَتہِ چھُ موے تہِ، شیٛشہِ تہِ تہٕ ساقی تہِ، مگر نہٕ شور نہٕ شکرار۔ سورُے ژھوٚپِ اِشارٕ تہٕ خاموش باوَتھ۔ موے چَنہٕ واجینٛز یٖمہِ شیٛشہِ موے چوان چھےٚ سُہ شیٛشہِ تہِ تیوٗت نَباسہٕ وُن زِ چَنہٕ واجنہِ توٚرنہٕ

فکری زِ کمیوٗ شیشہِ چاوٗنس موے۔ سازس ہرگا تنتی کری گنڈِتھ آسہٕ ہن یا کنہِ داتہٕ وِ تارٕ ممکن اوس کانہہ آوازٕ لہر سپد ہے بُلند۔ مگر نعمہٕ صابنس سازس چھِ مُروجہِ تارو بجایہِ زُلفن ہندی وال گنڈنہٕ یوان یم زاوٗلی تہٕ لطیف تہِ چھِ تہٕ پَس آواز تہٕ۔ صوٗفی شاعرِیہِ ہندس اتھ مثاٗلی عالمس منز چھنہٕ نیبرمہِ شش جہاتچ ووسہٕ دروسہٕ نظرِ گژھان بلکہِ تمہِ نشہِ لوٗب ہیتھ پنہٕ نسے اوٗندروٗنس منز بے آواز تہٕ دل گداز سرُود ووتلان۔ کُجا نعمہٕ صابن کمہِ تاں نباسہٕ وُنہِ شیشہِ مَس ژہُن تہٕ پَس آواز زُلفہٕ تارَن ہُند سوز بوزُن تہٕ کُجا آزاد صابن بےٚ وایہ ذری یا وُیس پانے پنُن حال بڈِتھ تہٕ بوٗلتھ باوان چھُ:

ٹُلاں چھُس ہوٗل گگراین تہٕ شوراں وُزملَن اَندر
ژٹاں سنگر تہٕ ٹھاساں بال پھیراں جنگلن اَندر
دِواں چھُس لہرٕ گامہٕ تہٕ شہرٕ، گاہے ہوٗل تہٕ گاہے سیوٚد
دہانس گف تہٕ جانس زر، سُہ زریُس چھُمنہٕ پانس ویوٚد
وبپاں چھُنہٕ میون آتش نارٕ بانن منقلَن اَندر
یِواں چھُم زِندگیہِ ہُنْد سوز سفرن منزِلن اَندر

خُلاصہٕ یِزٕ آزادنہِ زیرِ تبصرٕ نظمہِ ذٕسی سپُد اکھ تھدِ ہٹہِ آلو، اکھ وُسوار وَزن تہٕ لے تہٕ اکھ زوردار زبان تہٕ لہجہِ سِد تہٕ پاپرجا یُس سانہِ پرٛانہِ کاشرِ شاعرِیہِ باپتھ اکھ تازٕ ڈاٗلی آس، یتھہٕ پاٹھی اقبالُن تھدِ ہٹہِ کلامہٕ تہٕ تمیک وُسوار مردانہٕ سازٕت اُردوٗ شاعرِیہِ باپتھ تہٕ خاصہٕ پاٹھی اُردوٗ غزلہ باپتھ اکھ نوٗینہٕ سوغاتھ اوس۔

آزادنہٕ نوِ طرزِ بیانہٕ کِنۍ بَنیوٚ نوٚ بن شاعرن ہنٛدِ باپَتھ نۆۍ سیاسی تہٕ سماجی موضوٗع ورتاوٕنۍ آسان۔ أمۍ ہنٛدۍ طلوٗعمی طرزِ بیانن بخش کاشرِ بن شاعرن تہٕ شارٕ شناسَن اکھ نوٚ و احساس یِزِ شاعریہِ باپَتھ نہٕ چھُ نِسوانٕۍ لولہٕ آیہِ سوز و گُداز تہٕ سازٕنت لازمی تہٕ لابدی تہٕ نہٕ اَسرارٕی شاعریہِ ہنٛز ژھایہِ مُسری تہٕ وُٹھہٕ تلۍ رمزٕ باوتھے لامحالہٕ۔ کاشرِ بن شاعرن تہٕ شارٕ شناسَن ہنٛدِس سوچس تہٕ رٕوی یَس آیہِ اکھ خوشگوار تبدیلی ییمہِ کِنۍ کاشرِس ادبی تنقیدس منٛز یتھ احساسَس تہِ اعتبار حاصل سپُد زِ یتھہٕ پاٹھۍ شاعریہِ منٛز لولہٕ ورأے تہٕ اَسرارٕیژِ سِوائے تہِ بدل بدل موضوٗع وَرتاوٕنۍ لایق آسِتھ ہیکن تتھے پاٹھۍ ہیکن باوٕژ طرز تہِ رَنگہٕ رَنگہٕ آسِتھ۔ مطلب یِزِ موضوٗعس تہٕ طرزِ بیانس ہرگاہ مُناسب میٖل سَپدِ کانٛہہ تہِ شاعری ہیکہِ رٕژ شاعری ثابِتھ سَپدِتھ، بامے سو شاعری قدیم موضوٗعن متعلق آسہِ یا جدید تجربن متعلق، بامے تمیُک باوَن طریقہٕ نرم نوزُک تہٕ پَس آواز آسہِ یا ترٛوٚش، تُند تہٕ بُڈتھ بوٗلتھ۔

آزادٕنۍ ''دٕرۍ یاو'' تہٕ تمہِ قبیلچ تسنٛز بہترین نظمی یا غزلی شاعری پرِتھ چھُ یہِ احساس اکھ تنقیدی آگہی بنان زِ شاعریہِ ہنٛز اہمیتھ چھنہٕ تمہِ کہِ ''حقیقی'' یا ''مجازی'' آسنہٕ تلہٕ نَنان، بلکہِ چھُ شاعریہِ ہُنٛد اصل آگُر سُہ اِظہار یا تجربہٕ ییمہِ کہِ پرٕزرُک پَے تہٕ زُوٗک زبتُک نیب تمیُک طرزِ بیان دِوان آسہِ۔ شاعِر ہیکہِ کُنہِ تہِ چیزَس پنٛن موضوٗع بناوِتھ، مہٕ پکھہ تہٕ گاسہٕ کرٕتچہِ پیٹھہٕ آگر پٔچھنہِ تہٕ کوہِ قافَس تام، زَرریمتہِ پوشہِ وٕتھرِ پیٹھہٕ زٕژلی گوٚٹ کرن وأرِلس آفتابس تام، آدمی جسمہٕ پیٹھ خدائے حقیقتس تام۔ کأنسہِ شاعرٕ سُنٛد

بوومُت تجربہٕ چھاپزی کانٛہہ گدرُن تہٕ وبٹرُن کِنہٕ ژھری لفظ تہٕ چھَنبے کتھہٕ،
تمیک فأصلہٕ ہیکہِ نہٕ یہٕ ؤنِتھ یایہٕ بوٗزِتھ سَپدِتھ زِ فلأنی شأعر چھُ اکھ باعمل
صوٗفی یا فلأنی شأعر چھُ محض اکھ مجأزی شأعر۔ شأعرِ یہٕ منز چھُ تجربہٕ کہِ پزُرک
پےٚ تہٕ شأعرٕ سٕندِ خلوٗصُک نیب دِوان تتھ تجربس متعلق شأعرٕ سٕندِ کُنہٕ مخصوٗص
رٕوی پیٚچ ترجمأنی کرن واجیٚنِہ زبان کیوٗ وزن کیوٗ لےٚ لہجہٕ تہٕ گلہُم طرزِ بیان۔ گویا
یتھہٕ پأٹھی موضوٗع مختلف اُستھ ہیکن تتھے پأٹھی ہیکہِ باوژٕہنز زبان تہِ مُختلِف
اُستھ، یعنے تمیُک لفظت تہِ ہیکہِ مختلف اُستھ تہٕ تمیک سازٕت تہٕ۔ سنطوٗر
اُسن یا زوٚ نگلہٕ، سارنگ اُسن یا نوٚٹ، طبلہٕ اُسن یا تُمبکھنار، دَف اُسن یا
ڈُم ڈُم، پرٛتھ سازس چھُ پنُن انداز، پنُن لگہٕ ہارٕ تہٕ پنُن مقام۔ شأعری
ہیکہِ للہِ ہُنٛد پوٚت زوٗنہِ موٚت بولبوش تہٕ اُستھ، رُسُل میرنہِ رونہِ گوڈُک
چھونی چھونی تہٕ اُستھ تہٕ آزادُن سہلأبی غوغا تہٕ۔
نظمہِ منز باونہٕ آمژِ گوجہِ ہنٛز کتھہِ کوٗر اَسہِ ناوحرکتھ پٔنٛدی، یعنے نظمہِ
ہُنٛد مرکزی موضوٗع چھُ حرکژ منٛزٕے برکتھ آسنی تہٕ بےٚ حرکتی موت باسنی۔
چنانچہٕ آزادُن دٔریاو چھُ پنُن حال یتھہٕ پأٹھی بیان کران:
تھزر چھأوِتھ سَنبرُوچھنے یوان چھُس یوٗت بے وایے
سٕہن ہندی پأٹھی ماران ڈالہٕ ہرٕنہِ ژھالہٕ پرٛتھ شایے
شرٛزَن پادرٕسٕہَن شالن تہٕ ہرٕنَن ہانگلن اندر
یوان چھُم زِندگیہ ہُنٛد سوز سفرن مٔنزلن اندر
یہٕ حال بیان کراں کراں یوسہٕ زبان تہٕ یُس طرزِ اظہار یہٕ دٔریاو

ورتاوان چھُ سُہ چھُ ژینہٕ ناوان زِ اکہِ طرفہٕ چھِ اَمہِ نظمہِ ہنٛدی یَسلہٕ لفظ حرکژ دٔسی وُپھاں وُڑان باسان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ باوٕژ ہُنٛد لَہجہِ تہٕ لَے تہِ بقرٲری یہِ ہُنٛد تہٕ زورُک جبروٗتُک باس دِوان۔ گویا أسی ہکو وٕنتھ زِ اتھ نظمہِ منٛز چھُ موضوٗعس تہٕ طرزِ بیانس وارِیہَس حدس تام ہشر باگہِ آمُت۔ یَلہٕ چھُنہٕ اَتھ نظمہِ یہِ وٕنتھ لوٚنڈ وَٹنہٕ آمُت زِ:

پیامِ کُلُ شییٔ حَرے چُھ میانٕمن وَلولَن اَندر

یَعنے یہِ بَرملاپأغام زِ یتھ کایناتس منٛز چھُ پرٛتھ چیز حَے، مطلب زِنٛدٕ، حرکژ منٛز مصروٗف، دَوٕنٛن دورٕوُن، وُپھٕ وُن وُڑٕوُن۔ موخصر یزِ عمل کرٕوُن:

توَے چھَس آب أستھ وارٕ تُلہٕوٕن تیوٗنگلن اَندر

یہ ووٚن اَسہِ اِشارٕ پأٹھی گوڈَے زِ حرکتھ پَسنٛدِ یہِ ہُنٛد باس چھُ اِقبالَن تہِ پننہِ اُردوٗ کیٛو فارسی شاعریہِ منٛز دیُتمُت ، آزادَس بژ وٕنہہ دیُتمُت، رنگ بدلاوی بدلاوی دیُتمُت تہٕ بار بار دیُتمُت تہٕ سبٕٹھے مارٕ مُنٛدی پأٹھی دیُتمُت، واقعہٕ چھُ یزِ عبدالاحد آزادٕنی حرکتھ پسند شاعری پراں پراں چھُ رَژِھہ پتہٕ رَژِھہ اِقبال ژبتس پیٚوان۔ تٕسنٛز چھےٚ اکھ مشہوٗر اُردوٗ نظم ''شاہین'' ڈٕیوٗ تیُتھ اکھ پأزیُس باس دِوان چھُ زِ تٕسنٛزِ حرکژ ہُنٛد وأحد مُدعا چھُ پنٛنِ رَتھ شِٹھی نیارٕ نِشہِ بچأوِتھ گرما گرم تھاوُن۔ مطلب سُہ پأزیُس محض اَوٕ باپتھ پَننٕس شِکار کوترس پیٹھ حملہٕ کران چھُ تہٕ پننہِ پکھہٕ، پٔنٛز پنجہِ، پٔنٛز توٗنتھ حرکژ منٛز تھاوان چھُ یُتھ جوٗنٹھَس پیٹھ جوٗنٹھ دی دی تٕسنٛدس پٔنٛنس پأزٕ پانس منٛز موجوٗد رَتھ

تتہٕ پھوٗ کرٕ وُن روزِتہٕ رَگہِ رَگہِ منٛز دورٕ دور کران روزِ۔ دپان چھُ:

کیا میں نے اُس خاک داں سے کنارہ　　جہاں رزق کا نام ہے آب و دانہ

بیاباں کی خلوت خوش آتی ہے مُجھ کو　　ازل سے ہے فطرت مری راہبانہ

حمام و کبوتر کا بھوٗکا نہیں میں　　کہ ہے زندگی باز کی زاہدانہ

جھپٹنا پلٹنا پلٹ کر جھپٹنا　　لہوٗ گرم رکھنے کا ہے اِک بہانہ

اِقبالنہِ اَتھ نظمہِ پیٹھ آیوو اَکہِ وِزِ اعتراض کرنہٕ زِ اَمہِ قسمچہٕ نظمہٕ لیکھِتھ چھُ اِقبالؔ حرکتھ برائے حرکتھٕ ہنٛز تعلیم دِوان، عمل برائے عملہٕ ہُنٛد سبق دِوان، تہٕ طلوطم برائے طلوطمُچ ترجمانی کران۔ بلکہِ آیوو یہ تامتھ وَننہٕ زِ اَمہِ قسمکو شارٕ وٕنتھ چھُ اِقبالؔ، چنگیز خانس، ہِٹلرس تہٕ مسولینی ہِو بن تمن ظالمن تہٕ ستمگر ڈِکٹیٹرن ہُنٛد طرفدار بنان یِم مذکورٕ پاٹھٕ سنٛدی پاٹھی محض وَرزِشہِ باپتھ، صرف پنٕن طاقتھ ازماونہٕ تہٕ رٕژھراونہٕ باپتھ کمزور قومن ٹیچہٕ شکار کران چھِ۔ اِقبالنؔ پاٹھٕ زٕ ونان زِ کوتُر رَتہٕ کھلہِ کرُن چھُم محض اکھ بہانہٕ پنٕن رَتھ گرم تھاوُنک، تہٕ آزادُن ذٕری یاو ونان:

یِنک گوٕھنکُ، زہنکُ مرُنک نہٕ چھُم پرواہ نہٕ چھُم کانٛہہ غم

نہٕ چھُس حاراں زِواتن کم نہٕ چھُم پھیراں زِگے کم کم

اَدٕ کیاہ؟ بس ''پنٕن بل آزماوُن چھُم''۔ اِقبالنؔ پاٹھٕ زٕ ونان پنٕن رَتھ گرم تھاوُن چھُم تہٕ آزادنؔ ذٕری یاو ونان ''پنٕن بل آزماوُن چھُم''۔

ممکن چھُ یُس اعتراض اِقبالسؔ پیٹھ کرنہٕ آیوو تیُتھے اعتراض کرِ کانٛہہ وُتاوٕلی منٛز آزادنہِ نظمہِ پیٹھ تہِ۔ وٕں گوو یتھہٕ پاٹھی تمکس کام ہیتھ

زانن والین زانُن توگ زِاقبالنٕز مذکوٗر نظم چھےٚ تٕسنٛدِ تصوٗرِ حیاتُک صرف اَکوے روٗخ پیش کران تہٕ سُہ اکھ روٗخ صحیح پآٹھی سمجنہٕ باپتھ چھُ اِقبالُن باقے کلامہٕ پرُن تہِ ضروری ، تِتھے پآٹھی چھُ ''ذٔریاو'' نظمہِ منٛز دٕ وٕنک دوٗرٕنک بیان تہِ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد صرف مرکزی وُتشاو۔ یِتھہٕ پآٹھی کُنہِ مرکزس أندی أندی اکھ مُحیط ،اکھ آرٕ آسان چھُ تِتھے پآٹھی مأنٛزی تون حرکتھ پٔنٛدی تہٕ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد صرف منٛز باگُک نوقطہٕ ، یِتھ أندی أندی بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہٕ اہم کتھہٕ باوِنہٕ آمژٕ چھےٚ ۔نظمہِ منٛز چھِ حرکتھ پٔنٛدِ یہِ ہمراہ زٕ بدل مضموٗن خاصہٕ پآٹھی نٔنی نیران۔ تِم زٕ مضموٗن یِمن ہُنٛد تذکرٕ آزادٕنٛی بیاکھ مشہوٗر نظم کران چھےٚ ، یَعنے ''ژٕ اوسکھ گاٹہٕ جارُک نوٗرژےٚ لوگُتھ نار انسانو'' ۔ اکھ مضموٗن یِزٕ عرب و عجم سأری لوٗکھ ہِوی ویٚنٛدِتھ سارِنٕے ماے تہٕ مُحبتھ بأ لرُن۔ تہٕ دوٚیِم مضموٗن یِزِ مُلکن تہٕ مُلکن درمیان یِم ٹھٔری گنٛڈنہٕ آمٕتی چھِ تِم سأری ٹھٔری مِٹاوٕنی ،قومَن تہٕ قومَن ، فِرقن تہٕ ذأژن ، أمیرن تہٕ غٔریبن درمیان یِم بٔھتھ کھارنہٕ تہٕ بیرٕ گنٛڈنہٕ آمژٕ چھےٚ تِمَن سارِنٕے بٔھتھن بیرَن سوٚم سوتٕر کرُن تہٕ سارے آدٕمی ذاتھ اکھ کُنبہٕ مأنِتھ زندگی سارِنٕے رٕژ خوشحال بناوٕنی ۔ ذٔریاو چھُ وَنان:

پٔنُن پان آیِتَن چھُم تھوومُت سأرِس جہانس کیُت

سَنبر ووگنیار بٔھٹی تےٚ بیرٕ ڈیٚشتھ جیرٕ چھُم ایوان

کُنبہٕ یکسان چھُس ژھاران ، لاران ، یوٗت ماران پان

توٚے چھُس آب اَسِتھ وارٕ ٹلہٕ وٕبن تیونگلَن أندر

آزادَن چھُ اِقبالَس نِشہِ رنگہٕ رنگہٕ فأض پژوومُت ۔ آزاد پٕرِتھ چھُ اِنسانٔی اَمارَن تہٕ اَعمالَن مُتعلق تہِ اکھ تیُتھے ہیٚو تصوُر دوتلان یُس بٲس اِقبالَن یہِ مشہوٗر مصرٕ دِوان چھُ:

یقین محکم، عمل پیہم، محبت فاتح عالم

مطلب اَژھنِہ کوٗشِش، ہنیٛتھِ جدِ وجہد، لگاتار عمل تہٕ عملہِ ہٕنٛدِس رژرَس پیٹھ محکم پزٕ ھ، تہٕ ستی پزٕ تھ کأنسہِ قدٕر کرٕنی تہٕ لول برُن۔ اِقبالَس چھُ یمہٕ ؤے ذٔری یوٚ زمین وزمان فتح کرُن یقینی باسان۔ تہٕ آزادنہِ کلامُک لُبِ لُباب تہِ چھُ بَس حرکتھ، سمأجی ہشر تہٕ پانہٕ وأنی ہمدردی۔ موخصر وَنو زِ عمل تہٕ لول۔ عمل چھےٚ زوٗرک تہٕ جبرٕ ک تقاضہٕ کران تہٕ لول مایہ تہٕ مالیہِ ہنٛز مَنگ کران۔ عمل گَیہِ گرمی تہٕ لول نرمی ۔ آزادٕنی زیرِ تبصرٕ نظم چھےٚ تی باوان۔ زوٗرک جبرٕ ک حال وُچھ اَسہِ پھیری پھیری، مگر سہ چھُ تصویرٕک صرف اکھ روخ یتھ آزاد گرمی ناو کران چھُ۔ دٔری یاو چھُ پننہِ حقیقژ ہنٛد بیاکھ روخ تہٕ پیش کران یتھ گرمیہِ مقابلہٕ نرمی وَنُن شوٗبہِ۔ نظم چھےٚ تصویرکین یمن دوشوٚنی طرفن ہنٛز عکس بردار۔ تہٕ اَتھ دُطرفی باوژ دوران چھُ آزادَس أندی ٹکھی اِقبالَن آلو زنتہٕ پوٚت گنٛبزٕ کران۔ اِقبال چھُ مِثأنی انسانہ سُند کردار پننہِ مخصوٗص حرکژل تہٕ جدلیأتی تصوُرٕ مُطأبق پیش کران تہٕ مثالہ پأٹھی ونان زِ:

جس سے جگر لالہ میں ٹھنڈک ہو وہ شبنم
دریاؤں کے دِل جس دہل جائیں وہ طوفاں

مطلب یمہِ ذٔسی گُلالہٕ پوٚشس تاوٕ ہژ وأنجہِ شیٚہلتھ پیٚیہ ...... سہ لوٚپھرٕ ک! تہٕ

یُس سۆ درَن سمندرن وَلوَلہٕ تہٕ زِلزلہٕ پاوِ...... سُہ واوِ طوُفان ! یہِ گوو اِقبالؔ، آزادٕن دٕرِیاو تہِ چھُ گوڈٕ پنٕنۍ طوُفانی سَرگرمی باوان: ''جِگر چھُس سنگرن کتران رَفتارس سو گرمی چھُم'' تہٕ سۍتی پننۍ خوش یِونی انہار تہٕ مَنہٕ مانۍ اَطوار پیش کران:

مَدنوارن بدن ناوان، اَطوارَن سو نَرمی چھُم

یِوان چھُس مسوُلَن ہیتھ تژلیش خوش رفتار جویَن منٛز

ٹُلاں تصوٖیر پمپوشن ہیتھ پوشے ڈٕلن اَندر

نَرمی تہٕ گَرمی ، لَوپھرٕک تہٕ واوِ طوُفان ۔ یہِ چھُ اِنسانی زِندگیہِ مُتعلق اکھ جدلیاتی تصوُر، اکھ رَتٕن ہار تہٕ ژھٕٹٕن ہار تصوُر۔ تہٕ یتھ ہیٛو اکھ تازٕ تہٕ نادِر تصوُر پیش کُرِتھ بخُش آزادٕن کاشُر شاعرِیہِ اکھ نوو ذیٖہن ۔ تہٕ تۄہۍ چھُ تسٕند یہِ دعوا حق بجانب باسان زِ:

افسانہٕ جُدا ساز تے سامانہٕ جُدا میون

مِثالی اِنسانہٕ سندِس کردارس مُتعلق اِقبالنٕس تہٕ آزادٕنس اَتھ نرم و گرم تصوُرس چھُ ژوٚک تل کارفرما قُرآنی اِرشاد: اَشِدّاءُ عَلَی الْکُفّارِ وَرُحَمَا بَیْنَھُمْ، مطلب مُنکِرن دوٚبدوٚ ڈاڈٕ پاٹھۍ سخت، تہٕ ہمنوا رٕفیقن درمیان رٕحیم تہٕ شفیق۔ اِقبالَن فاض پرٛاوِتھ تہٕ اِشترٲکی فلسفہٕ دٕسۍ مُتاثر سپدِتھ واتناو آزادٕن کاشُر شاعری کم از کم سونچہٕ لحاظہٕ جدید دُنیہس نکھہٕ۔

شاعرِیہِ ہندِس دُنیہس منٛز چھُ بجر با اہمیتھ تیٚلی مُمکن بنان ییٚلہٕ کانٛہہ شاعر پننۍ شارٕ ہوٚر پننہِ وٲنجہِ وُشنیرِ تہٕ دِلہٕ دُبرایہٕ دٕسۍ زِندٕ زیوٚ بناوِ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ آزادٕس چھُنہٕ یہِ مقام یَسلہٕ پاٹھۍ باگہِ یِوان مگر تس نِش چھِ اَسۍ

گوڈنچہِ لٹہِ اِشترأکیتھ، تقدیر، خاندان، خُدا تہٕ انقلاب ہوبن اُچھوبن موضوٗعن ہُنٛد فِکری ورتاولبان ۔خألص فنی سوٚتھرِس پیٹھ باسہِ کلامِ آزادٕس اکھ یا بیا کھ سوقُم، وارِیاہن جاین باسہِ زِ سُہ چھُ محض کتھہٕ گنڈان یا وَنو ژھری خیال نظماوان ۔ نتیجہِ یِژ خیال چھُنہٕ احساس بٔنتھ مَنہٕ مون بنان۔ یِتہِ چھُ پزر زِ ''ڈٔری یاو'' نظمہِ منٛز چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ پھرِ وَننہٕ آمژٕ، کینٛہہ لَفظ چھِ بدل تہٕ زیادٕ موزوٗن لفظن جاے تژاوِنی یِژھان تہٕ کینٛہہ چھِ محض وَزنس بُرژر کرنہٕ باپتھ ورتاونہٕ آمتؠ ۔ قافِیہِ بٔندیہ ہُندتہِ چھُنہٕ پزنہٕ پأٹھی اِلتزام تھاونہٕ آمُت ، مگر یِمہِ ضِمنی کوتأہِیہ آستھ تہٕ چھےٚ ''ڈٔری یاو'' اکھ زور دار نظم باسان۔ کأشرِ شأعرِیہِ منٛز پزٕتھیِیہِ موخصر نظم جدید دورس منٛز، تہٕ یہِ مخصوٗص شارِ صِنف پھانپھلاونس منٛز چھُ مہجوٗرَس تہٕ زِندٕ کولس ستی ستی آزادَن ناو تہٕ تذکرس لایق تہٕ احترام طلب۔

آزادٕس ژھیوٚن پانژٕ تأجی وٕہرِ ہے زِندگیہِ ہُنٛد پَن ۔ سُہ نے اَڈٕ ژوٚٹ گژھہ ہے اَغلب اوس زِ سُہ وُپھناوِ ہے کأشرِ شأعرِیہِ نوبن معنہِ پَرورِ فضہن منٛز۔ تاہم ہیٚکہِ نہٕ یتھ حقیقژِ کانٛہہ اِنکار کٔرتھ زِ پَننہِ موخصر زِندگیہِ دوران یِیمہِ تازٕدَم شأعرانہٕ رٔوِیک تہٕ یِیمہِ رِہوایژٕ نِشہِ ڈٔلتھ لفظیٖتک تہٕ لہجُک کھُلہٕ ڈُلہٕ باس آزادَن گوڈنچہِ لٹہِ دِیُت تمہِ چہِ برگژٕ پھٹ سُہ شِٹھی نیار یتھ منٛز کأشر شأعری موضوٗعہٕ کیٚو اوٚسلوٗبہٕ رٔنگی وارِیہ ۵۸ کالہ پیٹھ ہبنہٕ آمژٕ آس:

واربہٕ وچھ اَچھرن زیرٕ تہٕ زبرے پَرنک چھُنہٕ آزادٕس ڈَر
موکھتہٕ چھُنہٕ شبنم پھٹہِ اکہِ زیرے پزٕ شمشیرے گیٖنٛڈناہ گَر

☆☆☆



عبدالاحد آزاد



عبدالاحد آزاد گرٕ کِبن بأژن سٕتؠ

# مہجورتہٕ آزاد۔ اکھ موختصر جائزٕ

اَکِس مشہوٗر امریکی شاعرتہٕ دانشور والٹ وِٹمن سُند یہِ وَنُن چھُ پزٕ رَس سبٹھے نزدیک تہٕ ستی سوچنس لایق زِ عظیم قارٕی چھُ عظیم ادبُک باعِث بنان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ ادیبَس تہٕ شاعرَس تام چھُنہٕ کہین۔ تِمن تام تہِ چھُ وارِیاہ کینٛہہ۔ عظیم قارٕی رٔژناوٕنکی سامانہٕ کرٕنی۔ اکھ کام یوٗسہٕ سبٹھاہ دشوار چھے مگر یتھ عام ادیب اَتھ دِتھ ہیکہِ نہٕ۔ یوٗ تام کأشرِ زبانِ ہُند تعلق چھُ اَتھ سپُد نہٕ عظیم قارٕی، شاید وُنہِ تہِ زانہہ نصیب۔ لل دیدِ لوٗب زَنم، نُندٕ ریٛشس پیوٗ وتھنہٕ، صوٗفی شاعرن ہنٛز جماعت آیہِ برٛونٛہہ کُن، مثنوی نگار آیہِ بارَسس، مہجورتہٕ آزاد لگی نغمہٕ کأری کرنہِ مگر عظیم قارٕی سُند انتظار رووٗد اَتھ زبانِ برابر۔ امیُک اکھ بوٚڈ وجہ چھُ یہِ زِ تواریخ روٗزنہٕ امہِ زبانِ ہٕندِس ہٕس منٛز۔ دربارن منٛز رووٗز عام طور غأر کأشرٕن ہنٛز بالادستی، یِمہِ گیہ نہٕ تِم یہِ زبان پرٕنہٕ باپتھ مجبوٗر تہٕ نہٕ اوس امہِ کہِ پرناونُک کانٛہہ بوٚنٛد بَس۔ مدرسن

منز ما اوسُس کانہہ مُقام دِنہٕ آمُت۔ یوٗ دوٚے مٔشیدٲنۍ تہٕ مندرٲن منز اٚمیُک کِردار بامقصد تہٕ شاندار روٗدتاہم بدلیوٚ ونہٕ تمہِ ستی اَمہِ کُس قٲری سُنٛد لوٗن۔ ۱۹۴۷ عیسوی منز آو کشیرِ اندر تہِ زبردست انقلاب۔ غٲر کأشُر شخصی نظام ووت اندتہٕ گوڈنچہ پھرِ بنے یہ کأشری اِقتدارکی مالِک۔ شِٹھنیار کملوٗ تہٕ اوٗند پوٚکھ میٹھنکی آلو گے کنٛن۔ کأشر زبان وأژ تو ارتخس منز شاید گوڈنچہِ پھرِ رسمی طور سکولن منز۔ مگر یہِ سوٗرے سپُد عارضی ثابت۔ کینٛہہ ؤری پتے ۱۹۵۳ عیسوی منز آیہِ اتھ سکولن ہنٛدی دَروازٕ بند کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ یمہٕ تہٕ نوٚوِ سرکارٕ وجوٗدس آیہِ تموٚ ہیوٚ کنہٕ زبأنی پالسی متعلق کانہہ تہِ اہم فأصلہٕ کرتھ۔ اَکھ منحوٗس دُلمُل سپُد پأدٕ یُس ؤنہٕ تہِ نظرِ گژھان چھُ تہٕ مُسلط چھُ۔ زبأنی مُتعلق یِمن ہمت شکن حالاتن منز عظیم قٲری سنز آش تھاوٕنی چھےٚ اَکھ خاب۔ مُمکن چھُ کانہہ وَق کرِ یہِ خاب پزرس منز تبدیل مگر فی الحال چھ حقیقت چھےٚ یہاٚے زِ یہِ چھُ اَکھ خاب۔

یِیلہِ عام لوٗکھ خاص کَرِ پننہِ زبأنی متعلق اَن پرٕ آسَن تہٕ عام پأٹھی بیٚین زبانَن منز تہِ اَن پرٕے آسَن، یِیلہِ تمَن غُربٔژ عشق تام مٔشر وومُت آسہِ، انسانَس پنَن پان تہِ بار باسان آسہِ، سماجس منز سوٚدخارَن، جأگیر دارَن تہٕ بےٚ مُروت لوٗکن ہنٛز بالادستی آسہِ۔ مادری زبأنی متعلق شعوٗرک قحط آسہِ، زبان دَربارَو تہٕ مَدرسَو نبر آسہِ تہٕ لوٗکن ہُنٛد ذایقہٕ تامت رووُمت آسہِ، سُہ عظیم قٲری کپأری لبہِ زَنم؟ یُس شأعرَس تہٕ اَدیبَس پننہٕ نوٚقمتی رایوٚ تہٕ مشورَو ستی تہٕ پتٕر بن لاگہِ تہٕ ستی ادبَس منز تھوٚد معیار پأدٕ کرنَس منز اہم رول ادا کرِ۔

یُتھ کاشُر قٲری آمُت چھُ تمی حِسابہٕ چھُ تمی سُند أدیب تہٕ شاعِر تہٕ پکان رٕدمُت۔ اَتھ پۆت منظرس منٛز وُچھتھ چھُ یہ مانُن پیوان زِ اگر کاشرِس عام اِنسانَس تام کانٛہہ شعر روایتی حِسابہٕ واتہِ۔ یعنی شعر آسہِ روایتی، ساز کُ سوز روایتی تہٕ قٲری یا بوزن وول اکثر روایتی۔ تیٚتہِ چھُ غنیمتھے زانُن۔

اَمی حوالہٕ گژھہِ مہجورتہٕ آزاد تہٕ میٖنُن تہٕ تولُن۔ تِمو دوشوٕے کُر اَتھ روایژ دامنَس تھپھ۔ مگر یِتی دژاے قدماہ بژونٛہہ پہَن، یِمو بناوٕ یہ پٔنٕنز شاعری دُنیاوی، ژٕ روا ریاہ ژٕر، خاص کر پَنہٕ نِمن پیٚش رَون مُقابلہٕ۔ تہِ کُرِتھ تہٕ رٕد اَمیُک عالَم وارِیاہ محدُود تہٕ ژھوٚر۔

مہجور چھُ آزادس مُقابلہٕ زِ توٗہن وٕری یَن زیادٕ زِندٕ روزان تہٕ آزاد سپُد رحمتِ حق یِیلہِ سُہ پانٛژتاجی وٕہرے اوس۔ تہٕ مہجور یِیلہِ سُہ شاید ارہاٹھن منٛز اوس۔ یِمو دوشوٕیو اوس کاشرِس مُقابلہٕ فارسی تہٕ اُردوٗ پوٚر رُمت۔ چنانچہِ مہجور لوٚگ گوڈٕ فارسی پاٹھی تہٕ پَتہٕ اُردوٗ پاٹھی باتہٕ بازی کرنہِ۔ مگر یہِ سُہ یِژھان اوس یِیلہِ یِمو دوشوٕیو تہٕ دُنیتُس زِ سُہ پھیوٚر پَننہِ مادری زبانٛی کُن۔ یِمہِ تہٕ سوٗرے دُنیتُس یِیمیُک تلاش اوسُس۔ آزادس مُقابلہٕ چھُ مہجورَن کشیٖرِ علاوٕ شُمالی ہندوستانُک کینٛہہ علاقہٕ تہِ وُچھمُت یِیتہِ تمی کتین عالِمَن تہٕ أدیبَن ستی تہِ مُلاقات کوٚر۔ أمی سفرَن تہٕ یِمو مُلاقاتو آسہا مہجورس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ وارِیاہ فأید واتنوومُت۔

آزاد اوس اَتھ مُقابلہٕ بدل حالاتَن اندر رودٕتھ ژھانٛٹھ کران۔ سُہ رٕد کشیٖرِ اندرٕے نژان۔ مہجورس کوٚنس آسنہِ کِنہِ تہِ رٕد تَس ہمیشہٕ تمی سُند

احترام۔ مہجورس مُقابلہٕ یِم دوست تَس نصیب سپدی تِم اَسی سیاستدأنی منز زیادٕ ایڈوانس تہٕ اَدبی زأوی جارٕ کی کم واقف کار۔ آزادَن لیکھی مہجورس پیٹھ سبٹھاہ رٕتی تنقیدی شہہ پارٕ یِموٚ نش آزادُن خلوص تہٕ شوق نوٚن نیران چُھ۔ تِمی ہووٕ مہجورس پنُن کلام تہٕ ستی کوٚرن تمہِ اَثرُک تہٕ یقراریُس تِموشعرٕ وٕنش ظأہر سپدان چُھ یِم تِمی مہجورنِن شعرَن ہِندِس اَثرس تل لیکھی۔ حالانکہ اَمہِ ستی ووت تَس فائیدٕ بجایہِ نقصان۔ مثلن مہجورُن ٹوٹھ تہٕ مشہوٗر روژن اوس۔

باغِ نشاط کے گلو       ناز کران کران وولو

تہٕ آزادَن کوٚر اَمیُک نقل تہٕ تتھٕ پأٹھی۔

باغِ نسیم کے گُلو       باشہِ کران کران وولو

اَمہِ علاوٕ کوٚر عبدالاحد آزادَن مہجورنہِ شاعری ہُند سوٚن مُطالعہٕ تہٕ تمیُک نتیجہٕ دژ اوسہٕ تنقید یمیُک ہیرِ کنہٕ ذکر سپُد۔ اگر یہِ تبصرٕ کأشرٕ زبأنی منز آسہا گتھ بنہٕ ہا بدَل۔ مگر یہِ اوس اُردوٗ زبأنی منز تہٕ تتھٕ پأٹھی بنیاو آزاد کأشرِ شاعری ہُند گوڈنیُک اُردوٗ نقاد تہٕ ادبی تواریخ نٔویس۔ آزادَس مُقابلہٕ اوسنہٕ مہجور کُنہٕ تہٕ سِیأسی نظریُک شِکار سپدَنہٕ باپتھ تیار۔ یِتہٕ چُھ اَکھ وجہ زِ تِمی لیوٚکھ تِتھین اِنسانَن پیٹھ تہٕ قصیدٕ یِم کٔشیرِ لَندٕ رجأ گیرداراَنہٕ نظام قایِم کرنہٕ کِس تحریکس پَتہٕ نِن مفادَن پیشِ نظر زبردَس مخالف تہٕ شخصی نظام قایِم روزنہٕ کِس آلوس گن تھاوان تہٕ طرفدأری کران أسی۔ اَتھ ستی روٗدسہٕ آزأدی ہِندِ گرٕزٕ نِش تہٕ مُتأثر سپدان تہٕ آزأدی ہندی بأتھ تہٕ لِکھان۔ یوٚ دوٚے فِکری لحاظٕ سِیأسی انتہاپسندی نِش دامَن بچاوان روٗد۔ آزاد اوس موجودٕ نظامَس

تہٕ پٔرتھ استحصالَس خلاف۔ پَس اَسہِ یِم دوشوے شاعِر نظریاتی لحاظہٕ اَکھ اَکس نِش ہَنا مُختلف تہِ۔ مہجوراوس آزاداس مُقابلہٕ ذات پسَند تہٕ اَتھ پٹھ کرِ ہانہٕ سُہ کاُنسہِ سٕتی تہِ مفاہمتٕ۔ آزادَس مُقابلہٕ چھُے تَس منٛز حریف ہزاری تہِ تہٕ دُنیاوی گاٹجار تہِ۔ یِمہِ سٕتی تِمی وقتی طور وارِیاہ فائدٕ بہِ تُل۔ اَمی حبس آگہی ہُنٛد نتیجہٕ اوس زِ خوش آواز گیوَن والین ہنٛدِ ہٕٹہِ پٮ۪ٹھ کلام گیونٲوِتھ واتنوِیہٕ مہجورَن عام لُکن تامَتھ تہِ۔ قارِیَن مُتعلق یوسہٕ تَس یہِ شکایت اَس زِ ''تتہِ چھا مہجور تنہا بِہتھ دوٗر کو کربن چھکان موختہٕ ہار''۔ سُے قارِی یَس مُتعلق مے اِبتداہَس منٛز کینٛہہ گتھہٕ وَنہِ۔ یتہِ چھُ دُرٛس زِ اَتھ کلامَس دِژلوٗگو اَمہِ کَس ڈِکشنَس تہٕ خوبصورت تصوٗرَس پیشِ نظر پَنہٕ نَس یاداشتَس منٛز تہِ جاے۔ تِکیازِ وونی اوس حالاتَن ہُنٛد گٹھ کوٗش تہِ وارٕ وارٕ وبگلُن ہوان تہٕ کاشِر زبان تہِ اَس بیٚشونٛکھی پاٹھی اَکھ اِرتقائی منٛزِل طے کران۔

اَتھ مُقابلہٕ چھُ آزادَس منٛز سِیاسی طوراَکھ سُہ اِرتقا نظرِ گژھان یُس زمانَس سٕتی سٕتی مظبوط اِنسان دوستی ہنٛزِ شکل اختیار کران چھُ تہٕ تِمی سٕنٛدِس کلامَس اَکھ خاص انہار بخشان چھُ۔ مہجورٕنی پاٹھی چھُ سُہ تہِ شاعری نِش تبلیغ تہٕ تفریح کام ہوان۔ سُہ چھُنہٕ ذاتی نفع نقصانَس پیشِ نظر کانٛسہِ تہِ کانٛہہ قصیدٕ لِکھان۔ وونی یِیلہِ سُہ اَتھ پٹھ یِوان چھُ تَس بڑٕ وٕنٛڈھٕ گنہِ چھِ سبھاش چندر بوس، مہاتما گاندھی، مارکسزم، انقلاب، روٗس تصویرٕ بنِتھ ووتلان۔ تَس نِش چھِ یِم احترامَس لایق۔ تِکیازِ یِمو چھُے استحصالَس، غلامی، نوآبادیاتی نظامَس خلاف تہٕ نسل، رٔنٛگ، مذہَب مُشرِ تھ اِنسانی وقارٕ تہٕ آزادی باپتھ پانہٕ

تکلیف تُلتھ سبٹھاہ رٕژ کام انجام دِژمٕژ۔ بڈ شاہَس چھ سہ اِو۔کنہِ پنہٕ نبن شعرَن منٛز جاے دِوان تکیاہ زِ تَس اوس کأشرِ بن ہُند ژُکھ تہٕ کٔشیرِ ہُند لول۔ پتہٕ چھ یٖمہِ گتھہِ ہُند ثبوت زِ سہ اوس اِنسأنی تہٕ مُلکی مَسلَن پیٹھ بین الاقوأمی دأیرَس منٛز وُچھنگ ہُد حد تھاوان یوٗ دوَے اَتھ نظرِیَس شأعرانہٕ تجرُبَن ہندِس واتہٕ ناوِرَس ءستی سیٚدِ سیٚوٗد کانٛہہ واٹھ نظرِ گژھان چھنہٕ۔ تاہم چُھ یہِ شأعرِ ءسنٛزِ شخصیژ اَکھ خاص انہار بخشان یٖمہِ ءستی تٔمی سُند کلٲم فَن مُتأثر سَپدنہٕ ورأے روزان چھنہٕ۔ یہِ وۄن مے اِو۔کنہٕ تہٕ زِ أخرَس پیٹھ چھے شأعرِ ءسنٛزِ حبس آگہی ءکتی چیزٕ میلتھ شکل لَبان۔ اَتھ منٛز چھ أمی ءسندِ شعوری دُنیا ہُک پرٛتھ سہ پرتَو موجود آسان یَتھ یہِ خام مال زأنتھ پنہٕ نبن تجرُبَن ہندِس واتناوِرَس دوران استعمال کران چھ۔ حقیقی شأعر چھ شاید تی کران تہٕ پنٛن پان تخلیق کاروَنہٕ نَس لایق بناوان۔ تبلیغ گٔیہِ نہٕ شأعری یوٗ دوَے شأعری ہیکہِ تبلیغچ کأم تہٕ انجام دِتھ۔ مگر پنٛنہِ طریقہٕ تہٕ پنٛنہٕ گاچہِ۔ پنٛنہِ اسلوبہٕ تہٕ پنٛنہِ آیہِ۔

یِمَن ہُند پوٗت منظر مدِ نظر تھأوتھ یوٗ دوَے یِمَن دوشوٛنی ہندِس دُنی یہَس منٛز وارِیاہ بِین چھ تاہم چھِ کینٛہہ چیزٕ یِمَن اندریمِ ہشَر ہاوان چھِ۔ یِم دوشوٛے چھِ بعضے اَکی آیہِ سونٛچان۔ مثلن دوشوٛے چھِ پنٛنہِ شأعری تہٕ پنٛنہٕ نَس فنَس متعلق خوش فہمی ہندی شِکار۔ یِہأے خوش فہمی چھے یوسہ یِمَن ءتھی ہی شعر لکھناوَنس پیٹھ تیار کران چھے۔

مہجور کأشرِ ی کأنسہِ ژِ زونٛگھ نہٕ وُنیستام
یِم زانہٕ نَے تمِ وُنہِ چھِ ینے بوز کانٛہہ زاو

یا

کشیرِ ے مشرقس بیدار کرِ وُزناوِ وقتس پتھ

یہِ آلو کاشر بن ہند بن کنن تام واتناوُن چھم

تہِ عبدالاحد آزادُن یہِ شعر۔

عالم ہا کرِ یاد۱ آزاد آزاد

کُنہِ ساعتہِ وُچھتھ یاد پاوے مدنو

ءکتی مُقام چھِ یوان یمن ہنزِ شاعری منز یمِ اَسہِ بَد دِل گرِتھ بڑیڈی کڈناوان چھِ۔ اکہِ طرفہِ چُھ تجربک تاثر بڑونہہ کُن یوان تہِ بیٚیہِ طرفہِ فنی ڈیٚنجر۔ زندگیہ ہوسہِ لامحدوٗد وسعت تہِ رنگارنگی چھے تمیُک معمولی اَندازِ کرنس منز تہِ ہیکہِ نہِ یمن ہنز شاعری اَتھِ روٗٹ گرِتھ۔ ءکتی مُقام چھِ یمن جایَن یمِ مِزازِ وحدتَس قوبوٗ گرِتھ چھِنہِ ہبکان۔ یہِ حالت چھے خاص گرِتھ غزلَن منز نمودار سپدان بیٚیہِ پرِتھ شعرا کھاُ ءکس نِش الگ اُستھ تہِ مِزازِ ءکنی اکھاُ ءکس ءستی لرِ لوٚر روزنک دعویٰ گرِتھ ہبکان چُھ تہِ ہبکُن گژھِ۔ یِم گژھن نہِ پَس اکھاُ ءکس مخالف یا مُقابلہِ آءسنی۔ اکھ آسہِ مشرقس گُن بُتھ گرِتھ تہِ بیا کھ مغربَس گُن۔ غزلہِ کِمن شعرَن ہنز یہِ پوزیشن چھنہِ اِنسانی مِزازَس منز وپیٚتھ ہبکان۔ ءبہ کرکھ مجبوٗرِ نی یِم شعر مِثالہِ باپتھ پیش۔

شہرِ نالان متر سأری پریشان

شوٗبیا یِژھ لولہِ شہرَس حکمرانی

زمینٛگ راج یَنہٕ روٗٹ کامہٕ دیوٗ ن
وُپھن زِتی نبوتہِ تنہٕ ہیٚوت آسمأنی
ژہتَس پاو آدٕنکی تمِ وعدٕ سأری
تمِ أسیا وعدٕ کنہٕ أسۍ قصہٕ خأنی
ژہتَس پا و نا پسند یمِ کارأ سی
تمے کار چھُکھ ژٕ کرناوان عیأنی

مزاژس تہٕ موٗڈس پیش نظر چھُنہٕ گوڈنکین دون شعرن تہٕ ژون منز دوہمس تہٕ باقی ترٛبن کانہہ مزاژ وحدت۔ اَتھ ستی چھ یمن منز فنی لحاظہٕ ڈیجر تہٕ آمُت۔ روایت چھے زِ کامہٕ دیو چھ اوٚن۔ تَس ستی اَمہٕ حوالہٕ زِتنہٕ وُپھن تھاوُن چھ غیر موزون تکیاز ِیہٕ چھ وُپھن جبٕس ستی تعلق تھاوان۔ یلہٕ شتر نالان تہٕ متر پریشان آسن زمینٛگ راج کپأری کنی آسہٕ کامہٕ دیوٗن روٗٹمُت۔ یتھٕ چھُ غزلُک کامیاب مصرعہٕ ہمیشہٕ ترٛوٗش آسان مگر یم شعر چھنہٕ اَتھ ترٛوشرس دۄرُک ہمسایہ تہٕ بنتھ ہبکان۔ یمن منز زَن چھ گُستام شخص قوبوٗ کرمتٕ ژکھ منز مگر ہمدردی سان گستام زوروارس برٛونٛٹھہٕ کنہٕ نصیحت پسند لہجہ ورتاوِتھ پانس کُن انُن یژھان۔ تِتھے پأٹھی یُس تووُرد آزادن غزلن منز نظرِ گژھان چھ تمہٕ ستی تہٕ چھ پرن تہٕ بوزن وول تیٚتھ بورسپدان زِ سہ چھ مژ بدلی ہنٛدِ باپتھ کرٛیشان۔ یوٗ دوے یمن شعرن منز ردیف، قافیہ، بحر، وزن موجوٗد چھِ تاہم چھنہٕ یمِ لوأزم تہٕ یمن منز سو جذبٕ یتھ پاد کرنس منز کانہہ تہِ رول ادا کران یتھ شعرُک مول ہُرِ ہے تہٕ

معنے چَن اُچھن منز کہر بالہرٔ ٹنٕ نیرِ ہے۔

مگر یہِ چھ بزُرک اَکوے پاس یۄ دوَے یہِ کُنہِ تہِ لحاظہٕ نظر انداز کرنس لایق چھُنہٕ۔ ئہ چھس توَے یہِ گتھ ییتھی جایہِ وَنٕنی یژھان زِ مہجورٕ تہٕ آزاد دوشوَے چھِ پابند شاعری یَتھ منز وژُن، غزل، نظم بیترِ شامل چھِ پننہِ واتناوِرُک ذریعہِ بناوان۔ ئتی چھِ تم اَتھ پابند نظمہِ اَکھ نۆو موڑ تہِ دِوان یَیمہِ ئتی یہِ جدید تقاضن نزدیک یِوان چھے۔ اَتھ سِلسِلَس منز ہکون مہجورٕنی آزادی، گلالہٕ تہٕ زوٗن تہٕ آزادٕنی ذٕری یاو نظم مثالہِ باپتھ پیش کرِتھ۔ یِم نظمہٕ پرِتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ کاشر نظم چھنہٕ چندٕ چھنی۔ یِم چھے کِتس حدس تام آیندٕ کالہِ کِس فری تہٕ بلینک ورسَس وَتھ شیران۔ نوِ ہیئژ شکلا ونچ دعوت دِوان۔ پننہِ اَندرِمہِ نارٕ کنی روزن یِم کاشرِس اَدبی تہٕ شعرٕ سَر مایس منز پَنُن وُشنیر ہیتھ سانٮ۪ن جذبن تہٕ احساسَس گرمی واتناوان۔

یۄ تام لولہٕ وژُنن ہُند تعلق چھ آزادس مقابلہٕ چھ مہجور یمن اندر پُزی پاٹھی میٹھان تہٕ ووسنَس یِوان۔ باسان چھ زِ یوہے چھ اُمی سُند اصل ماٰدان۔ اَتھ منز چھ مہجورٕ پننہِ نِس فنس واش کڈِتھ ہکان۔ یمن ہُند بوٗڈ آسُن چھُ یمن ہنز خوبصورت زبان۔ سو زبان یوسہٕ پُزی پاٹھی معیار بناوِتھ ہکون۔ ٹکسالی، شہرن تہٕ بڈین قصبن ہنز زبان۔ مےٚ چھ از برٕ ونہہ ژوٗدہ ؤری پننہِ نِس اَکِس مضموٗنس 'مہجورٕ تمی سُند زمانہٕ تہٕ تمی ہنز شاعری' یُس کاشر شیراز' ۱۹۶٤ ہِندِس اگست شمارس منز چھاپ سپد مُت چھ، منز ییتھی ہی جُملہٕ لیکھی متی:

''مہجورؔ چھُ نَہ صرف گتھ ونان بلکہِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز وُسعت تہٕ

ژھاران........ پنٕنین خیالَن ہُنٛد اظہار کران کران زبأنۍ ہنٛز وُسعت تہٕ

گُشادگی یا زبأن ہُنٛد سنبر ژھارنٕۍ گوٚو ادب پأدٕ کرُن۔''

اَمہِ خیالٕچ نشاندہی کرنہٕ باپتھ دِمہٕ یہِ کینٛہہ مِثالہٕ۔

ہِی پوشِکۍ پأٹھۍ گُزرم زندگی

لنجہِ اۭوۍ جہِ گوٚونہٕ گوٚب زٕنٛہہ بار مێون

یا

وێسی یےٚ کیا ملالہٕ روٗٹ جانانَن

جاے تمۍ رٔٹ پرِستانَن منٛز

وَژٕنکۍ اکثر شعرٕ بند۔

وۄتھ شوریامَتھ واوِ حُسنَس موج تُلِتھ گوٚو

اظہار تِی کوٚر زُلفچہِ تھتھرایہِ ونٕۍ کیاہ

یا

شامہٕ ژھاے واوِ گٔژ اے پوشہِ وُتھرا پوٚپتھر

پان زِندَے زالنٕگ ووت پوشِرس پَروانہٕ چون

یا

ژٕلہِ لارِ وُچھمکھ حال وَنہٕ ہے وارٕ وُچھہے روے

گلہِ زبوٚمے گیم اوٚش وۄتھم دَدرایہِ ونٕۍ کیاہ

تہٕ بێیہِ تہٕ کٔتی شعر چھِ یِم زَنتہٕ مہجورنہِ مزاژٕ منٛزٕ پھٹےٚمتی چھِ۔ تمام تمبرِ

یکجا سپدِتھ چُھ اَکھ تیٚوٗنگُل بنان تہٕ اَکھ شولہٕ شکلاں۔ آزادنین کینژن غزلَن تہٕ وژنَن منز تہِ چھےٚ اَمی قسمچ تژا اے گژا اے نظرِ گژھان ؎

کیٚا روزِ پرٚدَن ژھایہٕ ژھایے سوزِ جگر میٚون
کر پھیرِ سبزی لولہٕ باغَس نیرِ یہ شرمیٚون

یا

باٹِلی سٕہ ہے چُھ بے وفا میٚون اَمار کیٚا کرے
سورٕ وُنِس محتبَس زُو تہٕ زار کیٚا کرے

رؤدی تمی سُند مشہوٗر شہکارڈُری یاوٗ تتھ چھےٚ کاشُرِس شعرِ سرمایَس منز پنٕنی الگ اَتھی یَتھ۔ یہِ وُنَن زیِمَن دوشوٗنی تہٕ مہجورٕنی جادٕے پہٕن شعر رؤدی پَنہٕ نِس وقتس منز لوٗکن اندر مقبول چُھنہٕ تیٚوٗت اہم۔ اَتھ پیٹھ چھ مے مشہوٗر انگریزی دانشوَر تہٕ نقاد تہٕ اَدیب ایلڈس ہکسلے سُند یہِ وُنُن یاد پیوان زِ سٕہ شاعِر آسہِ نہٕ لابُدی طور بوٗڈیس پنہٕ نِس زمانَس منز پرنہٕ باپتھ واریاہ پرَن تہٕ بوزَن والی بنَن۔ زمانَن چھ ہکسلے سُند یہِ وُنُن پرکھاوِتھ پُزروومُت۔ کانُسرِ تہِ فنکارٕ سنز بجرِچ علامَتھ چھےٚ اُخرس پیٹھ تمی سُند بن تجرُبَن ہُند سنبر تہٕ کھجر بجر مُقرر کران۔ یوٚ دوٚے یِم دوشوٚے شاعِر اَتھ پوٚت منظرٕس منز ووتلاووکھ سائنس یمَن متعلق رنگین تصوٗرن چھتَن کتی رنگ تہٕ سانی وارِیاہ غارٕ عظیم قاری سپدَن شاید واریاہ ناراض تہِ۔

یہِ چھ اَکھ ٹاکارتو اٗریخی پزر زِ مہجورنِس تہٕ آزادنِس زمانس منز اُسی نہٕ کٲشرِس منز شاعری تہٕ ثقافت عام لوٗکن تامتھ نِنہٕ باپتھ تِم مخصوص اَدارٕ یِم از

اَسہِ نِش چھِ تہٕ یِمَن منٛز ریڈیو سٹیشَن ، دۄردرشَن ، وی سی آر ، ٹیپ ریکارڈر ، کلچرل اکادمی ، ساہتیہ اکادمی تہٕ درجن واد مُقامی تہٕ علاقٲیی کلچرل کلب ناو ہنٛبس لایق چھِ ۔ سرینگرِ کُاکھ زِ سینما کُس اَتھہٕ روٗٹ کرہَن کاشُرِ زبانِ تہٕ اَمہِ زبانِ ہِنٛدِ باپتھ کُس بۄ ندبس اوس یِمَن اندر ۔

۱۹۳۵ ءاندر ءِ سمکھی یم زِ شاعر تہٕ یہِ وُری روٗدِ یہِنٛدِ باپتھ سبٹھے اہَم ۔ اَمہِ وُری یہِ پتہٕ چھُ مہجور کھلہ پاٹھی پیامی شاعری تہِ کران نظرِ گژھان ۔ یہٕ چھس بعضے بَڈ بَڈ سونچان زِ اگر یم زِ شاعر یتھہٕ پاٹھی اَکھاہ کس سمکھی ہتی اسہَن نہٕ خبر تیلہِ ما آسہِ ہے یہنٛزِ شاعری ہُند رنگ موجوٗدٕ رنگہٕ نِش مختلف ۔ اوٚتامتھ اوس مہجور مذہب تہٕ چھلِتھ چھوٚ ۔ کتھ زبانِ منٛز مارِ مُنٛدی لولہٕ نغمہٕ تخلیق کران تہٕ پننہٕ نِن پتہٕ مین لولہٕ شاعرَن ہنٛز ربوایتھ برٛونٹھہ پکناوان ۔ مگر اَمہِ پتہٕ چھ سُہ پیامی شاعری تہِ کران ییتھ منٛز فاقہٕ پھرِ شوٚنگی متِس موٚزوٗرَس بیدار گژھنہٕ باپتھ زیر دِوان چھُ ۔ اَتھ شاعری منٛز چھ سُہ زوٗن ، گلالہٕ تہٕ آزادی اَکتھ کُن تھاوِتھ قارِ یَس فاقہٕ پھری شوٚنگناوان ۔ اَمہِ شاعری ہُند جاہِ حِصہٕ چھُ خطابت ۔

اگر اَسی یہِ وَنو زِ آزادنہِ لولہٕ شاعری منٛز چھنہٕ سُہ مُہذب ہوا نوا درینٛٹھی گژھان ییمیُک آسُن مہجور نِن لولہٕ باتَن خوش بوے دِوان چھُ اَسی کَرونہٕ کانہہ تہِ غلط بیانی ۔ آزادنہِ لولہٕ شاعری منٛز چھِ پرٛزلِ وِنی لال نظرِ گژھان مگر یم چھِ واریاہَن جایَن تراشی ہِنٛدی محتاج تِمہِ ستی ییہ ہے یِمَن اسلوب تہٕ نپہ ناوبر ۔ اَتھ گژھ دوٚیم نظر دِنہٕ آمٕژ آسنۍ ۔ تہِ چھنہٕ

سپُد مُت ۔مہجورَن چھے اَتھ مُقابلہٕ وارِیاہ نظرِ دِژمٕژ تہٕ اَمہٕ نِش پرٛتھ کمزور اظہار بدلاوٕنچ کوٗشش کرٕمٕژ ۔حالانکہٕ آزاداوس کینٛژ ولیجاظو منٛزی لَس تام واتنہٕ باپَتھ پنٛنۍ وَتھ قدماوان ۔اَتھ سِلسِلس منٛز ہیکو کھ نہٕ أسی تمِ طنٛزی شعرمنٛز اُوتھ ییمِ رٕومأنی لولچہٕ لاوٕبأٹی ٹُسنہٕ کران چھِ

یِمبرزٔلی ژٔے پتے مَرٕ ہا بہٕ کُس تھاوَن گھرے یوٗ مبرو

اَمے غمہٕ ستی نینٛدر رچھمنہٕ یِوان لولرے یوٗ مبرو

مگر چھر الولہٕ شأعری تہٕ سِیأسی کتھہٕ ہیکَن نہٕ یَتھ کُن مے برٛونٹھے اِشارٕ کوٗر زندگی متعلق سانین طرحدار تہٕ رنگ بدل وُنین ضرورتَن پوٗرٕ کرِتھ ۔اِنسانٔس چھِ قسمہٕ قسمہٕ جذبہٕ' احساس تہٕ ظون ۔پیٛٹھہٕ چھ یِمن تہٕ پُٹن ارتقا ۔بیٛیہٕ چھِ ییمِ شِدتَس پیشِ نظر پرٛتھ فردس نِش مخصوص اسلوب تھاوان ۔زندگی چھ تِمن کمزوٗری یَن ستی تہٕ واٹھ یمہٕ اِنسانٔس ستی ازلہٕ پیٹھے مذاق کران چھے آمٕژ ۔موکُل اُستھ تہٕ چھ أمی سُند آگاہ پننہٕ نین حدوٗدَن اَندرٕ ے وو تَل بُجہٕ کران ۔ہاے تمہٕ حقیقژ یِمن پیٹھ اِنسانٔس پانٔس تہٕ کانٛہہ دَسگاہ آسان چھنہٕ تہٕ روزان چُھنہٕ ۔یَس چھے یہٕ زندگی رنگأرنگی تجربہٕ سَران تہٕ منگان ۔اَمی حوالہٕ چھس بہٕ وَنان زِ کامیاب یابوٗڈ شأعِر چھ سُے یُس پننہٕ شأعری منٛز پننہٕ مقدوٗرٕ موجوٗب یِمن ہُند اَنہار بدٕ کڈِتھ تتھ اَنہارَس لفظَن ہُند جامہٕ وَلہٕ ۔تہٕ کرنہٕ ستی سپدِ شأعری مالامال' حُسین تہٕ مددگار شأتھ ۔یِژھ شأعری ہیکہٕ اِنسانٔس رہبری کرِتھ تہٕ زندگی اَنٛزی منٛزی گرٛزھنس موٗلُل اَتھہٕ روٗٹ کرِتھ ۔وون یِیلہٕ کانٛسہٕ شأعرس نِش یہٕ چُری گیٛش سبٹھے کم

آسہِ یانہٕ آسنٛس برابر آسہِ تمی سٕنٛز شاعری ہُنٛد دأیر چھ پانٕے ژمان تہٕ تنگان۔ مہجور چھ کُنہِ کُنہِ جایہِ اَتھ اَنہارَس لفظہٕ پأراوکران کران دِپان زِ پأراوگوٗ ومگر گرٛ ہان چُھنہٕ۔ یہِ چھُ اَکھ یِراد یُس یِرادے روزان چھ۔ قدم چھُ ووتھان مگر پِھوان چُھنہٕ۔

آزادنی وارِیاہ شعر چھِ کاشرِ شاعری ہٕندِس دُنیاہَس منٛز نٔوِس پیمانہٕ سٕنٛزٕ ژھی یَتھ تھاوان تہٕ اَمہٕ لحاظہٕ چھےٚ اَتھ پٔنٛنی توأریخی اہمیت۔ یوٗ دوٗے یِتہٕ پَنہٕ نٕن کمزوٗری یِن اندر پھسِتھ تہٕ دأیرٕ کَنی محدوٗد چھےٚ۔ اَمِچ بٔڈ کمزوٗری چھےٚ اَمِیُک خطیبانہٕ لہجہِ تہٕ رنگأرٔنگی ہٕنٛز وبٔژھے۔ اَکھ ناقابلِ تردید پزر یُس نظریأتی ادبَس سٕتی روزان چھ تہٕ یمی ترقی پسند شاعر شاعری متعلق دُبارٕ غور کرنَس تہٕ سوچنَس پٮ۪ٹھ مجبور کوٚر۔ تَس توٚر فکرِ زِ واعظ پرنَس شاعری وَنٕنۍ گوٚو شاعری ہٕنٛز توہین۔ شاعری ہٕنٛز کأم چھےٚ تَتھ سِرٕ ساوِرَس لفظَن ہُنٛد پوشاکھ وٗلِتھ اِظہارُک وجوٗد بخشُن یُس اَسہِ پَنہٕ نٕن محسوٗسی تہٕ دید مان تجرُبن تہٕ احساسَن منٛز تہٕ أندی پٔکھی موجود آسان چھ۔ شاعرٕ سُنٛد فرض چھ یہِ وارٕ پأٹھی نظرِ کڈُن، اَتھ پٮ۪ٹھ پانہٕ تعجب کرُن تہٕ پَنہٕ فنی ایماندأری سان پیش کرُن۔ اَتھ سِرٕ ساوِرَس پٮ۪ٹھ تبصرٕ کرُن یا اَتھ جواب دیُن، حل ژھارُن چُھنہٕ شاعرٕ سٕنٛز کأم۔ ووٚنی اگر کانٛہہ یِی کرِ دوشوٗے حُسن گژھن اَتھٕ منٛزٕ۔

مَرنہٕ برٛونٛہہ ترٛےٚ وٗری ۱۹۴۵ منٛز لیٖچھ آزادن پٔنٛنی اَکھ کاشرِ زبأنۍ ہٕنٛز اَکھ اہم نظم یَتھ دُری یاوٗناوٗ چھُ۔ یہِ نظم پٔرِتھ چھ احساس سپدان زِ آزادَس اوس ووٚنی فنُک سہ ژٕہل اَتھِ آمُت یُس شاعری منٛز اہم رول ادا کران

چھُ ۔ ژھل لفظہٕ نِشہِ چھُنہٕ میٚون مُراد فند یا چال بلکہِ مہارت تہٕ تکن گرٕی ۔ باسان چھُ زِ سُہ اوس وونی پوختہٕ گی ہُند منزل مانڈان ۔ یہِ ڈُری یاو چھےٚ کأشر زبأنی منز اکہِ مُنفرد مزاجُک نظم تہٕ ستی اکہِ نوِ منزِ لِچ نِشاندہی کران ۔ اَمیُک متوازن گرٕز تہٕ وُساو طاقت' آہنگ' علامتی حُسن' اَچھ امیجری لفظہٕ ژأر" منطق سأزی چھِ سأری مناسِب مبقدارس منز پَن پَنُن جِھہٕ اَدا گرِتھ باقی کتھو علاوٕ سأنِس دُنیاہَس منز عجیب قِسمچ ہل چُل پاٗدٕ کران ۔ پَنہٕ نُبن کیٚنژَن الگ الگ نظمَن اندر یُس احساس آزاد لفظَن حوالہٕ ہیٚوٚ کنہٕ گرِتھ سُہ چھُ نظمہِ منز پَنُن جہار لبان ۔ ڈُری یاو چھُ علامتھ بنان' عظیم تہٕ مہا کالچ' یَتھ منز لول ہیتھ پزتھ چیزِ پرِ وسان چھُ ۔ یہِ نظم چھےٚ آزادنہٕ شأعری منز سُے مقام تھاوان یُس رحمان ڈارنہٕ شأعری منز "دشش رنگ" نظمہِ چھُ ۔ اگر یہِ نظم گیوٚن والو گیوٚنہٕ تمہِ ستی ہوٚنہٕ اَمہِ کَس عظمتس پیٹھ کانُہہ تہِ ناکارٕ اثر ۔ باقی کتھو علاوٕ چھےٚ یہِ نظم یَتھ پزرس کُن تہِ اِشارٕ کران زِ اگر آزادس موت تھپھ دِی ہے نہٕ تمی سُند فن لبہِ ہے بیٚیہٕ ہَن تھوٚ دشان تہٕ مرتبہٕ ۔ ىٔہ کرٕ اَمہِ نظمہِ ہِندی زٕ بند مِثالہِ باپتھ پیش ۔

گنیٚن کھمبر بن کھلبَن کھراشَن پکان چھس منز گٹس گاشَن

نہٕ چھس محتاج شاباشَس نہٕ چھس مُشتاق گِندہٕ باشَن

یِتھےٚ چھس راتہٕ کرٕ یلَن منز یِتھےٚ چھس بُلبلَن اندر

یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرَن منزٕ لَن اندر

دِوان چھس پہرِ تہٕ گامہٕ تہٕ شہر گاہے ہوٚل تہٕ گاہے سیٚود
دہانس کف تہٕ پانس زَرسہٕ زَریُس چھنہٕ پانَس ویٚود
وہپان چھُنہٕ میٚون آتشِ نار پانَن منقلَن اندَر
یِوان چھم زندگی ہُند سوز سفرَن منٛزی لَن اندَر

باسان چھ زِ اگر آزادَ کینٛہہ وٲری بیٚیہِ زِندٕ روزِہے سہٕ ما دِیہِ ہے تتھ زرس ویٚود بناوِتھ شکل یُس نہٕ تَس وُنہِ ویٚود دِیوان اوس تہٕ ییمیٚک اَوہزٔ رتَس دہانس کف کھاران اوس تہٕ پانَس زَرحوالہٕ کرِتھ گومُت اوس۔ خبرسہٕ ما گژھِہے اَتھ زرَس بڑ وٚنھے أنٛزی منٛزی اگر تَس گاٹُل تہٕ عظیم قٲری سمکھمُت آسِہا یا تہٕ مہجورنہٕ شکلہِ منٛز یا بیٚیہِ کانٛسہِ دٲنشورِ سٕنٛزِ صورٕژ منٛز۔ خیال ییمی دیُت تہٕ تمی مگر یہٕ چھِے اَکھ حقیقت زِ مہجور چھ کٲشرِ بن فارسی شاعرَن تہٕ آزاد کٲشرِ زبٲنی ہِند بن شاعرَن ہُند تذکرٕ لیکھتھ باقی کتھو علاوٕ پنٕہ نین تواریخی حبسَن تہٕ شعورٕ آگرَن ہنٛز تہٕ نِشاندہی کران۔ دَپان خیال چھِ دوٚیوٕ زنبو پیش کٔری متی۔ مہجورَس علامہ اقبالَن تہٕ آزادَس خود مہجورَن پانٕے۔

مہجورتہٕ آزاد دوشوٕنی اَس یہِ شِکایتھ زِتِہنٛد قٲری چھ وُنہِ زِنٛنے۔ یہٕ بیانہٕ ہیکہِ غلط فہمی ہُند نتیجہٕ تہٕ اَستھ یتھ کُن مے بڑ وٚنھے اِشارٕ تہٕ کورمُت چھُ۔ پزٕ رچھ یہِ زِ اگر تمَن عظیم قٲری نصیب سپد ہے تِہنٛد فنک تہٕ شاعری ہُند دُنیا آسہِ ہے یقینَن تمہِ نِشہِ بدل یہٕ وُنی کبس چھُ۔ واریاہ بدل۔



امین کامل

اُردو پیٹھ ترجمہ: شبیر آزر

# آزاد۔ کیٚنہہ کتھہٕ

(یہِ چھےٚ عبدالاحد آزادَس متعلق کیٚژَن بےٚ ترتیب کتھن شیرازٕ بندی کرنچ اَکھ کوٗشش)۔

(۱)

مےٚ چھُ آزاد گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۴۲ عیسوی یَس منٛز وُچھمُت یمَن دوہَن اوٗسُس بہٕ کالجہِ پرَان۔ سائنس کالجس منٛز اوس اَکھ اردوٗ مشاعرٕ سپُدمُت۔ تیٚمچ کاروٲیی دِنہٕ باپتھ اوٗسُس بہٕ "ہمدرد" اخبارٕکس دفترس پیٹھ گومُت۔ اخبارُک مدیر پنڈت پریم ناتھ بزاز اوس مےٚ بڑوٚنٛھے زانان۔ اَتہِ اوس گیٚشوم بُتھِ دستارٕ ہنا دِتھ بیا کھ شخصاہ تہِ۔ بزاز صأبَس گیہِ راے زِ بہٕ سنٛیوس نہٕ اُمِس تہٕ ووٚتھ مےٚ گُن زِٕژ چھُھَن نہٕ یہِ زانان یم گےٚ عبدالاحد آزاد صأب۔ آزاد صأبَن وُچھ مےٚ گُن تہٕ یِہأے اَسنہٕ ہنا آیَس۔ اُمِس شخصَس منٛز اُس نہٕ ظأہرَن کانٛہہ تِژھ کتھ یُتھ سہٕ پانَس گُن رأغب کرِ ہے۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ یَیلہِ سہٕ کتھہٕ کرنہِ بیہہ ہاسہٕ زَن اوس

جاۍدی ہانکل کران۔

دۄیمہِ لٹہِ وُچھ مے یِم اَتھی اخبارٕ کِس دفترَس پیٹھ۔ بزاز صاب تہٕ میٲنۍ ہیہر بابہٕ ایم، اے صابر صاۍبَن اوس ''کسان تحریک'' ناوٕ اَکھ پمفلٹ شایع کۆرمُت۔ یتھ منز اکہِ حِسابہٕ نیشنل کانفرنسس مدِ مُقابل کُمِل بایَن یکوٹہٕ گژھنچ تحریک دِنہٕ آس آمٕژ۔ اَمی اَس ''گرٛیسی گنڈٕنچ'' صورت تہِ اختیار کرمٕژ۔ بتھِ اَسکھ دِتی ٕتی یہٕ یعنی امین کامل تہٕ غلام احمد ناز۔ غلام احمد ناز اوس سوپٹ ٹنگہٕ پورکل گامیُک روزَن وول۔ سہٕ اوس مے پرٛن بوج تہٕ یار۔ سہٕ تۆر پتہٕ پاکستان۔ کرٲچی منز کرٕن بیرسٹری تہٕ تتی لۆبُن وفات۔ کاشرِس منز اوس رِتی شعر لکھان۔ تمۍ چھ ڈاکٹر اقبال ٕسندِس ''شکوہ' جواب ِشکوہ'' تہٕ ''اسرارِ خودی کِس'' کاشُر ترجمہٕ تہِ کۆرمُت یُس پتہٕ کراچی ہنٛزِ اقبال اکادمی چھپو و۔

ٕیہٕ اوسُس بزاز صاۍبَس نِشہِ یِیمہِ کتھِ خاطرٕ کومُت زِ تمو کیاز اوس سانہِ منشہِ وراۍ ے پمفلٹ سانہِ ناوٕ کۆرمُت شایع۔ آزاد صاۍبَن کۆر اَمہِ کتھِ ہُند مے ستۍ اتفاق اَمہٕ ستی وۄنُن زِ وُچھوہے تہٕ کمیُن پزٕ پنہٕ نو حقو قو باپتھ اِستادٕ گژھنُک شعور پاۍدٕ کرُن۔ تمَن پزِ یکت کرُن تکیاز اکثر لۆکھ چھِ تہُند سیاسی تہٕ معاشی استحصال کران۔

(۲)

آزادَس اوس زۆہامہِ چہٕ اَکِس بٹہٕ کورِ ہُند عشق سنیٛومُت تہٕ سوتہِ اَس تِمس پتھ پھلواہ گاۍمٕژ۔ دیناناتھ پارمو چھُ لکھان زِ آزادنہٕ وَننہٕ موجوٗب چھُ

تمی اَتی پیٹھہِ شعرو نٔی ییتٕی مٕتی ۔ چنانچہِ لڑکی اُس غیر مُسلم یہنٛد مٕیُل اوس نا مُمکن ۔ لڑکی گٔیہِ اَمہِ ہمدمہِ سٟتی تٕرٛتھ بیمار زِ پتہٕ وٕڑھے نہٕ ۔ پارموصأبنہِ اَتھ گتھِ پیٹھ راے زٕنی کران چُھ آزادُن جگری دوست غلام احمد صأبن وُنن زِ آزادَس اُس بحیثیت مدرٕس زُوہامہِ پیٹھٕ سبٹھاہ دوٗر ترٛال ڈیوٹی ییتہِ تَس بیمارِ نال وٕول ۔ییلِہ تَس ہنا راحت ہیوٚہ مٕیوٗل سُہ آو کیٛنژن دوہَن ہٕنٛدِ خاطرٕ گھر تہٕ میأنِس وَنہٕ نَس پیٹھ گوٚو اُمس بٕٹہٕ کورِ عیادتَس ۔لڑکی روٗز کمزور تہٕ لوٗسمٕژ آسنہٕ باوجود ہِہتھ ۔آزاد ہٕنٛدِ خاطرٕ آو چایہِ ہُنٛد سَنٛز کرنہٕ ۔آزاداوس وُنہِ چاے چوأنی زِ اَمہِ لڑکی گَر اُمی ہٕنٛز ژھیٛٹ چاے چیچ خاہش ظأہر ۔بیمارٕ ہٕنٛز حالت وُچھتھ ہیوٚکنہٕ کانٛسہِ تہِ روٗٹ کٔرِتھ ۔ییلِہ آزادنہِ ژھیٚچہِ چایہِ منٛزٕ زٕ چمچہِ تَس دِنہٕ آیہِ تمہِ ہوو آزادَس پانَس کُن تہٕ وٕنی نَس کیا ہتام کنہٕ شٕیچھ تہٕ چایہِ ہُنٛد ترٛےیم دام چوأنی دِتُن اَمانتھ ۔

(۳)

ترقی پسند تحریکہِ ہُنٛد ترجمان رسالہٕ ''کونگ پوش'' کِس مارچ ۱۹۵۰ عیسوی کِس شُمارَس اندر چھِے مہجورَن یہِ گَتھ بأوِمٕژ زِ ییلِہ ۱۹۳۵ عیسوی یَس منٛز گوڈنچہِ لٹہِ تَس آزاد سمکھ تہٕ آزاداوس تمن دوہَن صرف اُردو زبانٔی منٛز شعر لیکھان تہٕ مےٚ (مہجورَن) کوٚر سُہ مُشکلَن کأشرِس کُن مایِل ۔یہِ چھُنہٕ گتھ ۔آزادَن آسہٕ نہٕ صرِف توٚتام ''ژندر بدن'' تہٕ ''قمرالزمان'' نأوی زٕ مثنوی وَنہِ مٕژ بلکہِ اُسن کینٛہہ غزل تہِ وٕنی مٕتی ییتھ کِنٛز اُسی تمی کأشرِ شأعری ہٕنٛدی کینٛہہ پأوی تہٕ سرٕ کٔری مٕتی ۔یہِ گتھ چھِے شبقہٕ زِ مہجورنہٕ شخصیژٕ نِشہِ مُتأثر

گژھتھ اوس سُہ گنہِ گنہِ تَس اَتھِ پٔنٕنین شعرَن اصلاح تہٕ کرناوان۔ تِمو سٕنز

سوانح تہٕ لیچھن تہٕ پتہٕ ییلہِ تَس سٕتی نظریأتی اختلاف تہٕ سپُدُس تہٕ تَس خلاف

قلمس زیر دِنُس تہٕ وُچھن نہٕ وایہِ۔ آزاد اوس اصوٗلَن ہُنٛد پابند تہٕ سُہ اوسنہٕ

مصلحژن کأم ہیتھ پننہِ خودداری زِکھ واتناوان وول۔ اکہِ لٹہِ ییلہِ انسپکٹر

آف سکولز غلام احمد عشایی صابن مہجورس تہٕ أمس دوٗر برکاسنہٕ موجوٗب یہنٛدِ

سمکھنگ سنٛز کوٗرمہجوٗ رووت تَس (عشایی صأبس) نِش اماپوٗز آزاد گو ونہٕ

یہ زأنتھ زِتَس پیٚیہ انسپکٹرس برٛونٛہہ کنہِ طوطہٕ بنُن۔

(۴)

آزادُن صحت اوسنہٕ وارٕ وٕتہٕ روزان تو ے اوس جسمأنی طور سیٹھاہ لاغر

گومُت ۱۹۴۸ یس منٛز ییلہِ سُہ ووستاد سِنٛدِ کٔھتی یتہٕ سُر سیار تعینات اوس سُہ

پیوو بیمار سخ یٔڈ دود کوٗرنُس تہٕ کھوٗتُس تَب۔ یِمن دوہَن أسی دیسی علاجس

کأم ہوان۔ییلہِ آزادَس امہِ سٕتی کانٛہہ فرقاہ گیہِ نہٕ تہٕ کینٛژ وعزیز دوستو

وول سُہ سرینگر تہٕ کوٗر رُکھ رتن رانی ہسپتالہٕ دأخل۔ تتِیُک ڈاکٹر اومکار ناتھ

اوس آزادَس ہم خیال دہر بوج۔ ڈاکٹرَ وکوٗر تشخیص زِتَس اوس پرأندرَم

ہُتیو مُت۔ دون ترٛین دوہَن علاج بیتر کٔرتھ آیہ نہٕ أمس کانٛہہ فرقاہ تہٕ سُہ آو

مجبوری کِنی او پریشنہٕ خاطرٕ سرکأری ہسپتال نِنہٕ۔ زہَر اوسُس رُمَس رُمَس

پھہلیو مُت تہٕ یتہٕ پأٹھی آیہ نہٕ سُہ بچاونٛچ کانٛہہ سبیل بدس۔ ڈاکٹر پدم ناتھ

گنجو وَن ووٗن مے اکہِ لٹہِ زِ کامل صأبا یقین ہے کرکھ اگر تِمن دوہَن

پنسلین انجکشن دسیاب آسہِ ہے أسی دِمہٕ ہو نہٕ آزاد صأبس یتھٕ پأٹھی

مَرنہٕ۔ أسی أسی تٔمی ہنٛزٕ بیمارِ ستی ژھرِ وٕ ے اَتھو ہَر کران سوتہٕ کوٚت تامتھ کرٕ ہو۔

(۵)

مہجورَن ییٚلہِ وفات لوٚب سٕہ آو بڈٕ سرکأری اعزاز سان اتھواجنہٕ دفناونہٕ تہٕ تٔمی ہنٛزِ قبرِ پیٹھ آیہٕ اَکھ قُبہٕ وار یادگار تہِ تعمیر کرنہٕ۔ آزادنٛس وفاتَس متعلق چُھ ڈاکٹر اومکار ناتھ باوَتھ کران زِ سٕہ گٔذرِیو سرکأری ہسپتالس منٛز بے کس مُسافر ہنٛدی پأٹھی۔ کانٛہہ أچھ أسنہٕ تَر۔ کأنٛسہِ بوٚرنہٕ تٔمس سٕہ لول ییٚمیُک سٕہ حقدار اوس۔ أسی چھِ زانان زِ اَسہِ کتھٕ پأٹھی واتہٕ نٲوٕ تٔمی ہنٛز میٚیّت تٔمی ہنٛدِس گامَس تام۔

(٦)

ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوہَن چھ آزادنہِ وفاتُک تأریخ ۴/اپریل ۱۹۴۸ء ہووُمُت تہٕ یُو ہے تاریخ چھ عام پأٹھی تہِ نقل کرنہٕ یِوان یُس زَن صحی چُھ۔

اوٚہُند زاسنہٕ چھُ ۱۹۰۴ء یُس پدم ناتھ گنجُرتہِ ہووُمُت چھُ۔ پدم ناتھ اوس آزادس سیٹھاہ نکھہٕ تہٕ ہمدرد۔

(۷)

آزادَن اوس مرنہٕ برٕ ونٛٹھ کیٛنٛہہ گرِ پنہٕ نِس دوستَس باندھ باندھ گرِتھ وعدٕ ہیوٚ تمُت زِ "تأریخ ادبیات کشمیر" ناوی قلمی نُسخہٕ یُس تَس اَمہِ وِزِ شانَدَس تَل اوس گژھِ نہٕ تٔمی ہنٛدِ مَرنہٕ پتہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوہَس بغأر کأنٛسہِ تہِ

دِیُن ۔ ڈاکٹر موصوف اوس نہٕ تمہِ وِزِ تتہٕ نَس موجود۔ آزاد اوس نہٕ یِژھان زِ
یہِ مسودٕ گژھِہ مرزا عارف بیگ یا جیالال کولَس اَتھِ لگُن ۔ چنانچہِ یہِ وصیت آیہِ
بامَل اَننہٕ ۔ گنجو صابنہِ وِوژھرٕ اَنٹھ کرنہٕ ستی ہیُوت سرکارَن یہِ مَسودٕ موٗلی تہٕ
امیُک معاوضہٕ آو آزادنہِ آشنہٕ دِنہٕ ۔ وُنی کینَبس چھ یہِ مسودٕ ''کشمیری زبان
اور شاعری''، عنوانَس تحت ترٛہن جِلدَن منٛز شایع سپُدمُت ۔ گوڈنیُک جلد سپُد
میٛانہِ سربراہی تحت مرتب تہٕ اَمہِ چہِ مختصر گوڈٕ کتھِ منٛز چھے باو تھ کرنہٕ آمٕژ :
''عبدالاحد آزاد سٕنزٕ شخصیژٕ گر گوڈنچہِ لٹہِ کأشُر شاعری طبقأتی سماجہِ کہِ
احساسہٕ تہٕ ادراکہٕ نِشہِ زأنی یاب ۔ حالانکہِ آزادنَس اَتھ احساسَس تہٕ
ادراکَس واتہٕ نوو أندی پکھی کھو کھری دار واقعاتو تہٕ علمی کم مایگی زکھ
تہٕ ۔ آزادنہِ شأعری ہُند ابتدا سپُد لولہٕ برٛژ و غزلو تہٕ بأتو ستی ، طبقأتی سماج تہٕ
تمہِ کِنی تصوٗراتَن تہٕ خیالاتَن خلاف بنٛیے یہِ بغاوٕژ برٛژ وتہٕ شاوبر تہٕ
چھیکرَس پرٛ ووٗن ہیم عأرفانہٕ مے ہیتھ اِنسأنی آدرش وادُک اَنہار''۔
سُہ اوس گوڈنیُک شخص ییمی ہِندِس وچھس اندر کأشرِ زبأنی ہنٛزِ ترقی تہٕ
وُسجارٕ چ ترٛپ شولہٕ وِنی أس ۔ گیٚشوم بُتھِ لاغرٕ جسمک مألِکھ کلَس پیٹھ دستارٕ
ہَنا تھاوَن واٲلِس أمِس گأمی ماشٹرَس اوس یہِ حسرت أنٛدری وچھ کوٗران زِ
غلأمی ہِندِس بارَس تل دبیومُت یہِ کوشُر قوم گرگژھِہ پنہٕ نَن کوٗٹھن پیٹھ اِستادٕ
تہٕ زمانہٕ کِنی روایژَن برِ گوڈ ؎
کلھن، غنی تہٕ صرفی سیراب گرٛی ییمی آبَن
سُے آب سانہِ باپتھ زہرِ ہلال آسیا

عبدالاحد آزادَن دِژ کأشرِ شاعری اَکھ نوٗنِہج تہٕ اَمے تژ ایہِ چھِے سانٛی نوٗپےٚ تہٕ پٔدی تژ اوان تہٕ ستی دِتُن کأشرِ بن شاعرَن ہنٛزِ زندگی تہٕ فنَس متعلق تحقیق کٔرِتھ اَکِس وُسوارتو آرٚتھی فریضَس نکھ۔

اَمچ وَکھنَے ہبکَو اَسی ییتھٕ کٔنٛ کٔرِتھ زِ ۱۹۳۵ عیسوی یَس منٛز اوس سُہ پَنٕنہٕ نِس ہمکال بزرگ شاعرِ مہجورس کأفی نکھٕ آمُت۔ مہجورنِہ شخصیژ اوس سُہ یوٗتاہ گِرویدٕ بنومُت زِ سُہ سپُد تمۍ ہنٛزٕ باگہِ بٔرژ سوانح لکھنَس پیٹھ تہِ مائِل تہٕ کٔرِن اَتھ پیٹھ کینٛہہ کأم تہِ۔ کینٛہہ کالہٕ پتَے وو تلیٚوس احساس زِ تَس پَزِ باقی شاعرَن متعلق تہِ لکھُن یوٚہَے احساس ہیتھ دژ اوسُہ شاعرَن ہنٛزِ زندگی تہٕ کلامَس مُتعلق زانکأری حاصِل کرنہِ تہٕ پھیوٗر گامہٕ گوم یہِ ڈٔلۍ زِ تہِ نَنہٕ ووٚرُے۔ تِمَس یُس تہِ مواد بزرگَن نِش یا بیٚیہِ کُنہِ شقہٕ ذریعَو اَتھِ لوٚگ سُہ اوس یاداشتہٕ باپَتھ ستی ستی کاغذَس پیٹھ نقل کران برابَر تتھ ژِہس تام یێلہِ سُہ أکی وُلٹہٕ دأدی ووٚل تہٕ سپُد رحمتِ حق۔ تمۍ اوس پنُن یہِ شوق بامِل اوٗنمُت اَما أمی سُندِ یہِ سورُے تحقیقی کارنامہٕ اوس کاغذِ تلمَن پیٹھ چھکرِتھ۔ یِمَن نظر گٔذر دِنٕچ تہٕ ترتیب بندی کرنٕچ کأم أسن نہٕ وُنہِ گٔرمژ۔ موتَن دِژ سنہٕ سوفُرصتھے۔

آزاد (مرحومَس) أس پَنٕنہِ وأنسہِ ہنٛزِ یہِ کمأے سبٹھاہ ٹأٹھ تہٕ آسنۍ تہِ پَزِ ہبس۔ سُہ اوسنہٕ أکِس گٔرِ تہِ یہِ مَسودِ نظرَ وڈالان تہٕ مَرنہٕ وِزِ تہِ اوُسُس شانٕدِ ہے تَل۔ تمۍ سِنٛدِ وَفاتہٕ پَتہٕ کوٚر یہِ کٔشیرِ ہِنٛدی سرکارَن تمۍ سُندِ بن وأرِثَن نِشہِ حاصِل تہٕ کوٚرُن محکمہ ریسرچَس حوالہٕ۔

یێلہِ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی بارسَس آیہِ۔ فأصلہٕ آو نِنہٕ زِ یہِ مسودِ

کرون ترٛ بن جِلدَن منٛز شایع تہٕ اَمہِ غرضہٕ آیہِ اَکھ کمیٹی تشکیل دِنہٕ یَتھ یہِ ذِمہٕ دأری آیہِ تھاونہٕ زِ یہِ دِیہِ مسودَس نظر گٔذرتہٕ کریس شیرٕ ازٕ بندی۔ کمیٹی أس ترٛ بن نفرَن پیٹھ مُشتمل:

(۱) امین کامل (کنوینر) ۔ (۲) پروفیسر شکیل الرحمان (ممبر)

(۳) ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو (ممبر)

کمیٹی گر کأنی سٕرتھ سوٗنچتھ ترتیب دِنٕچ اَکھ ترٛتھ وَتھ اختیار زِ یہِ کأم وأتٕ أکی ہے رِتَس اندر رأندتہٕ اکادمی ہُنٛد سیکریٹری جناب مرزا کمال الدین شیدا تہٕ اوس یِی یژھان۔ گوڈنیک جلد آو مرتَب کرنہٕ۔ یوٗ دوٗے مسوٗدک گُھری دار آسنہٕ کِنی ترتیب تہٕ تدوین مُشکل اوس تہٕ یہِ کأم أس دوٗدِ کول کڈنس برابر تو پتہٕ تہٕ کوٗر اَسہِ یہِ مرحلہٕ طے تہٕ وَقتس پیٹھ کوٗر یہِ جلدٕ شایع۔

اَتھ گوڈنکِس جِلدَس منٛز چھ کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبَس متعلق عام بحث کرنہٕ آمٕت۔ یوٗ دوٗے آزاد زیادٕ پوٗرمت لیٛو کھمُت اوسنہٕ تُمی ہِنٛد اِستدلالک انداز، شوٗد لِکھن ترٛاے، سوچ تہٕ نظرِ ہُنٛد وُسجار تہٕ تحقیق کرنٕچ نٕہج چھے تُمی سٕنٛزِ باگہِ بوٗرژِ شخصیژ تہٕ تھدِ ذہنی شعورٕچ باس دِوان۔ یہِ گتھ تہٕ چھے زِ توہہِ یِیوٗ اَتھ منٛز کُنہِ کُنہِ خیالاتَن ہُنٛد تکرار، رایہِ ترٛایہِ منٛز تضاد تہٕ صحی نتیجہ اخذ کرنک ژھربر ہیٛو لبنہٕ تو پتہٕ تہٕ گرِ وتھ یہِ تأریخی کارنامہٕ ضرور تسلیم۔

گوڈنکِہ اَمہِ جِلدٕ پتہٕ یِم تہٕ جِلد چھاپنہٕ آے تِمن ہِنٛدِس مسودَس متعلق آیہِ اَسہِ ڈوٗلی بیر گرنہٕ۔ یِمن جِلدَن منٛز چھ کأشرِ بن شأعرَن ہِنٛز حالاتِ زندگی، تِہنٛزِ شأعری ہِنٛدی نموٗنہٕ تہٕ تِمن ہُنٛد تنقیدی جأیزٕ۔ پزر چھ یِی زِ یہِ اوس

یہ ڈٕلۍ زِتہٕ گنٛڈی زالس منٛز وُسن تہٕ یہِ وأنج أس آزاد ہے۔آزاد وۄتھ اَتھ منٛز تہٕ پننہٕ محنٔژ تہٕ مشقتہٕ ستۍ بنووُن یہِ اَکھ ٹیٹھ مخملی باغ۔یتھ منٛز پننہٕ وأنۍ مُحقق کھورِننہٕ وأری پکِتھ ئۄی ئۄی ٹۄری سجأوِتھ ہیکن۔

اَسہِ تھووأو موجوب کِتابہِ ہُند ناو ''کشمیری زبان اور شاعری'' زِ اَتھ اندر چُھ یمنٕے موضوعاتن پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت۔یوٗنہٕ گنہٕ درٕج آزادنہِ یمہٕ سٕطرٕ پرٕتھ چُھ یوہے ناو مُناسب باسان:

افسوس چُھ اَمہِ کتھِ ہُنٛد زِ کأفی کینٛہہ لیٖکھتھ تہٕ آوتاریخِ کشمیرُک اَکھ لأزمی حِصہٕ غیر ضرٔوری زأنِتھ نظر انداز کرنہٕ یُس کأشرِ زبأنۍ تہٕ شأعری ستۍ تعلُق تھاوان چُھ۔اَتھ موضوعس پیٹھ تُلنہٕ کأنٛسہِ قلم۔(صفحہ:۲)

سرینگر ۲۸ رفروری ۱۹۵۹ء امین کامل

(۸)

آزادس أسۍ زٕ ژور دَہرِ بأج۔تموے منٛزٕ أسۍ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو،ڈاکٹر اومکار ناتھ (رتن رانی ہسپتالک مألِک) پریم ناتھ بزاز تہٕ غلام احمد (آزادنین أکس دون عزیزن سان) مَرنہٕ وِزِ تَس شاندَس پیٹھ۔پدم ناتھ گنجوٕنے دِژ یَتہٕ أکۍ سٕنٛز کلیات ترتیب۔اَسہِ پَزٕ أمس شخصہٕ سُنٛد احسان مند بوزُن۔آزادُن وارِیاہ کلامہٕ لگہِ ہے چھلہٕ چھانگرِ اگر نہٕ سہٕ أمۍ سٕنٛد بن وأرِث درٕن نٕشہِ کاغذ تلِمہٕ سۆمبرأوِتھ یہِ کِتاب ترتیب دِیہ ہا۔

(۹)

بہٕ چُھس یہِ کَتھ ٹاکارٕ پأٹھۍ ونان زِ پنٛڈت پریم ناتھ بزازن کۆر آزادٕ پننہٕ نبو

سیٲسی مقصدَ وخٲطرٕ استعمال۔ ریاستی تحریکِ آزٲدی ، خدایس تہٕ مذہبس
متعلق ناسہٕ تژٲسہٕ لکھناونس منز اوس بڑاژ نۍ اَتھ۔ یمۍ ووٕیو وجوہاتو
کِنۍ اُس نہٕ آزادنہٕ مرنہٕ وِزِ اکھ تہٕ اُچھ سرٛجِ تہٕ ادبی محفلَن منز اوسنہٕ
وارِیاہس کالس اُمۍ سُندناوے بنان ہیٚوٚن۔ حالانکہِ یہ اوس آزادِ ے ییمۍ
کاشُر شاعری ترقی پسند خیالاتو نِشہِ زانۍ یاب کرٕتہٕ ایم، این راے ہٕندِ وَننہٕ
موجوب بےٚ شوٚنکۍ پاٹھۍ سوشلزمُک تہٕ انسانۍ یتگ تبلیغ کوٚر۔ اقبالَ نہِ خودی
تہٕ تصوف ہِو بن مخصوٗص خیالاتن کراُمۍ کاشُر جامہٕ وَلنچ کوٗشش۔ کم پرٕنہٕ
لکھنہٕ باوجود اُس آزادس سٟنۍ نظرِ تہٕ تھدِ پایک شعوٗر۔

اُمۍ ہٕنز شخصیژ تہٕ شاعری پیٹھ چھ گوڈنکہِ لٹہِ ۱۹۵۱ء یس منز چھپے
مژِ "یادَن ہِنج" ناوِک کتابہِ منز تبصرٕ میلان۔ اَمہِ کتابہِ ہٕندی کینہہ اقتباس
چھِ یتھ کنۍ:

مہجوُرَن یوسہٕ ہنج رٕٹمژ اُس آزادس باسے یہ نہٕ سو وَیہٕ وِنی تہٕ تمۍ کوٚر
پننہِ خاطرٕ اکھ الگ تہٕ باڈوٗدار طرح ییمہِ سٟتۍ نوٚی نوٚی مضامین تہِ پیٚیے تہٕ
سیٲسی جدوجہد تہٕ آیہ کرنہٕ.......... آزادنہِ شاعری اندر چھے اکھ تژھ ترٛپ
یوسہٕ کمۍ لین تہٕ موٗز ورٛن سماجی نابرابری نِشہِ بچاوِتھ تِمن اقتدارُک مسند
آیتن تھاوِتھ ہیکہِ۔ اَما آزادس اوسنہٕ اَمیُک بھرپوٗر ادراک زِ سانۍ تحریکِ
آزادی اَسنہٕ محض نعرٕ بازی یا فضول ووزٕہرٕ انٹھ تہٕ نہٕ اُس پزانین قدرَن
لتہٕ موٗنڈ کرنہٕ یِوان۔ اکھ شاعر گژھہِ عوٲمی شعوٗرُک نبض آسُن۔ یہاے اکھ
خامی چھےٚ آزادنہِ شاعری منز اکھ لوٗژرہیٚوٗہ پادٕ کران۔ اُمۍ ہٕنز شاعری چھے

أ کس تتھس شٹھہِ انقلابی ہنٛز ذہنی کارِستانی یوسہٕ گنہ وِزِ مذہبٕ تہٕ عوأمی جدوجہدٕ کی سۆتھی نہناوِنیٕ یژھان آسی............ اِنسان دوست تہٕ کمیلبن تہٕ مۆزۆرن ہُنٛد رُت کاچھُن وول آسنہٕ باوجود اوس آزادَس پنُن شعوٗر تہٕ ذہانتھ تمہِ آیہ ٹِکہٕ رادَن گِندان زِ سہ گۆو عوامَس نِشہِ دۆر بر پژاوان۔ تِتھے پأٹھی اوس سُہ ناوومیدی خلاف ہۆل گنٛڈِتھ مگر پتولاگن آو پانہٕ امہِ کس زالَس منٛز ہینہٕ............ یَمو سارِوٕ ے کمزۆری یو باوجود چھ آزادسانہِ شأعری منٛز اکھ تھۆد مَرتبہٕ تھاوان ِتہٕ تمی ہنٛز شأعری چھے اکھ جان جہژ پژأوتھ میلہٕ گنہِ ہنٛز حیثیت تھاوان۔ کِملی تہٕ مۆزۆر ہا پتی اَشُد نِشہِ مُچھِ تھاونہٕ تہٕ سماجی تَھپہٕ تھپہٕ ہنٛز ژینہٕ وُنی دِہٕچ چھی تہٕ چھے آزاد ہے۔ سہ اوس اکھ تیتھ وَتہٕ ہاوُک یُس پانہٕ امہِ وَتہٕ نِشہِ اَن زان اوس۔ اَماوتھ ژھانڈِنچ تہٕ مانڈِنچ أسس سَخ گل۔

(۱۰)

آزادنہِ مرنہٕ پتہٕ دَہہِ وہری ۱۹۵۸ہٕ یَس منٛز سپُد تَس پتہٕ سرکأری اُردو رِسالہِ تعمیرُک اکھ خصوصی شمارٕ شایع۔ امکی مُدیر اسی شمیم احمد شمیمؔ۔ اَتھ ہینہٕ۔ یہ شرف سپُد ۵۳ وٕہری اُردو "شیر ازس"[1] حأصل پۆز امہِ خأطرٕ یِن شیرازکی ایڈیٹر ومَرن یاد کرنہٕ۔

(۱۱)

۵ مارچ ۱۹۴۸ہٕ آزادنہِ وفاتہٕ پتہٕ ۲۳ وٕہری کۆر ۱۹۷۰ہٕ یَس منٛز اخبار

[1] ووِنی کأشرس شیرازس تہٕ (کأمل)

''خدمتن'' اکہِ طرحی مشاعرُک سٕتۍ۔

بےوفا بیگانہٕ لاگان آدنک جانانہٕ مێون

(اپریل ۵۲) مہجوٗرنہِ وفاتہٕ پتہٕ ۴۹ وٕہری سَنہٕ اکتوبرٕ ز ساس ٕز آو ''سرینگر ٹائمز'' کہِ وساطتہٕ اکہِ تِتھے مُشاعرُک سٕتۍ کرنہٕ۔

لُنجہِ اَوی جہ گۆونہٕ گۆب زانٕہہ بارمێون

کیٛا اِتفاق چھُ۔

آزادنس ناوَس پٮ۪ٹھ آیہ سرینگرٕ نٕژ پوٗرِس نگھہٕ آزاد بستی ناوی اَکھ کالونی بَساونہٕ۔ اَتھی لرِ لوٗرِ چھُ مہجوٗرنس ناوَس پٮ۪ٹھ مہجوٗر نگرتہِ بیٚیس اَکِس شاعِر دِلسوزنس ناوَس پٮ۪ٹھ دلسوز کالونی۔ یُہ چھُس یَمن ترٛشوٕنی بُسی تَین نکھہٕ بڈشاہ نگر کالونی منٛز روزان (اَتھ کیٛازِ یِیہ نہٕ ناوٕ بدلی گرِتھ کامل نگر ناو تھاونہٕ)۔

(۱۲)

آزادنہِ قبرِ پٮ۪ٹھ چھُ کلچرل اکیڈمی پننہِ طرفہ کنیوٗ پیوٗر لوگُمت، یُس بدلاونک سخ ضروٗرت چھُ، تِکیازِ اَتھ چھُ کھٕنتھ ''جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ اینڈ کلچر'' زنتہٕ خودانخواستہٕ اَتہِ اکیڈمی دفن چھےٚ۔



غلام نبی گوہر

# آزاد — اکھ جینیس

آزاد اکھ ذرا گستاخ شوخ بیباک
عرشکُ جگر کوٚرُتھ چاک فرشکہ ٹھکانہٕ والے

اسہِ چھِ، یعنے سانہِ کشیرِ چھِ واریاہ عظیم عالم، وِدوان، حاکم بوہدوٗر، شاعر بیترِ پاٲدٕ کٔری متی مگر یہِ چھےٚ حقیقت زِ یمن منٛز چھِ جینیس (GENIUS) کینژے تہٕ مرحوم عبدالاحد آزاد چھُ تمن منٛز اکھ۔ بہٕ کرہٕ نہٕ پننِ ذہن امہِ لفظہِ کس تاٲویلس تہٕ تشریحس منٛز آورٕ ہال یُس امہِ شبدُک ورتاو ذہنس تاثر ترادان چھُ تمیُک وحاطہٕ چھُ وسیع مگر شژ کہٕ راٲوِتھ وَنہٕ زِ آزاد چھُ واریاہ پاسل شخصیت یمہٕ نہٕ صرف نُوٚس تہٕ ساٲد روار شعرِ اسلوبہٕ سےیوت دس ہیوٚت بلکہ پارٲوِن وقتہ کِہ تقاضہٕ مُطابق روایت تہٕ۔ شاعری کِہوٚ چہِ کھارنک معیار تہٕ کوٚرُن قایم۔ اوٚت تام ادس تواریخی مزاز ہسون اساطیری مولبس تل ووتل بجہٕ کران تتھ دیُتن مُنطق پارُد تہٕ اجتہادی دِ نژہ ہُند شعوٗر۔ گاٲل کھاتس گمژن ستارن ہندِ گاشہٕ بنووُن کاٲشرُ افق گاشہٕ آگرٕ عظمتہٕ کین ادبی استانن یم کترِ وبرٛنگ چکناچور گمژٕ ٲسی تمن لاٲگِن سوہٕ ہندی کلش۔ یم

سربستہٕ تہٕ ساٚدر وار گوٚن تم تہٕ اُکس پتھ کھوٚرِ گامہٕ گرٕسی گرٕس منٛز زامتس ترٛے
جمائژ پرٛژ ہتس جوانس وۆدکھ وِنہٕ پانٕے چھلہٕ چھلہٕ گوٚمُت موٚختہٕ ہار سوٚمبراوٕنک
عشق تہٕ پننس زوٗس واہتہٕ پٕنٛژ مہلت دِوان تہٕ پننس جاداد سٕنہٕ پٕنٛژ توٗرٕ ژھ
ھکوان تہٕ پننٮ۪ن دردلن ستی دم بر پٕنٛژ فرصت دِوان ۔ تو تہٕ وۄنو زٕ آزاد تہٕ اوس
اکھاہ تہٕ سہٕ اوس عام عظمتہٕ کہِ معیارٕ بالاتر۔ کاشرس آسمانس پیٹھ چھُ سہٕ اکھ
نمایاں قوسِ قزح ییمکۍ مختلف رنگ دلآویز تہٕ مکمل اَستھ تہٕ اکھ اَکس ستی
متوصل چھہٕ ۔

از بروٗنہہ ہتھ وٕرۍ برابر زاو "احد" سلطان ڈار درویش ہنٛز آشنہٕ
دوٚیُم فرزند ۔ گییشوم، شرمہٕ ہوٚت، مندچھ بوٚدرت، نوزُک مزاج محنتی مگر
اکثر بیمار۔ از بروٗنہہ ہتھ ورٕۍ اوس شہر پیٹھٕ رانگر واتُن کوہِ قاف کھسہٕ لٔس
برابر بلکہ ییٚلہٕ از بروٗنہہ پانژ ونزاہ وٕرۍ یڈ دادِ ستی چرٛنگ دِوان تمٕ گام
نکھس اوس تلمُت تہٕ علاقس گو سارۍ سے سوالیہ نشان قباکوٹ ہیو الوند
زِکتہٕ کروس علاج ۔ پرگنک صدر مقام ناگمُ؟ اتہٕ تہٕ شفاخانہٕ گمُ ۔ بوٚڈ قصبہٕ کٔشیر
ہُند روٗحانی دارالخلافہٕ نزدیک ترین مگر اتہٕ تہٕ اکھ عدد ڈسپنسری ییتھ منٛز
آر ایم پی ڈاکٹر تہٕ اوس نہٕ صرف اکھ عدد کمپوٗنڈر تہٕ ناچار گو فاصلہٕ زٕ بیمارٕ
یس اَندری پرٕ اَندرم کھوٚمٹُ اوس شہر ہسپتال نِنک ۔ نمون تہٕ کیاہ ارۍ؟
وِہٕ یڈۍ اَسی کھپہٕ، بیرتہٕ بٔٹھی کٔشیر ہنٛز نوجوان عظمت آیہٕ ڈانجہٕ برنہٕ تہٕ موٚزور
دُیت نکھ ۔ زہر اوس انگن انگن شروٚپمُت تہٕ اَمس اڈ زٕ لٹ سوہ کالی پوشہٕ
شُند بر گوٚمُت وجود آو ییتھی خاکس اَمہٕ پتہٕ کینژ دوٚہی پشراونہٕ ۔ امہٕ ماحولہٕ

ڈرامٕت یہ قوس قزح ـــــ یہ تہہ دار کثیر الجہت شخصیت چھُناسہ اکھ جینیس ـــــ
(GENIUS) یُس وُنہٕ تہٕ سر کھر کرنے چھُ۔ ہیوٚر مرحومس اُس خوش بختی زِ
تس کوٚر آزاد ہِوی برخوردارن للہٕ کھول تہٕ آزاد تہٕ تہندی جانشین عظیم ادیب
چھِ تمن برخوردارن ہندی آدین۔ یمن دعوی چھُ زِ تمن پتھ بروٚنہہ اوس محض ژھر ژک
وانناکھ۔ رانگر چھُ پرگنہٕ ناگمس منز پتھ کھورِ گام۔ یہ پرگنہ اوس سری پرتاب سنگھ
پوٗریک اکھ حصہٕ تہٕ وابستہٕ ورٕتل وزارتس ستی۔ یہ چھُ از ضلع بڈگام۔ اَتہِ اُسی
تمن دوہن ـــــ اکھ اُزی کِس ساری ہے ضلعس منز ستھ لور مڈل تہٕ زٕ مڈل
سکول، سداہ پرائمری سکول، ییندداہ مکتب تہٕ ہائی سکول نہٕ اکھ تہٕ۔ آزادنہِ
جوانی منز اوس نہٕ شاید ژراہ تہٕ مڈل سکول۔ ییتھ ہسے ماحولس منز لوٚگ یہ
ترٕن جمانژن تام پوٚرمت عالم نوہائی سکولس منز دینیات پرناونک مولوی
تہٕ چھِس ساری مولوی صاب تادے یاد کران۔ مولوی زادٕ اوس نہٕ۔ ہاں درویش
زادٕ تہٕ اوس تہٕ عالم زادٕ تہِ۔ درویش سلطان ڈار اوس بڈٕ گریوٚس، ییس پننہِ
ساڑ ترٕے کھار زمین آسہ، خشک تہٕ تہٕ آبی تہٕ۔ کلُو کٕٹ تہٕ اُسی۔ جو جاروائے تہٕ
ئلکہ بوٚڈ جب تہٕ۔ مگر لنگر اوس درویشس چلہٕ وُن۔ سلک و معرفتک
کمال اوس یہ زِ ترٕے رسالہ چھِن فارسی زبانی منز ترٕن سلسلن متعلق خوشخط لیکھی متی۔
ماری موٚند خط، ژورن سلسلن منز اوس مریدن تربیت دوان۔ دیان آزادس تہٕ
اوس درویش بناوُن یژھان۔ کٔمی وُن سہ بنیوو نہٕ۔ تمی کوٚر عرفانکہ سمندرُک
وڈنت سِر۔ ابلیس تہٕ بنوو مُن موحد۔
موٚخصر یا کٕٹھی یا اراوکھ تہٕ سوٗ نزلہِ ہندی یم رنگ محض اشارہٕ ستی۔ بحیثیت

فکرِ پرورشٕ شاعر چھُ تہُند "مردِ دریا صفت" مجذوب فرنگی نطشےٚ سُندِس فوق البشرس ہدٕ ون بلکہ تس بروٗنٛہہ پکان۔ سہٕ چھُ جرمن قومیتہٕ کِس سلوکس منز گےٚ گرٛھان مگر مرد دریا صِفت چھ اُنھۍ رُوس سمندر ۍُنھ پتہٕ اوٚبرُک پاراو پارٕ اوٚتھ بیٚیہ مُسلسل جھدس منز آوٗر روزان۔ فوق البشر چھ جرمن قومیتُک جارحانہ وجود وہ لسنس اُنتھ نازی اِزم ڈمب لگان تہٕ ٹیلر چھُس تھٕنہ پھوان۔ مگر دریا صفت چھُ کاشرِ وٚیتھِ ہندی پاٹھۍ بے اثر کیازِ کاشُر وٚکھنے چھس نا۔ اگر بیٚیہ کُنہِ زبانۍ منز آسہِ ہاتیلہ آسہ ہَن کوہ لِن شدرُک سِنر دیمتُ۔

حضرت علامہ اقبالؒ صابُن مردِ کامِل چھُ ضابطہٕ چہِ سرُخرٗوِیی منز محدود مگر آزادُن مردِ دریا صفت چھُ سرخروین تہٕ تہندِ جمالکُ گاہ ہاوان تہٕ تمنۍ بُھتھن تہٕ ہاے چھلان۔ قاضی نذرالاِسلام سُند "وِدروہی" (باغی) چھُ کھیٚن، کھمبرن، نیٚن، چھمبن چھارن سم سوٗتر کرِتھ وانہ کھ بناوان مگر آزاد صابُن دریا صِفت ہیرو چھُ یمن وانہ کھ گلزار بناوان۔

آزاد چھُ حیثیت مورخ یٚنِس اُندۍ پکھس سِتۍ تنھٕ کنۍ وابستہٕ گومتُ زِ سہٕ چھُ تمَن معمولی واقہٕ ہن منز غارٕ معمولی تہٕ دوٗر رس نتائج لبان یم تس سِتۍ روزن والین بلکل عام کنہٕ، روزمرٕکۍ معمولی واقعات لگان چھِ۔ ریٚہ ون چھُ "ایزیارِ" پیٹھ واقعہٕ گام۔ اتھ کوہ لہٕ چھِ اوٚے ایزیار دنان زوٗنی آبِ ہاے آب تہٕ وٗنی ہوٚ چھ۔ اتی گامہ کِس جوان مرگ طرحدار شاعر۔ پیر مصطفےٰ صابُن ذکر کران چھ تہندس یتھ مصرعس پیٹھ:

"گر لیسی تس پانہ روٗس دانہ گوم"

برجستہ پائٹھی شاعر ہندس ماحولس ستی وابستہ کرِتھ "ایزیارِ" ہنزِ گتہ ستی بزرگ جذبہٕ ووتلاوان ۔ حاجی الیاس چھُ ژٕژارُک آزاد صابُن بزرگ ہم عصر ۔ یُس ۱۹۴۵ ہس منز قطعہ تاریخِ وفات آزاد صابنہِ نظم کوٚر ۔ جوان مرگ نیچوِ سندِس حادثس پیٹھ الیاس صابُن نوحہ ۔ "کیاز مرُن گوٚے بہانو ۔ میانہِ جانانو ولو ۔"

امہ مرثی ہندِ قبولِ عامُک تذکرٕ چھُ عام ہیچ ہندِ مخولہ منز منطقی پائٹھی تہ معقول طور اخذ کران ۔ ہمسایہ گامہ چھُ مہراز ہوورُینُن مگر کورِ مالِن ہنزِ سینزامی وزِ فرمائیش زِ اگر نہٕ مہرازس بانڈس ستی آسن مہرینی رَتی چھُنہٕ سوالے ۔ علاقہ چہِ سارِیے بانڈِ پارٹیہ چھِ بند ۔ لاچار گوٚ برٕ مالِس آوُنہٕ زِ ژٕژارکی کانٛلی چھِ یلہٕ ، تِمے اُنی توکھ تہ اُکی زِٹھی دِرٕ فورن ژٕینہٕ وُنی "ہے تم مہ انیوٚکھ ۔ یتھے مہراز گرِس کھالان چھِن تم کوٚوٚکی چھِ وصُولس منز گیوان : "کیا ژٕے مرُن گوٚے بہانو ....."

سوانح نِگاری ہندس فنس چھُ آزاد صابنہِ دس تہ دِوان تہ گوڈ تہ بران ۔ فارسی زبانی ہندی عالم کرن اعتراض زِ اَسہِ چھِ کٔشیرِ منز اولیاءِ کرامن ہندی گنٛلی تذکرات موجود مگر تِم چھِ سوانح نِگاری ہندیو رموزو نِش منزاہ تہ پاک ۔ کرامتن ہند طومار تہ بس ۔ آزاد چھُ حضرت شیخ سُند تذکرٕ کران ۔ اگر نہٕ ژٕرارِ شریف رشتہ آسِہ ہس سُہ مواد کتہِ انہِ ہا ۔ مگر بیٛیلہٕ قلمی مواد حاصل رٔٹتہ وادن رٔود تِم نثرٕ ڈھ دِوان تہ میانہ تحقیقاتہ مطابق چھُ آزاد صابن کشمیری زبان اور شاعری ہندِس دویمِ جلدس منز تذکرہ شیخ العالمؒ وقتہ کِہ تقاضہِ مطابق رٔیش نامن ہند بُرتہِ کھلہ کرِتھ گوڈنیچ ہیٛلی ژارٕ ۔ گوکہِ اُمی مطالعن کرِ یاو آزاد قایل زِ حضرت شیخ العالمؒ چھُ اکھ دریافت طلب براعظم تہ عہد تہِ کریون کولمبس بنہٕ نکٕ مگر موتن ژیت لنس

وَردس نیُمُت پروجیکٹ (تذکرہ شعرائے کشمیر) تِہ اندوٲتہ ناوِنہٕ، بیٛاکھ پروجیکٹ کیتہٕ ییہِ ہا وَردس؟

غلام قومن چھُنہٕ انصاف پرور ذہن عطائے تقدیر آسان۔ تویٔ ہیٚوکنہٕ تنقید نگٲری ہُنٛد فن ییٚتہِ وُنہٕ تہٕ وۆتلیتھ مگر آزاد اوس آزاد ذہن تہٕ اَکھ کنی منصفانہٕ مزاج تھوان۔ انصاف پروری ہنٛدی ڈۄنی بٲگرن تنقید کسِ کھلس گوٚنگلُ کرن وِزِ۔ پننس اَکِس غزلس مہجور صابُنس غزلَس سیتی مقابلہٕ کٔرِتھ دُیتن بے باک فیصلہٕ زِ "میون کلام چھُ اکھ پاسہٕ سونس مقابلہٕ سرتل"۔ کتھ وَنٛنی چھِ آسان مگر یہ کتھ وَننی چھہ کیٛتاہ مشکل چھےٚ تمیُک اندازٕ ہیکو اَسی سارٕی کٔرِتھ۔

تحقیق چھُ گار ژاینُ تہٕ بقول شیخ العالم "یِکہٕ وِنہٕ کھیوٚن زہر کھار۔ اکھ گرِتھ اجتہاٚدی جدت آسنی۔ گرِ بالا دِرِ پیٹھ بہِتھ ہیٛکہ کانٛہہ سرمایہ دار اشرفئن گرِنٛد کٔرِتھ مگر کانِن ژھانٛڈ دِتھ سوٚن لبُن تہٕ کھارُن چھُ کمال۔ آزاد صابن یہ کمال تیلی ییلہِ تمِ اَزی کین نقادن ہنٛدی پٲٹھی گوٚڈے گوٚر "زکٔس چھُ میانہِ ژھانٛڈ لایق تہٕ کمی سُنٛد تذکرہ چھُ میانہِ خاطرِ کسرِ شان"۔ جھۆکِ یہ عمل تھووُ تمِ یکسان آیہِ تِن سوٕے محنت کٔرِنی شمس فقیر یا پرمانند ہیٚو بلہٕ پایہِ شاعر زانِنہٕ یِکھ بلکہ تمِ کھوٚنہِ تکلیف ہیٚوتن گمنام شاعرن متعلق حالات جمع کرنہٕ باپتھ۔ یہ شعور اوس ضرورٕ زِ بٔڈین دِل دِنہِ خاطرِ گرِتھ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزِ ڈاکٹریٹ سند حاصل کرِیِکھ سہل وَتھ مہیا مگر لوکٹ راون۔ امہ راوِ منز کَڈِن ژھانٛڈ دِتھ یم باگہِ بُرِنی گوٚ نماکھ تنی۔ خوجہ سُبحان چھُ اَوَنی پوٚزیک تلوٚم آنی کوٚٹ گمنام شاعر۔ اَوہُنٛد گام تیٚیہ وۆت آزاد۔ گامن پھیرِتھ سوٚمبرٲن مواد مگر تمِ

پارٕ ہنٛد قلمی تصویر تہٕ تھوٚوُن آینٛدٕ نسلن ہنٛدِ خاطرٕ محفوظ یتھ منٛز اُمی غریب شاعرن "ہی مال نا گرائے" قصہٕ مثنوی ہنٛدِ لباسہٕ کڈِتھ تغزلٕ کِس وردلس وۄلمُت اوس۔ قبرِ تہنٛزِ ہنٛز نشان دِہی تہٕ تھوٗن کٔرِتھ۔

حضرت حقٲنی اوس باگہِ بوٚرُت شاعر تہٕ تہٕ مُلک دار صاحبِ ولایت تہٕ مرحوم پروفیسر علی شاہ مصدر صابس اوس یہ نفس نفیس تہنٛدِ طے مکانکُ واردات اُچھن تل تہٕ یہ حال تہٕ اوسُس تجربس منٛز حقٲنی اوس روٗحٲنی طور اکھ سلطنت دار۔ آزادس تہٕ چھُ تہنٛدِ صاحبِ عرفان آسنکُ زبردس رُعب رٕ یہٕ تہٕ چھُس پتاہ زِ سُہ اوس تہنٛدس مٲلی سنٛدی پاٹھی ژوٚن سلسلن منٛز مُریدن سلوکہٕ چہ دِتہٕ ہاوان مگر پُر و نقار حلالہٕ باوجود بوٚرن نہٕ واے تہنٛدس حلقس منٛز دراندازِ گژھنکُ یہ خطرٕ تہٕ پنٕنی پنٕنی تذکرٕ بناوٕنہٕ خاطرٕ۔ یہ گیہ ذہانیچ برجستگی تہٕ جہدٔرک خلوص تہٕ۔

آزاد صابُن صاحبِ بصیرت جینیئس (GENIUS) آسُن چھُ تہنٛد اکھ معمولی شعر عظیم ثبوت۔ تیٚلہٕ ژورِس ذِہلٕ کِس گوڈٕتس اندر تقدیر سازن ہنٛز مرتبہٕ آسی یہ صرف آزادٕنی زِکٹی تہٕ کینٛسہِ ہم عصر شاعرگران بلکہ درویش تہٕ صوفی تہٕ آسی تمی ہنٛجہِ قصیدن ہنٛز ٹنگہٕ لُٹ وونان۔ آزادٕنی نظر ذرایہٕ زمانس تہٕ پچھ کٔرِتھ تہٕ مکانس ہُد دِتھ تہٕ ژینہٕ ہٕ ونی دِژن:

برونٹھس پتہٕ پتہٕ پکہٕ ہٕ ونی تیرے پاہٕ تہٕ برونٹھ کُن نظراہ کر
کھیہٕ منٛز ییہٕ گژھکھ نیہٕ ہنٛز ویرے یہٕ شمشیرے گینٛڈ ناہ کر

مے چھُنہٕ غرض تس ونُن لادین کہٕ دیندار، گمراہ کہٕ درویش یہ تہٕ اوس

تہٕندِ عظمتُک اکھ گوٚن سُہ سپُد یتھین وولامن ہُند شکار کٔنہٕ پرٕژھن سازٕشن
ہُند مگر بہ وٕنہٕ یہ بہ سُہ زانن ـــ سُہ اوس سحر خیز باپیر معتقد وظیفہ خوان مگر
مےٚ اوس نہٕ سحرس وُچھمُت نہ کانٛسہ پیرس نِش گرٕھان روٗدمُت تہٕ نہ اَسمس
اتھس منٛز زاہنہٕ تسبیح سٕرمٕژ۔ ووں گو تم زٕ محی الدین چھ زِندے یمٕو حال تہٕندِ وُچھمُت
چھُ۔ حاجی غلام محی الدین شاہ چرارِ شریف چھُس بیٚنٛزِ ہُند کوٗنٛس درُے رتنہٕ گرس
منٛز اوس مرنہٕ برونٛہہ داہ دوہ ہفتس آزاد صابٕ نہٕ ارداہ وُہرٕ محی الدین شاہ اوس
سحر خیزے تس ستی۔ شہر اوس گرہِ لِوان ناگُم تام ٹانگس۔ صُبحس اوسُس گرٕ بیٹھہ
گرُ واتان، راتس اوس بنٛتھرس عارض مرحوم نہٕ ہوور عزیزٕ بیٚنتہٕ روزان' اَتہٕ
اوس اَرداہ وُہرُ محی الدین یوٚت آزادس سحر وِزِ وضوٗ خاطرٕ آبہٕ نار ہیتھ خدمتس
آسان رٕمےٚ تیتےٚ وُچھ ژرار استان بٔڈ احترامہ سان اژان تہٕ یہ ہن۔ لوٗزِم کنو
تہٕ اندازِ بیان تہٕندِ سوٗرُم اُچھو۔ یہ اوس مارچ ۱۹۴۸ء آزاد صابٕہ مرنہٕ برونٛہہ
داہ باہ دوہ۔ سُہ اوس سرسیارکٕنہٕ برٕنوار سنٛگل ٹیچر سکولس منٛز مُدرس، تنخواہ
اوسُس مڈل سکول چرار شریفہٕ نیران۔ اردوٗ زبانی ہُند شاعر مرحوم غلام حسن انقلاب
پانپوری اوس اَسہ ہیڈ ماسٹر۔ تہٕندس دفترس منٛز آسی ساری اوستاد سانی مرحوم
آزاد صابس ستی محو گفتگو یمن منٛز مرحوم غلام علی ڈار، مرحوم قاسم صابٕ ترٛہٹی
تہٕ مرحوم غلام حسن اعجاز تہٕ آسی۔ ماہہ کوٗل (غلام حسن)، آزاد صابن بنٛتھر آو گرٕس
پیٹھ خاص خط ہیتھ۔ خط اوس مولینا محمد سعید جنرل سیکرٹری نیشنل کانفرنس
سنٛدِ طرفہٕ آزادس مبارکچ ڈالی زِ سُہ تہٕ آو کلچرل کانگریسکہ کمہٕ تام نیم سرکاری
اِدارٕک جوائنٹ سیکرٹری نہٕ۔ سانی ٹافن کرٕی مبارکن ڈیر۔ دم کھٹی آزاد

اوس اُش ٹاٹھری بُرِتھ ہم پیش عرض کران :

"از آسہٕ توہہ مسلہِ ژیری استان اژنُ میانہِ خاطرٕ کرُو دُعا زِ
ووٕں گژھہِ آبہ داہ ووتھُن۔"

"کیاز،" گژزیوٕ سارِنے ہندمشترکہٕ سوال۔ بہ اوسُس انقلاب صابس
چلمہِ تیوٗ نگل تھوان کھوان ہے مُنگہٕ بوزان۔

"کیاز یاتہٕ چھہِم خبرن قصید لیکھنی نہٕ چھُم جیل گژھن۔ قصید
لیکھنی مانہم نہٕ ضمیر۔ السرُک بیمارچھس جیل گژھنکُ چھُمنہٕ برتُ۔"

شاید اوس یچھ گژھنے زِ نصف ژرار۔ سانی محترم اوستاد تہٕ ژری
ساٹری کوکر سینہٕ کِنی رانگر تعزیس۔ کس سنا؟ ژھٕرِس گرس! لاوآرث
مکالنس!! مُسافر شنرِ تھکہٕ پینجہِ۔



شوقہٕ سان مانٔتھ لولہٕ فرمانٔن
آزاد آوِ غزل خوانٔن مٔز
زانہٕ وِنی پانٔے معنہِ اتھ زانٔن
روشہِ بیوٗٹھ پوشہِ ڈالانٔن مٔز

عبدالاحد آزاد

ڈاکٹر مشعل سلطانپوری

# عبدالاحد آزاد...... کتھن ہنز گیٚنہٕ

آزاد صاٮ۪بس گےٚ یٮ۪مہِ عالمہٕ گامتِس صرف پانژٕ وٕنزہ وٕری۔ تو تاں اوس سُہ اَسہِ منز بہ نفس نفیس موجوٗد۔ یہ چھُنہٕ تیوٗت زیادٕ وق۔ لرِ پھرنس منز چھِ پنژاہ وٕری نیرتھ گژھان۔ تہندی کالہٕ بأج، خصوٗصن یمن ہِتی تہٕندی ذٕری تعلقات آسی، رٕودی اَسی منزٕ راتھ تام تہٕ کانٛہہ کانٛہہ چھُ وُنہِ تہٕ حالاتِ حیات، تہِ کُرِتھ تہٕ چھُنہٕ آزادس متعلق کینژن اہم کتھن پوٚرٕ پاٹھی دَل دِنہٕ آمُت، یِم کتھہٕ وننہٕ آمٕژ چھےٚ تِمن چھُ کھٕرے آمُت تہٕ درامُت چھُکھنہٕ۔ حد چھُ یہِ زِ تہندس تأریخ پأدایش تہٕ تاریخ وفات تہِ چھِ تضادٕکی شکار سپدی ہٕتی۔ یہ گوحال سأنس اُمِس کالہٕ بأج شأعرسُند، ووٚنی چھنہٕ کتھےٚ تِمن نِہٕ نِہٕ کرٕنین تارکن ہنز یِم کأشرِ ادبہٕ کِس نبس پٹھ ہتہٕ وادٕ وٕری برونٹھ پٕژ بزلان آسی۔

مرحوم آزاد آسی رانگر گامکی یُس ازبڈگامی ضلعس منز شأمل چھُ، تی زاے تی بڑیے، اتھ کتھِ ہتی چھُ سارِنے اتفاق، پوٚز زاے کر؟ اتھ متعلق

چھےٚ متضاد رایہِ۔ اکھتےٚ یہندس مرن تأرتخس تہٕ ؤری یس متعلق تہِ۔

آزاد صأبنہٕ یِمہٕ عالمہٕ گژھنہٕ پتہٕ دہن ؤہن ؤری ین اندر اندرٕ ے آیہِ تژٕ ے معتبر کتابہٕ شائع کرنہٕ۔ اکھ تہنزٕ ے پچھمٕژ کتاب "کشمیری زبان اور شاعری" گوڈنیک جلد، بیاکھ کُلیاتِ آزاد یوسہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صأبن ترتیب دِژتہٕ ادبی ماہنامہ "تعمیر" سرینگر۔ عبدالاحد آزاد نمبر۔ ڈاکٹر گنجو صأب چھنہٕ تأریخ پیدأیش درج کرأنی، زبنہٕ ؤری چھُ ۱۹۶۰ بکرمی ۱۹۰۳ء لیکھان، یِمہٕ وِزِ کلیات آزاد ترتیب دیتُھ "کشمیری زبان اور شاعری"، کس گوڈنِکس حصس منز چھِ پننس تعارفی بیانس منز ۱۹۶۰ بکرمی مطأبق ۱۹۰۲ء ہاوان تہٕ یہُند تاریخ وفات ۴ / اپریل ۱۹۴۸ء[2]۔ پوٚز مرحوم آزادُن قریبی دوست پنڈت پریم ناتھ بزاز چھُ پننہٕ انگریزی پأٹھی "سٹرگل فار فریڈم اِن کشمیر" کتابہِ منز ۵ / اپریل ۱۹۴۸ء لیکھان[3] تہٕ ستی، وثان "زہری سنگھ ہسپتال کس اکس عام وارڈس منز گذریو کشیرِ ہُندِ عظیم مفکر تہٕ شأعرِ انسانیت"...... ناجی منور تہٕ شفیع شوق یِمو کشمیر یونیورسٹی ہِند کأشرِ شوبہٕ باپتھ "کأشرِ ادبک توأریخ" لیوٚکھ تہٕ یُس ۱۹۷۸ء لیس منز چھاپ گو تأریخہٕ روٚستے یہند زانسہٕ ۱۹۵۳ء لیکھان[4]۔ شاید چھُ یہِ مغالطہٕ اوٚکی حأرتس تژوان زِ اتھ گژھنہ منز

---

1. کشمیر زبان اور شاعری۔ حصہ اول، چھاپ ۱۹۵۹ء
2. کلیات آزاد۔ پدم ناتھ گنجو۔ چھاپ ۱۹۶۷ ص ۳۵
3. Struggle for freedom in Kashmir۔ پریم ناتھ بزاز۔ صف ۳۴۔
4. کأشر ادبک توأریخ۔ چھاپ ۱۹۷۸ ص ۱۵۹۔

چھُنہٕ صفر انگریزی گرٛنز ہنٛدِ حسابہٕ لیکھنہٕ یوان۔ تاریخ وفات چھُ یموتہٕ ۴ / اپریل ۱۹۴۸ء دِیُتمُت۔

اوحال نامہٕ کوٚر مرتب چمن لال چمن تہٕ بشیر اخترن، کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِ کأشرِ شوبہٕ باپتھ۔ یہٕ گوٚ ۱۹۷۹ء یس منٛز چھاپ، اتھ منٛز چھُ تأریخہٕ روٚستے زانسہٕ ۱۹۰۳ء تہٕ مرن ؤری ۱۹۴۸ء لیکھنہٕ آمُت۔

از چھُ مےٚ برٛونٹھہٕ کنہِ حال حالے شایع سپدمُت اُردو شیرازک ''عبدالاحد آزاد نمبر'' اتھ منٛز تہٕ چھِ مختلف مضمون نگارن ہنٛدی لیکھہٕ بیوٚن بیوٚن۔ سید رسول پونپر چھُ پننس ''عبدالاحد آزاد اپنی منظومات کے آئینے میں'' مقالس منٛز یہنٛد زانسہٕ ۱۹۰۳ء تہٕ مرن ورٕی ۱۹۴۸ء لیکھان[1]۔ تأریخ ندارد۔ غلام نبی گوہر چھِ ''مرحوم آزاد اور تاریخ آزادی'' مضموٗنس منٛز لیکھان، ''عبدالاحد ڈار، رانگر چاڈورہ کے درویش محمد سلطان ڈار کا دوسرا بیٹا ۱۹۰۳ء میں پیدا ہوا[2]'' محمد یوسف گنائی چھُ ''عبدالاحد آزاد اور تحریک آزادی'' مضموٗنس منٛز لیکھان ''عبدالاحد ڈار ۱۹۰۲ء میں دار فانی سے چل بسے[3]۔'' آفاق عزیزُن مضموٗن ''عبدالاحد آزاد جدید تحقیق کی روشنی میں'' تہٕ چھُنہٕ اَتھ سلسلس منٛز اتھ کھُرس کُن اَتھے نِوان'' وومیدآس زِ کأشرِ زبأنی ہنٛدی کینٛہہ ادبی تھوٚنگی چھِ ؤنہِ تأرِ سان حالاتِ حیات، تہنٛدِ ذریعہ نیرِ ہاکتھن واش، اتہِ تہٕ لوٚب نہٕ کینٛہہ۔

---

[1] شیرازہ، اُردو، عبدالاحد آزاد نمبر ص ۳۲۷

[2] شیرازہ، اُردو

[3] شیرازہ، اُردو ص ۳۹۴

مرزا عارف تہٕ امین کامل دوشوے چھِ مرحوم آزادنی کالہٕ بأج روودی متیٖ،
اکھ زیوٚ ڈھٕ پہن تہٕ بیاکھ ہنا کوٚنس۔ عارف صاب چھُ بدلہٕ کینٛہہ ونان،
یم بیالہِ منٛز چھِ باسان پھٹے۔ پوٚز زِ زاسنس تہٕ مرن سنس کُن چھُنہٕ کانٛہہ
اشارٕ کران۔ کامل صاب تہٕ چھُ کینٛژن اہم کتھن یم از تام در پردٕ
آسہٕ، ورُن ٹلان۔ تمو چھُنہٕ زاسنہٕ ہوومتیٚ پوٚز مرن ؤری دِنہٕ وِزِ چھِ
ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو سندِس دِتی متس تاریخِ وفات بیانس ستی اختلاف
کران لیکھان۔ ''ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو نے آزاد کی تاریخ وفات ۴/اپریل
۱۹۴۸ء لکھی ہے اور اکثر و بیشتر یہی نقل کی جاتی رہی ہے۔ حالانکہ یہ
تاریخ صحیح نہیں ہے۔ غلام احمد نے ان یام میں رائج بکرمی سموت کے
مطابق ۲۳/ چیت ۲۰۰۴ب لکھا ہے جو ۵/ مارچ ۱۹۴۸ء بنتا ہے
اور یہی صحیح بھی ہے۔ آزاد کے لوحِ مزار پر صرف ۱۹۰۳ء......۱۹۴۸ء
کندہ ہے۔ پیدائش اور وفات کی تاریخیں نہیں دی گئی ہیں[1]'' فٹ نوٹس
منٛز چھُ غلام احمدس متعلق لیکھان ''غلام احمد ڈار زوٗہامہٕ۔ آزاد کے خاص
دوست اور مقرب'' زبان زد تاریخ وفات ۴/اپریل بنیو ۵/ مارچ، سُہ
تہٕ کاشرس ادبس منٛز اہم محقق سٕنٛز حیثیت تھاون وألس، امین کامل صابٕنٛ
کنی۔ شیرازُک ایڈیٹر کرِ ہافٹ نوٹس منٛز اتھ گیننی کڈٕنچ کوٗشش تمی چھُنہٕ
اوٗکُن ظونے دیتمت۔

موتی لال ساقی چھِ سکوٗلس منٛز آزادنی شاگرد روٗدی متیٖ تہٕ بوٚڈ

[1] شیرازہ، اُردو، ص ۱۹

وأتِتھ سپدی تہندی ہوش مند تہٕ تھکنٕی لایق ژاٹھ ثابت۔ تمو چھُ کأشرِ بن
شأعرن (ہم کال شأعرن) ہُند تذکرٕ "کاشری" ناوی ۱۹۷۳ ءیس منز
شایع کوٚرمُت۔ یہِ تذکرٕ چھُ آزادٕ سے پٮ۪ٹھ شروٗع گژھان۔ تم چھِ
آزادنس زانسنس متعلق لیکھان "عبدالاحد آزاد زاو ۱۳/ جون ۱۹۰۳ ء
یس منز رانگر (تحصیل ژوڈُر) خواجہ سلطان ڈارنہ گرٕ" تہٕ مرن سنس متعلق
"أخر سپدی ۴/ اپریل ۱۹۴۸ ءہس منز رحمتِ حق[5]"

ووں وُچھو ۴/ اپریل تہٕ ۵/ مارچ تأرِیخن ہُند پھیر۔ بکرمی
تأرِیخ تہٕ ؤری، عیسوی تقویمس منز ژھارنہٕ باپتھ چھِ شوٗنزہ ؤری، أٹھ
رٮ۪تھ تہٕ ارداہ دوہ تفریق کرٕنۍ پیوان بکرمی تأرِیخس تہٕ ؤری ین۔ یہے
چھُ فارمولا یعنے ۲۳/ ژتھر ۲۰۰۴ ب بنہٕ ۵/ اپریل ۱۹۴۸ء۔

23-12-2004
18 - 8 - 56
5-4-1948

اکہِ دوہُک پھیر کیازِ پیوٚو۔ آزاد اگر سرینگرٕ ہسپتالس منز گزرے یہِ تہٕ
گرواتنہٕ پتہٕ بیٚیہٕ کہِ دوہ دفن سپدی تہٕ یوٚہے تأریخ آو نوٹ کرنہٕ ۴/
اپریل بنہ ۵/ اپریل۔ مرن تأریخ چھ واریاہ گواہ تہٕ یہِ تأریخ ۴/ اپریل
آسنس ءستی سارِنے اتفاق۔ اپریلس مارچ گژھُن چھُ پوٚرٕ اکہِ رٮ۪تھ فرق
پأدٕ کران۔ اتھ ہیکہِ اکھ وجہ أستھ۔ بکرمی ؤری چھ بیساکھ یتھ کأشری
وہسکھ ناو دِوان چھِ، ربتہٕ پٮ۪ٹھٕ شروٗع گژھان تہٕ ژتھر رٮ۪تس پٮ۪ٹھ
انداتان۔ کینژن چھُ یہ مغالطہٕ زِ یہِ ؤری چھُ ژتھرٕ پٮ۪ٹھے شروٗع گژھان
تہٕ پھاگن رٮ۪تس پٮ۪ٹھ موکلان۔ امہِ حسابہٕ چھُ ژتھر بنان گوڈنیُک رٮ۪تھ

---

۱ کاشری۔ موتی لال ساقی۔

تہٕ پھاگُن ہُم۔ دیوزن کاٲمل صاٮ۪بس ما گوٚیہِ بُل چُک پٮ۪وٚمُت تیلہِ بنہِ تہٕ پاٮ۪ژم مٔی نہ زِ پاٮ۪ژم مارچ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ ساہتی صاٮ۪بُن لیوٚکھمُت زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ تاریخ ہبتھ صحی تہٕ ڈاکٹر بشر بشیر چھ ۱۳؍ جون تاریخ پیدائش تہٕ ۴ اپریل ۱۹۴۸ تاریخِ وفات آسنس ہتی اتفاق کران[1]۔ تہٕ کلچرل اکادمی یُس لوح مزار لوگمُت چھُ آزاد صاٮ۪بس، تتھ گژھی وٕری لیس ہتی ہتی تاریخ تہٕ رٲبتھ تہٕ آسٕنۍ۔

آزاد صاٮ۪ب ییلہِ بیمار گیٔ، تم رُوٗدی کینٛہہ دوہ گامے حکیم یلاجس تل، پتہٕ آے سرینگر ننہٕ، کتھ ہسپتالس منٛز سپدی داخل کینٛہہ چھ وننان زِ سرکاری ہسپتالس، کینٛہہ ہری سنگھ ہسپتالس تہٕ کینٛہہ رتن لال ہسپتالس۔

عبدالاحد آزاد اٲسی نہٕ صرف مہجورنٛی ہم پایہِ شاعِرے یٲتی بلکہِ تھکنٛی لایق محقق تہٕ نقاد، ''کشمیری زبان اور شاعری'' چھُ کاشرِس قومس پٮ۪ٹھ تہٕنٛد زبردس احسان۔ امہِ کتابہِ ہُنٛد مواد جمع کران کران پیٚیہ اہ محنت مرحوم آزادس ژٕلنٛی پیٚیہٕ چھےٚ، تمیُک جواب ہیوٚک نہٕ وُنستان دِنہٕ یتھ۔ تہنٛزِ زندگی منٛز ہیچ نہٕ یہ کتاب شائع سپدِتھ تِکیازِ اَتھ یُس رقمِ کثیر چھاپہِ پٮ۪ٹھ خرچ گژھِ ہاسہ اوس تہٕنٛدِ مقدورٕ نیبر۔ تہٕنٛدِ رحمت حق گژھنہٕ پتہٕ کینٛژِ وٕہری سپز ییتہِ کلچرل اکیڈیمی قاٮ۪یم تہٕ یہ کتاب سپز شائع۔ اتھ سلسلس منٛز تہِ چھےٚ کینٛہہ کتھ وننہٕ یوان، یمو کنی کینٛہہ سوال پاٚدِ گژھان

---

[1] اُردو شیرازہ۔ عبدالاحد۔ چند تاثرات۔ بشر بشیر ص ۱۱۲

چھِ ، یِمن اگر از جواب یِیہِ نہٕ دِنہٕ تہٕ کُھر گژھِہ نہٕ زِ ہِنٛزِ دوٗر۔ اکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ مسودٕ کِتھٕ کٔنی سپُد حاصل ؟ بیاکھ یہِ زِ ترتیب کٔمی دِیُت ؟ ترٚیم کتھ یہِ زِ مقدمہٕ تہٕ دیباچہ کٔمی لیوٗکھ؟

یوٚتاں چھاپ گامژِ امہِ کتابہِ ہُند تولق چھ۔ گوڈنیگ ایڈیشن چھُ ہاوان زِ یِیلہِ اَمہِ کتابہٕ ہنٛدی مسودٕ آزاد صأبنٛین وٲرِثن نشہِ ہٮ۪نہٕ آے، یِم آے ریسرچ محکمس سپرُد کرنہٕ۔ پتہٕ یِیلہِ کلچرل اکیڈیمی قائیم سپز۔فأصلہٕ آو کرنہٕ زِ یہِ کتاب سپدِ ترٛبن حصن منٛز چھاپ ۔ترتیب تہٕ تدوینچ کأم سپز ترٛبن صأحبن ہنٛزِ اَکِس خصوصی کمیٹی ذمہٕ، ییٚمیُک کنوینیر امین کأمل صأب اوس۔ ڈاکٹر شکیل الرحمٰن تہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو اَسی ممبر۔ گوڈنِکس جلدس چھُ حرفِ اول لیوٗکھمُت امین کأمل صأبن۔ تعارف ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صأبن تہٕ تنقیدی تبصرٕ شکیل صأبن۔ دوٚیم جلد سپُد ۱۹۶۲ ءیس منٛز چھاپ ، اتھ چھُ دیباچہِ لیوٗکھمُت محمد یوسف ٹینگ صأبن پنٛژہن (۲۵) صفن پیٹھ تہٕ اکھ مبسوطٕ مقدمہٕ چھ ۷۵ صفن پیٹھ علی جواد زیدی سٕنٛدِ ناو لیکھِتھ۔ڈاکٹر شکیل الرحمٰن تہٕ علی جواد زیدی دوشوٕے صاحب اَسی نہٕ کأشرس ادبس متعلق تیتی معلومات تھاوأنی زِ اَمہِ قسمکی لیکھ ہیکہٕ ہن تہندِ قلمہٕ نیرِتھ۔ ظأہر چھُ زِ یِم جز شأمل کتاب آسنس۔ ’’کوئی معشوق ہے اس پردہ نگاری میں‘‘ ہنیکہِ بأعث اَستھ۔ترٛیم جلد سپُد ۱۹۶۳ءیس منٛز چھاپ تہٕ اَتھ چھےٚ گوڈٕ کتھ محمد یوسف ٹینگ صأبنہِ قلمہٕ۔

اتھ کتابہِ متعلق چھُ مرزا غلام حسن بیگ عاَرف صاَب پننس

اَکس مضمونس یُس ''عبدالاحد آزاد عنوانہٕ شیراز ( اُردو ) کس

عبدالاحد آزاد نمبرس منز چھاپ سپُد ، منز لیکھان زِ آزاد صاَبنہِ رحمت حق

گژھنہٕ پتہٕ کینژی کالہٕ سوٗ زتس پرائم منسٹر شیخ محمد عبداللہ صاَبن ناد تہٕ

وۄنس زِ سُہ چھُ تمو شیخ عبداللہ سٕندِ حیثیتہٕ بلوومُت تہٕ غلام حسن سٕندِ

حیثیتہٕ چھُ اکھ کاَم سپرد کرنہٕ یوان، سو چھےٚ آزاد صاَبن لیوٗکھمُت تاریخ

شعرائے کشمیر مسودٕ تہند بو واَرثو نشہِ حاَصل کرن تکیازِ یہِ چھُ ضایع

گژھنک اندیشہِ ۔ یہِ کاَم آس مہجور صاَبس مٕژہِ تھاونہٕ آمٕژ پوٚز تمو ہیچ نہٕ

کٔرِتھ ۔ آزاد صاَبنس وصیت ناَمس منز چھُ تسٕند بن بیٚیہِ کینژن دوستن

ہٕتی یہند (عاَرف صاَبن) ناوتہِ یمن یہِ مسودٕ حوالہ گژھِ کرنہٕ یُن ، تہٕ

مولوم چھُ سپدان زِ عاَرف صاَب گےٚ دوٚ یمے دوہہٕ رانگر ۔ تم آسی تمن

دوہن ڈائیریکٹر سری کلچر ۔ ڈپٹی ڈائریکٹر تہٕ متعلقہ اسٹنٹ تہِ آسِکھ

ہٕتی ۔ کیمپ تھوٗکھ رانگرے ۔ تمو اَنہٕ نوو آزاد صاَبن زیٹھ بوے علی ڈار

تہٕ بلنتھر عارض ۔ آزاد اوس شاید لا ولد موٗدمُت تہٕ خانہٕ دارینی آسس

زندے عاَرف صاَبن ووٚن تمن سُہ کمہِ غرضہٕ چھُ آمُت ، تمو ووٚن

درجواب زِ آزاد صاَبنس کمرس منز چھ واریاہ کاغذ تم کرِنی تتہِ تلاش ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ آے تہٕ دوٚ پٔھ زِ وصیت نامہٕ لوٚب ، تتھ منز چھ عاَرف

صاَبن ناوتہِ ووِل چھنہٕ تمن یہِ مسودٕ عاَرف صاَبس سپُرد کرنس منز کانہہ

اعتراض ، تمو کوٚر مسودٕ پیش پوٚز عاَرف صاَبن ووٚننکھ زِ توہی واَتو دوٚیمہِ

دوہۍ تِمن نش پانے شہر، سُہ سمکھاوِ یمن سیح صأبس تہٕ مسودٕ کرن تِمن پانے حوالہٕ۔ تی سپُد تہٕ شیخ صأبن دیُت اکھ ساس ڈبل ینامہ رٔنگی عأرف صأبس۔ مسودٕ آو کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِس سیکرٹیری یس حوالہٕ کرنہٕ تہٕ عأرف صأبس آو اتھ دیباچہٕ لکھنہٕ باپتھ وَننہٕ۔ تِمو لیوٗکھ اتھ مفصل دیباچہٕ تہٕ کوٗرُکھ کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِس سیکرٹیری یس حوالہٕ۔ پوٗز ییٚلہِ اَمہِ کتابہِ ہنٛد گوڈنیُک حصہٕ چھاپ سپُد۔ یہ دیباچہِ یا مقدمہٕ چھوٗ علی جواد زیدی سیکرٹیری کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِ ناو، تِمو وُچھ، افسوس سپُد کھ پوٗز کتھ کھییٚکھ، عأرف صأبن گُف چھُ زِ یہنٛدِ اَمہِ دیباچک مسودٕ چھُ اکیڈیمی ہٕنٛدِس تس ملأزِمس نش موجوٗد یُس وۄنی مولانا آزاد کالج جیٚمہِ اکھ لیکچرر چھُ، تہٕ شیرازُک ایڈیٹر ہیٚکہِ اتھ حأصل کرِتھ۔

سوال چھُ یہ زِ علی جواد زیدی اوس کلچرل اکیڈیمی ہنٛد سیکرٹیری بخشی غلام محمد نس دورس منٛز۔ کلچرل اکیڈیمی آیہِ ۱۹۵۸ ء یس منٛز قأیم کرنہٕ ییٚلہِ بخشی غلام محمد پرائم منسٹر اوس نہٕ زِ شیخ محمد عبداللہ۔ شیخ صأب اُسی تمہِ وِزِ نظر بند تہٕ علی جواد زیدی اوس دوٚیم کنہٕ ترٛییم سیکرٹیری کلچرل اکیڈیمی۔ زیدی صأبنہِ ناوٕ یُس مقدمہٕ چھاپ سپُد مُت چھُ، سُہ چھُ نہٕ گوڈنِکس جلدس منٛز بلکہِ دوٚیمس جلدس اندر یُس ۱۹۶۲ ء یس منٛز چھاپ سپُد۔ اگر یہِ مقدمہٕ عأرف صأبن گوڈے لیوٗکھمُت اوس یہِ گوٚژھ گوڈنِکِسے جلدس منٛز چھپُن۔ اگر وۄنی عأرف صأبس مشرف گو، تِمن اوس وُنی دوٚیمس جلدس منٛز گو چھاپ تہٕ وۄ نُتھ گوڈنکس جدلس منٛز چھپیو،

اگر یہِ تِہندے قلمہٕ دژاو ، پتہٕ ییٚلہِ زیدی صابنہِ ناوٕ چھاپ گو، تمو کیازِ
کھییٚہِ کتھ؟ اگر ووٚنی تمہِ ساتہٕ بخشی راجک یا سپیشل سٹاف کس حاکم اعلیٰ
غلام قادر گاندربلی سُند بیم اوسُکھ ، سُہ مدہمنہٕ پتہٕ از تانی کیازِ رٗودی ژھوپہٕ
کرِتھ تہٕ از کوٚر کھاتھ کتھہِ ننم۔

غلام حسن ڈاریعنے جاوید آزاد چھِ شیرازِ اُردو کس عبدالاحد
آزادنمبرس منز "آزاد میون والد" مضموٗنس منز اتھ کتھہِ متعلق ونان زِ یہِ
مسودِ اوس آزاد صابس شاندس تل آسان۔ ییٚلہِ تم بیمار گے تہٕ تکلیف
رٗود ہراٗنی، تمی (جاوید آزادن) کوٚر یہِ مسودٕ برزلہِ کس گلہٕ ڈارس حوالہٕ
یُس آزادس واریاہ نکھٕ اوس۔ پتہٕ موٚنگ مے تس واپس ، تمی ہیوٚت از
پگاہ کرُن۔ پتہٕ گوس بہٕ اکہِ دوہہٕ تُسُند گرِ تہٕ تہنزِ غارموجودگی منز کوٚرم یہِ
بڈٕ چالاکی سان حاصِل۔ کینژ کالی آو مے نِش ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو تہٕ
غلام نبی عاٗرض تہٕ نیوٗکھ یہِ مسودٕ۔ پتہٕ آو اکہِ دوہہٕ عاٗرض تہٕ نیوٗنس بہٕ شہر
کتھ تام دفترس پیٹھ۔ تتہِ اٗسی ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو تہٕ مرزا عاٗرف موجود۔
یہِ مسودٕ چھاپ کرنٕکی حقوق ہیتکھ مے لیٚکھتھ تہٕ دِتہم روپیہ ساس یتھے
پاٹھی دِتکھ اکھ ساس روپیہ آزاد صابنہِ خاندارنہِ تہٕ اکھ ساس روٗٹ
عارض صابن۔ ہتھ ڈبل تھوٗکھ تہنزِ خاندارنہِ رٕبتہٕ وار وظیفہٕ۔

پیٚو ناووٚنی عاٗرف صابنس بیانس بیٚیہٕ پھیُر ، تمو چھنہٕ ڈاکٹر پدم
ناتھ گنجوٕ سنز کانہہ ذِکر کرمُت ،یہنزِ کوٗششہٕ مسودٕ حاصل کرنس منز برابر
شاٖمل آسہٕ تہٕ یتھ "کشمیری زبان اور شاعری حصہ اول" کتابہِ منز تہند

لیُوکھمُت تعارف تصدیق کران چھُ۔ساس روپیہِ اگر مسوِدٕ دِنہٕ وٲلس اداکرنہٕ آو یا یتھے پأٹھی تسنٛزِ خاندارنہٕ تہٕ دِنہٕ آو۔ عأرض صابس کیازِ آو ساس روپیہِ دِنہٕ، مُنزم یارزِ ہنٛد ینامہٕ تہٕ بییہِ کیا؟ تہٕ عأرف صأبس کیأزی میوٗل ینامہٕ؟

آزاد صأبنین عقأیدن متعلق تہٕ چھےٚ سٔبٹھاہ غلط فہمی پأدٕ کرنہٕ آمٕژ ۔ اتھ چھُ زیادٕ پہن پریم ناتھ بزازس ستیٚ تہندی تعلقات ، تسندس ''ہمدرد'' اخبارس منٛز چھپین دول آزادُن کلام ، خصوصن تسنٛزٕ نظمہٕ، تسندِ کلاچ أندرِم شہادت تہٕ ترقی پسندن ستیٚ تسند ووتھُن بہن ذمہٕ دار۔ پوٚز لگن چھےٚ کشن پھٔلِس اَربتھ پیر بناوٕنچ ہوزتہِ آسأنی۔ ووٕنی چھےٚ کینٛہہ تِژھہِ کتھہ تہِ برٛونٛٹھ گن آمٕژ یمن اگر ہنا سنوتہٕ سونچو، بییہِ ہیے تجسس گن چھےٚ وَتھ نیران۔ شیرازٕ اُردو کِس آزاد نمبرس منٛز ییٚتہٕ پُشپ صأبن مضموٗن پانہٕ آزادنہِ شأعری ہندی حوالہِ ہیتھ تہٕ تتھ ''ہمدرد'' اخبارس منٛز وِزوِزِ چھپین والین مضموٗنن ادارین تہٕ عبارژن ستیٚ واٹھ دِتھ حسبِ پسندتأویلین ہندِ مدتہِ اَتھ منٛزلس گن پکناوان چھُ زِ آزادس اُس نہٕ مسلمانہٕ سنٛز ہش پڑھاوڑھا کینٛہہ تہٕ تَس اُس لادینی گن ژرائے، تتہِ چھِ أتھی مضموٗنس منٛز آزادنین خطن ہندی حوالہِ یہِ باسناوان زِ آزاد اوس پزس مسلمانہٕ سُنٛد ہیوٗ عقید تھاوان۔ ووٕن گو سُہ اوس نہٕ کژ ریک ہنہٕ موٗنڈُک ، تسنٛز نظر اُس کُشادٕ سُہ اوس نکتہٕ رس تہٕ پننہِ اندازٕ پننہِ عقلہِ کُنہِ کتھ سام ہیوان۔ پُشپ صأب چھُ مرزا عأرف ہنٛدِ ناوٕ ۲۰/ ساون

۲۰۰۴ء کأشرِ پأٹھی لیچھ مِنز اکھ چِٹھہِ ہندی یم لفظ حوالہِ رنگی پیش کران۔

''طریق خانقاہی چھُ مےٚ کھٹکان۔ مذہبن ہنٛدِس اہمتیس کرِ کانٛہہ احمق انکار، مےٚ نِش چھُ مذہب سوسایٹی ہُنٛد پأداوار، میون عقیدٕ چھُ۔ محمدؐ، قرآن، خدا۔ عام لُکھ تہٕ مذہب دار حضرات چھِ ونان خدا، قرآن، محمدؐ۔ یو ہے خیال چھُ میأنِس ییتھ شعرس منٛز۔

دین دارٕ ژےٚ چھےٚ دین پنٕن چھُم مےٚ پنٕن دین

ایمان خدا چون تہٕ انسان مُدا میون

أتھی خطس منٛز چھِ لیکھان ''رود سوال تصوفُک، بہٕ چھُس اقبالہٕ سنٛد تصوف حقیقت مانان، بَس[1]'' عارف صأب چھِ ''عبدالاحد آزاد...... میری نظر میں'' مضموٗنس منٛز لیکھان۔ ''عام طور آزاد کو دہریہ تصور کیا جاتا ہے؟ یہ صریحاً لغو ہے۔ وہ نہ صرف ایک بزرگ خدا دوست شخص کے فرزند تھے۔ بلکہ خود بھی صاحب دِل تھے[2]'' تم چھِ یہ سرتہٕ فاش کران زِ آزاد صأبن وۄن تس پانہٕ مےٚ چھےٚ ووستاد آسنہٕ کِنی ژٕ ہہ روپیہٕ تنخواہ تہٕ بزاز صأب چھُم پانٛژٕ ژٕہ دوان، تو ے چھُس ''ہمدرد'' اخبارس منٛز گُنہٕ گُنہٕ وِزِ تِسنٛدِ مطأبق شعر لیکھان'' ۱۹۴۵ ءیس منٛز پرٛژھ ''کشیرِ ''نأوی انگریزی کتابہِ ہندی مصنف جی ایم ڈی صوفین زِ آزادس متعلق

[1] ''ادب اور سماج۔ آزاد کی نظر میں'' شیرازہ اُردو۔ آزاد نمبر ص ۱۱۱ [2] عبدالاحد آزاد۔ میری نظر میں۔ عارف۔ شیرازہ اُردو آزاد نمبر ص ۴۸

دہریہِ آسنک یُس تصور عام لگن چھُ، سُہ چھا صحیح، عارف صأب چھِ وَنان ''مےٚ وۄنس، غلط چھُ'' پتہٕ لیوٗکھم آزادس خط اتھ متعلق، تمۍ لیوٗکھ جواب زِ یہِ لیبل چھےٚ تس بزاز صأبنہِ مہربأنی کِنۍ لجمُت۔ نتہٕ چھُ سُہ خدایہِ وحدہٗ لاشریک آسنک قأیل، لوکچارِ پٮ۪ٹھے توحید کس ہوانوا ہس منز پلیومُت مشہوٗر صوفی بزرگ سلطان ڈارِ رانگر سُند نیچو، ذکر و فکرِ ہنٛد قأیل، کینژن چیزن ہنٛد حصار دِتھ البتہٕ مُلأ زِمس خلاف، انسانہٕ ہنٛدِ احترامُک پرژارک۔ دنیاہس منز برادری تہٕ برابری مانن وول[1]''

آزاد صأبنے گرک فرد، تہنٛد اولاد، جاوید آزاد چھُ اُردو شیرازِ کس آزاد نمبرس منز'' آزاد......میرے والد'' عنوانس تحت لیکھان ''آزاد کی شاعری کے بارے میں بعض اشخاص نے یہ غلط تاثر پیش کیا ہے کہ اُن کی شاعری میں اشتراکیت کی نمائندگی ہے۔ لیکن یہ لغو اور بے بنیاد ہے'' اَتھی منز چھِ تہنٛدی شب و روز بیان کران وَنان'' اکثر شب بیدار رہتے اور وظائف میں محو ہوتے''۔ غلام نبی گوہر صأبِ تہٕ چھ اَتھی رسالس منز'' مرحوم آزاد اور تحریک آزادی'' عنوانس تحت لیکھۍ متس مضمونس منز مزید شہادت دِوان'' یہاں یہ بات اگرچہ بے محل سی لگے گی لیکن آزاد کی ذات اور اُس کے عقائد کے حوالے سے کئے گئے پروپیگنڈے سے پیدا شدہ غلط فہمی کے ازالے کے لئے یہ بتادینا ضروری ہے کہ اپنے صاحب دل درویش باپ کی درویشی کا

---

[1] عبدالاحد آزاد۔ میری نظر میں۔ عارف۔ شیرازہ اُردو، آزاد نمبر ص ۶۹

تسلسل تھا جو خود ہی قادری اور نقشبندی سلاسل کی رہبری کرتا تھا"۔
پنٕنس بیٚیہِ کس مضمونس منٛزیُس "آزاد کی ذاتی ڈائیری۔ بعض اندراجات" عنوانس تحت لیوٚکھمُت چھُکھ، تہٕ چھ یہے کتھ پھران "آزاد کے والد صاحب۔ خواجہ سلطان ڈار ایک روحانی رہبر کی حیثیت سے قادریہ اور نقشبندیہ سلاسل میں مریدوں کو تربیت دیتے تھے" یم چیز پرُتھ چھنہٕ پڑھ یوآنی زِ آزاد کیا آسہِ ہا عقیدو ڈوٗلمُت۔ پوٗز جاوید آزادُن یہ وُنُن زِ لُکھ چھِ تہنٛز شاعری اشتراکیت نظرِ پیٚٹھ نمایندگی کرنٕچ ہانٛژھ لاگان، یہِ صحیح چھُنہٕ۔ پوٗز یہِ شاعری ہے پانہٕ لُگٕن ہنٛز ہانٛژھ صحیح آسنس تصدیق کران چھےٚ تہٕ جاوید آزادنس بیانس پھیش دِوان چھےٚ۔
آزادن پنٕنس گرِ کس مذہبی تہٕ متصوفانہٕ ماحولہِ کس اثرس تحت یُن تہٕ پنٕنس مالِی ہنٛدِ بن عقیدن ہنٛز عاٗن غاٗن پاٗروی کرُن تہٕ چھنہٕ ضروری، یوٗدوَے یتھِ ماحولہٕ نِشہِ قطعی طور متاثر نہ سپدُن یا یہنٛد کہنٕے اثر زندگی پیٚٹھے نہ پیوٚن تہٕ چھُنہٕ ممکن باسان۔ مالِی ہنٛدی تِھی عقید آسِتھ تہٕ ہیکہِ آزاد بدل وَتھ رٕٹِتھ۔ تکیازِ

با من میاویز اے پدر فرزند آذر را نگر
ہر کس کہ شد صاحب نظر دین بزرگان خوش نہ کرد

تہنٛزِ شاعری منٛز اشتراکی نظریہس ستی ہشر تھاون والی خیالات یا موضوعات وُچھتھے تہٕ ہیکہِ نہ یہِ نتیجہ کڈنہٕ یتھ زِ تس اُس اتھ پیٚٹھ پڑھ تہٕ مارکسس تہٕ لینِنس اوس ایمان اوٗنمُت۔ شاعر یہِ ونان چھُ تہٕ چھُ

بحیثیت شاعرونان، تسنٛز عملی زندگی ہیکہِ اَمہِ نشہِ مختلف اُستھ۔ یِیتھِن چھُم
حضرت علامہ اقبالؔس متعلق اکھ واقعہٕ یاد پیوان۔ تس پرٛژھ اکہِ لٹہِ دۄیو
ترٛیو دوستوزِ تہنٛز شاعری چھےٚ حرکژ ہنٛد تہٕ عملہِ ہنٛد سبق دوان، سخت
کوٗشی تہٕ جفاطلبی ہیچھناوان، خون رگن منٛز گربکہٕ ناوان پۄز پانہٕ چھوٚ پیتی
آلرٛھی، آرام طلب، عملی مأدانس منٛز تتھ چھُنہٕ تہند کانٛہہ خاص دیُت۔
یہِ کیاہ دلیل؟ اتھ کیاہ زِ نہٕ ہشر؟ فرمووکھ شاعر چھُ قومک قوال۔ سُہ چھُ
بیٚین نژناوان، پانہٕ چھُنہٕ نژان۔ یہِ چھےٚ واریٛہس حدس تام پۄز۔ اَمہِ
کِنی گژھنہٕ شاعرٕ سنٛز زندگی، تسنٛز شاعری ہنٛز ترٛکرِ منٛز تولنی۔ زندگی چھِ
وارِیاہ پہلو، وارِیاہ وِہ۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھاوِتھ پزِ نہٕ اُچھ وٹِتھ مانٛن زِ
آزادس اوس لادینی ہُنٛد چھُہہ لوٚگمُت۔

آزادنہ کسمپری تہٕ مفلسی ہُنٛد تہِ چھُ وارِیاہ ڈول واینہٕ آمُت۔
یُس پانہٕ گامہٕ ماحولک آسہ نہٕ سُہ ہیکہِ نہٕ کانٛسہِ گامہٕ کِس شخصس متعلق
صحیح پاٹھی وٕنی تھے زِ یہِ چھا مُفلس کنہٕ آسن وول۔ تتہِ یم میٚز لگان چھِ تم
چھِ گامہٕ کہِ ہیے ویٛدی آسان۔ گامہٕ چھُ سُہ شخص آسن بسن وول مانٛنہٕ
یوان یَس زمین زراعت آسہِ، مال جاداد آسہِ ( مال گو تتہِ گرٛی گیٚن، تیر
ژھاوٕلی، چاروأے ) تہٕ اَمہِ لحاظہٕ اوس آزادُن مول آسن وول۔
آزادس اُس اَمہِ علاوٕ سرکأری نوکری تہِ۔ مفلس ہیےٚ اوس تہٕ کیاہ ری۔



سیّد رسوٗل پوٗنٛپر
اردوٗ پیٹھہٕ ترجمہٕ: محمد یوٗسف مسکینؔ

# آزادنہٕ چِٹھہِ

۱

چِٹھہِ پٔترٕ لیکھنُک ہونَر چھُ بجایہِ خود ہٕشلس سٕژ یہہ تہٕ اُچھن تیٚہہ بخشَن وول اکھ شائیستہٕ فن۔ اَتھ منٛز تہِ چھہِ سیٹھاہ مأری مُندی انہارتہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ سَنہٕ وِنی تہٕ شوٗبہِ دار رنگ یم خوٗنِ جگرٕ سِتی ووتلاونہٕ آمتی آسَن۔ یہِ ادبی ہونَر لولہِ للنہٕ ناونہٕ باپتھ تہِ چھُ پان زأیلتھ قلم پأٹن لازمی۔ دُنیاہکی بہلہِ پایہِ چِٹھہِ پٔترٕ لیکھن والی چھہِ عام پأٹھی تِمے یم زندگی ہٕنٛدِس تپہٕ تأوی سیکہِ صحراوس پیٹھ کھوکھشہِ پکان روٗدی۔ یِیلہِ زَن اٚہنٛدی مکتوب یعنے خطٕ پٔترٕ اٚہنٛدِ سَفرٕچ پانے وبٕژھنے کران چھہِ۔ یمن منٛز فنکارٕ ہٕنٛدی قلمن ذاتی تہٕ شخصی غمن تہٕ دوکھن ہٕنٛزٕ داستانہٕ سیٹھاہ دوکھہٕ دأدی لب وٕجس منٛز وَنہِ مٕژ چھے تہٕ بعضے اَسونہِ اندازٕ طنزٕتہٕ مزاحُک خوشیوٗن ورٕدَن پأراأوِتھ یمہٕ رَنٛزٕ وِنہِ بناوِمٕژ چھے۔ بقولِ غالبؔ ۱

لکھتے رہے جنوں کی حکایاتِ خونچکاں
ہرچند اس میں ہاتھ ہمارے قلم ہوئے

۱غالب کے خطوط۔ جلد اول، مرتبہ۔ خلیق انجم، ص ۱۲۴۔

(یہ رۄدُس پننہِ لولہٕ مژرِ چھہ رَتہٕ داۍ وِگِ دأستانہٕ لیکھان یتھ زِ یِ
کران کران ژھینِ سأنۍ گٲٹہٕ)

عبدالاحد آزاد ۔ کأشرِ زبأنۍ ہندی پٔتھٕ بانہٕ بہلہِ پایہِ زانن وألی، محقق، ذہین، تیز گفتار، جدت پسند تہٕ ترقی پسند شاعر، یمن عشقہٕ داۍ دِس، پٔزی آکھو لول بۆرِ تہٕ حوصلہٕ دیُت، یمو بسیار دولاب تہٕ دُپن بُتھِ یتھ تہِ پٔنن شوقہٕ سفر جأری تھوٚو تہٕ یہِ اندوا تناوِنہٕ باپتھ سوٚرے کینٛہہ چھٔیہِ دیُت ۔

درنومیدی بسے اُمید است
پایانِ شب سیہ، پیداست

(نااُمید سپدِتھ تہِ چھےٚ فقط اُمید آسان تِکیازِ راتِ ہُند انہِ گوٚٹ سوٚرِتھ چھُ پانے گاش پھولان)

جانہٕ مرگی باوجود دِتی آزادن (۱۹۰۳ـ۴۸ء) کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِس شعری تہٕ نقدی ادبس منز ہاوٕنی تہٕ باوٕنی لایق کارنامہٕ انجام ۔ یێلہِ زَن نقاد تہٕ شاعر آسنہٕ کِنی یم ہُمہِ یمہِ ورآے اَکس بأنی کارسنٛدِ حیثیتہِ ہر ہمیشہِ یادین کرنہٕ ۔ آزادُن دور اوس، مہجورس سان (وفات ۱۹۵۲ء) عہد ساز تہٕ بُتھِ یِنہٕ وأجنبن تبدیلین ہُند زمانہٕ ۔ ہندوستان اوس آزاد سپدن وول تہٕ ریاستی لوٗکھ آسی ہتہٕ واد وٚرِ ین ہنزِ راوِمژ پٔننی بالادستی دُبارٕ حأصل کرنہٕ باپتھ جکھان ۔ یہ اوس سُہ تأریخی موڑ، یتھ پٔتھ پرٕتھ طرفہٕ انسأنی زندگی رَتہٕ پیالہٕ بٔرِ بٔری اَتھن کیتھ رٔژتھ زُوس گِندن والین

نالہٕ ہُتی کران اُس۔ تہٕ بقول فیضؔ، قلمکارتہٕ تخلیق کار چھُ صرف مۄٹے زانان زِ بڑ یڈ بن منز گیرتہٕ گرفتار اُستھ تہٕ روزِ و اُسی رتہٕ داُوی قلمہٕ وقتہٕ کس دَ کہٕ زِ دڈبکس آدم ہِندِ عظمتکی نغمہٕ کھنان۔

متاع لوح وقلم چھن گئی تو کیا غم ہے

کہ خون جگر میں ڈبوئی ہیں انگلیاں میں نے

زبان پہ مہر لگی تو کیا ہے کہ رکھدی ہے

ہر ایک حلقۂ زنجیر میں زبان میں نے

(مشق تہٕ قلمک سرمایہٕ تہٕ یِو دوے مے اتھہٕ موٗرِتھ نیٚو کھ غم نہٕ کینٛہہ۔ مےٚ چھےٚ خوٗن جگرٕ ستی اوٚنگجہٕ رٕنگتھ۔ وُٹھن تہٕ یِو دوَے تڑوٗپ دِتھ چھُم اَدٕ مےٚ چھےٚ پرِتھ کُنہٕ زنجوٗرِ کرِس زیو دِژہٕمژ)

یِتھِس انقلابی دورس منز آزاد ہوس انسانیتہٕ کس بأتہٕ گری سنٛزٕ چھٕ پترٕ ہیکبن رتہٕ داُوی داُستانن ہندی وَرل رنگ اُستھ۔ بلکہِ یمہٕ ہیکبن یِتھبن تجربن تہٕ محققانہٕ کوٗشش ہندِ پُر اسرار عالمُک جلوٕ تہٕ وُچھِتھ۔ آزادس روٗزیہٕ بدقسمتی زِتَس آےنہٕ زمانہٕ سازتہٕ نبض شناس وآرِث باگہِ یم اُہنزٕ چھِ بیترٕ پتٔمبن پنٛزٕہن وٕری ین دوران نہ چھاُپتھ ہیکی تہ نہ یمن چھاپ کرنٕچ اہمیت زانتھ ہیکی۔ اگرتہِ آسہِ ہے سپُد مُت تیلہِ ما آسہِ ہے کلچرل اکیڈیمی امہِ باپتھ سنٛز کوٗرمُت۔ خدایس کُن شکر زِ ''تاریخِ ادبیات کشمیر'' چھاُپ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوٕ ریاستی کلچرل اکیڈیمی تربن جلدن منز دویہ پھرِ۔ یہِ نٔے ''کلیات آزاد''

ناوی کتابہٕ ہِندی اَصل مُسوَدٕ رٲژھراوَن وول ، آزاد سُند ٹوٹھ ادب نواز تہٕ سوخن شناس معالج سور گوٲسی ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو۔آزادنہٕ آخری وصیت موٗجوٗب امین بنہٕ ہے۔ یہِ کُلیات تہِ مایہِ ہے نہٕ بارسس تہٕ اتھ تہِ آسہِ ہے سوے وَنن گاہٕژ یوس تہند بن مکتوباتن سپز۔ فی الوقت ہکو أسی یِ وٲنتھ زِ

اُڑائے کچھ ورق لالہ نے کُچھ شبنم نے کُچھ گُل نے
چمن میں ہر طرف بکھری پڑی ہے داستان میری



ژٲلِم ہیتھ ورق گلالہٕ ، شبنم تہٕ أڈی گلاب
چھےٚ یتھ پوشہٕ وارِ چھکرِتھ ژوٚپٲری داستان میأنی

آزادَن چھِ بیشتر خطوط اُردو پٲٹھی لیکھی متی۔ یِیلہِ زَن اکھ اوٚڈاہ کاشُر مکتوب اَتھِ آمُت چھُ تہٕ تیمیُک ذِکر کاشرِ زبأنی ہِندی معروف محقق تہٕ شاعر سور گوٲسی موتی لال ساقین پننس أکِس تحقیقی مضموٗنس منز یتھہٕ کٔنی کوٚرمُت چھُ۔

"پننہٕ پوٚرٕ واٲنسہِ منز کٔر خطوط لیکھی آزادن، تم آسَن نہٕ تیتی زیادٕ تکیازِ تہند بن دوستن ہُند دأیرٕ تہِ اوس نہٕ تیوٗتاہ وٕسیع۔ آزادٕنی پننہِ اتھہٕ لیکھی متی اکہٕ پلہٕ ڈوڈ ہتھ چِٹھہِ پٔتر چھِ مےٚ نِش موجوٗد۔ یِمن منز اکہٕ اُردو چِٹھہِ ہُند دوٚیم اوٚڈ حِصہٕ کاشرِ پٲٹھی لیکھتھ چھُ۔ اَمہِ چِٹھہِ ہُند گوڈ چھُ اُردو پٲٹھی یُس کاغذ ورقہٕ کِس دوشوٕنی طرفن پیٹھ پھأٹِتھ چھُ۔ اَمہٕ

چھٕہ ہُند واٹھ چھُ دوٚیمہِ طرفہٕ کہِ نصف صفہٕ پَتھے ہنگہٕ منگہٕ ژھینان تہٕ کأشُر مکتوب چھُ شروع سپدان۔ باسان چھُ زِ آزادس چھُ پَنٕنہِ جذبات باوِنہٕ باپتھ کأشرِ زبأنی ہُند ورتاو زیادٕ ے ٹوٹھ اوسمُت۔ یہِ چِھٹھ تیچ یہ کتھ چھُس کران چھےٚ بربوارِ ۱۶/ کتک ۱۹۹۷ب مطأبق ۲۸/ اکتوبر ۱۹۴۰ء، رَمضان المبارک کِس رَتس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہِ چِھٹھ اُس غلام نبی بٹ یُس پتہٕ شاعر بنِتھ عأرِض نأوی وَنہِ آو ہنٛدِ ناوٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ غلام نبی عأرِض اوس آزادس بنہِ بنتھر۔ یُس پننہٕ منٛزٕ سارِو ے کھوتہٕ زیادٕ معتبر ڈوٚکھ تہٕ خانہٕ مول اوس۔ آزاد چھُ اَکِس چِھٹھِ منٛز اَمہِ کتھِ ہُند پانہٕ اعتراف کران۔

''یہ چھُس دوٚن چیزن پننہِ زندگی ہُند مُل تہٕ مٕژ زانان۔ اَکھ اَدیاتِکی مُسودٕ تہٕ بیٚیہِ غلام نبی۔ یہ چھُس نہٕ ئلی ونان تہٕ نہ توتمہٕ گران۔ یوٚ دوٚ ے یہ چِھٹھ ذأتی نوعیچ چھےٚ خاص پأٹھی امیُک اُردو حِصہٕ، مگر امیُک کأشُر حِصہٕ پرِتھ چھےٚ واریاہن کتھن گیٚنی نیران......''

(۱) آزادنہِ زندگی منٛزٕ ے اوس عأرِضن لوٚ ے خوٚے نوٚن دزٕ امُت، یمیُک تصدیق آزادنو بیَو چِھٹھِ پترٕ وٕتی سپدان چھُ۔ یمن منٛز آزادس کشتوٲرِ کأشری لفظ جمع کرنس منٛز عأرِضن عملی اَتھواس شأمل چھُ۔ آزاد اوس نہٕ پانہٕ زانہہ تہِ کشتوار گومُت تہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' نأوی کتابہِ ہنٛدِس گوڈنکس جلدس منٛزٕ یُس تذکرٕ

آزادن کشتوٲری کاشرس موادس متعلق کوٚرمُت چھُ۔ سُہ اوس
عاٗرضؠن کارِیس تمہٕ کشتوارس منٛز ملازمتس دوران جمع کٔرِتھ آزادس
حوالہٕ کوٚرمُت اوس۔

(ب) آزادَن اُس اکہٕ پلہٕ یمنٕے دوٚہن "شکوہٕ کشمیر" لیچھمٕژ تہٕ "شکوہٕ
ابلیس" اٚسن اند واتناوٕمژ۔ تمہٕ آسہٕ اَتھ زیچھر دیُن یژھان
تیمٕنگ ثبوُت زیرِ بحث چِٹھہِ برونٛہہ ژوداہ دوٚہہ یعنے ۲ ر کتک
۱۹۹۷ اب لیچھمٕژ اکہٕ چِٹھہِ ستی دٔسیاب سپدان چھُ۔ آزاد چھُ لکھان۔

"بہٕ چھُس ازکل شکوہٕ ابلیس لکھان۔ پانٛژ ستتھ ابیات
چھِ تیار۔ مےٚ بچاٗرِس نِش اُس نہٕ شکوٚن ہنٛز کمی اماوَق چھُنہٕ"۔

(ج) چِٹھہِ منٛز ییٚمہِ اخبارُک اشارٕ دِنہٕ چھُ آمُت۔ سُہ چھُ "گاش" یُس
اجرا کرنس منٛز آزادُن تہٕ حِصہٕ اوس۔ ۴ ر اسوج ۱۹۹۷ ب چھِہ
بیٚیس اٚکس چِٹھہِ منٛز عاٗرضس لکھان۔

"اَسہِ کوٚڈ کاشُر اخبارٕ "گاش" تھوٚوس ناو۔ محمد امین
چھُس ایڈیٹر۔ اکھ پرچہٕ واتی ییٚمی ہفتہٕ......"

پرٛن والین ہنٛزِ دِلچسپی باپتھ چھُ اَمہِ چِٹھہِ ہُند دوٚیُم کاشُر نصف
تہٕ پیش خدمت۔

"اٚسی کیازِ گرٕھو ژزار[1]۔ ٲلی لوٗکن ہنٛزِ سُسرِ گٔسرِ مٔلی
ہیٚنہٕ۔ بیٚہہ ساٗ ژھوپہٕ کٔرِتھ۔ خداتھاوِن اَسہِ تہٕ ژٕے وارٕ۔ فِکر

[1] ژزارِ شریف اُس آزادس بیٚنٛز (عاٗرضٕنی بیٚنہٕ) باگہٕ آمُت۔

ہیئنچ چھنہٕ کانٛہہ ضرورت۔ پنٛن صحت تہٕ حُسنِ خلق گژھہِ نہٕ

راوُن۔ ''شکوۂ کشمیر'' نظمہِ ہندی یم زٕ شعر چھہِ یاد تھاوٕنی لایق

مطلع چھُ''

زمانہٕ کاتیاہ کران چھُ گردش نہٕ چھُس ارامہ نہٕ چھُس قراراہ

کمن بہارن کران چھُ دوَن، انان کمن دوَنن بہاراہ

امیُک یہ گردش امیُک یہ قونٛن ژُندر ژودا ہیُم تہٕ گُنٛتر ہم زوٗن

نہٕ اَتھ کمالس تہِ اعتباراہ ، نہٕ اتھ زوالس تہِ اعتباراہ

انسانہٕ ہِندِ خاطرٕ چھُ زبر زِ سُہ روزِ حدس منٛز، دٕچھن کھوٗر،

سۆن تہٕ ووٗگُن وُچھتھ کھور تژاوُن۔ حُکم کیاہ دِمہٕ...... یہ چھُس تی

یژھان یی لیٛو کھُم ۔ احد میرنہِ[1] زبانٕی چھُم بوٗزمُت زِ اَتہِ چھُ کتہِ تام چشم

بَدل ( خاص ووٗنی کپُر ) دٕسیاب۔ میانہِ اکہِ سوٹہٕ (جورٕ) باپتھ

ژھورُتھ۔ شکوہ ابلیس[2] چھُنہٕ وُنہٕ مکمل سپدان۔ یہ نظم کرٕ بہٕ جلدٕ ے

چھاپ۔ زیادٕ لیکھنہٕ ستی چھُم أچھن تژ وشر ہیوٗ گژھان۔ شام ہیوٗتُن

سپدُن۔ والسلام۔

''اخبارس[3] متعلق سپُد نہٕ رمضان المبارک پتہٕ کینٛہہ

تہٕ معلوم، محمد امینس گژھہِ مٹھہِ مٹھہِ کرُن۔ اگر ہے سُہ ہمت

---

[1] احد میرِن گرموٗ ہنٛیویُس ازکل جویٛنزی مِلہٕ منٛز کام کران چھُ۔

[2] آزادنہٕ رحمتِ حق سپدنہٕ (۱۹۴۸ء) پتہٕ سپٕز یہ نظم محکمۂ اطلاعات کِس ''تعمیر'' آزاد نمبر منٛز تہٕ پتہٕ کلیات آزادس منٛز چھاپ۔

[3] اخبار گاش۔ ابن مہجور (س۔ر۔پ)

کرِ۔ مےٚ چھُ باسان، حالات کھبن لر......''

غلام محمد نمبر دار[1] نِس نچۆس چھُ یِیمہٕ ربتنہٕ کہِ مہٕ تأریخہٕ کھاندر۔ ژرارِ کنِن ءستی چھےٚ وُنہِ مُژ کری۔ فرضِ رمضان آیہ جانہٕ[2] تہٕ شوال رہتہٕ پتہٕ گیہٕ واپس۔ تم چھِ کھوژان ہی۔ تم چھِ ہنا گابران۔ پتٔی میٚن دوٚہن دِیتُمکھ تسلا۔ خوش گےٚ۔ اگر ہے فُرصت کڈِتھ یوٚری ییٚکھ جانٕے روزِ ہے۔

تتہٕ گژھِ نہٕ کانٛہہ کأم بُتھِ ینٛی۔ یہے چھےٚ مجبوٗری۔ یژھ لوکچہٕ موکچہٕ کتھہٕ چھےٚ ژالنہٕ پیوان۔ یم شکوٕ تہٕ چھی عارضی آسان۔ بہٕ چھُسے ہر وِزِ دُعا کران۔ آمین

''بہٕ چھُس بندۂ آزاد[3]''

کأشرِ زبأنی ہندی معروف ناول نگار، شأعر، محقق تہٕ ترجمہٕ کار غلام نبی گوہرؔ چھِ آزادنہٕ اتھہٕ لیکھِءمتی خط عارضؔ سنٛزٕ گرٕ واجنہٕ نِش حأصل کرنس مُتلق یتھہٕ کٔنی لکھان۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی باپتھ کلیات عارضؔ ترتیب دِنہٕ وِزِ کٔری أہنزٕ گرواجنہٕ أہندی (عأرضؔی) سأری مُسوٗدٕ، بمعہ تم کینٛہہ چِٹھہِ بیترِ مےٚ حوالہٕ یم أمِس پننٕ ووستاد، مرشد تہٕ مامن آزاد مرحومن لیکھِءمتی أسی۔

---

[1] آزادُن دوست تہٕ أشناو۔ یُس زُوٗ ہلمہٕ روزان اوس تہٕ بجلیہٕ خودا کھأدار اوس۔

[2] آزادٕ نٛی بینٛز

[3] أنکہٕ وَن۔ مطبوعہ حلقۂ أدب حاجن ۱۹۷۵ء مصنف موتی لال ساقی۔

اَکھ پوسٹ کارڈ یُس آزادَن ۱۹۵۴ء منٛز عاؔرضس لیٛوکھمُت اوس چھُ

ییمہِ کتھِ ہُنٛد پے دِوان زِ شاعری منٛز بُنیاؔدی تبدیلیو باوجود اوس آزاد

پتنِس بابہٕ ہمأبنہِ صوٗفیانہٕ رٕوِشہِ ہُنٛد معتقد۔ نقشبندی سِلسلٕکی بأنی خواجہ

بہاوَ الدین نقشبندی صأبُن وورُسِ مبارک چھِ تِم ہَر وٕری یہ

۳ ربیع الاول پننہِ گرِ بڈٕیٛژھِ تہٕ پٔژھِ مناوان۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھے

أہندِ گرِ اکھ خاص مجلس سپدان تہٕ اَمہِ دوہہٕ چھِ پتنس ببہٕ تھرس

(عاؔرضس) اوٚت ینٛگ باند باند کران[1]۔

آزادنہِ زندگی تہٕ کارنامن ہُنٛد تنقیدی سام ہینس ستی ستی

یوٚ دوَے غلام نبی گوہرؔ صأب آزادنبن خطن ہُنٛد تنقیدی جأیزٕ تہِ نتھ ہیکہٕ ہن

مگر تہندِ دٕسی چھُنہٕ یہ ممکن سپُدمُت تہٕ نہ چھُ سورگیہِ موتی لال ساقینؔ

اتھ کُن کوٚرمُت۔ ییلہِ زَن تِمن نِش ۱۹۷۵ء برونٛہہ آزادنہِ اَتھٕ لیکھی متی

اکہٕ پلہٕ دوڈ ہتھ خط موٗجوٗد چھِ۔ ژٹھہِ چھُہِ دون شخصن درمیان نصف

ملاقات وَننہٕ آمُت۔ ژٹھی لیکھنہٕ وِزِ چھُنہٕ اَمہِ کتھِ ہُنٛد رژھ تہِ گُمانہٕ

سپدان زِ کأنٛسہِ ہٕندی میانہِ یا تہندِ اَتھٕ لیٛوکھمُت کانٛہہ خط پٔتر کیاہ سپدِ

چھاپ تہِ زانٛہہ......"

اگر ہے تِژھ کتھ آسہِ تیٛلہِ ما کرِ ہے کانٛہہ تہٕ ژٹھی بیترِ لیکھنہٕ وِزِ

پتنین احساسن، پننہِ ذوق جمال تہٕ أندرِمس وُبوٚ درِس یتھٕ کُنٛ باوَتھ۔ اَمہِ

باوجود تہِ چھِ مکتوباتن ہٕندی پوشہِ گٔنڈی چھپان۔ ییم شوقہٕ وأکی دِل دِتھ

پرٛان چھِ۔ تِکیازِ یتھہٕ کُنٛ چھِ تِم کأنٛسہِ تہِ خاص انسأنی زندگی ہٕندی عمومی

تہٕ خصوصی خدو خال وُچھتھ ہیکان ۔ یتھ بہرحال پۄر زندگی ہُنٛد جلوٕ

وُچھنہٕ کھوتہٕ زیادٕ لطف یوان چھُ ۔

اکھ شاعر سُہ تہٕ آزادس ہیوٚ ذہین تہٕ فکر و نظر تھاوَن وول تیمٕ

سٕنٛز چھٕ پَتر اَہنٛز ذاتی زندگی ہتی ہتی اَہنٛدِ شعور کہ فنی تھزرُک،

عقایدن تہٕ نظریاتن ہُنٛد پزرُلوٗن انہار اَسہِ بروٗنٹھہ کنہِ تھاوان چھےٚ ۔

آزادس متلق لکھان لکھان ووتُس بہٕ اکہِ دوہہٕ سورگیہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ

گنجو (وفات ۱۹۹۸ء) سُنٛد گرِ جواہر نگر سرینگر ییتہِ مےٚ اَہنٛز موٗجودگی منٛز

آزادنہٕ چِٹھہِ تہٕ دوٚیم مُسودٕ وُچھ ۔ گنجو صابٕنٛز ادب نوازی تہٕ سخن شناسی

چھےٚ سبکہٕ ۔ یِیمہِ کٔنی تم آزادنہٕ گذرنہٕ پتہٕ اَہنٛز کُلہُم زندگی ہنٛدِ ادبی

سرمایکۍ امانتدار مقرر سپدی ۔ تمو کوٚر یہ فرض دیانتداری سان اَدا ۔ تہٕ

پتہٕ یِیلہِ تمن یِیمہِ عالمہٕ نیرنک وق ووت تمو کوٚر کینٛہہ کال بروٗنٹھہ

آزادنہٕ چِٹھہِ تہٕ باقٕے اَچھوپ ادبی مواد سورگیہٕ ساقی صابس حوالہٕ ۔

یِیمُک اعتراف ساقی صابن ذاتی طور مےٚ نِش کوٚر ۔ بہٕ چھُس خوش زِ

یہ سوٗرے بےٚ مول سرمایہٕ ووت اَکِس معتبر محقق تہٕ آزادنِس قابل

ژاٹس نِش تہٕ روٗ محفوظ ۔ یہ گس اَس خبر زِ ساقی صاب تہٕ نیرن وٚلۍ

یِیمہِ عالمہٕ تہٕ یہ کام روزِ یتھے کٔنی اَڈٕ لیچ ۔ وومید تھاوَو زِ یِیلہِ تہِ یتھ

کانٛہہ ضرورت بُتھِ ییہ ساقی صابٕنۍ فرزندو جے ساقی دِن کاشرِ زبانی تہٕ

ادبس متلق تحقیق کرن والین پۄرِ پۄرا تھواس ۔ یتھ زِ مکتوبات آزادٕ ین جان تہٕ

زبرپاٹھۍ وبرٛتھناونہٕ ۔ یو ہے توقع چھ اَسی پننس رفیق غلام نبی گوہر صابس

نِش تہٕ تھاوان زِ یہ کٲم اَندواتناونس منز ورتاون نہٕ تِم کانٛہہ بُخل۔

یتھ کنِ لگہِ واریاہن ادبی کھٔری دار مسلٔن کُھرکڈنس منز مدد۔ ادب نواز سخن شناس تہٕ سخن ور دوستن چھُ استدعا زِ اگر ہے آزادُن کانٛہہ خط تِمن نِش آسہِ، کُنہِ مصلحتہٕ یا کُنہِ ہلہٕ ڈِلہٕ ورأے تُلن تِم اَتھ کامہِ دَس پانہٕ پرن تہٕ یہ کٲم برونٛہہ پکناونہٕ باپتھ کرن کلچرل اکیڈیمی یا تِمس محققس نقادس، یا آزادشناسس پوٗرِ پوٗرِ اتھہِ روٗٹ یُس یہ ادبی کٲم اند واتناونُک سنٛز آسہِ کران۔ یوٗدزِ یہ بےٚ مول ادبی وِرثہ روزِ وقتہٕ چوٗ تاپہٕ ژنٛجوٗ نِش بچتھ۔

شکوہَ ابلیس، بحضورِ بٲری تعالیٰ، یُس کُلیاتِ آزادِچ شوٗب چھُ کِس شانِ نزولس مُتلق چھُ پدم ناتھ گنجو صأبن، آزادنین دون خطن ہُنٛد حوالہٕ دیُت مُت۔ یِم ہوٗ بہوٗ پیش چھِ۔

رانگر

۳۱،۳۰ جیٹھ ۱۹۹۸ ب بیر ..ر.. روار

میانہِ ٹاٹھِ تہٕ محترم یارٕ

سلامت روٗزِو

آداب عرض...... مےٚ ووت اکھ ؤری أچھ دود للوان سبتھاہ علاج کوٗرُم۔ ہفتہٕ جوراہ گئے باسان چھُ ہنا آرام ہیوٗ......أچھن نیوٗل اُنکھ لا گتھ چھس یہ چِٹھی لکھان۔ أچھر والن چھِم تُرسی ہی لگان۔ اوٗش ہیوٗ تِم وَسن۔ ہنا دِمہٕ یمن گونہگارن آرام۔ زٕ ژور غزل آسن لیکھٕ مِتہٕ۔

باسان چھُم یِم چھِنہٕ غزل بلکہِ اُچھی داد ییٚک اَنہٕ۔ دپان چھُس ترأوِتھ ژھنکھ۔ کُس چھےٚ چیٚنڑ ووٚنی کوٚت تام روزٕ دوکھ، دأدی تہٕ دگہِ سأوی خیالن للہٕ وان۔ پانس چھُم دِل کمزور آستھے ووٚنی ہبتہٕ ہیٚین ہٕندی ووبال۔ وَدُن چھُ گناہ تہٕ ودناوُن تمہِ کھوتہٕ گناہ تہٕ اُچھ دادِ خاطرٕ تہٕ مُضر۔ دوہہِ اکہِ سپزٕ دلیل۔ بہٕ اوسُس اَنہِ گٹہٕ کھس منٛز اُچھ وٹِتھ بہتھ اوٚش اوسُم وَدرلیہِ وَسان۔ دادِ ستۍ اوسُس اُہی وُہی کران زِ ہنگہٕ منگہٕ وُچھم ابلیس، خدا ے سِنٛدِس دربارس منٛز (یہ ہیکہٕ نہٕ وُنِتھ تمہِ کم اُچھ آسہٕ۔ تِکیازِ یِم اُچھ آسم بند) ۔ سُہ کیاہ اوس کران۔ شِکوٕ......؟ زیٹھ زیوٗٹھ شِکوٕ ۔ مےٚ ییمہٕ ییمہٕ کتھہٕ یاد روزٕ تم چھُم ۔ وارِیاہ کتھہٕ بوزم تہٕ......

غرض مےٚ اوسُم نہٕ بے وفأیی وَنے بہٕ ازٕ گوٚو تنے زمانا

یہ نظم چھےٚ سبٹھاہ زیٹھ......بڑٕ زیلہٕ تہٕ بَد بُتھ چھُ یہِ ابلیس۔ تِتھہٕ وٕلتھ کتھہِ کٔرتھ اوس ژٕینہِ وَن دِوان زِ مےٚ پھٔٹہٕ تر...... خداصأب اوس ژھوپہٕ دَم کٔرتھ بوزان۔ نہ کانٛہہ جواب تہٕ نہ کانٛہہ عتاب۔

جوابس پزاران

آزاد

ہیٚیس اُکس جلیہِ چھُ آزادن لیوٚ کھمُت۔

"تنہٕ گووقتا ییلہِ بہٕ نُندٕ ریٚش (شیخ نورالدین نوٗرانیؒ) سُند اکھ قلمی نُسخہٕ پران اوسُس ۔ تتھے مےٚ یہِ شٕرُک پوٚز ۔

دود شیطانٕی ٹوکھ لۆگُم دٕرس
مےٚ تہٕ منصوٗرس اُس گٔنی کتھ
تمٚ ییٚلہِ لۆدنَم تہٕ یہٕ کتھہٕ لۆرس
دۆپنم زِ مردوٗدٕ میانہِ رٹۆ لعنت

دِلس سپدُم بدلٕے حال وقتہٕ بے وقتہٕ رٕوٗدُس یوٗہے شرُک گنگراوان۔ ییمہٕ نے دوٚہن سپدُم علامہٕ اقبال سُند "جاوید نامہ" وُچھنک اتفاق "نالہ ابلیس" ناوی نظم پٔرم تہٕ یہِ نظم "شکوہَ ابلیس" لبکھنہٕ کس خیالس ژاو زو......

کُلیات آزادٕس (چھاپ ریاستی کلچرل اکیڈیمی) منز چھُ "شکوہَ ابلیس" تھنہٕ پیٚنگ تہٕ مکمل سپدنُک تأریخ جمعہ ۱۲/ اسوج ۱۹۹۷ ب ۱۹۴۰ ء دِنہٕ آمُت ۔ چِٹھی لبکھنُک تأریخ یعنے ۳۰ /۳۱ جیٹھ ۱۹۹۸ ب م ۱۹۴۱ ء آسنہٕ ستی پییٚہ نہٕ کانٛہہ فرق ۔ تکیازِ چِٹھی لبکھن وِزِ آس 'شکوہَ ابلیس'، نظم مکمل سپز مژ۔ ییمیک تصدیق عأرضنہِ ناوٕ لیوٚ کھمُت اُردو کأشُر خط کران چھُ ۔یہِ کتھ چھےٚ سننٕ لایق زِ آزادٕس اوس اَمہِ کتھہِ ہُند سخ احساس زِ اُسُن تہِ چھُ حُسنِ اخلاقُک اَکھ اہم گون۔ تکیازِ اَتھ منز چھِہ سأری شأمِل سپدان۔ ییٚلہِ زَن دوکھٕ داوی سپدتھ آدمس گنے زوٗن وَدُن چھُ پیوان ۔ آزاد اوس صُلحِ کُل، اَمن تہٕ پایہ جأیی ہُند قأیِل۔ سُہ اوس نہٕ پٔنُن گدُرُن بأوِتھ بیٚین دوکھٕ دِین یژھان۔ سُہ اوس ہر رنگہٕ شعروَنن وِزِ شعری تہٕ فنی لوأزماتن ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ خیال تھاوان۔ یتھ زِ

اعتدال تہٕ ہشر قایم روزِ تہٕ شاعرس تہٕ پرن وألس درمیان پاک رشتہٕ موجود روزِ۔ تیٚہہ دار تہٕ تیز بیأنی تھاوٕن واجینٛز شاعری چھےٚ آزادنس تخلیقی سفر کس أخرس دورس ءتی تعلق تھاوان۔ یتھ منٛز أہنز زیرکی، گاٹہٕ جار، سوچ تہٕ دور اندیشی بیترِ ہوی عُنصر ٹاکار پأٹھی لبنہٕ یوان چھِ۔

أہندِ اتھہٕ لیچھمٕژ چِٹھہٕ وبرٕھناونہٕ ءتی ووتھِ ہے آزادنہٕ ذأتی زندگی پورٕ پأٹھی پردٕ تہٕ زندگی تہٕ فنس متلق اُہُند نظریہ تہِ نیر ہے آفتابکی پأٹھی توٚن اما آزادٕنی مکتوبات ڈٔسی یاب نہ آسنہٕ کِنی، ادبی حلقن تہٕ اتھ ءتی تعلق تھاون والین ادارن ہُند کنہٕ ڈول دِنہٕ کِنی چھُنہٕ وُنی کینہہ یہ ممکن۔ مگر۔

گمان مبر کہ بپایان رسید کارِ مُغاں

ہزار بادہ ناخوردہ در رگِ تاک است[1]

(یتھنہٕ گمان سپدی زِ ساقی سٕنٛز کأم واتژ أند
دچھہٕ کجہٕ ہنزِ رگہِ منٛز چھِ وُنہِ بیچھی ساسہٕ بدی جام موٗجوٗد)

یہ کتھ چھےٚ یژھ برٕنی لایق زِ مرحوم نشاطؔ انصأری صأبن کری پونسہٕ تنگی آسنہٕ باوجود کأشرِ زبأنی ہندی شاعر، ادیب، ترجمہٕ کار تہٕ پننس زِٹھس بأے مرحوم تنہاؔ انصأری صأبنی اُردو مکتوبات ترتیب دِتھ "خاطرِ احباب" کتابہِ ناوی تھٕدِس پیانس پیٹھ چھاپ۔ أہندِ ناوٕ کأشرِن شاعرن تہٕ ادبین ہندی خط تہِ کری تمو "چِٹھہِ میانہِ ناو" کتابہِ ناوی چھاپ۔ مرحوم عبدالرحمان آزادن تہِ کری تھےٚ کِنٛز پننی کأشری خطوط تہٕ جوأبی خطوٗط "غُبار" ناوی کتاب ترتیب دِتھ چھاپ۔ یوس اکھ قأبلِ

[1] اُردو شیرازٕکس "آزاد نمبرس" منٛز چھِنہٕ شعر صحی پأٹھی درج۔ (ام ی م)

تحسین کأم چھےٚ ۔ ریاستکۍ أکی بہلہٕ پایہٕ اُردو شاعر مرحوم شوریدہ کاشمیری ین

تہٕ گری ناماوار ادبی شخصیژن ہنٛدِ ناوٕ پٔنٛنۍ لیکھۍ متۍ اُردو خطوٗط تہٕ تِمن ہنٛدی

جواب ترتیب دِتھ "خطاب خانہ" ناوی چھاپ۔ اَسہِ پٔزِ وۄمید تھاوٕنۍ زِ

سون یہٕ ظوٗن روزِ یتھے کٔنۍ پانٛچھلان تہٕ ہُران یُتھ زِ تخلیق کارن تہٕ لیکھن

والین ہُنٛد اَنٛدر سانٛین جذبن تہٕ دُبراین ہر ہمیشہٕ گاشراوان تہٕ وُتشی

دِوان روز۔

وہ مجھ سے دور خوش ہے؟ خفا ہے؟ اُداس ہے؟

کِس حال میں ہے؟ کچھ تو میرا نامہ بر کھُلے

(پروین شاکر)

(ترجمہٕ)

سُہ دۄر روٗزِتھ مےٚ نِش خوش چھا؟ ژکھہٕ ہوٗت چھا؟ غمگین چھا؟

چھُ کیاہ سَنا تَسُنٛد حال وُنی کین؟ مےٚ گوٗژھہِ تۍ نَنُن لِگارو

(مسکینؔ)

غلام نبی آتشؔ

# عبدالاحد آزاد ...... پایہِ بۄڈ محقق

۱۹۳۵ء پیٹھہٕ ۱۹۴۶ء تام اوس عبدالاحد آزادُن کاشُرِ زبانی تہٕ کاشرٮ۪ن شاعرن مُتلق مۄلہِ مواد سومبراونٕچ کامہِ یِہ ڈٲلِ زِ تہٕ اند بۄر دیٖتمُت بلکہِ اوٗسن یِہ مواد واریاہس حدس تام تگ ترتیٖبہٕ پٮ۪نہٕ داوِ تہٕ تورٕمُت، اَمہِ صبرتہٕ بل بٕتر منگن واجنہِ کامہِ ہُند سلسلہِ تھووتھٕ ۱۹۴۸ء تام جأری، یُہ گوٲمی ؤری یِہ پانژہ تاجی (۴۵) ؤری وٲنسہِ منز پوٗنہٕ سونتہٕ ییٚمہِ عالمہٕ۔ اما پۄز پٮ۪نہِ وٲنسہِ ہنز یِہ ارزتھ، حیأتی منزٕ ے شایع کرٕنچ، ییٚمیٚک تس سخ تماہ اوس، اُس نہ تٔس توژھ۔ اتھہٕ ژُھر بر تہٕ چندٕ ژھر بر تہِ اوس، سرکار تہٕ اُسس نہ ڈھس تہٕ صحت تہٕ اوٗسس نہٕ ڈنجہِ، لاولد آسنٕک دود تہِ اوٗسس للہٕ ؤن۔ اوے کۄر تٔمی اراد سۄمبرأوی متہِ موادٕ منز گوڈٕ انوارِ اکھ کتاب شایع کرنک، ییٚتھ منز لل دید تہٕ حضرت شیخ العالمؒ سٕندی حالات، تِہمن ہُند کلام تہٕ تِہمہِ کلامُک تنقیدی جائیز شأمل آسہِ۔ اَمہِ کتابہِ خاطرِ یوسہٕ گوڈٕ کتھ آزادن لیٚچھ، سوے گوڈٕ

کتھ چھےٚ مطبوٗعہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری ہٕنٛدِس'' گوڈٕنِس جلدس منٛز ''دیباچہِ مُصنف'' عنوانس تحت شاملٕ کرنہٕ آمٕژ ۔ تہِ زَن گوٚیہِ دیباچہِ اوس نہٕ آزادنٕ تمہِ کُلہم موادٕ خاطرٕ لیوٚکھمُت ، یُس تٕسنٛدِ مرنہٕ پتہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوٕ ترٛبن جلدن منٛز شایع کرنہٕ آو ، تو تہِ چھُ یہِ دیباچہِ حسبِ حال تہٕ ترٛبنہٕ وٕنی جلدن ہُنٛد موادٕ نظرِ تل أنِتھ مُنأسب تہٕ سپہٕ ۔

افسوس چھُ زِ کشیرِ ہٕنٛدِ توأریخُک سارِوے کھوتہٕ اہم حِصہٕ آو غأر ضروٗری زأنِتھ گال کھالتس ترٛاونہٕ ، سہٕ گوٚ کأشرِ زبأنی تہٕ اَمہِ چہِ شأعری ہُنٛد توأریخ' ۔ اتھ موضوعس متعلق لیکھنچ کرنہٕ ازتام کأنٛسہِ کوٗشش ......

یہِ زأنِتھ تہِ زِ قومہٕ خاطرٕ چھُ زبأنی ہُنٛد ترقی یافتہٕ آسُن ضروٗری ، زنگہِ پٮ۪ٹھ زنگ تھٲوِتھ ترقی پسندی ہٕنٛدی لاف دِنی نے پانہٕ پانس ٹھٹھہٕ کرُن چھُ تہٕ اِد کیا چھُ ! ...... مےٚ اوس خیال کأشرِ زبأنی ہُنٛد یہِ[1] مکمل توأریخ کرن جلدٕ ے شائع اماپوٚز تہِ سپُد نہٕ ممکن ، نہ چھُ بروٚنٛہہ کُن یہِ ارادٕ بعمل یِنُک توقع ، اوٚے آس فِلحال توہہِ بروٚنٛہہ کُن للہٕ واکھ تہٕ کلام شیخ نور الدین ریشی ہٮ۪تھ ، اگر اَمہِ سِتی تہنٛدِ ادبی زوٗقکی تقاضہٕ پوٗرٕ سپدٕن ، یہِ کرٕ فخر زِ قدرتن چھِ کأشرِ زبأنی تہٕ شأعری ہُنٛد توأریخ لیکھنچ کأم میأنی ہےٕ قسمتس منٛز لیچھمٕژ ۔ (دیباچہِ کشمیری زبان اور شاعری ، حصہ اول ، ص ۱۷ ۔ ۲۴ ۔ ۲۶ ۔ دوٚیم ایڈیشن تحریر عبدالاحد آزاد ۴ر اکتوبر ۱۹۴۶ ۔

سوال چھُ زِ آزادن یوسہٕ تحقیق تہٕ ادبی توأریخ لیکھنچ کأم کر ، تتھ

کیا سنا ناو اوس تٔمۍ تھوومُت ۔ أسۍ چھِ زانان زِ تس اوس تاریخ ادبیات[2] کشمیر لِکھنُک ارادٕ تہٕ اتھ منز اوس اکھ حِصہٕ سُہ تہِ یتھ تٔمۍ تذکرۂ شعرائے کشمیر ناو تھوومُت اوس، اما پۆز تسند یہِ تحقیقی تہٕ تنقیدی کارنامہ سپُد "کشمیری زبان اور شاعری" ناوِ شائع ، از چھُ یہِ سوال تہِ وۆتھمُت زِ یہِ ناو بدٕلی کیازِ سنا آیہِ کرنہٕ ؟ یہِ سوال تُلن والین منز اوس سون بہلہِ پایہِ ادیب ، شاعر تہٕ محقق سورگہٕ وأسۍ موتی لال ساقی تہِ[3] ۔ امہِ سوالُک جواب چھ اَمی دیباچہِ منزٕ نیران یُس آزادن پانے لیوکھمُت اوس تہٕ یمُک اقتباس ہیٚرِ کنہِ درٕج کرنہٕ آو، تہِ گٔرِتھ یوسہٕ ترتیب کارن ہنز کمیٹی آزادنہِ تأریخ ادبیاتُک گوڈنیُک جِلد مرتب کرنہٕ خأطرٕ بناونہٕ آمٕژ أس ، تمُک کنوینیر اوس محمد امین کأمل ، پروفیسر شکیل الرحمان تہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو أسِس ممبر۔ ناوٕ بدلی متعلق چھُ کمیٹی ہُند کنوینیر سون ممتاز محقق امین کأمل ونان...... "یمہٕ کتابہِ ہُند عنوان" کشمیری زبان اور شاعری" مقرر کرنہٕ وِزِ تھاوی اَسہِ تم سأری موضوع برۆنٛہہ کنہِ یمن پیٹھ کِتابہِ منز بحث کرنہٕ آمُت چھُ، بیٚیہِ کۆر آزادنہِ یمہِ[4] دیباچہٕ نِش تہِ استفادٕ حأصل" ۔ (کشمیری زبان اور شاعری ،حصہٕ اول چھاپ ۱۹۵۹ء) یہِ دیباچہِ چھُ گواہ زِ آزادس کۆتاہ احساس اوس کأشرِ زبأنی ہنزِ ترقی ہند تہٕ اَمہِ کہِ اہمیتُک سُہ اوس اَمہِ چہِ پسماندگی پیٹھ نالان، اوے تہِ اوس ادبی تحقیقہٕ کِس تتھ کارنامس کُن وُچھِتھ شانہٕ تھزٕ رکہِ تہٕ کارِ ووگنیارٕ کہِ احساسہٕ چھوان ،یُس کارنامہٕ بعمل انان اناں ناسہٕ تراسہٕ حالاتن منزٕ لتن ہُند ماز

وتن لاریوس ۔ تمیٚ وُچھ نہٕ پنُن یہِ کارنامہ شائع سپدان، ییٚمیُک تس تماہ
اوس، مگر شائع سپدتھ ییلہِ کأشرٕ ن تام ووت اِدٕ باسیوو تٔمن زِ آزادن
چھےٚ پزٕی پأٹھی ماجہِ کشیٖرِ ہنٛز دس دارٕژ نکھٕ وأجٕہٕ، کشیٖر اُس تس ٹاٹھ،
کأشریُت اوس تس ٹوٹھ مگر کأشرٕ ن ہنٛز غلاٗمی، تہٕندی ارٕ سرٕ تہٕ تہنٛز بُزدلی
أسس وأنٛج کۆران، تسٕنٛز تحقیقی تہٕ تنقیدی کأم چھےٚ پزٕی پأٹھی تمدنی
احسان ۔ تس اوس کشیٖرِ، کأشرٕ ن، کأشرِ زبأنی تہٕ شأعری تہٕ کلہم پأٹھی
کأشرٕ ن تمدنس ستی دیوانگی ہنٛدِس حدس تام عشق، امی عشقُک ہرتر چھِ
کأشرِ زبأنی تہٕ شأعری متعلق تسٕنٛز تحقیقی کأم۔

عبدالاحد آزاد اوس گوڈنیُک پُرخلوص کأشر سُکالر ییٚمی ہتہٕ بدٕ بن
وٕری ین پتھ وہرأوِتھ کأشرِ شأعری ہنٛدِس آورِ واورِ گسمتس سرمایس
وۆن دیُت، وۆن دِتھ چھل تہٕ چھأنی دِژ، وقتکہِ تنقیدی میٖنہٕ وٕ ستی تُل
کرِتھ پننہٕ والینہ ہنٛدِ خاطرِ محفوٗظ کۆر۔ ونہٕ چھُ یوان زِ مہجورنہِ شأعری
ستی متأثر سپدتھ اوس ۱۹۳۵ءمنٛز آزادس مہجورنہِ زندگی تہٕ شأعری متعلق
کتاب لکھنُک خیال آمُت، اتھ متعلق چھُ آزادن مخلص تہٕ مہربان دوس
ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو لکھان زِ ۱۹۳۵ءمنٛز کۆر آزادن مہجورس نِش تسٕنٛز
سوانح مرتب کرنچہِ خأہشہِ ہُنٛد اظہار تہٕ امی وقتہٕ پتھ کرٕن کأم شروع حتیٰ
کہِ ...... "مہجورٕنی سوانح اند واتنأوِتھ کرٕن تسٕندس کلامس پتھ تنقید کرنچ
کأم شروٗع، امہِ خأطرٕ پیوٚو تس کأشرِ شأعری ہُند سٕلتھ تہٕ سٕرٕتھ مطالعہٕ
کرنُک حاجت، سُہ گو اتھ کامہِ منٛز آوٗر، کأشرِ شأعری ہُند وسعت تہٕ

وہراوُ وُچھتھ گوسہ اَمہِ چہ کسمپرسی ہتی متاثر، أمی احساس وُزِنو وتہندس دِلس منز مہجورنی سوانح لکھنہِ علاوٕ "تأریخ ادبیات کشمیر" لکھنک شوق"۔

(ماہنامہ تعمیر، آزادنمبر، اپریل ۱۹۵۸ء ص ۹)

شوق گژھہِ نے یوت ماچھ کأفی، بلکہِ چھِ شوق پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ پہوان قربأنی دِنی، پان داوس لاگُن، دسیاب وسیلہِ کامہِ لاگنی، وَتھ وٕنی تلاش کرٕنی۔ تی کوٗر آزادن تہِ، تس پیوٚوتِن تنہا جلکھُن، کھونہٕ وٹہٕ کھوڈ کھتُن۔ أکِس بہلہِ پایہ محققس گژھن خأہی کُرتھ زٕ چیز آسنی، اکھ مقصدُک تعین تہٕ دوٚیم عٔلمِ تہٕ گاٹہٕ جار۔ آزادس اوس مقصد تہٕ منزل مقرر کُرِتھ، تہ شوقُک نبمہٕ ڈوٚکھ آیُت اوُسس، اماپوٚز سہ اوس کم تعلیم یافتہٕ، گوڈٕ نی پیوٚوتس پننہٕ نِس عٔلمس منز بڑر کرُن۔ اکھ گأمی پرایمری سکول ٹیچر أستھ تہِ روٗدسہ دوہ راتھ مُطالعہٕ کران، تمی چینہِ ایرأنی علم واد بکبن کولہٕ رادن ہنز بگہٕ وُنی تڑلیش، اُردو ادبکبن شاہکارن ٹُلن ہرتر، عربی زبأنی ہنز گرٕن شود بود حأصل، حتیٰ کہِ انگریزی زبأنی ہنز أسس کم کاسہٕ زان۔ یہِ أس نہٕ کُنھ کتاہ، نہَ آسہِ لائبریریہِ دسیاب، نہٕ أسی سمن بل تہٕ نہ اوُسس سرکأری اتھہٕ بندُت حأصل، تہِ کُرتھ تہِ بوزتمی مروجہِ علم و ادبکبو لالو جوہرو ہتی پنُن دامن، تکیازِ تس یُس علمی تہٕ ادبی کارنامہِ انجام دِین اوس تمہِ خأطرٕ اوس عٔلم تہٕ عالمانہٕ بصیرتُک ضرُورت۔ آزادنی "کشمیری زبان اور شاعری" چھےٚ تہنزِ عالمانہٕ بجرٕچ گواہ، خاص پأٹھی یبلہِ سہ کأشرِ زبأنی ہندبن بہلہِ پایکبن شاعرن ہُنز

تقابُل اُردو، فارسی تہٕ عربی شاعرن ستیٚ کران چھُ ، تِسندِ مُطالعہٕ کہِ وسعتُک

اندازٕ گژھتھ چھُ پرن وول حیران گژھان۔

سوانح ، تذکرٕ تہٕ ادبی توٲریخ نٔویسی ہنٛز اُس نہٕ آزادس بروٗنہہ

کنہِ کانٛہہ باضابطہٕ رِوایت ، توے پیوٚ تَس رِوایت سازتہِ بنُن ، وَتھ تہِ

تہٕ وتہٕ گژھ تہِ ۔ سُہ ییٚلہِ اُردو ، فارسی تہٕ عربی ادبکین خزانن دوٚنژھ دِتھ اَمہِ

کہِ ہرترٕ ستیٚ پٔتُن ہلم بران اوس ، تٔمۍ کوٚر حضرت مولانا شبلیؒ نعمانی ہٕنٛزِ

"شعر العجم" حضرت مولانا الطاف حسین حالیؒ ہٕنٛزِ "مقدمۂ شعرو

شاعری" تہٕ رام بابو سکسینہ ہٕنٛز "تاریخِ ادبِ اُردو" ہُک دِل دِتھ تہٕ دَل

دِتھ مُطالعہٕ ۔ کاشُرِ زبٲنۍ تہٕ شٲعری ہُند توٲریخ لکھنہٕ خاطرٕ پوٚک سُہ

اَہندِ نے پٔدۍ آکھن پیٹھ ۔ تٔمۍ کوٚر پٔتُن کارنامہٕ اُردو نثرٕ ہے منٛز تحریر ، اتھ

ہکن کینٛہہ معقول وجہ اَستھ مثالے کاشُرِ رسم الخطچ ناہموٲری ، یوسہٕ

ووٗنۍ ختم سپدیمٕژ چھےٚ ، کاشرِس منٛز نثر نولیسی ہنٛز رِوایت نہٕ آسٕنۍ[5] اُردو اکھ

اہم رابطچ زبان آسٕنۍ تہٕ سارِوے کھوتہٕ آزادنی یہٕ خٲہش زِ کاشرۍ تہٕ

گژھی کاشُرِ زبٲنۍ تہٕ اَمہِ چہِ شٲعری ہُند بجر وچھُن تہٕ محسوس کرٕنۍ ۔ وَننہٕ

چھُ یوان زِ کشمیری زبان اور شاعری چھےٚ پروفیسر براون ہٕنٛزِ "تاریخ

ادبیات ایران" حضرت شبلیؒ ہٕنٛز شعر العجم تہٕ حضرت مولانا حالیؒ ہٕنٛزِ

"مقدمۂ شعروشٲعری" ہنٛز مترادف' امابوٚ زِ سٲئنس کارِ وو گنِس محقق تہٕ

نقاد محمد یوسف ٹینگ سُند خیال چھُ زِ ...... "یوٚ تام اَمہِ کتابہٕ ہنٛدِ توٲریخی

تہٕ سوانحی حیثیژ تعلق چھُ ، یہِ چھےٚ کاشُرِ زبٲنۍ خاطرٕ ییمو سارِوے کتابو

کھوتہٕ زیادٕ اہم۔ براونٕن تہٕ شبلین لیوٚکھ فارسی ادبس متعلق، فارسی چھےٚ اکھ ترقی یافتہٕ زبان، اتھ منٛز چھنہٕ تذکرن تہٕ توٲریخن ہنٛز کمی مگر کاشرِ زبانٕی ہُنٛد معاملہٕ چھُ اَتھ برعکس۔ مقدمہٕ شعر و شاعری چھِ اُردوہس منٛز ییمہِ حسابہٕ پٔزی پاٹھی اہم کتاب زِ اتھ منٛز آے شاعری متعلق فرسوٗدٕ نظریو بدلہٕ تنقیدکی نوٕی اوصوٗل متعارف کرنہٕ، اماپوٚز آزادٕنی کتاب نہٕ چھِ نظریٲتی مباحثن تام محدوٗد نہ چھِ فقط تنقید بلکہِ چھےٚ یہِ سوانح تہٕ توٲریخ دونہٕ وٕنی وُسعتن ہُنٛد وحاطہٕ کُرتھ۔ اِ موکھہٕ چھےٚ نوعیت تہٕ نتیجو کنی یہِ کتاب اِنتہا درجچ اہمیت پراوان''۔ (کشمیری زبان اور شاعری جِلد ۲ ص ۱۸) تحقیقس منٛز یوٚ دوٕے زَن آزادُن تھوٚد مقام ''کشمیری زبان اور شاعری'' ہوی کارنامہٕ ستی پٔز بزناونہٕ یوان چھُ تہٕ کاشرِ زبانٕی تہٕ ادٕبکس دیوان خانس منٛز روزِ تہِ آزادُن ناو ہمیشہِ تھزرس اَمہِ کے برکتہٕ، تاہم چھُ تحقیق تہٕ جذبہٕ تہٕ شوقہٕ تس لوٚکہٕ پانہٕ پیٹھے دِلس منٛز جاے کُرتھ اوسمُت، حتیٰ کہِ مقبوٗل کرالہٕ وٲری سُنٛد اَچھوٚپ کلام اوس آزادَن بروٗنٹھے پننہٕ عالِی ملنہٕ تنقیدٕ تہٕ پیشِ لفظٕ سان شائع کوٚرمُت، تس اُس کشیٖرٕ ہنٛدس ڈیکھی جل پتھ کالس پیٹھ تہِ نظر، اَمہِ بجرُک ذِکر چھنہٕ تٔمی ادبی توٲریخس منٛزٕ یوت کوٚرمُت بلکہِ پننہٕ شاعری منٛز تہٕ، یہِ کوٚر تٔمی اِوسبہٕ زِ غلام قومس لگہِ شوٚنگی ہتس شعوٗرس درسہٕ، کاشُر پراوِ نوٚسرِ نٲرتھ

واے پنٛنس مالِی مُلکس چھکھ کمو چشمو وُچھان
ناخلف اولاد لٲگتھ کھیاوٕ نوٗتھ تی پزیاہ

کلہنؔ ، غنیؔ تہٕ صرفیؔ سیراب گٔری تیمی آبن

سُے آب سانہِ باپتھ زہرِ ہلال آسیا

یمو أچھو ؤچھ مے رازِ للتا دتس ہوی گُل پھولان وارے

تِمن أچھن تل نہٕ ترٛیش ناگن، گرٛھان باغن چھُ لرِ پارا

أکِس پُرخلوص مُحقّقس گژھہِ دِل تہٕ نظر وسیع آسٕنۍ، حوصلہٕ گژھبس بُلند آسُن، تہِ أستھ گژھبس وسیع مطالعس ستی رُت اِظہارٕ ؤطیرٕ تہِ آسُن، آزادس اوس یہِ سورُے کینٛہہ مگر یہِ زن برۄنٛہہ تہِ وَننہٕ آو جان صحت تہٕ مضبوط مٲلی حالت أسس نہٕ۔ یہِ چھنہٕ کتھ زِ سُہ کیا اوس أکِس بیٚیس اَتھٕ دارِنس! یا ہاکھ بتہٕ کھبنہٕ وول تہٕ رُت پوشاک لاگن وول اوس نہٕ، حتیٰ کہِ بقولِ غلام نبی گوہر ...... ہرگاہ درویش سُلطان ڈارُن گرِ زندگی ہِندِ معیارٕ کنۍ رئیسن ہُند ہیوٗ اوس نہٕ مگر تہند بن گرن ہِندِ کھوتہٕ کم پایہِ تہِ اوس نہٕ کینٛہ۔ تُنٛد گرِ اوس نہٕ عام زمیندارن ہُند ہیوٗ بلکہِ اوس سُہ اوسوٗدِ حال تہٕ صاحبِ جائداد[6]"۔ (شیرازٕ اُردو، آزاد نمبر ص ۴۴۴)۔ اماپوٗز مضبوط مٲلی حالت نہٕ آسنک مطلب چھُ زِ سُہ بارٕ رقم بہم نہٕ آسُن یُس أکِس تِتھِس بڈِس منصوٗبس بعمل اَننہٕ خاطرٕ خرچاوُن پیٚیہِ، ییمہِ منز نفعُک اکھ پونٛسہٕ بلکہِ موٗلُک رقم تام واپس ییٚنہٕ کانٛہہ وومیدٕ آسہِ نہٕ، تہٕ یتھ منصوٗبس پیٹھ أزی کِس وقتس منز لچھن ہِندی لچھ خرچاونی پین تہٕ منصوٗبہٕ بعمل اَننہٕ خاطرٕ کمیٹین پیٹھ کمیٹیہ مقرر پین کرنہِ۔ "جاوید آزاد، یُس آزادُن منکتہٕ نیچو چھُ، سُند یہِ انکشاف زِ

آزاد ییلہِ سرینگر رتن رانی ہسپتالس منز زندگی ہنٛدی ٲخری شہہ گنزران اوس "کشمیری زبان اور شاعری" ہُند مسودِ اوسُس ؤتی۔ بیمارِ ہندِ ہن ٲخری ترٛبن دہن دوران آو اکھ پھِرِ نوٗر محمد کتب فروش تہٕ آزادن کوٚر "کشمیری زبان اور شاعری" ہٕندِ مسودِ منٛز کینٛہہ حِصہٕ تہٕ کوٚرن نوٗر محمدس حوالہٕ، ؤتی دِیتنس سُہ شائع کرُنک اجازت نامہٕ تہٕ، اَمہِ بدلہٕ دِتی نوٗر محمدن آزادس ترٛےٚ ہتھ روپیہ، پے چھُنہٕ مسودس کیا گو پتہٕ" (شیرازٕ اُردو" آزاد نمبر ص ۵۱۶)۔ گُمان چھُ غالب سپدان زِ آزادن ما اوس مسوٗدک حِصہٕ اتھہٕ تنگی سبٕبے نوٗر محمدس ترٛبن ہتن روپین بدلہٕ دِیتمُت نتہٕ زَن اوس تِمس یہِ مسودِ پننہٕ نہِ زندگی کھوتہٕ تہٕ ٹوٗٹھ۔

"کشمیری زبان اور شاعری" ہٕندِس گوڈنکس جلدس منٛز یِم موضوٗعات تفصیلہِ سان وٕچھناونہٕ آمتی چھِ، تِم چھِ از تام پننی اہمیت تہٕ افادیت برقرار تھاوِتھ، یہِ بیا کھ کتھ زِ وارِیاہ مباحث چھِ وونی وقتکہِ ٹکسالہٕ نیبر گٔمتی اماپوٚز یِم رلیہِ آزادن قایم کرِتِمن آیہِ خالے کُنہِ وِزِ تبدیلی۔ کاشُرِ زبانٕ ہٕندِس ابتداہس تہٕ قدامتس متعلق یہِ کینٛژھا آزادن چھکوومُت، وٕچھنوومُت تہٕ بوومُت چھُ، تتھ ؤتی ہیکہِ کُنہِ کُنہِ جلیہِ اختلاف ٲسِتھ مگر وُسیلن تہٕ حوالہٕ خاطرٕ موٗلہٕ موادچ عدم دستیابی ٲسِتھ تہٕ چھِ دستیاب موادتہٕ حوالہٕ کامہِ لٲگِتھ عالمانہٕ بحث کرنہٕ آمتی۔ کاشُرِ خاطرٕ اکھ مناسب رسم الخط آسہٕ نِکس ضروٗرتس پیٹھ چھُ آزادن وارِیاہ بروٚنٛہہ زور دِیتمُت، زیرِ نظر جلدس منٛز چھُ رسم الخطس متعلق اکھ

اہم مضمون درٕج ، یُس بحث تمہٕ رسم الخطس متعلق سارِنے بروٚنٛہہ تُل ،

سُہ چھُ وُنہِ تہِ جارٕی ، حتیٰ کہِ وونی چھُ کاشُرِ زبانہٕ خاطرا کھ منظوٗر شُدہ

رسم الخط ورتاوس منٛز ، یہِ بحث چھُ زِ رسم الخطچ ناہمواری تہٕ ناموافقت چھےٚ

زبانہٕ ہنٛز ترقی منٛز بارٕ ٹھوٚر۔ " کشمیری زبان اور شاعری " ہٕندس اتھ گوڈنکس

جلدس منٛز تہِ چھُ آزاد محقق تہِ تہٕ نقاد تہِ ۔ کشمیری زبان کی وُسعت

عنوانس تحت چھُ آزادن محاورن ہٕندِ لحاظہِ کاشُرِ زبانہٕ ہُنٛد وسعت بدِ

کڈٕنچ کوٗشش کٔرمٕژ ، کاشُرِ تہٕ پہاڑی زبانہٕ ہٕندِس لفظ ووٚترس مقابلہِ

کوٚرمُت ، لولاب وادی ہٕنٛز زبانہٕ ہُنٛد الگ ذِکر کوٚرمُت ، کاشُرِ زبانہٕ

سٟتی تعلق تھاون واجنہِ مختلف بولہِ سوٚمبراوِمٕژ ، یِمن منٛز بانڈٕ کتھ ، پٕچ کتھ

تہٕ شُری واتلن ہنٛز کتھٕ بیترِ چھِہ ۔ حتیٰ کہِ امہِ کوٗششہِ پتہٕ واریاہ وُہری چھِ

مرحوم عبدالخالق ٹاک زینہٕ گیری سنٛز " کاشُرِ زبانہٕ ہُنٛد علاقہٕ وارٕ

پھیرٕ " شائع سپدان ۔ پزر چھُ یہِ زِ کاشُرِ زبانہٕ ہٕندِ ابتدا ہُک تہٕ قدامتُک

بحث اند واتناوِتھ چھُ آزادن اَتھ جلدس منٛز لِسانی تہٕ ادبی مباحثن دِس

تُلمُت ، اَمی ناگہٕ راد چینہِ سانیو واریہو نوٚ ہو تحقیق کار وتٕرٕلیش ۔ پرن وول

چھُ حأرتس پیوان زِ انگریزی زبانہٕ ہنٛز سبٹھاہ کم زان أستھ تہِ چھےٚ

آزادن تیٚیژٕ ہن (۳۳) فرہنگی مصنفن ہٕنٛزن تِمن کتابن یا رسالن

ہٕنٛز اکھ تگ پیش کٔرمٕژ ، یِمن منٛز کاشُرِ زبانہٕ متعلق کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ

لیکھتھ چھُ ، اَمہِ خاطرٕ آسہِ ہا تِمس أکِس بیٚیس مدد ہیتھ واراہ تٕچھِ بٕچھ

کرُن پیومُت ۔

"کشمیری زبان اور شاعری" ہُند دوٚیم جِلد چھُ الہِ پلہٕ ژورن

ہتن وٲرِین ہنٛز کاشرِ شاعری وحاطہٕ کران، یِہ سرمایہِ سوٚمبراوُن اُس

سبٹھاہ محنت طلب تہٕ صبر آزما کام، یِہ کام اُس فولادی بل بتٕر منگان، یُس

آزادن ہووتہٕ عملوو۔ یِہ مواد ژھارنہٕ تہٕ سوٚمبراونہٕ خٲطرٕ پیوٚو آزادس

گامہٕ شہر ڈوکہٕ پتہٕ ڈوکہ تہٕ کوچہٕ پتہٕ کوچہٕ پھیرُن، یِہ کینٛژھاہ تِمٕ ژھاٲرِتھ

لٔبِتھ تہٕ ترتیبچہِ مالہِ منٛز پٲرووتھ بخشن پننہِ خلوٗصہٕ تہٕ تحقیقہٕ کہِ بےاِنتہا شوقہٕ

ہِتؠ اعتبارٕ تہٕ وقار۔ سانیو فارسی تہٕ سنسکرت عالموتہٕ موٗرخو کوٚرنہٕ کانٛسہِ تہِ

کاشرِس شاعرس متعلق پزنہٕ پٲٹھؠ ذِکر، کاشرِ زبانیٚ ہِندؠن شاعرن متعلق

تذکرٕ نٔویسی ہِندِ رِوایتُک چھُنہٕ سوالے، تِتھین حالاتن منٛز پیوٚو تِس

شاعرن ہِندی حالات تہٕ تِہُند کلام ژھارنہٕ خٲطرٕ گامہٕ پتہٕ گامہٕ کیا گرٕ پتہٕ

گرٕ گژھُن، یِہ چھےٚ تِمن دوہن ہنٛز کتھ ییلہِ زیادٕ پہن پٲدل پکُن پیوان

اوس، نہ آسہٕ اَزکی پٲٹھؠ سڑکہٕ تہٕ نہ پننہِ گژھہٕ نٕکی وساٲیل۔ ووٚنی چھےٚ یِہ

کتھ تہِ وٕژھنٕ زِ آزادن تحقیق وتلاشُک طریقہٕ اوساہ ساینسی تہٕ قابلِ

اعتبار! یِہ چھُ پوٚز زِ عیساٲے سنہٕ کِس اَکوٗہمس ہتٕےلِس تام واتان

واتان آے زیادٕ معتبر تہٕ نٔوی نٔوی تحقیقی طریقہٕ بارسس امہِ خٲطرٕ گےٚ

وٕسیلن ہنٛز دستیابی عام، نشر و اشاعتکی جدید ترین تہٕ زور دار وٕسیلہٕ

روٗدی یاف، اما پوٚز آزادس یہ کینٛژھاہ ممکن سپُد تہٕ کوٚرُن، تِمٕ لایِنہٕ اَچھ

وٕٹھ گبلہٕ، یِہ چھا کینٛہہ کم پایہ ساینسی عمل زِ سہ ووت پانہٕ گامہٕ گوم بٔلکہِ

گرٕ پتہٕ گرٕ، قلمی نسخہٕ ژھاٲرِن تہٕ لٔبِتھ کوٚرُن تِہُند مُطالعہٕ، قبرستانن منٛز کرِن

شاعرن ہنٛدی پیری تلاش ، تمن پٮ۪ٹھ درٕج معلوٗماتن ہُنٛد کوٗرُن گلوکارن باڈن تہٕ پیرن فقیرن ہنٛزن سماجٕن مجلسن منٛز دِژن حاضری ، شاعرن ہنٛدبن وأرثن سمکھ ، بُزرگن تہٕ وأنسہٕ لوٗکن سٟتی کوٗرُن ملاقات ، حتیٰ کہِ طوایفن تام سمکھ تہٕ تمن نِش کٔرِن شاعرن ہنٛدی حالات تہٕ تہنٛد کلام حاصل۔ حالات تہٕ کلام حاصل کٔرِتھ اوس سُہ یہِ کلام پرکھاوان۔ تہِ کٔرِتھ تہِ چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ راین ہُنٛد تضاد نظرِ گژھان یا کینٛہہ شاعر چھِ ئلی بھرتی خاطرٕ درٕج سپدی مٟتی مثالے صاحب کول، أمی سُنٛد چھُ کلامہٕ کہِ نموٗنہٕ رنٛگی اکھ مصرعہٕ درٕج ، یتھے پأٹھی چھُ ریشی اسمال سُنٛد ذِکر مگر کلامُک نموٗنہٕ چھُنہٕ کُنی ، کینٛژَن شاعرن ہنٛدِ کلامہٕ کہِ نموٗنہٕ رٕنٛگی چھِ وٗسی پایہٕ تہٕ عامیانہٕ قسمکی شعر دِنہٕ آمٕتی ،اماپوٗز ییٚتین چھےٚ یہِ کتھ پھرِنس لایق زِ آزادس دِژنہٕ موتن تتھ مواد س نظر دِنس فرصت ،یُس تٔمی واریاہ مُشکلات وبتر اٗدِتھ یہِ ذٕلی زِ تہٕ ٹُکساوٕ منٛز یٮ۪رٕ ڈیٚنجہِ ہنٛدی پأٹھی داوِ داوِ سوٗمبرو مُت اوس۔ '' کشمیری زبان اور شاعری'' ہنٛدبن تربنہٕ وٕنی جلدن منٛز چھِ واریہن جاین ہنگہٕ منگہٕ کتھہِ ہُنٛد پَن ژھینان تہٕ باسان چھُ کتھ چھےٚ اڑیچی روزمٕژ ، باضے چھُ آزادن یتہٕ لیوٚکھمُت زِ یتھ کتھہِ متعلق ییہِ برونٛہہ کُن مزید واش کڈِتھ لکھنہٕ ،یُس نہٕ پتہٕ کُنی چھُ نظرِ گژھان، بقولِ غلام نبی خیال...... '' آزاد اوس شاید پننہِ کتابہِ خاص پأٹھی گوڈنکس جلدٕکس أخرس پٮ۪ٹھ سأری حوالہٕ جات درٕج کرنُک ارادٕ تھاوان کے''۔اوٚے موکھہٕ چھِ واریہن جاین حوالن ہنٛز وبژھے تہٕ باسان۔ دراصل چھُ تتھ مواد س

تہِ آزادنہِ مرنہٕ ستۍ واوٕرلوگمُت یُس تمۍ پننہِ منصوٗبک ابتدأیی خاکہٕ تیار کران کران تحریر کوٚرمُت اوس، نتہٕ زَن کأشرین شأعرن ہُند سوانحی تذکرٕ تیار کرنکس سلسلس منٛزیُس ابتدأیی مسودٕ تمۍ تیار کوٚرمُت اوس، تتھی اوٚسن ’’تذکرہَ شعرائے کشمیر‘‘ ناوتھوومُت ،یُس حال حال تام ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوہس نِش اوس تہٕ شاید اوس نہٕ تمۍ ’’کشمیری زبان اور شاعری‘‘ ہُند دوٚیم جلد شائع کرنہِ وقتہٕ اَمہِ جِلدٕ کس فأضل ترتیب کار محمد یوسف ٹینگس ہوومُت ۔ ڈاکٹر گنجوٗہن دیُت یہِ جِلد شائع سپدنہٕ پتہٕ اکہِ پلہٕ ترٛہہِ وُہری یاں زِ ۱۹۹۳ء منٛز ہیوٚ سورگہٕ وأسۍ موتی لال ساقی صأبس یتھ منٛز بقولِ ساقیؔ شاعرن ہُند اکھ طویل فہرست موجوٗد چھُ تہٕ یِیمہِ فہرستہٕ منٛز وارِیاہ شأعرشائع شدہ ’’کشمیری زبان اور شاعری‘‘ ہِندِس دوٚیمِس جلدس منٛز گنی چھِنہٕ ۔ اوَے چھ اتھ منٛز پرگی باسان ،حتیٰ کہِ آزادن اُسۍ یِمو شاعرو منٛز وارِیاہن ہندۍ حالات تہِ بہم کرۍمتۍ ۔ (تفصیلہِ خأطرٕ وُچھو ’’تذکرہَ شعرائے کشمیرُک‘‘ گوڈنیک نسخہٕ، مضمون نگار موتی لال ساقی ، شیرازٕ ۱۹۹۴ء جِلدٕ ۲۸ ،شُمارٕ ۵ ص ۴۱)، اتھ ابتدأیی نسخس منٛز موجوٗد یِم شأعر ’’کشمیری زبان اور شاعری‘‘ ہِندِس دوٚیمِس جلدس منٛز چھِینہٕ ،تِمن ہُند فہرست چھُ یہِ:

غلام نبی مسکین ، غلام محمد ڈیچو، محمد انور وار، زندٕ کول ، محمد آخون اسلام آباد، وہاب لون، سلمان لنبکوٗنی ،لسہٕ خان اسلام آباد، ہأدی کھار، سوچھِ کرال، احمد بٹہٕ وأری، حبیب ڈار چھترٕ بلی ،غفار کاوٕ ڈأری ،نعمہٕ صأب،

سُبحان گنے، رحیم صائب سوپُوری، قلندر شاہ واہتھور، صدیق اللہ شانہٕ ساز، علی ژوڑ اری، عزیز خان نائِد کدل، صدیق گوجری، محمد سراج، عأرف کھار، گبہٕ وُلی، احمد بٹ کھدرمُہہ، حسن شاہ زیرک، تایب بارہ موٗلہٕ، حریف، حسن شاہ شالماری، میر عبدالغنی اندرابی رتن پوری، عارض پُژھل، شمس باغوان حضرت بل، عاصی، حبیب اللہ نشاط، میر علی شاہ، حبیب اللہ باباپورہ، امیر الدین امیر، عبدالوہاب سادھو، خواجہ ریشی پہلگام، عبداللہ۔

"کشمیری زبان اور شاعری" ہندِ خأطرٕ مواد سۆمبراونہٕ موکھہ پیوو آزادس پنہٕ نِمن زأنی کارن، انگ اشناون تہٕ یاران دوستن ہُند اتھہٕ بنڈُت ژھارُن، اشناون منٛزٕ چھُ غلام نبی عارضؔ، خاص شخص ییمیٚ آزادس واریاہ مدد کوٚر، عارضؔ اوس تَس بنتھر، آزادن اوس سُہ نچوی ہٕندی پأٹھی روٚ چھمُت۔ عارضؔ ہٕندِ ناوٕ آزادٕ نہ چِھٹھو نِش چھُ ٹاکارٕ نوٚن زِ آزاد کوٗتاہ بھروسہٕ اوس عارضس پٮ۪ٹھ کران۔ سرینگرس منٛز پریم ناتھ بزازس سان کینٛہہ دوس تہٕ زأنی کار تہٕ اَسس اتھہٕ بنڈُت دِوان۔ تس آسہِ ہالأ زی من مہجوٗرن مدد تہٕ آیٖت روٗدمُت تِکیازِ آزاد تٔسند متأثر، گوڈٕ شاگرد تہٕ پتہٕ دوس۔ مرزا عأرف تہٕ چھُ ونان زِ آزادس مدد کرنس منٛز اوسُس نہٕ بہٕ تہٕ پتھ...... "آزاد اوس رتبس منٛز ضروٗر کینٛژھ لِٹہٕ فتح کدل پتھ مےٚ درشُن دِوان، مےٚ نِش اوس زبان تہٕ ادبچہِ تحریکہِ متعلق دریافت کران تہٕ پننہِ تحقیق تہٕ تلاش چہِ کامہِ مُتلق تہٕ اوس ونان۔ تنخواہ اوسُس کم، مُشکلنہٕ اوسُس سفر خرچہِ پوٗرٕ سپدان۔ بیٚین کینٛژن دوستن

علاوٕ اوس مےٚ نِش میانئن زأنی کارن ہِنٛدِ ناوٕ چھٕپِتھ لیکھتھ نو ان، تموٕ ستی اوس تٔسنٛدِ روزنُک بندوبس تہٕ سپدان تہٕ پرانئن شاعرن متعلق تحقیق کرنٕچہٕ کامہِ منٛز مدد تہٕ میلان ۔ اکہِ پھِرِ کٔڈ تٔمی رقت آمیز انداز چند منٛز رُو مال ، یتھ منٛز ترٛہ روپیہ آسہٕ ،وُنُم وُچھ ہَن یہٕ چھِے مےٚ اکہِ رِبتُک تنخواہ ، نیرنے اوس تہٕ از دژاوٕ یہٕ رقم تہٕ چھُم تحقیق تہٕ ژھوٗنڈ ژھأرِنہٕ چہٕ کامہِ پیٹھ خرچاوُن"۔ (عبدالاحد آزاد میری نظر مٕں ،مرزا عارف۔ شیرازہ آزادنمبرص ٦٨)۔

شاعرن ہِنٛدی خیالات معلوٗم کرنس دوران چھُ واریاہ پھِرِ آزادس لوٗکن تہٕ شاعرن ہِندبن وأرث درِن ہُنٛد شِٹھنیا ر وبتراوُن پیوٚمُت مثلن پانہٕ چھُن لیوکھمُت ......شاعرن ہِنٛدی حالات معلوٗم کرنہٕ کِس سلسلس منٛز ووٚتُس بہٕ ١٩٤٦ ءمنٛز کرشی پور، شمس فقیرنہِ کورِ ہُنٛد فرزندمحی الدین اوس گرِ مگر مُلاقات دیُتن نہٕ کینٛہہ ۔ مےٚ پوٚر شمس فقیرنہِ قبرِ پیٹھ فاتحہ تہٕ دژاس وُہن گام کُن ولی اللہ مُتّی سٕندی حالات معلوٗم کرنہ، (کشمیر زبان اور شاعری ، حصہ دوم ص ٣٤١) ۔ یِم مُشکلات وبتران وبتران جمع کرنہٕ آمتہِ مواد منٛز یُس حصہٕ بچان بچان چھأپی صورتس منٛز اَسہِ تام ووت تِمچ گرنٛد چھےٚ کاہ شَتھ تہٕ ارداہن صفن تام واتان ، تحقیق وتنقیدس متعلق چھُنہٕ کانٛسہِ ازتام پیٚش باڈو دار کأم کرٕمٕژ۔

کشمیری زبان اورشاعری ہُنٛد ترٛیٚم تہٕ آخری حِصہٕ چھُ آزادٕ نہٕ عملی تنقیدُک بہترین نموٗنہٕ۔ اتھ منٛز چھُ مقبوٗل کرالہٕ وأری ، پرٛماندتہٕ

مہجور نہِ شاعری پٹھ اُچھ ووتھ ہُون بحث، تنقید کیو مُروجہِ میٖنژ وئستی چھُ تہندس کلامس تُل سپُد مُت، فنس تہٕ فنکأری باوٕژ چھےٚ کہہ وُٹ دِنہٕ آمژ۔ وٕنئ لایق کتھ چھےٚ زِ کتابہٕ ہٕنٛدِس دوٚیمس حصس منز ییٚتہِ تذکرٕ نگأری سپزٕمژ چھےٚ تتہِ چھُ ترٛیٚیمس حصس منز سوانح نگأری ہُنٛد پزٕنہٕ پأٹھی حق ادا سپُد مُت، اتھ حصس منز چھُ آزاد اکھ ممتاز سوانح نگار بٕنتھ تہِ ووتلان تہٕ کارِ ووگُن نقاد بٕنتھ تہِ۔

آزادس پتہٕ ییٚمی تہِ تحقیق کارن اَتھ مأدانس منز نوِ وَتہٕ مأنٛڈِتھ تحقیقی سرمالیس ہُر برکوٚرُسہ ہیوٚک نہٕ کشمیری زبان اور شاعری ہُنٛد حوالہٕ دِنہٕ ورأے برٛوٚنٛہہ پکِتھ، وارٕ یہن صوٗرژن منز آیہِ آزادٕ نے کتھٕ تہٕ رایہِ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہ پھرنہٕ، آیندِ تہِ روزِ حوالہِ دِنہٕ خأطرٕ یہے کتاب مۆلہٕ وٗسیلہٕ، آزادس پتہٕ آے سوانح نگأری تہٕ باضابطہٕ توأریخ نوٚیسی بارسس اماپوٚز اَمہِ خأطرٕ گرٕئمی وَتھ ہموار، تمی کوٚر اَمہِ خأطرٕ شعوٗر بیدار، یمن موضوعن متعلق تمی بحث ٹُلی ہتی چھِ تمن پٹھ کتھ کرٕنچ مزید تحقیقات کرٕنچ تہٕ نوِ آیہِ سرٕنچ سوچنچ چھےٚ وارِیاہ گنجأیش موجوٗد۔ محمد یوسف ٹینگ سُند یہِ یقین چھُ ووٚنی پوٚز ثأبت سپدان زِ...... ”یہِ کتاب سپدِ اکھ مرکزی نکتہٕ ثأبت، سبٹھاہ جلد سپدِ اتھ أندی أندی تنقید تہٕ توأریخٕ اکھ عالی شان مندورِ اِستادٕ تہٕ کأشر زبان کرِ اتھ معاملس منز پننی پسماندگی دوٗر کرِتھ وُژھ وأری سان ترقی ہندی مرحلہٕ طے“۔ (کشمیری زبان اور شاعری حصہ دوم ص ۱۹)

عبدالاحد آزادؔ چھُ پزی سون گوڈنیک پلیہِ بۆڈ محقق، سوانح نگار، نقادتہٕ شاعر۔

عالم ہا کرِ یاد آزاد آزاد

کُنہِ سلتہِ وُچھتہٕ یاد پاوے مدٕنو

آزادؔ تنہا یک طرف سأری سوخندان یک طرف۔

آتشؔ

فٹ نوٹ:

۱۔ یہِ مکمل توأریخ ''ڈُنتھ چھُ آزادٕن اِشارٕ'' تاریخ ادبیات کشمیرس کُن۔

۲۔ ''تاریخ ادبیات کشمیر'' یہِ ناو چھُ تمی پانہٕ تہٕ کینژن جاین لیوکھمُت۔

۳۔ حوالہٕ خاطرٕ وُچھو ''تذکرۂ شعرائے کشمیر'' ک گوڈنیک نسخہٕ، مضمون نگار موتی لال ساقیؔ، شیرازٕ ۱۹۹۴

۴۔ یاں زِ سُے دیباچہٕ، یُس نہٕ آزادن ''کشمیری زبان اور شاعری'' خاطرٕ لیوٗکھمُت اوس بلکہِ اوٗسن للہٕ دبدٕ تہٕ شیخ العالمؒ ہندِس کلامس تہٕ تہنزِ زندگی متعلق اکھ کتابہِ خاطرٕ تحریر کورمُت، یوسہٕ نہٕ شاید پتہٕ شائع سپدتھ ہیٚچ۔

۵۔ کأشرِس نثرٕ لکھنس اوس دس وٕ تھمُت مثالے بائبلہِ ہُند کأشُر ترجمہٕ یا نوٗر الدین قاری ہندی نثری تصانیف یا میر واعظ محمد یحییٰ سُند تفسیرِ پارۂ عم وغأرٕ اماپوٗز اکھ مضبوط روایت أس نہٕ بارسس آمٕژ۔

۶۔ درویش سلطان ڈار اوس آزادؔس بابہِ صأب۔

۷۔ یِم نہٕ پتہٕ درٕج گرِ ہٕتی چھِن۔

## کِتاب نامہٕ:


۱۔ کشمیر زبان اور شاعری ۳ جلد۔ کلچرل اکاڈمی۔

۲۔ کُلیاتِ عبدالاحد آزادؔ۔ کلچرل اکاڈمی۔

۳۔ شیرازٕ '۱۹۹۴ء، جلد ۲۸، شُمارٕ ۴، ۵۔

۴۔ شیرازہ اُردو، آزاد نمبر کلچرل اکاڈمی۔

۵۔ تعمیر' آزاد نمبر ۱۹۵۸ء۔

# آزاد تہٕ عروض

کیٛنہہ سۆت سۆت آوازٕ چھےٚ کٔنن گوٗشان زِ کاشُرِ شاعری بابت چھُنہٕ عروض لگہار تِکیاز عروض چھُ عربی الاصل تہٕ بقول تہٕند کاشُر زبانۍ ہُنٛد مزازٕ چھُ مختلف ۔ کُنہِ کُنہِ چھےٚ یِہ سۆت سۆت آواز تحریری صورتس منٛز تہِ بروٗنہہ کُن یوان۔ کاشُرِ زبانۍ ہنٛد مزازٕ کتھٕ کٔنۍ چھُ مختلف زِ عروض چھُ اَمہِ باپت نالگہار تمیٛک کانٛہہ تسلی بخش جواز چھُنہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ عروضک تعلق چھُ بُنیادی طور لفظن ہنٛدِس تلفظس سٟتۍ تہٕ لفظُک وزن تہِ چھُ لفظکہِ تلفظہِ سٟتۍ کھٔرِ گوٗشان۔ لفظکہِ تلفظُک دارو مدار چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ لفظس منٛز کم Vowel یا اَرِ آوازٕ چھےٚ ورتاونہٕ آمٕژ تہٕ کم زٔری اَچھر یا گٔلۍ اچھر چھِ ورتاونہٕ آمٕتۍ ۔ اَرو آواز وٗ سٟتۍ چھےٚ اچھرن حرکت لگان تہٕ تِم چھِ متحرک بنان ۔ تہٕ اَرو آوازو ورأے چھِ اچھر گٔلۍ بنان تہٕ یِمن اچھرن چھِ سأکن اَچھر وَنان ۔ گویا کاشُرین لفظن ہُنٛد تلفظ تہٕ وزن چھُ دوٚیہِ قسمکو اَچھرو سٟتۍ کھٔرِ گوٗشان۔ اکھ حرکژ دار اَچھرو سٟتۍ تہٕ بیٛیہِ بےٚ حرکت اَچھرو سٟتۍ۔ یعنے متحرک تہٕ ساکن اَچھرو سٟتۍ۔ یِہے صورتِ

حال چھُ عربی فارسی تہٕ اُردو زبانٕی ہُند تہِ۔ یِیلہِ تم عروض کامیأبی سان ورتأوِتھ ہیکان چھِ اُسی کیاز ہیکوہ یہِ عروض کامیابی سان ورتأوِتھ۔ غزلکہِ حوالہِ ہرگاہ کتھ کروتہٕ تیلہِ چھُ عروضہٕ نِش مفر ناممکن تہِ کیاز عروض چھُ غزل کبو لوأزماتو منز اکھ اہم جُز۔ ووں گوچھرا عروض کامیابی سان ورتاونہٕ ستی یوت ہیکہِ نہٕ شعر شعر بنِتھ۔ شأعری ہندی چھِ اَمہِ علاوٕ تہِ کینہہ اہم جُز یِہنز پابندی ضروری چھےٚ۔ سارِوے کھوتہٕ بوڈ چیز یُس آسُن گژھہِ سُہ گو شأرت۔ شأرت چھُنہٕ محض عروض ورتاونہٕ ستی یوت پأدٕ گژھان۔ تمیُک مطلب گوہ زِ عروض چھُنہٕ ضروری بلکہِ غزلکس حدس تام چھُ عروض گوڈنیُک تہٕ بنیأدی جُز تیٚچ پابندی کأشرِ غزل گو شاعرن پزِ کرٕنی۔

کأشرس منز ورتوو محمود گأمین شاید گوڈنچہ لٹہِ عروضی لوأزمات ہیتھ غزل۔ ووں گو سُہ چھُنہٕ پزِ بتھ جایہ عروضٕچ پابندی نبھأوِتھ ہیکان۔ أکِسے غزلس منز چھِ عروضی لحاظ واریاہ سقُم در ینٹھی گژھان۔ وجہ ہیکن زِ ے أسِتھ یا چھُنہٕ سُہ عروضی زأوِی جارن ہُنز پورِ پورٕ زان تھوان اوسُمت یا چھس وژنک طریقہٕ اظہار غألب گومُت۔ نی تون تمٕ سُند یہِ غزل یمیُک مطلع چھُ۔

هاوِیسی چھم یارٕ دودُ ے لالہٕ واتم سالہٕ امشب
ہاژٕرے روٚستے بالہٕ یارو بال کہٕ سمبالہٕ امشب

یتھ بحرِ منز یہِ مطلع چھُ سو چھےٚ بحرِ رمل مثمن سالم۔

وزن چھٔس :- فاعلاتن فاعلاتن فاعلاتن فاعلاتن

| فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلاتن |
|---|---|---|---|
| ہاوِیسی چھُم | یارِ دوۄدُے | لالہٕ واتہم | سالہٕ امشب |
| ہاژِ رۄستے | بالہٕ یارو | بال کہِ سم | بالہٕ امشب |

یہِ بحر چھےٚ اُردو وفارسی والیو سالم صورتس منٛز سیٹھاہ کم ورتاونہٕ۔ پتہٕ مِس رُکنس زحافہٕ تبدیلی کرِتھ چھےٚ اُردو فارسی والیو یہِ بحر یسلہٕ ورتاونہٕ۔ کأشرِ یو شاعروتہٕ چھےٚ یہِ بحر یمن دون وزنن منٛز۔

کأفی ورتاونہٕ :- فاعلاتن فاعلاتن ۔ فاعلاتن ۔ فاعلن/ یا فاعلان۔ مثمن مخدوف

فاعلاتن فاعلاتن ۔ فاعلن/ یا فاعلان مسدس مخدوف

یہِ بحرِ رمل چھےٚ سالم صورتس منٛزِ گوڈٕ محمود گأمین کأشرس منٛز ورتاونہٕ تہٕ أمِس پتہٕ چھےٚ صرف رفیق رازن یہِ بحر سالم صورتس منٛز ورتاونہٕ۔

وُنہِ اوسُم زِ محمود گأمین چھُ امہِ غزلہٕ ہُنٛد صرف ہیٚر کنہٕ درِج کرنہٕ آمت مطلع وزنس منٛز لیُو کھمُت ۔امہِ غزلہٕ ہنٛدی باقی شعر چھنہٕ اکھ اَکِس ستی وزنہٕ حسابہٕ رلانہٕ۔

گٹے منٛز گاش دِتم لٹے اکہِ یوٚری تِتم
قندیلن لولہِ ژانگبن ہٹہِ گیے رتھ زالہٕ امشب

بہار آو روشہِ روشے خوش آوازو پوشہِ نولو
گلن تے سنبلن منٛز بال نمے ڈالہٕ امشپ

یم تہٕ باقٕے شعر چھ اَمہِ غزٕلکۍ خارج از وزن ۔ باسان چھُ زِ محمودن

چھےٚ بحر رملس منٛز غزل لیکھنٕچ شروعات کٔرمٕژ مگر باقٕے شعرن منٛز چھُنہٕ ہیوٚ کمُت

وزنٕچ پابندی نبأوِتھ ۔ غزٕلکۍ باقٕے لوأزماتھ مثلاً مطلع مقطع ردیف قافیہ بیترِ چھ

محمودگأمی خوش اسلوٗبی سان پوٗرٕ کران مگر وزنٕچ پابندی چھُنہٕ غزٕلکس اٰخرس

تام پوٗرٕ ہیوٚ کمُت کٔرِتھ ۔ اَتھ چھُ شاید وجہ یہِ زِ محمود اوس بنیأدی وژنُک شأعر

تہٕ غزل تہِ چھےٚ محمودن وژنکی آیہِ ورتأومژ ۔ تہٕ بیٚیہٕ پرٛژھنس تہٕ کُس اوسُس

نقادہے أندی پٔکی آہنس ہراسہٕ ماکرِہے ۔ تِمن دہِن اوس باتہٕ چہِ کامیأبی

ہُند دارومدار یتھ کتھہ پٹھ زِ یہِ گوٚژھ ییٚن گوٚنہٕ ۔ محمودن تہِ آسہِ ہے یہِ غزل

لکھنہٕ وِزِ اَمی کتھِ ہُند خیال تھوٚومُت ۔ تہِ کٔرِتھ تہِ چھُ محمود مبارک بادی

ہُند مستحق زِ کأشرس منٛز ثراون غزل لکھنٕچ داغ بیل ۔ یتھ واریاہس کالس کأشرٮ

شأعرو پرٛنہٕ پأٹھۍ موزنہٕ کینٛہہ اماپوٚز وقتن دیُت لرِ پھرُن تہٕ موجوٗدٕ زمانس

منٛز چھےٚ نظمہِ ہٕنزٕ صرف غزٕلے یأژ اظہارُک وسیلہٕ ۔

بحرِ ہزج مسدسٕ چھےٚ محمود گأمین نسبتن کامیأبی سان ورتأومژ ۔

ہرگاہ پوٗرٕ غزلس منٛز محمود کامیاب چھُنہٕ روٗدمُت تہٕ کٔرِتھ تہِ چھِ اکثر

شعروزنس منٛز:

| بحر ہزج مسدس: | مفاعیلن | مفاعیلن | مفاعیلن |
|---|---|---|---|
| محذوف : | یتاموبا | لہٕ یاروحا | ل باوے |
| | دِتامو با | لہِ درشن کأ | کألی راوَے |

امہِ غزلہِ ہندی باقٕے شعر چھِ أتھی وزنس پٹھ تہٕ کُنہِ کُنہِ چھُ

عروضی سقُم تہٕ نظرِ گژھان۔

ژٕ نے یِکھ دادِ چانے کیٲہ ودے بو لدے بو اتھِ کاوس پرلنہٕ گراوَ ے

وزن زن بالہِ میٚے چھُم تلہٕ پٮ۪ٹھ ناگ

مدانو ژالہِ اوٗش کوتاہ بہٕ ترٛاوَ ے

خوشی کراز دولو محمودٕ موروش

ژٕ ے ٲستھن لولہٕ باغس پوش چھاوے

خط کشید جلیہٕ ورأ ے چھےٚ محمودٕنی یہٕ غزل عروضی لحاظہٕ بے داغ۔

یہٕ اُس ضمنی کتھ تِمس کأشرِس شأعرس متعلق تیٚمس متعلق وننہٕ چھُ یوان زِ اُمی ورتاو غزلِچ شارٕ ذاتھ گوڈنچہ لٹہِ کأشرِس منٛز۔ محمودٕنی یہٕ ابتدأیی کوٗشش چھےٚ تعریفن لایق۔ محمودس پتہٕ یِمو اَسی سیوٚدٕ ے عبدالاحد آزادس پٮ۪ٹھ۔ آزادن گُر وُہمہِ صدی ہندِس شروعس منٛزٕ ے شأعری ہنٛز شروعات محمودس پتہٕ آزادس تام چھنہٕ اَسہِ رسُل میرس تہٕ وازٕ محمودس ورأ ے کانٛہہ قأبلِ ذکر شأعر نظرِ گژھان تیٚمی غزلس منٛز عروضِچ پابندی سنجیدگی سان آسہِ کرٕمژ۔ رسُل میرن تہٕ وازٕ محمودن لیٚکھی ضرور کینٛہہ غزل یِمن منٛز عروض خوش اسلوٗبی سان ورتاونہٕ چھُ آمت۔ مگر اَمہِ باوجود کرِی تِمو ساری تخلیقی زور وژن لبھنس پٮ۪ٹھ خرچ۔

آزاد تہٕ مہجورچھِ زٕ شأعر یِمو اُردو ٕکس اثرس تحت واریاہس حدس تام عروضِچ پابندی پننہٕ شأعری منٛز لگ بھگ کامیابی سان نِباو۔ عروضی آہنگہٕ لحاظہٕ ہے وُچھو تہٕ آزادُن بارٕ و چھُ مہجور سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ

وسیع۔ آزادن کجہِ عروضس منز تم وزنہٕ لیہِ بدِیم کأشرِ موسیقی ستی ہم آہنگ آسہٕ۔ یتے یوت نہٕ یم وزنہٕ لیہِ ورتاوبن کامیأبی سان تہِ۔

بحر رجز مثمن سالم کرٕتمی کأشرس منز گوڈنچہِ لٹہِ متعأرف تہِ اَتھ پٹھ لیچھن کامیاب غزل۔

رجز مثمن سالم: مستفعلن مستفعلن مستفعلن مستفعلن

اَتھ ماہ رویس گتھ کران چھی زُلف پیچان یک طرف
گیسو پریشان یک طرف کاکل اویزاں یک طرف

یتھے کنی بحر مضارع منز کڈن اَکھ وزنہٕ لے بدِ یتھ ناو چھُ مضارع مثمن اخرب تہٕ وزن چھُس۔ مفعول فاعلاتن مفعول فاعلاتن

سر آلوے یہٕ یادن پالیس پیتم نگارو
ترأوتھ مے بالہِ ژوٗلہم تھأوِتھ ستم نگارو

اَتھ وزنس منز چھِ مہجورن تہِ کینہہ غزل لیکھیمتی۔ مگر وزن چھُ نباوُن تو گُمت آزادٕ سے۔ مہجورس چھِ یہِ وزن ورتاواں ورتاواں دب تہٕ درسی لگیمتی۔ مثالہِ باپتھ نی تون مہجورٕنی سو غزل ییمیُک اکھ مصرع چھُ۔

ڈکہٕ مژرِتھ کرکھنا کتھہِ تارٕ وارٕ وارے

مہجورنس اَتھ غزلس منز چھِ بیشمار سقم یم عروضکہِ حوالہٕ ہٹہِ وسنی لایق چھنہٕ۔ آزادن چھے واریاہ غزلہٕ اَتھ وزنس منز لیچھمتی ہرگاہ گُنہٕ گُنہِ سقم تہِ چھِ لبنہٕ یوان تاہم عروض حسابہٕ چھے واریاہس حدس تام حق ادأیی سپدان۔ بیاکھ وزنہٕ لے یوس آزادن بدٕ کڈٕ تہٕ یوس کأشرِ کس

لیہِ نظامس ستی ہم آہنگ چھےٚ کروٗسی بوٚنہٕ کنہِ درج۔

منسرح مثمن مطوی مکسوف:

مفتعلن فاعلن مفتعلن فاعلن

اَتھ وزنس منٛز چھہِ وارِیاہ تخلیقات (نظمہٕ کیو غزلہٕ) کلیات آزادس منٛز موجوٗد۔

برونٛٹھ پکُن زندگی پرٕ ژٕٹھ دم بدم

شانِ خدائی تہٕ یوٚد پرٕ بنٕ برمہٕ غم

یتھے کنٕ بیاکھ وزنہٕ لے یوس بنیادی مہجورن بدِ کڈ تہٕ کامیابی سان ورتاؤن اُکس غزلہِ منٛز یوس سیٹھاہ مشہوٗر گےٚ۔ سوو وزنہٕ لے چھےٚ

رجز مثمن مطوی مخبون: مفتعلن مفاعلن مفتعلن مفاعلن

باغِ نشاط کے گلوناز کراں کراں وولو

خندٕ کراں کراں وولو موختہٕ ہراں ہراں وولو

آزادن کر یہِ وزنہٕ لے رنگہٕ رنگہٕ مختلف نظمن تہٕ غزلن منٛز استعمال۔ آزادن ٹُل اَتھ لیہِ وارِیاہ ہر تر۔ مثلاً

پیالہٕ دِتم ژٕ ساقیو تازٕ بہٕ تازٕ نو بہ نو

حال ونے بہ روبرو تازٕ بہٕ تازٕ نوبہٕ نو

باٹلی سہ ہے چھُ بیوفا میون امار کیا کرے

سورِ وُنس محبتس زورتہٕ زار کیا کرے

چھم مےٚ دِلس یِہ خلِ خار باغ اندر نمن سُہ یار
حسنِہ بہار گٔے بہار پوشہِ تھر بن تِہ ہاۂ ہا

باٗلی ژٕ ونتہِ دلبرس وعدِ پٔنن وفا کرے
تراوِ ملالہِ ہاوِ روے تھاوِ قدم کتھاہ کرے

اَمہِ علاوٕ تہِ ورتاوِ آزادن واریاہ وزنٕہ لیہِ۔ میانٕی کٔنی مہجور سِندِ کھوتہٕ زیادٕ۔ اوَے چھُ آزادن شعرٕ آہنگ باگہِ بۄرت باڑو دارتہٕ وسیع باسان۔

آزاد اوس اکہِ طرفہٕ اقبالؔ سِندِ خطیبانہٕ تہٕ بلند آہنگ لہجٕہ تہٕ اندازٕ بیان نِش متأثر تہٕ دۄیمہِ طرفہٕ پننیو پیش رو رومانٕی شاعرن نِش تہِ متأثر۔ اکہِ طرفہٕ اوس اشتراکی تہٕ انسان پرستی ہِندیو نظریاتوٕ ستی متأثر تہٕ دۄیمہِ طرفہٕ اوسس اقبالس نِش متأثر سپدتھ عقل پرستی رد کرِتھ عشق پسندی ہِنٛز علم تُلان۔ گویا آزاد اوسس ونہِ بیرونی اثراتن تل تہٕ موتن دِژ نہٕ تمس پنٕنی کاتہہ بیۄن وَتھ کڈنس مہلت۔ ۴۵ ؤری کوس وٗنس تہِ گٔے۔ ہرگاہ سُہ بیٚیہِ کینٛژَس کالس زِندٕ روزِ ہے تٔمی آسہِ ہے بیۄن تہٕ بدۄن وَتھ پننہِ باپتھ بدِ کڈٕمٕژ۔

آزادن چھےٚ پننین تخلیقن ہِندِ باپتھ مختلف وزنٕہ لیہِ اختیار کرِمٕژ۔ اتھ کامہِ منٛز نہ چھُ تٔمی سُند کانٛہہ پیش رو تمس ہم پایہ نہٕ تٔمی سُند کانٛہہ ہم عصر۔ یِہ کتھ کروٗ اَسی مثالو تہٕ شعرن ہِنٛز تقطیع کٔرِتھ واضح۔

بحر متقارب مثمن سالم

شعر ڑے پتھ راۄ رأۄم جوأنی ہالالو

جدأیی کرٕنی چھےٚ نہٕ جأنی ہالالو

وولو لاگہٕ ہو دوس دأری نگارو

دِلس کا ستم بے قراری نگارو

وزن/تقطع

| فعولن | فعولن | فعولن | فعولن |
|---|---|---|---|
| ڑے پتھ را | ورأۄم | جوأنی | ہہ لالو |
| جدأیی | کرٕنی چھےٚ | نہ جأنی | ہہ لالو |
| وولو لا | گہٕ ہو دو | س دأری | نگارو |
| دِلس کا | ستم بے | قراری | نگارو |

بحر ہزج مسدس محذوف

شعر وُچھن کر گلبدن گلفام أتی یے

پٕری صورت پٕری اندام لتی یے

مبارک جلوہٕ دیدار ڈیوٗٹھم

وداسی بلبلن گلزار ڈیوٹھم

مبارک تازٕ دورانس مبارک

مبارک سازو سامانس مبارک

وزن/تقطع

| مفاعیلن | مفاعیلن | فعولن |
|---|---|---|
| وُچھن کرگل | بدن گلفا | م لُٹی یے |
| پری صورت | پری اندا | م لُٹی یے |
| مبارک جل | وہَ دیدا | رڈیوتُھم |
| وداسی بُل | بُلن گلزا | رڈیوتُھم |
| مبارک تا | زِ دورانس | مبارک |
| مبارک سا | زوسامانس | مبارک |

بحر ہزج مثمن اخرب

شعر
تدبیر چھُ کیا مردس تقدیرِ کیسے کردس
یی گوم لیکھتھ فردس تی کونہٕ مےٚ یار آسے

جانانہٕ لگے پأری متہٕ تل تہٕ چھوکن کرأری
سُے زانہِ یہِ بیمأری یُس غم تہٕ ستم ژالے

وزن/تقطیع

| مفعول | مفاعیلن | مفعول | مفاعیلن |
|---|---|---|---|
| تدبیر | چھُ کیا مردس | تقدیر | کیسے کردس |
| یی گوم | لیکھتھ فردس | تی کونہٕ | مےٚ یار آسے |
| جانانہٕ | لگے پأری | متہٕ تُل تہٕ | چھوکن کرأری |

| سُے زانہِ | یہ بیمأری | یُس غم تہٕ | ستم ژالے |
|---|---|---|---|

بحر مفارع مشمن اخرب

شعر
گُل رویہِ بُلبلس نِش تھاوُ ن حجاب شوٗبیا
یُس لولہِ چانہِ توشان سُے درعذاب شوٗبیا

وزن/تقطیع

| مفعول | فاعلاتن | مفعول | فاعلاتن |
|---|---|---|---|
| گل رویہِ | بلبلس نِش | تھاوُن حِ | جاب شوٗبیا |
| یُس لولہ | چانہِ توشاں | سُے درع | ذاب شوٗبیا |

بحر متقارب مشمن اشلم سالم الآخر

شعر
آدم محبت عالم محبت
شان محبت سبحان اللہ

| فعلن | فعولن | فعلن | فعولن |
|---|---|---|---|
| آدم | محبت | عالم | محبت |
| شانِ | محبت | سبحا | ن اللہ |

بحر ہزج مشمن سالم

شعر
وُچھم دورے براں شیشن شراب آہستہ آہستہ
کراں لب تشنہٕ مشتاقن خراب آہستہ آہستہ

مبارک لولہٕ کِس باغس پھوشُلم پوشے چمن امشب
سمولب تشنہٕ مشرأ وِتھ ملالن تے غمن امشب

وزن/تقطیع

| مفاعیلن | مفاعیلن | مفاعیلن | مفاعیلن |
|---|---|---|---|
| وُچھم دورے | براں شیشن | شراب آہس | تہ آہستہ |
| کراں لب تش | نہ مشتاقن | خراب آہس | تہ آہستہ |
| مبارک لو | لہٖ کس باغس | پھوٗلم پوشے | چمن امشب |
| سمولب تش | نہٖ مشرآوتھ | ملالن تے | غمن امشب |

بحر رجز مشمن سالم

شعر کس باوٖ یم افسانہٖ تے ژوٗرے ژوٗلم جانانہٖ تے

حورے تھوٗون ارمانہٖ تے ژورے ژوٗلم جانانہٖ تے

وزن/تقطیع

| مستفعلن | مستفعلن | مستفعلن | مستفعلن |
|---|---|---|---|
| کس باوٖ یم | افسانہٖ تے | ژورے ژوٗلم | جانانہٖ تے |
| حورے تھوٗون | ارمانہٖ تے | ژورے ژوٗلم | جانانہٖ تے |

بحر رجز مشمن مطوی مخبون

شعر بالٖی ژٖ ونتہٖ دلبرس وعدٖ پنُن وفا کرے

تراوِ ملالہٖ ہاوِروے تھاوقدم کتھاہ کرے

## وزن/تقطیع

| مفاعلن | مفتعلن | مفاعلن | مفتعلن |
|---|---|---|---|
| وفا کرے | وعدٕ پٕنن | تہٕ دلبرس | باٰلۍ ژٕ ون |
| کتھا کرے | تھاوِ قدم | لہٕ ہاوِ روٕے | تراوِ ملا |

اَسہِ کرٚ صرف پانژن بحرن ہنٛز کتھ ۔ اَمہِ علاوٕ تہِ چھےٚ آزادن بحر ورتاوِمژٕ ۔ پانژھ بحر تہِ چھنہٕ کم کینٛہہ ۔ یِم گےٚ پانژھ سمندر ۔ پانژن بحرن ہنٛدۍ مختلف مزاحف وزن کامیابی سان ورتاوٕنۍ تہِ چھُ آزادن کمال ۔ خاص کریٚلہِ وُچھان چھہِ زِ آزادس برۄنٛہہ آسہِ عروض ورتاوٕنچہٕ کینٛہہ کوٗششہِ سپزٕ مَژٕ تہٕ بس ۔ آزادس برۄنٛہہ اوس نہٕ تیُتھ کانٛہہ غزل گو شاعٕر یٚمۍ عروض رنگہٕ رنگہٕ ورتاوِتھ کانٛہہ مثال آسہِ ہے قایم کرٕمژٕ ۔ تہٕ تیمس کُن وُچھۍ وُچھۍ آزاد استفادٕ کرِ ہے ۔

یِم سارے کتھہِ نظر تل تھاوِتھ ہیکو وَنِتھ زِ کاشرس منٛز عروض ورتاونٕچ رِوایت گےٚ آزادنہٕ ستۍ مضبوط بنیادن پیٹھ کھڑا ۔

کیا وجہ چھُ زِ آزادس پتہٕ نموٗ دار گژھن والۍ شاعر یعنے ۱۹۴۷ء پتہٕ ییٚنہٕ والۍ شاعر گےٚ نہٕ آزادٕنۍ رِوایت ڈکھس آسنہٕ باوجود تہِ عروض کامیابی سان ورتاونس منٛز کامیاب ۔ اکھ زٕ شاعر ترٲوِتھ گےٚ باقٕے کاشرۍ شاعر عروض ،کس معاملس منٛز چورتے ہوی ۔

سنہٕ وَٕے تہٕ آزادنس دورس منٛز آس وژنٕچ شارٕ ذات چمہٕ خمہٕ ورتاونہٕ یوان ۔ اَمۍ ہنٛدۍ ہم عصر صمد میر ، احد زرگر ، مہجور تہٕ باقٕے اَسۍ زیادٕ تر وژنٕے لکھان ۔ خود عبدالاحد آزاد تہِ اوس زیادٕ پہن وژنٕے لکھان ۔

تہٕ گرِتھ تہٕ دیُت نہٕ آزادن وٕژنچہِ دِل فریب موسیقی یہِ پانس پیٹھ حاوی گژھنہٕ نتہٕ گژھہبس غزل لکھنہٕ وِزِ محمود گامینی یا واژ محمودٕنی ہش باشر۔
آزادن تھوٗ غزل لکھنہٕ وِزِ یا غزلچہ ہیرٕ منز نظم لکھنہ وِزِ شعوٗری طور امہِ ہیرِ ہنٛد بن لوٗ زمانس ہُنٛد خیال تہٕ یُہے چھُ اَمی سنٛزِ کامیابی ہُنٛد رازتہٕ۔
آزادنس کلیاتس پھیُر دِنہٕ ستی چھُ آشکار سپدان زِ سُہ چھُ کاشرِ ریوایژ نِش تِتھ کٕنی انحراف کران زِ پیٖی چھُنہٕ لگان۔ موضوعی لحاظہٕ ہے سنو تَمی سنٛزِ شاعری تہٕ اکھ بے ووٚنت تنوع چھُ دریٹھی گژھان۔ وُنی کبس چھُنہٕ سون موضوع تِہ بلکہِ آزادنہٕ شاعری منز عروضک ورتاو۔
یِمن بحرن تہٕ وزنہٕ لِین ہنٛز اَسہِ ونیکتام ذِکر گرِتم چھےٚ آزادنس کلیاتس پیٹھی پیٹھی پھیُر دِنہٕ ستی نظرِ گژھان۔
آزادن چھےٚ بحرِ متقارب چہ مختلف مزاحف وزنہٕ لیہ تہٕ ورتاوِمژٕ مثلاً
متقارب مثمن :- ہرُد بہارس تہٕ ماگھ ہارس، ہمیشہِ نارس چھُ آب دشمن
مقبوض مضاعف:- شریف اَسن رذیلہٕ اَسن چھُ دشمنس کیُتھ عذاب دشمن

| فعول فعلن | فعول فعلن | فعول فعلن | فعول فعلن |
|---|---|---|---|
| ہرد بہاس | تہٕ ماگھ ہارس | ہمیشہِ نارس | چھُ آب دشمن |
| شریف اَسن | رذیلہِ اَسن | چھُ دشمن کیُتھ | عذاب دشمن |

باساں چھُ زَن چھ یم وزنہٕ لیہ کاشرِ زبانٕی ہُنٛد مزاز بروٚنہہ کنہٕ تھٲوِتھ بناونہٕ آمژ۔ یہِ چھا عروضچ تہٕ کاشرِ زبانٕی ہنٛز ہم آہنگی کِنہٕ

آزادنہِ فنکأری ہُند کمال۔ تمیٔک فأصلہٕ کرَن پرَن وآلی۔

ووٚنی چھُ مےٚ آزادُن اکھ مناجات پیشِ نظر۔ اتھ متعلق چھےٚ مےٚ صرف ژٕ کتھہٕ وَنٕنہِ۔ اکھ عروضکہِ حوالہٕ تہٕ بیٚیا کھ موضوع کہِ حوالہٕ۔ اَمہِ برونٹھہ زِ بہٕ وَنہٕ یِم کتھہٕ بہٕ چھُس یژھان زِ اَمہِ مناجاتکۍ کینٛہ شعر گژھی پرَن والین برونٹھہ کُن یِنۍ۔

# مُناجات

یہ کرَکھ تہِ، بندٕ پٔنن چھُسے مےٚ چھُ ژالہٕ نُے بہ چھُسے رَضا

مےٚ صداتہِ زورٕ کرُن خطا، ژٕ تہٕ پادشاہ بوپیومُت گدا

| ژٕ خودا ے چھُکھ تہٕ مےٚ بندگی چھ ژےٚ کُن ہمیشہِ کرٕنی روا |
|---|
| نہ بہانہ تہٕ حیلہٕ تہٕ کیوہ تہٕ کیاہ، یہ ژٕ سوزٕ ہم تہِ مےٚ چھُم دوا |
| مےٚ چھُ دِل تہٕ خون رَگن اندر مےٚ چھُ دردوسوز تہٕ لولہٕ زر |

نہ ژےٚ یُن گژھُن نہ ژےٚ زیوٚن مرُن نہ ژےٚ ابتدا نہ ژےٚ انتہا

ژٕ کُنُے تہٕ چھُے نہ شریک کانٛہہ، یہ چھُ دین یی چھُ یقین میون

مگر ازٕ وُچھان تہِ چھُس اُچھو یہ نہ مانہٕ ہا یہ نہ زانہٕ ہا

چھُ پسوان بڑٕ اندٕ کنِمن نمُن تہٕ کرُن طواف عمارٔژن

چھِ ژٕ وپأری بندٕ کروڑٕ بُدی، چھِ ژٕ وپأری ساسہٕ بُدی خودا

بہ منگے نہ موہرٕ تہٕ سوٚن دِتم مگر عالماہ سٕہ مےٚ ہاوتَم

یِتہِ بندگی چھِ خودا سوٚرُن نہٕ کرُن ہمیشہِ خودا خودا

گوڈنچ کتھ چھم وَنٕنۍ زِ یہ مناجات چھُ "بحرِ کامل" منز آمٕت لیکھنہٕ۔ اتھ بحرس متعلق چھُ یوان وَننہٕ زِ یہ بحر چھےٚ عربی لیس ستۍ مخصوص تہٕ فارسی اُردو والو چھےٚ یہ بحرس تجربہٕ رٕنگی ورتاوِمژ۔

بلغ العلیٰ بکمالہٖ کشف الدجیٰ بجمالہٖ

حسُنت جمیع خِصالہٖ صلو علیہ وآلہٖ

یہ شہرۂ آفاق نعت تہٕ چھُ اٖتھۍ بحرس منز لیکھنہٕ آمٕت۔ آزادن مناجات پرُتھ چھُ باسان زِ کاشُر خاطرٕ تہٕ چھےٚ یہ بحر مناسب۔

بحرِ کامل سالم

وزن

| متفاعلن | متفاعلن | متفاعلن | متفاعلن |
|---|---|---|---|
| یہ کرکھ تہٕ بن | دِپُن چھسے | مےٚ چھُ ژالنےٚ | بہ چھُسے رضا |
| مےٚ صداتہٕ زو | رٕکرن خطا | ژٕ تہٕ پادشا | بہٕ پیوٚمُت گدا |

باسان چھُ زِ یہ بحر چھےٚ کاشُر خاطرے بنٕے مِژ۔ یہ اُس مناجاتس متعلق عروضکہٕ حوالہٕ اکھ کتھ امہٕ موضوع کہٕ حوالہٕ چھُم بیاکھ کتھ وٕنۍ زِیم آزادنس عقیدتس پٮٛٹھ۔ حرف گیری تہٕ نکتہٕ چیٖنی کران چھِ تم کیاہ وَنان یتھ مناجاتس متعلق۔ یُس پٕنٕنۍ اَتھ زٕ دراز کرِتھ یتھ مناجات وَنہٕ تمٕ سٕندِس عقیدس پٮٛٹھ شک کرُن چھُنہٕ روا۔ ووں گو آزاد اوس اقبالس نِش متاثر تہٕ تمۍ سٕندی پاٹھی کوٚرُن اکھ بے باک لہجہٕ اختیار۔ تہٕ بے باک لہجہٕ تھون وٕلِس شاعرس ہیکو نہٕ گمراہ تہٕ گستاخ وٕنتھ۔ تِکیاز تیٚلہِ پیہٕ اقبالس تہٕ خودانخواستہٕ گمراہ تہٕ گستاخ وَنُن۔

# آزاد۔ اَکھ انقلابی شاعِر تہٕ محقق

یتھٕ کنٛی کُنہٕ نرم زمینہٕ ژَکلَس وبسرَن گژِھتھ ''وُزِنی'' پأدٕ گژھان چھےٚ تہٕ پَتہٕ سوے وُزِنی آبہٕ جویہ ہٕندِس صوٗرتَس منٛز رواں دواں روزان چھےٚ تِتھے کنٛی چھُ شأعِر اِنسانَس تہٕ کُنہِ خاص وقتَس پٮ۪ٹھ دِل دماغہٕ چہِ نرم زمینہٕ منٛز احساساتَن ہٕندِ تلاطُمہٕ سِتی وُزِنی نیران تہٕ شأعری ہٕنٛز جوے چھےٚ زایِن لبان۔ یہِ نرم احساسأتی زمین چھےٚ خال خالے کأنٛسہِ بَشرس بأگنی آسان آمِژ تہٕ وُزِہے پرٛتھ کُنہِ کُنہِ گھنگرِ منٛزٕ آبہٕ جوے مگر تہٕ چھُنہٕ سپدان۔ ووٚن گوٚو اَتھ وُزنہِ چھُ آب و ہوا ٹیک تہٕ ماحولیأتی دباوُک تہٕ ساتھ دِنٛگ کأنٛی دخل آسان۔ پَتہٕ گوٚو وزِگَس کوتاہ بٕتر آسہِ تہٕ گسنٛز کأژاہ ژھال مارنٛچ توژھ آسہٕ۔

عبدالاحد آزادس پٮ۪ٹھ تہٕ چھُ یِہے ''وُزنہِ اصول'' کارفرما روٗدمُت۔ تسنٛز احسأسأتی زمین چھےٚ ازلے نرم تہٕ مُلأیم آسمٕژ یمہِ منٛزٕ کیٛنٛہہ وَق گُزرِتھ وُزِنی درٛایہ تہٕ یمہِ چہِ جویہ سیکلی چمن سیراب گری۔ تمہِ اُسی پیشہٕ کنٛی ووستاد تہٕ ووستادَس چھےٚ زیادٕ تر شُربن سِتی کأم آسان مگر ذی حِس ووستاد چھُ شُربن ہٕندِ بول باشہِ تہٕ ووتھِ بیٹھِ منٛز تہٕ تُلرِ ہٕندی پأٹھی وُیو روٹان

تہٕ پَنہٕ نِس ٹھیلَس منز جمع تھاوان۔ شُری تہٕ چھِ اکہِ سماجی معاشرٕ کی اکھ اَژھین حصہٕ آسان۔ سماجُک نقشہِ اوس تتھ زمانَس یعنے ۱۹۵۰ء ہَس تام وبکھٕت۔ یمو گرٕ منز سون نوٚ ونسل یِوان اوس تم اَسی میرٕ لوٚپنی، کاٹھہِ ہیر لاٗگتھ خام جایہِ تہٕ گُچھ گب۔ اکثر شُری اَسی آسان پھرٕن رِگالہٕ نالٕی تڑاوِتھ، صفائی ہُندٕ نہٕ ناوتہٕ نَس۔ نَنہٕ واری مَل برِتھ کھورتہٕ اَتھ، کُلِن اکثر کھرتہٕ غُربٕ ہُندٕ یہِ حال وُچھتھ آسہِ ہے آزاد ہوٚس آزاد خیالَس اَندری کِنی تُچھن ووتھان۔ اَتھ برعکس اَسی کانٛسہِ خاندانی گرٕس بڑٕ پَشہِ ہَن دِتھ مکانہٕ تڑاوکی، خوجہِ دُکان تہٕ پوٚشری پَچہِ وٚلِتھ کانٛہہ کانٛہہ مُری دیا دُم تہِ۔ اَکھ ذی ہوش ہُشیار دماغ چھُ ہمیشہِ یمَن تضادَن ہُندٕ موٚل زانُن یژھان تہٕ اَتھ پھیرٕ فرقہِ غیبی طاقتُک دیُت نہٕ زانٛتھ انسانی کوٚدٕ کارٕ کرٕلہِ ہنز کارِستانی مانان۔ سماجِ ورگہٕ باگے، سنبر وو گنیار تہٕ بَجَن گاڈَن ہُندٕ نِکین گُرنَن ستی اِستحصال، سرمایہِ دارَن، وٚڈدارَن تہٕ سوٚدخوارَن ہُندٕ مجبوٗر لوٗگن درکہٕ بِنتھ خوٗنِ ناحق چوٗن بیترٕ یمے اَسی تم معاشرتی تضاد یمَن ہُندٕ عکس آزادٕس سکوٗل شُری نے اندر رڈٕ بیٖٹھی گرٕ ژھان آسہِ ہے۔ تہٕ امہِ کُے اثر یِیٖلہِ وارٕ وارٕ تہٕندٕس ذہنَس سنٛوِ مُت آسہِ ہے تمی کِنی آسہِ ہے سہ رِوایتی تہٕ پڑانہِ پُژہٕ ہنزٕ شاعری پیٹھ ووٚتھ تُلِتھ اِنقلاٗبی گونماتلہِ کُن آمُت۔

جوان گژھتھ اَسی آزاد گوٚڈٕ گوٚڈٕ تتھے کِنی لولہٕ باتھ وَنہٕ لگی ہتی یتھٕ پاٹھی تمہِ وقتہٕ کشیرٕ ہندی پڑانہِ پژہٕ ہندی گونماتھ گوان آمتی اَسی۔ یہِ حال چھُ پرٛتھ کانٛسہِ شاعرٕس گوٚڈٕ کالَس منز سپدان۔ اَتھ منز چھے لولہٕ باوتھ، عشقہٕ

وٕژن، گُل تہٕ بُلبُل تہٕ تمبکھنارِ بأتھ وَنہٕ چھ مشق سپدان۔ یتھ سنسکرتَس منز "ابھیاس کاویہ" ونان چھِ۔ مرحوم آزادَس تہٕ اوس گوڈٕ کالَس منز "ابھیاس کاویہ" کرنُک شوق گنیومُت۔ اماپوٚز جلدٕے ییلہِ تَس مہجوٗر صأبنۍ آلو کنَن گٔے یمو لٔب شأعری ہنٛدِس مأدانَس منز کیاہ تام نٔو باوَتھ کرنٕچ وَتھ۔ یوسہٕ وَقتہٕ کِس کاڈ کڈنَس ستی ستی کأشرِس نِنٛدرِ رُوزنا وٕنک پیغام ہیتھ آیہ۔ مہجورَن یوٚدوٕے گُل، گُلشن تہٕ بُلبُل موڈٕ رٔٹِتھ کأشرِس قومَس بیدار گژھنُک سبق دیُت یہ اُس وٕزِ بَس لا گِتھ پٕڑھس گُن ہِش باوتھ۔ اماپوٚز مہجورَن تٕژ اَونہٕ پٕرانہِ پٕژِہنٛزِ شأعری تہِ تِھِھ یلہٕ بلکہِ اُنن تَتھ جِدت۔ آزادَن تٕژ وو پٕتُن پان رِواِیتی زٕنجیرَ وِنشہِ یلہٕ تہٕ بأغیانہٕ صورتَس منز دِژاو کھلہٕ مأدانَس منز سمأجی استحصالَس، سیأسی نظامَس تہٕ معاشرتی بدحألی خلاف یہ ڈٕلپٕ زِ تہِ نعرٕ دِنہٕ۔ مگر یہِ اُس نہٕ سیأسی نعرٕ بأزی یوسہٕ وقت گٔژرِتھ ژھوکان چھے۔ یہ چھے سو نالہٕ زأری یوسہٕ تاقیامت زِنٛدٕ تہٕ زُودار روزِ یوٚت تام سماجَس منز بے سومبر آسہِ، غربت تہٕ افلاس آسہِ تہٕ گُنہ تہِ صورتَس منز بتھ ہوٗن تام روزِ۔ سیأسی قلندر چھِ ونان زِ آزاد اوس کمیونسٹ، ترقی پسند سوشلسٹ بیترِ مگر سو چَھنہٕ کتھ۔ اَکھ شأعر یا وٕنوٚصحی گونماتھ چھنہٕ کُنہِ "اِزمَس" منز ہینہٕ یِوان۔ تِم اُسٕ اَکِس جان شأعرٕ سنٛدی پأٹھی آزاد خیال۔ اَتھ کانٛہہ شک چُھنہٕ مگر تِمو تٕژ اَونہٕ "پرمپرا" تہِ گأل کھاتَس۔ پٕرانین قدرَن ہُنٛد روٗدتِمن برابر لول۔ دیَس گٔے نہٕ تِم منکر بلکہ وٕنو زِ اَکھ وَق آو ییلہِ تِم دیَس روٗٹھی۔ یہ روشُن چھ توقع ٹِک حد آسان۔ روشان چھ اِنسان خاص پننہٕ

نِس ٹاٹھس ، وۄپرٕ س چھنہٕ یوان روشنہٕ ۔ آزادس اوس توقُع زِ تسنز منگہٕ منگ کرِتھ اوٚ نمُت بمار نیٚچو ییہِ خُدایہٕ سُنٛدِ طاقتہٕ بچاونہٕ ، تہٕ سپد نہٕ ۔ کالس چھےٚ پٔنٕنی کأم کرٕنی ۔ یہِ اوس نہٕ ستی ساوتری ہُنٛد واقعہٕ ییمہِ پٔنٕن خاوندس تہٕ وان ہٹھ کرِتھ مرِتھ واپس اوٚن ۔ آزاد گوٚ وتہٕ کرنِس منٛز ناکام تہٕ سُہ روٗٹھ خدایس ۔ خلقو دوٚپ سُہ گوٚ مُنکر ۔ یہِ چھُ غلط ۔ تمہِ کٔر بغاوت مگر ناہموار سماجس خلاف ، سیأسی نِظامس خلاف تہٕ لوٗکن ہِنٛدِس اکھأ کِس نبتھ ہنٛبس خلاف ۔ تہِ کوٚر مہجورن تہٕ تہٕ پتہٕ وارِیاہو شاعرو تہٕ ۔ تِکیٛازِ سماجک ، مذہبک یا سیاسٕتک پاکھنڈ کتہٕ ییہِ ہے آزاد ہوس شاعرس خوش ۔ اوٚ کنہِ یوٗ دوٚے آزادن مہجورس تہٕ بڑٕ ؤنہہ نیرِتھ ورگہٕ پأٹھی نہٕ بلکہِ سیٚدِ سیٚو دپٕنن پأ غام بوزِ نووتمہِ اوٚن وُترِ بُنیٚل یُسنہٕ وُنہٕ تہٕ ہمان چھُ ۔ شأعری ہِنٛدِس کسبس گیہ نوٚی میزان کھرِ ۔ گرٕ پسی تِس ، موٗزوٗرس ، کأسی بس ، نانگارس غرض کأشرِس آیہِ سیٚدِ سیٚو دِکتھ فِکرِ تارنٛچ زھوٗنب کلامس منٛز ورتاونہٕ تہٕ ہاونہٕ ۔ اِنقلابٕچ کتھ آیہِ بوٗرِ بوٗرِ وبرٕھناونہٕ ۔ کھوٗژنہٕ کھورنہٕ بغأرتہٕ بیباک اندازس منٛز ۔ یُہے چھُ وجہ زِ تمہِ وقتہٕ ییلہِ زن پنٛژری وألی ، ہاپتھ وأ لی یا سوٗدِ گوٗری آنگنن منٛز أژِتھ مہجورٕنی بأتھ گوان أسی تتہٕ اَس لوٗ گو منٛزٕ فرمأیش سیٚدان آزادٕنی بأتھ بوزنہٕ خأطرِ تہٕ ۔ یہِ چھےٚ تہنٛدِ کلامچہِ اِنقلأبی بأژ ہنٛزخوش بوٗونی تہٕ دیدمان مثال ۔

اما پوٗز گونماتھ آزادس آونہٕ تہٕ کرِتھ تہٕ تسلی ، سُہ اوس روشن گوٚر ۔ تس باسیٚو وزِ زمانہٕ پرست لوٗکھ چھِنہٕ تس کُن نظر تُلان تہٕ گِلہٕ غُصہٕ کرنُک حد ووت یہِ وَنہٕ نِس تام زِ :

ییٚتمِن چھُنہٕ مقصد زِ تسنٛز شاعری ہندی نموٗنہٕ پیش کرٕنۍ ۔ تہٕ کوٚر ازٕ تام وارِیاہو لِکھاریو تہٕ نقادو۔ غرض چھ آزاد، کتھہٕ کنۍ ہیوٚک پٔنُن وجوٗد باقے گونماتھن تہٕ مہجورَس ہوِس ناماور وطن پرست شاعرَس نِشہِ تہٕ بدوٗن کڈِتھ۔ اَتھ کم محرکات أسۍ۔ یوٚڈ سبَب اوس یِ زِ تِمہِ وقتک ماحول آو نہٕ تَس راس تہٕ سُہ یُس جنّت یتھ پیرٕ وارِ وچھن یژھان اوس تِمۍ أنگوَن دِژ تِمۍ پٔننہِ شاعری ہندِس صوٗرَتس منز۔

آزادَس اوس مہجورَس سٟتۍ دوستانہٕ سپدِ مُت۔ سُہ اوس تِہنٛدِ وطنی باتو مُتأثر کوٚرمُت حالانکہ بڑٕ ونٟہہ کُن پکِتھ گوٚو تَس مہجورنٕن خیالَن سٟتۍ کم کاسہٕ ٹکراو تہٕ یہِ زَن ''پکھرپورِ'' کہِ وورسہٕ گوَن پینٛچہِ نِش آزادنہٕ یمہِ کلامہٕ تلہٕ تہٕ ننان چھُ زِ ہُتہِ چھ گومُت مہجوُرن ناو عام مگر یِتہٕ کھور تِمۍ نٹۍ نار پکھرپوٗر۔ تہٕ گٔرِتھ تہٕ اوس آزاد صابَس مہجوُرن یوٗت احترام زِ تِمو یژھاو مہجورَس پیٹھ اَکھ مدلّل مقالہٕ لِکھُن۔ اماپوٗز سُہ سٟیو واَتھ کتھہِ تیوٗت زِ تِمو وہروٗ پٔنُن کینواس تیوٗت زِ تِہنٛد قلمی نوسخہٕ بنے یہِ کأشرِ شاعری ہنٛز اَکھ مُدلّل تہٕ مُستند توأریخ۔ اَمہِ کامہِ بنوو آنزاد اَکھ معتبر محقق۔

آزاد دزاو کمر کٔسِتھ تحقیقی کامہِ پیٹھ تہٕ پھیوٚر گامَن گُٹھَن، شہرَن تہٕ قصبَن۔ تِمۍ أنۍ تمام ناموٗر تہٕ گُمنام شاعرَن ہنٛدی حال احوال معلوم کٔرِتھ۔ تِہنٛزِ شاعری پیٹھ ترٛاوِن ناقدانہٕ نظر۔ یوسہٕ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ڈٕسۍ چھاپ سپدی ژٕتمِن دون جلدَن منز ازٕ تہٕ پتھ کال کہِ شاعرانہٕ

اَدبچ زان کرناوان چھےٚ ۔ پَتہٕ کوٚرتمو نقادتہٕ محققِ سُنٛد تھوٚد روتبہٕ حاصِل تہٕ باسان چُھ روتبَس منٛز یِکہِ تم شاعری نِشہِ تہٕ تحقیقی ماۂدانس منٛز زٕ قدَم برٛونٛہہ ۔ یوٚ دوَے زَن اَتھ اَدبی کامہِ کلچرل اکادٕمی دٕسی ناو چُھ موکشمیری زبان ادب شاعری'' دِنہٕ آمُت اَماپوٚز بُنیاۂدی کاٗم یوسہٕ تمو اتھ گرسو روزِ آینٛدٕ پیٚین تہٕ وَتھ گاٗشراوان ۔ گو کہِ کیٚنٛہہ شاعرتہٕ تِہنٛزٕ کامہِ گیٚہ تَس اَتھہٕ مگر تتھ منٛز چُھ تَمن مرحوم شاعرَن ہِنٛدٕ بن واَرث درَن قصوٗر نہَ کہِ تَسِ ۔ مِثالہِ پاۂٹھی اکہِ وِلہِ واَتی آزاد ہوکھرِ بدسگام ( اننت ناگ ) اسداللہ میر صاۂبُن گرِ مرحوٗم سُنٛد کلام وُچھنہِ تہٕ میرِ صاۂبنٛز مثنوی ''گُلدستہ مُمتاز بے نظیر'' وُچھتھ گیہِ سبٹھاہ مُتاثِر ۔ چونٛکہِ مرحوٗم شاعِر فراق اسداللہ میرَس اوس تمہِ وِزِاکُے فرزند ثناأاللہ میرِ حالَے حیات تمو دیُت نہٕ آزاد صاۂبَس یہِ نوسخہٕ ۔ تمو اوسنہٕ یہِ نوسخہٕ اَمہِ برٛونٛہہ مہجور صاۂبَس تہِ دیُت مُت ۔ اَمہِ کنِٛز روٗدشاعِر تہٕ تِسنٛز شاعری آزادنہِ محققانہٕ قلمہٕ نِشہِ محرٛوٗم ۔ یہِ وَنن چھےٚ وارِیاہَن گونماتَن تہٕ تِہنٛدٕ بن کارَن سپٕز مٕژ ۔ تہِ گرِتھ تہِ یوسہٕ تحقیقی کاٗم آزادَن اَند واتناوتمہِ واتہٕ نو وآزاد شاعری کھوتہٕ تہِ زیادٕ محققَن ہِنٛدِس برٛونٛہمس صفَس منٛز۔



# عبدالاحد آزاد۔ اَکھ مُطالعہٕ

مےٚ چھُ پَزنہٕ پأٹھۍ ژٕتَس زِ ۲۳ ڈسمبر ۲۰۰۳ء اوس دوردرشَن کیندرِ سرینگرٕ پێٹھٕ سانہِ ماجہِ زێوِ ہٕنٛدِس بَہلہِ پایہِ محقق تہٕ شأعر مرحوم عبدالاحد آزاد صأبنہِ وَہرٕ وارِ کِس سِلسلَس منٛز تہٕنٛدے اکہِ مصرعہٕ کہِ طرحہٕ کہِ حوالہٕ اَکھ طرحی مشأعرٕ۔ ریکارڈنگہِ پتہٕ أسۍ ڈاکٹر (پروفیسر) مشعلؔ سلطانپوری، عبدالخالق شمسؔ ژُ کری تہٕ بہٕ سرینگرٕ پێٹھٕ بَسہِ منٛز وَرمُل گُن سفر کران۔ کتھن دوران وۄن ڈاکٹر مشعلؔ صأبَن پزٕ رُک واشگاف کران زِ ''أزی کِس مُشاعرس منٛز پَرنہٕ یِنہٕ وول کلام اوس آزاد صأبنہِ معیارٕ نِشہِ سبٹھاہ تھۄڈ'' ۔یہِ اوس پزٕر۔ وۄں گۄو مےٚ وۄن ''ڈاکٹر صأب! دون پرٕن والێن شأعرَن اوس وزَن پُھٹان'' ۔''مےٚ تھۄ ونہٕ خیال'' مشعلؔ صأبَن دیُت جواب۔ ہٕتی کۄر مشعلؔ صأبَن مےٚ ورمُلہِ ۸۔فروری سپدَن والہِ مُشأعرٕ باپتھ ژارنہٕ آمتِس طرحس پێٹھ طبع آزمأیی کرنہٕ علاوٕ آزاد صأبنہِ کُنہِ نَظمہِ ہٕنٛزِ نکھٕ پُرٕ (Close study) کرنٛک حکم۔

اَز ۲۴۔جنوری ییٚلہِ روتلہِ بہٕ پروفیسر غلام نبی فراقؔ صأبنہِ نظم ''پھیرٕ''

کین پروفیسر شفیع سُنبلی صائبنٛ حوالہٕ چہِ صوٗرٕ ژمنٛز دِنہٕ آمتین دون مصرعن ہنٛز نکھ پرٲوُسس کران مےٚ سپدی شہرٕ پٔتھ بَسہِ منٛز ورمُل یوان یِوان مشعلؔ صٲبنہِ ہٕنٛز جمٲلیچ مأیتھ تہٕ سَہہ (Essence) پٔنٛز کِہ یا گوشہِ ہیتھ واضح۔ حالانکہِ مےٚ اوس آزاد صٲبنہِ

قدرتس بۄن بۄن تھٲنی یوٚ داسہَن ملّت تہٕ قوم

پرٛتھ اَکس بۄن بۄن زمینا آسمانا آسہِ ہے

نکھ پرٕتہٕ کہوٚچہِ کھأتھ صفحہ جوراہ گوڈٕے لیکھی متیٚ مگر پروفیسر مشعلؔ صأبنس خیالُس پتہٕ گنہٕ ژکہِ علیٚ ہنٛدس گاشس منٛز معلول نوٗ آیہِ مُدرک کرنہٕ۔ کنیٚ آم یہِ خیال زِ آزاد صأبُن مقام تہٕ تأریخی اہمیت بدِ کڈٕنی چھےٚ اکہِ نظمہِ ہنٛز نکھ پرٕتہٕ مولانکوٚنی کھوتہٕ جاد پوٚلرتہٕ باڈوٗدار۔

گوڈٕ سوٚنچُم زِ ہرگاہ اَسہِ تمہِ کلُہم رِوایژ ہُنٛد ڈکھ آسہِ ہے نہٕ یُس مہجور تہٕ آزادٕنی دیٚت چھےٚ سون شأعرانہٕ یا کم سے کم لِسانی واہراوتہٕ معیار (رفعت تہٕ تھزرنہٕ سٕہی) کیا آسہِ ہے؟ یا یہِ زِ ہرگاہ اَسی ''آ جرتہٕ ڈاکٹر مشعلؔ صأب'' آسنہٕ بجایہِ مہجور تہٕ آزاد آسہو، تِھی دورَس تہٕ تِمنٕے حالاتَن منٛز آسہو کیا اَسی تہٕ آسہو ارِوایت تہٕ تأریخ ساز ثأبت سپدی متیٚ؟۔ اَمہِ پزٕر باوجود زِ شأعرانہٕ تجرُبن ہنٛز تخیُلی نِہفتیچ وُسوأری، پھوبرتہٕ جولأنی چھِ بہلہِ پایہِ شأعری یا اکہِ جان شأعرانہٕ معیارٕچ ژکہِ کانٛچھ تہٕ تِتھٕ ستیٚ گژھِ یہِ تہٕ اَکھ کتھ زِ شأعرانہٕ جینیس تہٕ ثانوی تخیُلی استعداد چھنہٕ جمہوری خونجہِ نہَ چھِ ہیچھنگ معاملہِ آسان مگر توأریخ رِوایژ تہٕ اکہِ عہدٕچ وٕوپدٕتھ آسنہٕ۔ کنیٚ چھُ کانہہ

فنکاریا فن پارٕ مقاٗمی تہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ سپدَن واجنین تبدیلی یَن، تجرُبن ہِنٛدِ پرٛتھنہٕ تہٕ زبانٕی ہِنٛزِ وَتھِ وار ترقی پذیری ہِنٛز کلُہم روایژ ہُنٛد اَنہٕ آسنس ہِتی ہِتی شاعرٕ سُنٛد رٕوی یہِ کیٛو فنکاٗری ہِنٛز گنجاٗیش پاٗدٕ کرنک تہٕ ذریعہِ بنان۔ اَسی چھِ زانان زِ ادب تہٕ خاص کر شاعر چھِ اِنسانی سرگرمی یَن ہُنٛد اَکھ جدلی انعکاس آسان۔ یُس نہٕ صرف تواریخُک اَڈ بلکہِ خود تاریخ آسان چھُ۔ پرٛتھ فَن پارٕ چھُ خود تواریخس مُنعکس کران۔ مگر اَتھ منٛز چھُ تواریخس مُقابلہٕ تھزٕ، وَتہٕ ماورا سپدنک آے ترٛاے آسان۔ رینے ویلیک تہٕ وارن چھِ ونان زِ:

”.........ادبہٕ چہ اکثر تواریخہٕ چھے یا تہٕ سماجی تواریخہٕ یا تِمَن خیالاتَن ہِنٛزِ تواریخہٕ آسان یِم ادبَس منٛز پیش چھِ سپدان روٗدی متی۔ یا چھِ فَن پارَن نسبت تِمَن تاثراتَن، فاٗصلَن (مولانکوٕنی فاٗصلہٕ) ہِنٛز تواریخ آسان یِم زمانٕی ترتیبہٕ سان مرتب آسَن کرنہٕ آمتی.........“

میٛون خیال چھُ زِ کانٛہہ تہِ مولانکوٕن، ہٕکٹھ، تنقید یا اقدار مولوٕن تہِ چھے اَمہِ لحاظہٕ تواریخی سرگرمی آسان۔ مےٚ چھُ باسان زِ ترٛنے مسلہٕ چھِ ڈاکٹر مشعلؔ صاٗبنس ہیرِ کِنہٕ دِنہٕ آمتِس واشگافس سَننہٕ پتہٕ دوٗل رَٹان۔ (۱) ادب تہٕ تواریخکی رِشتہٕ۔ (۲) نقاد تہٕ شاعر چھا تواریخُک کانٛہہ فلسفہٕ یا نقطہ نظرِ مرتب کران کِنہٕ ادبُک درٕک، سمجھ، فہم، ذٕری یاف، مولانکوٕن بیتر؟ فن گوٕ تہٕ گرٕ چھُ پوختگی پرٛاوان، تہٕ (۳) کیا تولیدی تشریح ہِنٛدِ بن کلاسکی ماڈلَن ہِنٛدی ذہنی خاکہٕ ہیکنا اَمہِ مقصدٕ باپتھ کرٛاوی طریقہٕ ماننہٕ یِتھ؟ کِنہٕ اَکھ

أ کِس ستیٖ متعلق سَپدان (Happenings) تہٕ وقوٗعن ہٕندی بیانات
ٕپن توٲریٖخی پھیر بدلی ہنٛز تشریح تہٕ تاثیر مانہٕ یتھ؟۔

یوٗتام پروفیسر مشعلؔ صابنہٕ پیٹھ کنہٕ دِنہٕ آمتہٕ بیانُک تعلُق چھُ میوٗن
خیال چھُ زِ یتم أسی آزاد صابنہِ عہد کِس کلُہم ادبی تہٕ شاعرانہٕ
میلیُوس (Milieu) نسبت اَزکالہٕ کہِ تقابلی ادراکہٕ اکہِ مولانکوٕنی ہُند
فاصلہٕ بوزناوان نتہٕ أسی تقابلی تصوٗرٕچ تصدیق کران۔؟

ادب، شاعری، تنقید یا ادب تہٕ تنقیدٕچ توٲریٖخ تہٕ ساری علم تہٕ فنوٗن
چھِ پیٹھوُل طبقہٕ چہ فکرِ ہُند اَکھ تعلیمی تہٕ تہذیبی، تمدُنی تہٕ ثقافتی سِلح تہٕ
ہتھیار تہِ آسان۔تہٕ یمَن پیٹھ چھِ یتھے کٕنز ورگہٕ پأٹھی تہٕ
واسطاوِ (Indirectly) اَمے طبقٕچ أندری اَٹووگر لاینفک اَجارٕداری
آسان۔ ہرگاہ لل دید تہٕ حضرت شیخہٕ نس کلامس ستو صاف چھُ باسان زِیہِ کلام
چھُ تمہِ دورِ کِس اَزلہٕ سِر ساوِرس پرٕدتھوٗ دِتلنُک شأہد۔حالانکہِ شاعری چھِ پننہٕ
دورِ کمن نظری تہٕ فِکری، مذہبی تہٕ اخلاقی، عقلی تہٕ اِستدلالی رموزن ہٕندی یہِ
دٕلیٖ زِ تہِ تاثراتی تہٕ ایمالی اِشارو ستیٖ ٹیٚتھ آسنہٕ چہ صوٗرٕژ منٛزے توٲریٖخ
آسان یا توٲریٖخس ستیٖ وأٹھ آسان۔مگر یہِ مظہر تہٕ رِشتہٕ یا واٹھ چھُ شاعرٕ
سٕندِ دأخلی تجربہ چی صوٗرٕژ منٛز مخالفت یا موافقت ہنٛز شہادت تہٕ اعتراف
آسان نہ زِیہِ زِ ناعر بیٚہہِ نظماتھ توٲریٖخ لیکھنہِ۔اَوِ ورگہٕ پأٹھی چھُ آزاد
تہٕ پننہٕ دورِ کمن سیاسی تہٕ تہذیبی تناون تہٕ غالب روحانی ترٲین ہٕندِ انعکاسُک
نیٚشونکھ باوٕژ ہار تہٕ باوکھ۔

پزٕ رچھ یہ زِ گُنہِ دورٕ کس ادبَس منز شہہ ہبنہٕ وول اِنسان یا اُمِس اِنسانہٕ
ہٕندی مُنعکس سپدِن واٲلی زَگتہٕ ساوی روحانی، سماجی، تمدُنی، سِیاسی مَسلہٕ
چھِ تو اَرتھکس مُقابلہٕ جُزیٔژ (Particularity) ہنٛزِ ترٲیہِ آسان تہٕ
آزادُن کلام چھُ پزٕتھ تتھ سیٚتھرِ س پیٹھ جُزیٔژ نگھہٕ نگھے روزان ییٚتہِ سُہ
اَکِس باشعور سِیاسی تہٕ سماجی فردٕ ہٕندِ کِمٹ مبٹہٕ (Commitment)
کہِ سیٚتھرِ پیٹھٕ تھوٚدٕ تھتھ شاعرانہٕ کِمٹمنٹ قُربان چھُنہٕ کران۔
آزادَنس پزٕتھ شعرَس منز چھُ تہُند خوٗنِ جگر۔ تہُند تارٟیخی تہٕ سِیاسی،
سماجی تہٕ طبقاتی شعور، تسنٛز بصیرَت تہٕ اِنفرادیت، جذبہٕ کہِ تحرُکہٕ علاوٕ پنٛنہِ
اَندری واری داٲژ ہُند فنکارانہٕ حضوٗر پزٕیڈان۔ آزاد چھُ اَکھ خاص زمانٕچ تہٕ
جایہِ نوقطُک پاداوار۔ اَمی سُندِ تہٕ کینٛہہ آسُن یہِ یہِ اوس چھُ یتھ گتھ پیٹھ مُنحصر
زِ اَمِس بزٕونٹھ، بتھِ تہٕ اَندی پکھی کیا اوس تہٕ کیا اوس مجتمع سپدان تہٕ گتھ شعور
حسب آگہی تہٕ تخئیُژ منز اوس اَمی ہٕندِس کلامَس منز نوٗن تہٕ ظاہر سَپدان یہِ
چھُ ٹاکارٕ۔ یہِ بزٕونٹھ اوس سپدمُت تہِ اوسنہٕ ترٕتھ کُنہِ فنی ربوایژ ہُند ڈکھ
واتناوان زِ آزادَس اوس اِنسانی تباہ حالی، دوکھٕ، زندگی ہٕندِ سبٹھاہ وُسی پایہِ
پزٕرتہٕ کیفیژ ہُند اَکھ داہ تہٕ کرب ژالُن۔ فنی زاوی جارَن ہنٛز اَسنہٕ باتھے۔
آزادُن اَکھ امتیاز چھُ یہِ تہِ زِ تمی ہٕنٛز شاعری بنے یہِ حقیقت تہٕ
قصیچ (Fiction) سمَن بَل۔ ''ڈٕری یاد، شکوہ کشمیر، سوال، شکوہ ابلیس، جلوٕ،
خودی'' چھِ اَمہِ سمَن بلکی اوضاع (Pattern) تہٕ سہہ۔ اَکہِ پاسہٕ چھُ سُہ
شاعری ہٕنٛز قومَس منز انقلابی روح رکانہٕ تہٕ جذبٕچ شِدت وو پداوِتھ یمَن

ہُند رۆح بیدار کرُن وبڑھان مگر یہِ کأم چھُنہٕ سہٕ ؤسی پایہِ باؤتھ ہُندِ وَگہِ

کران۔ باؤتھ بڑ وٕنہہ چھُ سہٕ زٕ تبدیلی یہِ أنتھ کران۔

ا۔قلبِ ماہیت (Transformation) کرِتھ

۲۔ زبأنی منز جزوی ارتباطہٕ اِلتزام أنتھ

ڈری یاوِ کہِ قلایَن تہٕ بلایَن پان چھاوُن۔ سنگر ژٹنی۔ بالَن ٹھاسُون

یارِند۔ مستانہٕ۔ لولہٕ دیوانہٕ

گرداب۔ سہلاب۔ طوٗفان۔

شۆب۔ شان۔ وَلولہٕ

زندگی۔ سفر۔ سوزِ منزل

جہنمس منز گرمی تہٕ قیامتچہِ سختی منز چھِ توصیفاون وگ اتھ ا یا یچھتی ہندِس

تصورس یُس دأخلی قلبِ ماہیت چھِ یوان ''بٔوٗن بٔوٗن'' یَیتہٕ گوڈِ مصرعس

منز مخفی تناقص چھُ ہاوان تتی چھُ دوٗیمس مصرعس منز تعبیری کڑ اوانجام دِوان یم

سأری کڑاوچھِ پزنہٕ پأٹھی قلبِ ماہیت ہندی أندری اٹھووُل۔ یِیلہِ زِ زبأنی

منز جزوی ارتباطہٕ التزامچ اَکھ یوٗلر تہٕ وُسہٕ وار رَبوا یتھ آزادُن دِیُت

چھُ۔ مِثالے انقلأبی فِکرِ تہٕ موضوٗعس کانچھِ لفظہٕ ووتر چھُ آلو۔ نِینْد رِووتھن۔

جوان۔ پگاہ۔ وُزناو۔ انقلاب۔ سأ لاب۔ ولولہٕ۔ سفر۔ منزل۔ سنگین۔ ژٹنچ

عمل۔ ٹھاسونچ توژھ۔ سوز۔ گرمی۔ سختی۔ روبہٕ داب۔ اتول۔ عش تہٕ

کھش۔ گُل پھولنی۔ لرِ پار۔ گرداب۔ شاپھ۔ وٕہمکی زال۔ خوٗفکی سورَ پھ

چھِ اَمے اِلتزامہٕ چنہٕ کانچھِ آگاہ ذہنہٕ کہِ لِسأنی اَدراکک پے دِوان۔

آزادُن کلام چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٛد واشگاف زِیہِ چھُ واقعی زندگی تہٕ سمأجی کانٛچھِ ہنٛز پزٕ نُمایندگی کران حالانکہِ موادٕ کِس حدَس تام چھُ یہِ قلبٕ ماہیتُک ہنٛدِ کرٛاوُک قائیل مگر نہَ چھُ اَتہِ تزوٕیر تہٕ نہَ میٹامارفیسِز (Metamor-phosis) بَدِ گرٛھان۔ کیازِ کہِ حقیقتٕ ہنٛدِ معروضی انعکاسُک مارٕ موٚت چھُنہٕ تَس تخیُلہٕ کِس پوٚت وَنِس منٛز گوٚھنہٕ دِوان سُہ چھُنہٕ سُہلاب۔انقلاب۔۔گرداب۔گرمی۔سختی۔قلایہِ بیترِ مُتخیل کران یا کرناوان بلکہِ چھِس یِم ژبتہٕ ووترِ منٛز ووٛتھ تُلِتھ نظمانہٕ (Versification) کِس ییٚنہِ ووٚنہٕ نَس منٛز گوٚتھ لایان۔آزادتہِ چھُ سہہ تہٕ سہمنہِ ہُنٛد شأہد تہٕ رأہی تہِ چھُ ،آزادُن سہہ چھُ یاداووتریُگ سہہ یا سہمنٛز مگر رأہی سنٛز سہمنٛز چھےٚ قدرتہٕ کہِ جلال تہٕ جمالُک استعارٕ۔آزادُن سہہ چھُ سیٚوٚدساد معروضی سہہ یا سہمنٛز مگر سانٛین کہِ یا عصری شاعرَن چھُ تخیُل پکھل، وُڈوٗن سہہ تأمیر کرنہٕ کینٛہ استعارأتی،علامتی یا استوری وُستر وَنو منٛزی جادَے ہأے ووٚلأہی نِشہِ آگاہ کران۔آزاد چھُ انقلاب،گرمی،سختی،رندی،مستانگی،دیوانگی بیترِ منٛز پانہٕ سے پرٛزناوان۔یِم چھِ ژبتہٕ ووترکی باقیات نہَ زِ تخیُلکی تھرٕ مُتی اِرتکأزی طرح۔

اِنسأنی دِل چھُ اَکے وِزِ بہترین تہٕ بدترین دَیہِ دیٚت۔یہِ چھُ یوٚت آسأنی سان مُتاثر تہٕ آمادٕ سپدان تہٕ چھُ اَسہِ یوٚت حبس دِتھ ہبکان زِ بقول رحمان راہی "تھوِنہٕ زُوَس رَژھ یہِ حصروَچھ۔" یہِ دِل ہیکہِ آزادٕنی پأٹھی معنیأتی ڈرٕ گنٛڈِتھ۔أمی سنٛز لفظہٕ ژأر چھےٚ أمی سنٛد بن دِلپسند موضوعَن باونہٕ باپتھ پیٚتی لگہٕ ہار بلکہِ سُم زِ افراط وتفریطہٕ کِس تَتھ دورَس منٛز تہِ چھُ تھزَر

باسان۔لفظہٕ ورتاواُسی تَن یاتاَ کیداُمی سُند دُرست ورتاو چھُنہٕ گژھنہٕ جایہِ تہٕ شکایٔژ ہُند بر مُژران۔آزاد ٔن یہِ لفظہٕ ووتُر چھُ تِمن موضوعاتن ہِنٛدِ تقاضے بارِسس یِوان تہٕ ہر گاہ تِموٚ وَژہٕ اچھ ہوشہِ یہِ شُستر ژوپ لفظہٕ ووتُر تہٕ آسہِ اَتھ منٛز نہٕ چھِے گنجایش نوٚ۔ لفظہٕ ووترٕچ تہٕ نہٕ ورتاوٕ باپتھ گژھنہِ پیچید لسانی اَدراکُک تہٕ اِکتشافی آیک۔نہٕ چھِے شاعرانہٕ پیچیدگی نہٕ چھِ موضوعاتی عُقدٕ۔اَکھ اوٚک لرِل سفر چھُ یتھ تِم بڈٕ دِیانتداری تہٕ محنتہٕ سان پوٗرٕ کرنہٕ کِس پَدی راہس پیٹھ وَتہِ ہورٕ یورٕ نصب میلہٕ کنن تہٕ نِشانٕی یَن وُچھ وُچھ ژھےٚ چھِ کران۔

سُری پیٹھی گوٚمُت چھُ سیلاب سوزِ جگر چھُ نایاب
کیاسنا گمی دِتھ شاپھ ترٛاَیتھ چھِ موئتی ڈاف
نہٕ چھس رِنداہ نہٕ مَستاناہ بہٕ چھس اَکھ لولہٕ دیواناہ
گہے گرداب گہہ سألاب گاہے تیز طوفاناہ

ژٹان سنگرہٕ ٹھاساں بال پھیران جنگلن اَندر
یِوان چھم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اَندر

کینٛہہ اشعار ترٛاَیتھ یہِ دٕلِ زِ تہٕ کلُہم کلام چھُ اوٚک بعدی (Uni-Dimensional)۔نہٕ چھِے زبان ٹھرنچ شاعرانہٕ وبژھے تہٕ کانٛہہ نہٕ چھُ باوٕژ ہُند واراگ درپیش، یہِ چھُ ضرور زِ آزادس چھُ واتنیارُک مسلہٕ۔پنٛنہِ انقلابی نعرٕ کہِ واتنیارُک یتھ منٛز تِم پُرخلوص تہٕ پوٚلری چھِ۔

## وٕتھرٕ نہٕ میانہِ آلوٕ ستۍ نٔشہٕ رِکِنٛہہ نوجوان
## اَزٕ پگاہ أخرٕ تِمَن وُزناوِ پانٕے انقلاب

۱۹۴۷ ہٕ برٛونہہ یَتھ دورَس منٛز آزادٕنۍ شاعرانہٕ حبس آگہی تہٕ ژٕرژانہٕ پھاپنٛھہِ لیوٕ وتہٕ پھوبیا وتَمہِ دورٕکۍ تضادات تحلیل کرنہٕ۔ کَس ارتقأیی سفرَس منٛز یُس شعور، بصیرت تہٕ آگہی اٖمۍ لٔب تِمۍ کوٗرُہ پَنٕنہِ شاعرانہٕ واتنیارٕ کہِ پوچھرٕ تہٕ نٔوی آگاہ پژاونہٕ باپَتھ استعمال۔ سُے شعور چُھ اٖمۍ ہٕنٛزِ زبانٔ تہٕ موضوعاتَن منٛز کرٛأوی۔ یِم چھِ سأنۍ تِتھی پیشرَ ویم زبانٔۍ، فنی تصوراتَن تہٕ ادبی موضوعاتَن ہٕنٛزِ اکہِ کرٛجھٕ ژَل رِوایژ تہٕ اقدارَن ہٕنٛدۍ پأداوار تہِ اٖسۍ تہٕ اَتھ بُرٛژر کرَن وأل تہِ۔ حالانکہِ تِمَن اٖسۍ ہٕتۍ لبو پیٹھٕ اکہِ غلام قومہٕ چہِ زبأنۍ، فَن تہٕ موضوعاتَن ہٕنٛدبن مُقأمی رِوایتی تصوراتَن تہٕ علاقأیی معیارَن ہٕنٛدبن تضاداتَن یا پھیرٕ بدلِین تحلیل کرنٕک مسلہٕ دَرپیش ستۍ ستۍ اوسکھ لاہورٕ پیٹھٕ کأشرِبن ستۍ سِیأسی ہمدردِین ہٕنٛدِس مُبلغانہٕ شورَس ستۍ عالمی سیتھرِس پیٹھ ووپدَن واجتِمن نوٕبن تہٕ نٔوینہٕ فِکری تہٕ نظری تحریکَن ہٕنٛدۍ لوٗتۍ لوٗتۍ صداوتہِ کنَن گرٛ ھان یِمَن سارِنٕے آوازَن ہٕنٛدۍ بَر اٖسۍ اَکے ٹھکہِ مُژراونہٕ یِوان یعنے ”انقلاب“۔ توَے چُھ اٖمۍ سُنٛد شکوٕ تہِ انقلاب تہٕ ذٔریاو تہِ انقلاب۔ سلام تہِ انقلاب۔ ڈِکشن تہٕ لفظٕ ووٗتُر اَمے آگرٕ جویہِ دژاو بنان۔ وُہرمہِ ہٕتۍ لیٔگ ترٛیِم تہٕ ژٔریُم ذٔہیٚل اوس کٔشیرِ منٛز نابتی جستجووَن ہُنٛد دورتَمے پِھرۍ پھرۍ یِنہٕ وأل موضوع، سادگی تہٕ تازگی اٖنٛدۍ اٖنٛدۍ وَتھِ واراٖدک لرَل موضوعات۔ یِم یہِ ذٔپِ زِ تہِ افلاطونی لولہِ وادِکۍ

پھٕر زاٚوِ آلو اٚسی۔ مگر اُردوٗ تہٕ اَمہِ کیٚن وَگہٕ نوٚبن خیالات، تِژ ایَن تہٕ نظرِ یَن ہٕنٛز واوٕ مالہٕ آسہٕ پوٚرٕ برصغیرَس ژٔھٹھ کڈِتھ کٲشیرِ تام تہٕ پانَس ستِ نوِ سوٗنٛچہِ آکارِ چ گرِد واتناوٕنکی یِم ذریعہِ تہٕ وَگ رٕٹ کوٗنہہ کاسا آزادَن تہِ۔ اوٚتام اٚس اِنسانیت اِنسان دوستی ہُنٛدُ ےلوٚگ تصوٗر۔ اَوِ یہِ چھےٚ وکھٕر گَتھ زِ اَتھ تصوٗرَس اٚس مظاہرِ پرَستی تہٕ ہمہ روٗح یِژ ہٕنٛز تِژ اے۔ مگر اَمہِ ہٕتِ لِہ کہِ تِژ یٚمہِ ڈٕہلِہ پتھٕ اَسِن نوٚوِ اِدراک سائنس سوٗنٛچہِ ہُکِس تہٕ ژٔرژَن آہنگس نوٚپنہٕ لیکھ تِژ اوٕنی ہیٚتِ متِ۔ نوٚوِ موضوعات شارٕنکی تہٕ اِظہارتہٕ باوٕ ژ ہنٛدی وکھریار شانٛکہٕ ٕنکی ژٕنز تہٕ تقاضو کَنٛز یِم سَنٛز کرَن وٲلی پوٚلری ذہن کاشرِس باگہِ آے یَمو منٛزٕ اٚسی آزادسرَس۔ کٲشیرِ منٛز یُس بالاٰیی ڈانٛچہِ اوس تَتھ منٛزٕ اٚس کینٛژَس حدَس تام اَکھ اٚنٛدرِ رٕ اٹو وپھیرٕ بدلی آمٕژ۔ یہِ آوسیٚو مُت نظام اوسنہٕ ووٚن پٹھوُل، رجوُل تہٕ سزوولَن ژالنہٕ باپَتھ نہ لگہٕ ہارتہٕ نہ ماٚل دار۔ ووٚنٛ گوٚو زِ اَتھ بالاٰیی ڈانٛچس منٛز اوس نہٕ تِمَن سِیاٰسی تَناوَن تہٕ لاہورَس منٛز سپدَن واجِہن سِیاٰسی صف بٔنٛدِ یَن ہٕنٛد بوٗ اَثراتو ستِ ووپدَن والیٚن تضادَن ہٕنٛزِ تَتھِ اجتماعِ ضد تِہٕنٛج (Polerization) گُنٛجایِش یِمو برصغیرِ ہندو پاک دِ ے تہٕ تعصبہٕ کیٚن تِمَن اندَن تام واتنووِ یِمٕ ژِ ک فصل وُنہِ لوٗنہٕ نَے چھُ۔!!! یِمَن معنہِ یَن منٛز یورپس منٛز کلاسِکی اَحیاءِ وِزِ اِنفراٰدی یَتھ تہٕ انتقاٰدی روہ رَکانہٕ اِنساٰنی یَتھ آیہِ ماننہٕ یا نشاۃ الثانیہ ہَس منٛز سکیولرسرَ وکار سرَس اٚسی تَتھے کنٛز اٚسی جوٚم تہٕ کٲشیرِ منٛز سِیاٰسی تناوتہِ اِنسان دوستی تہٕ مِلہٕ ژارچے ماہی یِژ ژٔرژاٚوِ۔ یُس فِرقہٕ دارانہٕ لَٹھ بالہٕ اَپارِ آمٕژ اٚس تَتھ اوس واشگاف

نکارتہٕ آزادٔن "بیٛون بیٛون زٔمین تہٕ آسمانَن" مدزِک گرِتھ پٔنن باوَن تہٕ طمع ستیٚ ژورمُت موضوع چُھ تسٕنزٕ ن ترجیحاتَن ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوت۔ اِنسانٔی یتھ، مِلوارتہٕ وحدَت ہوی ژٕ کہِ موضوع اَسی تمِ یموٚ ستیٚ اَمی پٔنن محاورٕ، لفظٕ ووتٕر، ڈِکشن، اسلوٗب تہٕ باوَن کھوٚ واتنیٲری ہونگ تہٕ وَگ رٕٹی۔

آزادٔن کلام چُھ لفظٕ ووتٕرکسِ سِلسلَس منٛز پٔرانوٚ لِسانٔی ادراکو تہٕ ورتاونہٕ چہِ ربوٲیژ نشہِ اکہِ پرأدی اِنحراف تہٕ اِنتقالُک پےٚ دِوان۔ جایہٕ جایہِ چھِ باوٕژ تہٕ واتنیٲرِ کی خوش ہَوا اکہِ تاز موٚہمکی تہٕ قووٕژ ہُنٛد باس ووتلاوان۔ نوٚتشبیہہ تہٕ اِستعارٕ چ عمل چھےٚ درٕ بیٛٹھی گرٕھان مگر یم چھِنہٕ سأنی گِہنہٕ جُرِتھ نیٚبری پٲراوکرِ نٕکی سَنز بلکہِ تَمہِ معنیٲتی واتنیٲرِ کی ژٕ ژھٕٹھ تہٕ کونٛجہِ یُس اَکِس نظریٲتی ژُکھی درٕ ہِندِس ہُتی یٚتَس منٛز گوڈٕ واسطہٕ تہٕ سرٕ وکارٕ چہِ صوٗرٕژ منٛزتَسٕنزِ پرٕزٔنٕ ہنٛز میلہِ گٔنی چھےٚ۔ سہلاب، رِند، مستانہ، لولہٕ دیوانہٕ، گرداب، سہلاب ، تیز طوفان ، سنگرٕ ژٕنی ، سفرٕ ن اندر زندگی ہُنٛد سوز چھِ انقلابکہِ واتنیٲرٕ کی ذریعہِ۔ یمَن سٕہ جایہِ جایہِ تشبیہٕ رٕ ج ووتلاونہٕ باپتھ ورتاوان چُھ تہٕ کوٚنہہ کاساچُھ اِستعارٕک عمل تہٕ درٕ بیٛٹھی گرٕھان۔ آزادس یُس لِسانٔی ہِیٛھ چُھ ربو اتھ باگہِ اَس آمٕژ سو اَس ہمہ روٗح یُژ ہِندِ وگہِ مظاہر پرستی، نیم خام صوفی فکرِ تہٕ کوٚنہہ کاسا بالافطری کھوٚ سرٕ ی (mystic) وَقوفہٕ کہِ پوٚت کالی سونٛچہِ رادٕ چ یہِ ڈٔپی زتہِ پٔلم تہٕ ژھبٹھ ہُتی لوٚ پیٹھٕ اَمہِ غلام قومہِ کنِ اَڈٲی روحانٔی ژٕرژانَن ، تضادَن یا پھیرِ بدلی یَن درمیان یٚیمہِ تحلیل کرنک یُس تھیلہٕ آزادَس درپیش اوس سُہ اوس اکہِ روماٗنی بلکہِ فینسی

سود (Fancy) توژُرک کژوپ یا رومانہٕ کونچھ (Oriented) اِنقلأبی

گُمان۔ کٕہر کا سا عالمی تژ ا ین ہٮ۪زٕ بترٕ مطأبق مأل دأری یم مَسلہٕ پیش گری

تِمن رٹن ہار بانہٕ آسنہٕ یکنی چھِ آزادِنی اہمیت مشعَل صأبنہٕ اِستدلالہٕ کھوتہٕ

تھز ہَرگاہ زِسرَس وَنوٚنہٕ۔



ژھبتہٕ کیازِ گوٚے غأرتگ ناروہو

گرٛھتہٕ بیدار ہا وطن داروہو

چھُکھ دیبوٗمت خوفچِہ ربہٕ اندر

بُمہِ ہٕنہٕ ہٕندی پأژھی چھے تژأوزٕلگر

لہر ماران نیر شہمارو ہو

گرٛھتہٕ بیدار ہا وطن داروہو



عبدالاحد آزاد

موہن لال آش

# عبدالاحد آزاد۔ ''شاعرِ انقلاب''

زندگی چھے اِنقلابَن ہنز آش

اِنقلابو اِنقلاب وِ اِنقلاب

شاعرِ اِنقلاب عبدالاحد آزادس متعلق چُھ پریم ناتھ بزاز لِکھان:

''آزاد چُھ جدید کشیرِ ہُنٛد عظیم ترین شاعر۔ یُہندِس اِنقلأبی تہٕ ثقافتی قدرن ہُنٛد ووستادُن حق بجانب چُھ۔''

آزاد چُھ سہٕ گوڈنیک شاعر یُس اشترأکی فلسفن متأثر کوٚر۔ یتھٕ کٔنہ بَنیوو یہِ ترقی پسند اَدبُک بابہٕ آدم۔

آزادَن لیچھ تنقیدَس پیٹھ تِمہِ ساعتہٕ شُہرتہٕ آفاق کِتاب ''کشمیری زبان

اور شاعری" ییلہِ نہٕ کاٗنسہ خبر ے اُس تنقید کیاہ گو۔ یہ چھ ٹیگورتہٕ علامہ اقبالؔ سُند بوٗ متاثر ینہٕ منٛز سرٛس۔

کاشرِس اَدبَس منٛز چھ یہ گوڈنیُک شاعر ییمی پتھ کالہٕ کُس صوٗفی فِکرِ تہٕ اَتھ فلسفس قلم تژ وو۔ پانَس متلق ذاتی زندگی ہُند تعارُف دِنہٕ وِزِ چھ یہ شعلہٕ بیان تہٕ آتش صِفت اِنسان اِنکساری تہٕ ندامتُک پیکر باسان۔

"ہمیں اپنی محدود قابلیت کا اعتراف ہے۔ لیکن کشمیری زبان کی اُلفت ہمیں چین سے بیٹھنے نہیں دیتی۔"

نظریاتی طوراوس یہ صاف ذہن اِنسان ییمِس وسواسکہ تہٕ وہمکہ ساری ٹھری اَسی موکلے ہتے۔ یہ اوس محنت کشَن ہندِس استحصالَس خلاف۔ یہ اوس زانان زِسیٚدبن تہٕ ساد لُکن چھِ کھوٚکھی یوان ہاونہٕ۔ یتھ زِ تم گرٛھن نہٕ غفلتچہِ نِندرِ بد ارتہٕ جدوجہد کرنَس لایق روزن نہٕ۔ اَمی دیُت بے جگری تہٕ حوصلہٕ مُندی ہُند ثبوت تمہِ ساعتہٕ ییلہِ اَمی ووٚن

پیوٗ مُت چھُ بیا کھسوزاہ آزادنَس دِلَس منٛز

نتہٕ یوٗت شورِ محشر تمی سُند مجال آسیا

محنت کشَن تہٕ استحصالَس منٛز پینہٕ وول عوام بوزنوٗن ترانہٕ

غریبہٕ سُندی دوہ تہِ پھیرَن ہوٚس تہٕ ارمان تہندی تہٕ نیرَن

نتہٕ یوٗت شورِ محشر تمی سُند مجال آسیا

اَکھ مشہور سنسکرت نقاد مُمٹ آچاریہ چھ وَنان: "سُہ اَدیب چھُ پوٗزا یہِ لایق یُس شاعر آسنَس ستی ستی تنقید نگارتہِ آسہِ۔ تِکیازِ سُہ چھ بڑ ہاسنٛز

پٲدٲیشہِ نبر پٔتھ اَکھ سمسار بساوان۔ یتھ زوٗن تہٕ اَفتابہٕ چھِ گتھ کران۔"

آزاداوس شاعر تہٕ کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیُک تنقید نِگار۔ اَمی کڈِ گُمنام شاعر آلبومنز تہٕ تم اَنِن اَدبی آکاشس منز۔ پرماندِ نس تخلیقی سنہٕ رس چُھ داد دوان تہٕ کشتوأری شاعرَن لولہٕ منتہٕ لاے کران۔ موتی لال ساقی چھ آزادَس متعلق لکھان: "آزاد صأب چھ کأشرِ اَدبہٕ کِس دزِہٕ نس سیکہٕ صحراوس منز اَکھ سایہِ دارگُل۔ یمہِ کِس سایس تل لوٗکھ چھِ آرام کران۔ مگر پتہٕ چھنہٕ اَمِکی دیلِ زالنَس کانہہ وایہِ بران۔ اَز چھِ یمے لوٗکھ اَمی سِندِس دِتس اِنکار کران یموٲمس نِش فأض اوس حأصل کوٗرمُت۔ تحقیق چھِ گنڈِ پتھرِ منزیُس بہارُک نغمہٕ تمہِ وُزنووِتی ممن سَتہٕ تژہَن وٗری یَن منز کمی کرأمس بژونہہ گژھنچ کوٗشش۔ اگر کرِہ تہٕ کیاہ کامیاب روٗدیا؟ آزادُن بجر چھ أتھی کتھِ منز مُضمر زِ أمی ژأریِنہِ بارتھ اِجتہادِ چ وَتھ۔" اَتھ شہرہ آفاق کِتابہِ منز چھنہٕ خأص کأشری شاعر بلکہٕ کشتواڑکین دوٗراُفتادِ پہاڑَن نکھٕ بسَن وألی قلم کارَن ہُند نیب کڈُن۔ یہند کلامہٕ اَنہٕ نوون تہٕ اَتھ تنقیدی کِتابہِ منز کوٗرُن شأمِل۔

اَتھ مُتلق چُھ عارِض صأبَس ۵ ہار ۱۹۹۶ بکرمی ہَس منز لکھان: "دورے کے دوران میرے کام کا خیال رکھیں کہیں کسی غریب شاعر کا پتہ لگے تو کم وبیش اِسکے متعلق واقفیت بہم پہنچا کر مجھے اطلاع دیں۔ میرا کام روز بروز بڑھتا جارہا ہے۔"

۲۴۔ ساوَن، ۲۰۰۱ بِکرمی: "کشتواڑی کشمیری کے بارے میں جو کام

تمہارے ذمے رکھا گیا ہے وہ اچھی طرح انجام دیں۔"

تنقیدَس متعلق پَننہٕ صحت مند سونچُک، تخلیقی سَنزُک، نداہ متہٕ عقیدٕچ وَکھنے یِتھہٕ کنہ چُھ کران۔ "تنقید نگاری میں شاعر کے ماحول کے اثر کو نظر انداز کر کے اس کے کلام پر کوئی رائے قایم کرنا قرین انصاف نہیں کیونکہ شاعری شاعر کے ماحول کا آیینہ ہوتی ہے حقیقی شاعر کے کلام کو اُسکے ماحول سے ہی نہیں بلکہ ذاتیات سے بھی خاص مناسبت ہوتی ہے"۔

اَمہِ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ صاف زِ آزادَس کاُژاہ دَگ اُس کاٗشرِ زبانۍ تہٕ ادبٕچ۔ نتہٕ اگر ے تمۍ سُند انقلابی تصور برٛونٹھہ کُن انوتیلہِ گوٚژھنہٕ سُہ یمن آیڈیَل ازم مانَن والین ہنز کتھ تہٕ کرُن۔ بیِیہٕ چھےٚ تَس یہِ حقیقت واضح اُسمٕژ زِ شاعِر چھ پَننہٕ وقتُک پیداوار آسان۔

شاعِر سُند ماحول سمجھنہٕ ورأے اَتھ پیٹھ کتھ کرٕنۍ گوانہِ گٔژھِس منز تیر لایُن۔ آزادَن گرتمہِ ساعتہٕ شاعری ییٚلہِ جنگِ عظیمَن اوس عالمی سوٚتھرِس پیٹھ اقتصادی، سیاسی، تعمیراتی تہٕ ادبی ماٗدانس منز کھلبلی تہٕ تناوپاٗدٕ کوٚرمُت۔ اُتھی ستۍ ووٚن پرتسادی اِنقلابکۍ ہیرو لینن دُنیہِ ہکین محنت کشَن جدوجہد تہٕ اِنقلاب اُنو سیاسی تہٕ سماجی نظامَس منز۔ "جدوجہد کرنہٕ ستۍ راونہٕ توہہِ زنجو ربو بغأر کینٛہہ مگر اگر یہِ انقلاب کامیاب سپُد۔" عالمَس پیٹھ گژھِ محنت کشَن، مظلوٗمَن، غلامَن تہٕ غریبَن ہنز حکومت قایمِ۔ اُتھی ستۍ آوتُرکی منز انقلاب تہٕ ہندوستانَس منز تہٕ گو آزادی ہُند شنکھہٕ نادپاٗدٕ۔ یمو سارِوٕے کتھو تژ وو آزادنس فنَس، تخلیقس تہٕ شعوری عملہِ پیٹھ سوٚن اثر۔ یہِ

گوایم۔ این راے ہٕنٛدِ سماج وادکہِ نظرِ یہٕ ستؠ متأثر۔ اَمیُک نتیجہِ دژاوِیہٕ زِ أمی

کوٚر روایتَن نِشہِ اِنکار۔ یہِ بنٛیو وبأغی۔ ''ڈٲری یاو'' نظم ٲس آزادُن اعلانِ

جنگ۔ یِتھِ گٔنزٲ اکھ سِپاہ چُھ گولہِ بورٕ دہتھ محاذِ جنٛگس پیٹھ نیران تِتھے گٔنز

دژاو آزاد ''قلم'' ہیتھ نا انصأفی تہٕ ظُلمَس خلاف معرکہٕ آرأیی کرنہِ۔ یہِ قلمی

جنگ اوس أمِس پَنہٕ نِس وطنس منٛز لڑُن لِہاذا کوٚرُن شوٚنگِمتین آلو

لامکانُک قصہٕ تھوُوتھ یاد مُشرِ وُوتھ وطَن

شُنٛی یہَس منٛز واومیُٗن صاحبِ خانَس پژیا

یہِ اوس وطنٕچ غریبی، اِفلاس تہٕ اِستحصال وُچھتھ زَن تُلہٕ نارَس منٛز ہیٚنہٕ

آمُت۔ أمی سُند تخلیقی شعوٗر اوس وطنہٕ چہِ پوٗزاِیہِ لوٚگمُت۔

وَطنٕک سوزلوٚگ ٹوٗٹھ آزادَس

ژ أوِن سأری ہاوس

أمی ہٕنٛدِس سوچہِ سٕدرَس اوس وطنہٕ چہِ غلأمی، لوٗگن ہٕنٛدی اِفلاسَن تہٕ

اَمارَن ہٕنٛدِ رأسی گرٕ ہنٛکی طوٗفانَن نال وٚولُمت۔ یہِ اوس شوٚنگِمتین بیدار

کرُن تہٕ وطنٕکی ہرِ یکوٹہٕ تموٗ رین کھارُن یژھان۔

سِمتھ وطَن وطَن کرَو ترانہٕ وطَن پرَو

چھُ سارِنٕے گُنٕے خُدا سِمتھ کرَو کُنٕے صَدا

منگوس نہٕ زانٕہہ پیٚن مُدا الگ الگ جُدا جُدا

أمِس نِشہِ اوس حُبِ وطَن تمام جذبو ہیٚوٚر۔ گُنبر تہٕ یکسأنی یَت أسی أہنٛدِ لوٕ لکٕ

اِبتدا۔

## قومیت حُب وطن عشق خُدا

### ابجد گُنز رُک تۂ درد ک اِبتدا

آزادُن دور اوس غلامی ہُند زمانۂ۔ سفید پوشی اُس ژھیٚپہِ پھر بن نال وُلتھ۔ لُکھ اُسی ناگہانی بلایَن چھیٚپہ لگی مِتی۔ نار تۂ مار اوس پرٛتھ کوچس منز ہتہٕ واد وُری یَن ہنز غلامی اُسی لُکھ بُز دِل بناوی مِتی۔ جہالت تۂ کہالت اُس لُکن وَسہِ بہتھ۔ ساری لُکھ اُسی ناخواندٕ۔ وَہمو تۂ وَسواسو اُسی ژاپی مِتی۔ تنگ دستی، بَربرٛیت تۂ بیگاری اُس عام چیز۔ تعلیم پَرٛنک نۂ کانہہ اِنتظام۔ دَہن گامَن پیٚتۂ اَکھ پرایمری سکول۔ کالرا تۂ شُشلی بیمارِ آسہٕ خانوادٕ قبرِستان بناوان۔ نۂ اوس دَوانۂ ڈاکٹر تۂ نۂ اوس کانہہ پُرسان۔ اَتھ وولہٕ ہُری شہِ منز اَکھ حَساس شاعِر آمد بہ اِنقلاب سپدُن اوس اَکھ فِطری تقاضہٕ۔ اُمی کوٚر رسیدِ سیٚوٚد عوام کِس شوٗنگی مِتس شعوٗرَس آلو۔

ہا بندٕ ژٕے شوٗبی نۂ غلامی تۂ گدٲیی

سرمایہِ دٲری فَند تۂ فریب چھا یہ خُدٲیی

کرٛ و بول بوشا پوشہِ وَنَن پوشہِ تھر بن پیٚٹھ

ہا رنگہِ بُلبلہٕ رنگہٕ وُلُن چھےٚ نۂ بقٲیی

لُکن ہنز پسماندگی وُچھتھ ہیوٚتُن اُمِس گِنزِل وَنِس جلاو۔ اُمی لاگ اِنقلاب تۂ آزادی ہِندی نغمہٕ پتھ وَنَن تام واتناوِنی۔

سُجدٕ کُمن چھکھ کران خوفہٕ کہندِ چُھکھ مَران

لول چھکھ بٲگران بڑاند گِنمِن سون جَران

آسہِ تُہنٛد سورَخ خوٗن پھُے ژےٚ رَگن منٛز یہِ آب

اِنقلاب اَن اِنقلاب اِنقلاب اَن اِنقلاب

اِستحصال کرَن والین خلاف کوٚرُن ٹلہٕ تیوٗ ٹنگلن ہُند رول۔ لوٗگن وۆنُن یہِ نار وُچھتھ سمجھو میانہِ احساسکو ہزٕری گنٛڈی۔ یم مےٚ بَدنٛس ترٛتھ چھِ گژھان۔ اِستحصال کرَن والین وۆنُن۔

گوٚند چھے لوگمُت شۆبہِ دارشیرے

بالا دَرِ پیٹھ ترٛاٗوِتھ لَر

اَمہِ ۂتی ہرِ کیاہ ژھرِ گلہٕ ہیرے

پرٕ شمشرے رِگند ناہ گر

مَردی پھِنہِ سون وَتھرُن ہیرے

ژندٕ نِکی لاٗگنی دارِتہٕ بَر

سونہٕ سیر لاگنہِ تھرٕ گنہٕ ویرے

پرٕ شمشیرے رِگند ناہ گر

لوٗگن منٛز بیداٗری پاٗدِ کرنہٕ موکھٕ اوس اِنقلابُک تصوُر عملاوُن۔ مگر لوٗکھ اٗسی وَہمَن تہٕ گُمانَن، رسمَن تہٕ رواجَن، تہٕ ضعیف الاعتقاٗدی ہنٛدِس آوٕلنسِ منٛز ہینہٕ آمٕتی۔ یِمَن پتھ کھورِ لوٗگن اوس دِل تہٕ دماغ نوٗس تصوُرِ حیاتس نزدیک اَنُن۔ قرنہٕ وادن ہُند ذہنی زمہریرژٕلہٕ راوُن تمی دِژٕن آواز۔

قصہٕ تہٕ اَفسانہٕ پرٕاٗنی پنجرٕ تہٕ زولانہٕ ساٗنی

زَہرِ بَرِتھ شہمار دژٕ بیٹھی یوان نُندٕ باٗنی

پوشہِ تھر بن کیاہ بکار ساز گر بن ہُند ٹھباب

انقلاب اَن انقلاب اِنقلاب اَن اِنقلاب

عام تنقید نِگارَن ہنٛز راے چھے زِ آزادزاوو قتہٕ بڑ وُٹھہ۔ آزادنس تخلیقی، فلسفی تخیُلی پَروازس ہیوٚ کنہٕ اَمہِ ساعتہٕ عام لُوٚگو داد دِتھ۔ تِکیازِ یہِ فلسفہٕ اوس اَمہِ ساعتہٕ تیوٚت نوٚو تہٕ سأدروار زِ اَتھ ہیوٚ کنہٕ گامہٕ منٛڈیجٔن تہٕ سمَن بلَن منٛز تأویل نیرِ تھ۔ أمی ہندِس فلسفس، حکمتس، دأنشمندی، علم تہٕ عالمی اَدبہٕ کُنِن سِیأسی اَثراتَن کوٚڈ سمأجی ٹھیکہٕ دَرو وبکھرٛ اڑک معنی۔ أمِس ووٚنکھ مُلحِد تہٕ منکِر۔ یہِ لوٚگ زِندگی ہِنٛدبن آہریزٕ پھلین چھیٚپہِ۔ سرکار ناراض، محکمس منٛز سأری خلاف۔ نوجوان خانہٕ مول ژاس مَزارَس۔ پروپگنڈا کرَن والو سِیأسی تہٕ سمأجی چالبازو ووٚنس الہادتہٕ کفر وَنَن وول۔ پیرزاد اَستھ ژُھن مُریدو تڑأوِتھ۔ یمو گٹہٕ کارو تہٕ اِنقلابو پتہٕ تہِ تڑأونہٕ أمی پٔنٛز گُلأ ہی تہٕ ووٚنن۔

آزاد ژٕ اِستادِ کوہستان پتھر پیٚے

حأران چھس فولاد کے اِنسانہٕ وَنے کیاہ

تحریکِ آزأدی آیہِ کینٛہہ شاپھ وَلنہٕ۔ کاروانس آو پھاس تڑاونہٕ۔ دون قومَن ہُند وَکھرِ سِیأسی پلیٹ فارم آو سَجاونہٕ۔ یہِ وُچھتھ گو اَکھ دردمند دِل خوٚن ہارنس پتھ مجبور۔

دوٚ گرٕ نیار چھ یِیلہِ مطلب پوٚ زایہِ نمازَن ہُند

سوزَس بہ یہِ بخشأیش بیٚیہِ توٚری لِدتھ ڈالے

دۄ گرِ نیا رَن ماٲرِ کاشُرۍ یے
ہیچھِ ناوِتھ گُنٕز رُک ساز
تم تہٕ گوٚھن تارٕ ترٕ ترٕ یے

دُرِ یاوٕ نظمہِ منٛز تہٕ وُزٕنووأی سوزِ وطن۔ اشرف المخلوٗقات اَستھ وُچھن کاشُر عوام غلام در غلام۔ یہِ سپُد باغی، امہِ بغاوتٕ اَسنہٕ اَمس مُردم شناس تہٕ حساس قلم کارس نِشہِ کانہہ دۄیم وَتھ روزان۔ اَمی ژُھن پرٛانین رِوایتَن ہُنٛد جامہٕ پٔژنتھ تہٕ اَتھ کربن ترٕ پچھِ۔ تہٕ وۄنُن۔

پھیر مہٕ پۆت تُل قدم نیرٕ ژٹھ یم حجاب
یِ چھُ وَنان اِنقلاب اَتھی چھِ وَنان اِنقلاب
وۄتھ پانہٕ پنُن سنٛز گربن پانہٕ پنُن رہبر
اوتار تہٕ پیغمبر یِوان اَسی پتھ کالے

شفیع شوقٓ چھُ آزادنہٕ سِیاسی بصیرتٕچ کتھ کران وَنان:

''عبدالاحد چھُ سانہٕ ترقی پسند تحریکہِ ہُنٛد اصلی بأنی کار۔ سہٕ اوس یَژھان کشیرِ ہنٛدِ سیاسی اِنقلابک روخ سوشل اِزمس کُن پھرُن''۔

اَمس اوس بہِتھ زِ ژھینہٕ پہر بن منٛز روزَن وألی بیکارتہٕ بیمار کاشُری بگارِ موٚزوٗر کاشتکار، محنت کش، کارکسب کرَن وألی گژھن نہٕ توتأنی آزاد تہٕ آبادیوتأنہٕ مُلکس منٛز مُکمل انقلاب پأدٕ گژھِ۔

ستی بأج چھی دُچھنٕ کھوٚرِ یے

کھنہٕ بلہٕ پیٛٹھ کھاڈنی یار
پان آلوان پیٛالہٕ ہٕری ہٕری یے
سونٛدٕری یے بوز میٛانۍ زار

یمنٛے ستی باجن ہنز دگ ییلہِ شعور کیٚن پرٛدن گٔیہ ژٹان تہٕ چاک دِوان وونہٕ سرٛس گوتر اس تہٕ امہِ منزٕ گوڈٕری یا وجاری تیمی ڈٕری یا وٕن سأری بٔڈھی تہٕ بیرٕ نیہِ نٕہناوِتھ

بٔڈھمن بیرٕن سٔنمن وو گنمن ژٕٹتھ والان چھس بوشہِ
دٕربن تکر بن ٹھٕر بن ئری پیٹھی گرِھتھ ڈالان چھس ہوشہِ
نہٕ چھم تھاوٕن نہ دِل ہاوٕن مے نیایَن گانٛگلَن اَندر
یِوان چھم زِندگی ہُنٛد سوز سفرٕن تہٕ منٛزٕلَن اَندر



سَنبر وو گبتیار سمسارُک بہٕ وُچھنے آس سمسارس
یمے ژھوہ مارنَس کیُت چھس دوہُس راتَس پوٚہُس ہارس
غولاماہٕ چھُسنہٕ کانٛہہ تھاوبم مے پنجرٕن ہانٛگلَن اندر
یِوان چھم زندگِی ہُنٛد سوز سفرٕن تہٕ منٛزِلَن اندر



طبیعت میٛون آزأدی چھ عادت میٛون آزأدی
گُنبر یکیسان عمل شأدی محبت محنت آبأدی
توٚے چھس ٹوٹھ آزادن ٕرتمن صاحب دلَن اندر

یِوان چھم زندگی ہُند سوز سفرن تہٕ منزلن اندر

آزادَن نِہنٲوی تم دوسہٕ تہٕ دیوار یم تصوف تہٕ رومانہٕ ییتس راچھ اَسی کران۔ اَمی وون دُنیا چھنہٕ مایا زال بلکہٕ اکھ حقیقت تہٕ لولہٕ وبد اکھوٕنی وٕنی لوکھ نِبٔدرِ پاوٕنی چھ اتھ

تمہِ لولہٕ کھوتہٕ بہتر زولانہٕ غلامی ہُند
اِستادِ جوان مردس یَس لول پتھر پاوے

آزادُن ذِکر کرنہٕ وِزِ چھ مہجورسُند تذکر ضروری بنان۔ تِکیازِ یِم دوشوے چھِ جدید ادبکی گاشہِ مُنار۔ یم دوشوے عظیم ہستی آسہٕ اکھاکس نگھہٕ پھیُوک۔ آزاداوس مہجورس ووستاد مانان تہٕ سیٹھاہ تعظیم کران۔ آزادس اوس مہجور سِندِ تخلیقی شعورُک پوٗرِ باس۔ مہجور تہِ اوس اِنقلابی آلون پوٗرِ متأثر کورمُت تہٕ آزاداوس یژھان زِ مہجور تہٕ گوٗژھ تتھ اِنقلابس آلوکرُن یُس اَمہِ ساعتہٕ کُلِ عالمس وِحاطہٕ گرِتھ اوس۔ مگر اتھ وَتہِ پیٹھ پکُن اوس نارِ تیوٗنگل ژاپنی تہٕ تیز آب وانہِ بُتھ چھلُن۔ چنانچہِ ہیوٗکنہٕ مہجور آزادس لرِلوٗر پکِتھ۔ تِکیازِ سہٕ اوس نہٕ پکُن مخصوص وٕطیرِ بدلاوُن یژھان۔ ہنا اوس تمس تتھ منز خاندانک اثر۔ پیر مُریدی ہُند زیٹھ جاگیر۔ پٹواری آسنہٕ موٗجوب سرکاری ایوانن ستی رقابت۔ قومی شاعر آسنہٕ سببہٕ لوٗکن ستی نزدیکی رِشتہٕ۔ سیاسی لیڈرن ستی ووتھن بہن۔ علامہ اقبالس ستی دوستی۔ محمد الدین فوق سنز رفاقت تہٕ مالی خوشحالی۔ کنی ہیوٗکنہٕ تمی نار کوٗتِھن میٹھی گرِتھ تہٕ آزادَن ہیوٗکنہٕ مہجورُن عشقِ وطن نارِ الاوس منز تبدیل گرِتھ۔ مہجورس اوس فِکرِ

توٚرمُت زِ آزأدی ہُند اَفتابہٕ چُھ گھسَن وول لِہاذا ہیٚوٚ کنہٕ تمی پٔنٕن عشقِ وطَن سوٚتھبلِس تانہٕ منٛز کڈِتھ تہٕ کھارٕ وانٕس حوالہٕ کٔرِتھ۔ دوٚیم گتھ چھےٚ یہِ زِ مہجوٗرَن ہیچ نہٕ رِوایتَن ہتی بغاوت کٔرِتھ تکیاز مہجوٗر اوس بِذأتی رومان پرست۔ جدوجہد کرنہٕ موکھٕ اوس نہٕ سُہ تیار۔ أتھی نظریأتی مسلَس پیٹھ لوٚگ دون یارَن ہنٛزِ دوستی ژھین۔ ریٹایر گژھنہٕ پتے بنوٗو کھ مہجوٗر پکھرپورِ کہِ آستانک زیٛٹھ تہٕ ییٚلہِ یہِ دٔلیل آزادَن بوٗز تَس گوٚ تعجُب۔

ٹیگور صأبَن لولہٕ مَس بنٛگألی ملر بن بوٚ ر

مہجوٗر صأبَن بوٚ رأ کِس نٔتہِ وارِ پکھرپوٚر

اقبال صأبَن مردِ موٗمن کھور عرشَس پیٹھ

مہجوٗر صأبَن کھور تُمبکھ نارِ پکھر پوٚر

رأہی صأب چُھ لیکھان: شعری ہیتہٕ کنہِ رنگا بہٕ رٔنگی ساتھٕن منٛز یوسہٕ شأعری ۱۹۶۴ تانی کرنہٕ آیہِ سو أس اشترأکی آدرش وادَس پیٹھ دٔرِتھ۔ انقلأبی آہنگ، طبقأتی شعوٗر، مخصوٗص اِنسانٔیت، اَمن تہٕ دوستی چھِ اَمہِ نظریہٕ ہنٛز خصوٗصیت۔ یہے فضا چُھ آزادنہِ شأعری وِحاطہٕ کٔرِتھ۔ آزادٕنی شعری بساط چھِ یِژ وسیع ییٚمہِ ہتی یہِ سیٚوٚ دانداز چُھ سَپدان زِ اَکہِ اَندٕ اوس تَس اشترأکی فلسفہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ غربت تہٕ افلاسَس منٛز ہینہٕ آمٕژ کأشُر قوم یِہنٛدی جوشَن سُہ أکِس سِپاہ ہنٛدی پأٹھی اِستادٕ کوٚر۔ یوسہٕ تمی شأعری کٔر سو أس اَمہِ وقتچ بڈ ضروٗرت۔

# عبدالاحد آزاد

## (انقلأبی کِنہٕ رۄمأنی شأعر؟)

یہِ چھُ کھرٕ سپُد مُت زِ آزادزاو ۱۳ جون ۱۹۰۳ء رانگر بڈ گامہِ اَکِس گریسی گرس منز۔ مول اوُسُس صوفی مزازک شخصاہ یٚمس سلطان ڈار اوس ناو۔ اماپوٚز زیٚٹھ بوے اوُسُس پوٚر رمُت لیوٚ کھمت۔ ۱۹۱۹ عیسویس منز یٚیلہ آزاد شُراہ وُہرٕ ے سکول ماسٹر بنیو أمی أس اکھ وٗری برونٹھے یعنے پنداہ ورِشہِ عمرِ منزٕ ے شأعری لأگمٕژ کرٕنی۔ تخلص اوس منزی احد کرن تہٕ منزی جانباز۔ ماسٹر بنہٕ پتہٕ آو أمِس اقبالیات پرٕنک موقعہ۔ اماپوٚز روایتہٕ مطأبق اوس اَو تام لولہٕ شأعری کران۔ منشی امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ گوٚو بیمار یٚمہِ موکھہٕ منشی فأضل اڈلیوٚ گُے رۄدُس۔ یہِ اوس سُہ وق یٚیلہ عامرانہٕ راجس منز عوامک زبردس استحصال اوس سپدان تہٕ حساس ادیب أسی تتھ وقتس پراران یٚیلہ اتھ استحصالس تہٕ ظلمس خلاف کانٛہ ہاہ کربکھ ٹلنگ جُرتھ کرِ ہے۔ تِتھمن ادیبن اندر اوس آزاد تہِ اکھ۔ تہٕ یُتھے ۱۹۳۱ءہس منز مہاراجس خلاف تحریک وٚژھ گوڈنیک نزلہِ گرٕ یاو آزادس پیٹھ۔ سُہ آو سیأسی معاملن منز حصہٕ نِنس پیٹھ ترال تبدیل کرنہٕ۔ گرِ آیس تلأشی کرنہٕ مگر بقول آزادتہِ کیاہ اوسُکھ شعر مسودو تہٕ کینژٕ و

رسالو تہٕ کتابو ورأے۔ یمنے دۆہن سپُد یمن پٔنن کُنے ژُوُہر نچو رحمتِ حق۔ بیمارِ اوسنس برونٹھے نال وۆلُمت تہٕ کُن نچو گزرنہٕ ستی گۆ ووارَے بیمار۔ اتی بدلیوو أمی سنزِ شأعری ہندرخ تہٕ لوگن آزاد تخلص کرُن۔ اۆ تام اوس چھرالولہٕ شعرلکھان تہٕ پتہٕ لیکھن کینژس کالس کینہہ گیت تہٕ وژن یمن سٕہ غلطی سان غزل اوس ونان۔ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوسندِ خیالہٕ أسی یم دراصل مرثیہ، یمہٕ سٕہ نچوی سندس فراقس منزل لکھان اوس۔ اۆ تام اوس شأعری منز حسب روایت زنانہٕ حیثیتہٕ عاشق بٔنتھ شعر لکھان۔

بأ لیے کیاہ گمانہٕ بۆ رجانان
روشہ بیوٹھ پوشہٕ ڈالانن منز
گوش نَے تھونم لولہٕ افسانن
روشہ بیوٹھ پوشہٕ ڈالانن منز

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| روخن | پٹھ | زلف | خمدار | خزانن | رأچھ شہمار |
| کمن | گۆو | وقت | بیدار | کمن | اتھِ آو أتر ییے |
| خشم چونے چھ محشرک مأدان | | | محشرس منز ولی تہٕ | | ہأران دِل |
| کۆ رُتھ شانہ زلفن لرتھ عالی سرپھن | | | تمو گأڈی کم نندٕ | | بأنی ہا لالو |

سینہٕ سپر تھۆوِ مس تیار پایہ بٔڈس چُھ اختیار
مأے بریا کریا شکار شہسوار کیاہ کرے

یم تہٕ تتھی ہوی کأتیاہ بأتھ چھ تِمی سندِ رومان پرور ذہنکی پأداوار تہٕ رومأنی شأعری ہندی رِتی نمونہٕ، تتھے کنیٕ ڈیٕچھی توٗ یم شعر۔

کمہِ شوقہٕ اُسس سَنز کران کیاہتام ژٕتس پیوم

بیتاب اوٚش بادام چشمن سورمہٕ چھیلتھ گوم

مے شأدی اٗسم ژٕے دأدی

باوَے یہِ جأدی ہانکل گیم ہالالو

یُمبرزل چانہِ امارے گمٕژ چھس بانبرے بوٚ مرو

ژٕتم جامہٕ گیس پھلواہ بہٕ چانے لولرے بوٚ مرو

باغِ نشاطہٕ کے گلوباشہِ کران کران ولو

سازکران کران ولوناز کران کران ولو

اکہِ طرفہٕ اوس آزاد اقبالیا تگ مطالعہٕ کران تہٕ جوشٕ سنز شأعری پران یٮ۪یہ کہ طرفہٕ اوس مہجور لکن منز مشہور گومُت تہٕ تمٕی ہِندی شعر اُسی شہروگام پرٕتھ محفلہ منز پرنہٕ یِوان خاص کرتمی سنز انقلأبی نظمہٕ ۔ حساس تہٕ باشعور آسنہٕ کِنی اوس آزاد تہٕ اُتھی گرِ پرٕاران ییلہ شأعر زُلفوتہٕ خالومنز نیرتھ مظلوم عوامُک آہ و بقا بوزٕن تہٕ اتھ خلاف تحریک تُلن تہٕ حوصلہ شکنی منز گرفتار لکن دِن پننہ عظمتُک احساس تہٕ پننین کوٗتھین پٮ۪ٹھ استادٕ سپدنُک حوصلہٕ ۔ اتھی دوران گوٚو تمِس مہجورس سٟتی تہِ ملاقات تہٕ تمٕی سنز ہمہ جہو شخصیژ کوٚر زیادَے متأثر ۔ تمی بنوو مہجور شأعری منز پنُن استاد تہٕ لوٚگ تس اصلاح ہینہٕ ۔ اما پوٚز خیالاتن منز یکسانیت آسنہٕ کِنی گوٚو یہ استاد شاگردی ہند سلسلہٕ دوستی منز تبدیل ۔ آزاد گوٚو ویٚتاہ متأثر زِ تمی کوٚر مہجورنہِ شأعری تہٕ زندگی پٮ۪ٹھ کتاب لکھنُک فأصلہٕ ۔ اما پوٚز مہجورن تھوٚو تس تمام پرانین تہٕ نوین شأعرن ہند کلام، یم کأشری پأٹھی لکھان اُسی ذمہٕ تہٕ پانس روٗژٕن تمن شأعرن ہند کلام جمع کرنُک معاملہٕ یم کأشری

أسی اماپوٚز لکھان أسی فارسی زبأنی منز۔ مہجور گوٚو نہٕ پٔنٕن منصوبہٕ اند واتناونس منز

کامیاب اماپوٚز آزادلوٚگ پننہِ کامہِ منز دنہٕ پننہٕ آوٗرتہٕ عمرِ ہندی ژوٗدوٚہ وٕری لِکھِس پٔنٕن

پروجکٹ مکمل کرنس یُس اسہِ بروٚنہہ کُن کشمیری زبان اور شأعری ہنزِ شکلہِ منز تربن

جلدن منز ووت۔ أتھی ستی ستی لیکھی تمی قومی تہٕ انقلأبی بأتھ تہٕ نظمہٕ تہِ۔

نظمہٕ تخلیق کرنس منز کٔری آزادن نٔوی نٔوی عروضی تجربہٕ۔ تمی سنزِ لفظہٕ تھٔرٕ ے

چھےٚ نٕبرل تہٕ نٔو۔ تمی سندس نظریس تہٕ عقیدس ستی کریا کانہہ اتفاق یعنے سوچھےٚ الگ

کتھ۔ اماپوٚز یہ پیٚہِ مانٕن زِ تمِس چھ اوسمت دردمند دل تہٕ سماجس منز سپدن واجنہِ

جعلسأزی بربٔری یٔژتہٕ استحصأ لی روایژ ہیوٚک نہٕ سہٕ برداشت کٔرِتھ۔ اوٕ ے لأگی تمی

طنزکی تیر لأ ے لأ ے یم مظأ لم مٹاونی۔

'مُدنوار ولگے پأرٕ ی یہ نوزرٕ عشقہٕ بیمأری'ہشہِ واریاہ نظمہٕ چھےٚ تتھو تیر وستی

بٕرِتھ۔ تمِس اوس تصوف نالہٕ زأری تہٕ قنوطیت کھران۔ دپان اوس یہِ سورٕ ے چھ

محض زندگی نشہِ فرار تہٕ تمی سنزن نظرن منز اوس نہٕ مذہب صرف تہِ یہ عام وأعظ أسی

سمجھان۔ دیندأری ہند تصور اوس تس بدل۔

دیندارٕ ژٕ ے چھےٚ دٔہن پٔنٕن مےٚ پٔنٕن دین

ایمان خداچون تہٕ انسان مدعا میون

تمی سنزِ شأعری ہندِ پٔز بتھ کُنہ تصورک مرکز چھ انسان دوستی تہٕ انقلاب

چھنہٕ تمی سنزن نظرن منز صرف اقتدارچہ تبدیلی ہند ناو۔

زون مےٚ وارٕ چون شان لول ازل لامکان

نشہِ محتبس وپان عقل تہٕ گاشہِ جار کر

علامہ اقبال سندِ تصورٕ نشہِ زبردس متاثر سپد تھ لیچھِ تمی واریاہ نظمہٕ یمن اندر انسانس پنٕنہِ مرتبہٕ تہٕ پننین طاقتن ہنداحساس آودنہٕ۔

وٕ وتھ پانہٕ پنٕن سنز کربن پانہ پنٕن رہبر
اوتارتے پیغمبر تم اُسی یِوان پتھ کالے
گُلن منز چھکھ ژٕ تراُوِتھ بچھاُوِتھ مخملک بستر
گُلن تے گلشنن اندر گژھان چھا شیر زبیدا

برونہہ پکن چھُ زندگی پرو ژٕتھ دمیدم          شان خدائی تہٕ یوٗ دہرِ دنبی برمہٕ غم

آزاد اوس انجمن ترقی پسند مصنفین کہ تمہ اعلان نامہٕ ستی تہٕ متاثر گومُت یُس ۱۹۳۵ عیسوی منز پریم چندسندس صدارتس منز وجودس منز آو۔ اتھ اعلان نامس منز اوس ونہٕ آمُت زِ لکھار بن پزٕ حسنک معیار تبدیل کرُن تہٕ ادب زندگی خاطرٕ تخلیق کرُن۔ تکیا زِ آزادس چھُ کاشر شاعری طبقاتی تہٕ سماجی شعورٕ نشہِ روشناس کرنس منز اولیت حاصل۔ تمی یوٗ رمارکسی فلسفہٕ تہٕ تہٕ یہٕ عام کرنچ کوشش تہِ کرٕن۔ راہی صابُن گُف چھُ زِ تس سپُد نور محمد کتب فروش سندس وانس پیٹھ عبدالاحد آزادس ستی ملاقات تہٕ آزادنے دِژ مارکسیات پرنچ تحریک۔

پھیر مہٕ یوٗ ت تُل قدم نیر ژٕتھ یم حجاب
یِی ونان انقلاب اُتھی چھُ دپان انقلاب
اسی چھو کہ لدجگر ہتھ وٕ ڈ وٕ ڈ چھ خون ہاران
تمہِ خوٗنہٕ سون قاتل رنگی رنگی دوشان آسیا

شفیع شوقؔ چھُ یہ ونہٕ نس منز حق بجانب زِ اکہِ طرفہٕ اوس آزاد کارل مارکس سندِ فلسفہٕ نشہِ زبردس متاثر مگر بیٚیہ طرفہٕ اقبال سندِ جوش آفرین شاعری ہند مداح۔ تم

ژاتھ چھ ژلتھ تمہٕ سنز شاعری انقلابی بناوان (کاشر ادبک فکری پوٚت منظر)

کُنے پرواز طوطس بُلبلس کاوس تہٕ شہبازس

ولیکن دُچھ تفاوت ءکرُ پروازس تہٕ پروازس

مہجورس مقابلہٕ چھُ آزادن یسلہٕ پاٹھی اقبال کاشرس اندر ورتو وُمت

یتھ منز اقبال سند اسلوب، وزن، انقلابی خیالات تہٕ تصورات تہِ شامل چھ۔

پان پٔنن پرزناو چھاو پٔنن لولہٕ باغ

داغِ غلامی مٹاو ہاو پٔنن دل دماغ

یُس ڈبکہٕ الراوِعرشس فرش ہیتھ وقت نماز

سے ڈبکہٕ درواز نے پیٹھ کیازِ ترووتھ تی پزٕیا

آزادن چھُ پٔنن سورُے فلسفہٕ حیات تہٕ دلی آرزو پننہِ لافانی نظمہِ

'دریاوس' منز دریاوکہِ علامتی اظہارٕ ستی کوٚر مُت۔

جگر چھس سنگرن کتران رفتارس سُہ گرمی چھم

مدنوارن بدن ناوان اطوارن سُہ نرمی چھم

تمہٕ سنز بیاکھ مأری منز نظم چھےٚ میانی سلام نکھنا۔ یتھ اندر انقلابس واوس اتھِ

شیچھ چھُ سوزان۔ اتھے کُنی چھِ شکوہ ابلیس، پاں ژادر، آرول، شنہٕ مأنی بیترِ نظمہٕ تہٕ

تہند بن دلی جذباتن تہٕ خیالاتن ہنز آیینہٕ دار تہٕ تہندِ انقلاب پسند ذہنکی غماز۔

وتھی نہٕ میانو آلو ستی نندرِ کینہہ نوجوان

ازپگاہ اُ خرتمن وُزناوِ پانئے انقلاب

قدرتس بیۆن بیۆن تھونی یۆ دآسہن ملت تہٕ قوم

پرتھ اَکس بیۆن بیۆن زمینا آسماناہ آسہِ ہے

نہ چھُس رندانہٕ مستانابہٕ چھُس اکھ لولہٕ دیواناہ

گہے گرداب گاہ سہلاب گہے چھُس تیز طوفاناہ

یموٗ چھومےٚ راہٕ للتاداس ہوٗ گُل پھولان وارے

شاعرِ کشمیرس اَس پننہِ پتہٕ پٔتن مشن برۆنہہ پکناونس متعلق آزادسٕ پیٹھ نظر

مہجورٕ کرِ ہی ناز برداری وتھ تس لاچارِ یے

وونی چھیٚ آزادسٕ چانی ذمہٕ واری

کاٹہٕ زۄنی بوزمیانی زارِ یے

مگر تس کیتہِ اَس خبر زِ آزاد گژھہِ تٔمس برونٹھے صرف پانژہٕ تاجی وُری شنہِ عمرِ

منزٕ ے جانہٕ مرگ تہٕ پتہٕ پیۆ و مہجور ہے تٔمی سند ابجدی تاریخ وفات فارسی تہٕ کأشری

پأٹھی لیکھُن۔

آہ آزاد از چمن روپوش شُد

یا کہ از جام تعا بیہوش شد

بہر سال رحلتش مہجور گفت

بلبل شرین بیان خاموش شد

کأشر بن ہندِ علمہٕ ادبک باغ از برباد گوٚو

باغُ چھنےٚ حسرتھاہ ہیتھ باغہٕ وول شداد گوٚو

سرفدا کوٚر باغوانو دراوادٕ سالِ وفات

بولہٕ وُن زنہٕ بلبلاترٲ وِتھ چمن آزادگوٚو

۱۳۶۵+۲=۱۳۶۷ھ

تہٕ مہجورگوٚو ژٕمس پتہٕ ژورِہٕ ہری ۹ر اپریل ۱۹۵۲؁ یمہ عالمہٕ



یِمہٕ پوشہِ لٕنجہِ گژاییے ماران کمہِ آییے
ہو ہو کران دایے زَن موصُمن مُبارک



شبنم چھکان جواہر پوشن چھِ روشہِ روشے
کوچن وَتن چھکان پوش مُشکِ ختن مُبارک

عبدالاحد آزاد

# آزادٕنۍ لِسأنی خیالات۔ اَکھ سام

یَتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہِ انکار گرِتھ زِ عبدالاحد آزادٕنۍ کتاب ’کشمیری زبان اور شاعری‘ چھے کأشرِ زبأنۍ ہِندِس تأریخس منز بڑانٛدِ گنہٕ ہُنز حیثیت تھوان۔ یِیتہِ زَن اَمہِ کتابہِ ذٕریعہٕ کأشرِ ادبُک توأریخ گوڈنکہِ پھِرِ منظم کرنہٕ آو تہِ چھُ آزاد گوڈنیُک کأشُر شأعِر یمی کأشرِ زبأنۍ ہِندبن کینٛژن لِسأنی زأوی جارَن تہِ وُرن ٹُل۔ تیکنٛکی لحاظہٕ اگرچہِ آزادا اَکھ مأہرِ لسانیات ہکون نہٕ مأنِتھ مگر ثبوت گرِتھ تہِ ہکو نہٕ تٔمۍ سُند لِسأنی دیُت نظر انداز گرِتھ۔ بقولِ عبدالقادر سروری: ’زبان کے آغاز اور رسم الخط کی یہ بحثیں علمی اور مخصوص بحثیں ہیں جن پر سند کے ساتھ کچھ لکھنے کے لیے لسانی تربیت کی ضرورت ہے اور اس کے مواقع آزاد کو نہیں مل سکے تھے۔ اسکے باوجود انہوں نے ان مسایل سے نبرد آزما ہونے کی جو کوشش کی ہے اس سے استفادہ کیا تھا اور اس پر خود بھی غور و فکر کیا تھا۔‘ (کشمیر میں اُردو، حصہ دوم صفحہ ۵۲۰)۔

آزادن چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَتھ سٟتۍ وابستہٕ مَسلَن پٮ۪ٹھ ’کشمیری زبان اور شاعری‘ ہِندِس گوڈنِکس جِلدَس منز گاش ترٛوومُت۔ یِمن مَسلَن چھُ تٔمۍ ’کشمیری زبان، کشمیری زبان کا رسم الخط، کشمیری زبان کی وسعت تہٕ کشمیری

زبانٕ کی پسماندگی کی وجوہات، عنوانَن تحت دٕل دِتھٕمت ۔ یَتھ مضمونَس منٛز آزادنین لِسانی رایہِ جدید لِسانیات چہِ روشنی منٛز سام ہیٚنٛچ کوشش گرنہٕ۔

آزادنہٕ تحقیقی ژُکھیٚگ پاسٕ چھ یِیمہٕ کتھہِ ستی تہٕ لگان زِ کاشرِس لِسانیاتَس متعلق لکھنہٕ باپتھ چھِ تِمہٕ ساعتہٕ اَتھ موضوعَس پیٚٹھ موجوٗد مواد زیرِ نظر تھووُمت ۔ آزادنِس وقتس تام اَس کاشرِ زبانِ ہِندِ بن لِسانی زاوی جارَن متعلق زیادٕ ترکام یوٗرپی عالمو کرمژ لِہاذا اوچھنہٕ حاۘرانگی ہنٛز گتھ زِ آزادَن چھ کِتابہِ ہِندِس دیباچہ مصنفہَس منٛز یوٗرپ اور کشمیری زبان، موضوعَس تحت یورپی عالمَن ہنٛزَن کوٗششَن متعلق لیٛو کھمت تہٕ تِہنٛزَن کامین ہُند اکھ فہرست تہٕ چھن مُرتب کوٗرمُت ۔ ووٚنی گو اَتھ فہرستَس منٛز چھنہٕ جارج ابراہم گریرسن سنٛزِ معرکتہُ الآراء کِتابہِ 'دی لِنگوسٹک سروے آف انڈیا' ہُک کانٛہہ تہٕ ذکر یِیمہٕ کِس اٹھِمِس جلدِس منٛز کاشرِ زبانِ پیٚٹھ مُفصل تبصرٕ چھ ۔ یِمَن مسلَن پیٚٹھ آزادَن لیٛو کھمُت چھ تِمَن یِیہِ بوٗنہٕ گِنہٕ سام ہیٚنہٕ۔

کاشرِ زبانِ ہُند آگُر: توقع مُطابِق چھ آزادَن کاشرِ زبانِ ہِندِ آگرُک مسلہٕ 'کشمیری زبان' عنوانَس تحت وِژھنوومُت ۔ اَتھ بارَس منٛز چھنہٕ آزادَس پنٛنی کانٛہہ رائے بلکہ چھ تِمَو کاشرِ زبانِ ہِندِس آگرَس متعلق قایِم مختلف نظریہ بیان کرنَس پیٚٹھے بَس کوٚرمُت ۔ چوٗنکہ آزاد اوسنہٕ سند یافتہٕ ماہرِ لِسانیات لِہاذا اوچھنہٕ تِمَو یِمَن نظریَن ہِندِس صحی یا غلط آسنَس پیٚٹھ کانٛہہ رائے زنی کرمژ ۔ اوے روٗزِ بہتر زِ یِمَن نظریَن ہُند ہمو جدید لِسانی تحقیق

چھِ روشنی منٛز سام تِکیازِ آزادنہٕ کِتابہِ ہنٛز مُستند تہٕ دستاویزی حیثیت زیرِ نظر تھائوِتھ چھُ ممکن زِ امکی پرٛن وألی ماکرٛن یِم نظریہِ مَن وعَن قبوٗل۔

کأشرِ زبأنی ہنٛدِس آگرٕس مُتعلق چھِ آزادَن ترٛے نظریہ بیان کٔری مَتی۔ اکہِ نظریہِ مطأبق چھے کأشر زبان سنسکرت زبأنی منٛز درٛامٕژ۔ اَتھ بارس منٛز چھُ آزادڈاکٹر شری ناتھ تِکوشاستری تہٕ پنڈت رام چندکول سِنٛد بن ہُمد رٕ اخبارس منٛز چھپَن والین مضموٗنن ہُنٛد ذِکر کران۔ دوٚیمہِ نظریہِ مُطأبق چھِ کأشر اَکھ دردزَبان۔ اَتھ بارس منٛز چھُ آزاد لِکھان: "کشمیری سنسکرت زبان سے نہیں نکلی۔ اِس کی حیثیت ایک علیٰحدہ زبان کی ہے۔ اِسکی بنیاد دردی زبان ہے اور شِنا زبان کی ایک شاخ ہے چنانچہ اُسکے چند الفاظ کشمیری زبان سے ملتے جُلتے ہیں"۔ ترٛیٚیم نظریہ چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد رِشتہٕ عِبرأنی زبأنی (Hebrow) سٟتی جوڑان۔ آزاد چھُ لِکھان: "کشمیری زبان سُریانی اور عِبرانی سے نکلی ہے۔ کہا جاتا ہے کہ بالکل قدیم زمانے میں اس ملک میں یہودی قوم آباد ہوئی اِسکی زبان عِبرانی تھی وہی بعد میں بگڑ کر کشمیری زبان کی شکل اختیار کرگئی۔ چنانچہ موجودہ کشمیری زبان کے بہت سے الفاظ عبرانی سے ملتے ہیں"۔ اَمہِ رٕکس حمایتس منٛز چھُ آزادَن عِبرأنی تہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛد بن مُشترکہ لفظَن ہُنٛد اَکھ فہرست تہٕ دِیُتمُت۔

ترٛیشوٗنی نظریَن سام ہینہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ (Common-vocabulary) لفظہِ ہِشَر چھُ کأشرِ زبأنی یِمن ہٟتی جوڑنہٕ خأطرٕ بنیاد بناونہٕ آمُت۔ جدید لسانیاتہٕ

مُطابق چھنہٕ لفظَن ہُنٛد ہشر زبانَن ہنٛز ذاژ بأ گرنہٕ (Geneological-classification) یا تِہُنٛد آ گُر بَدِ کڈنہٕ خاطرِ کانٛہہ اہمیت تھوان تِکیاز زِ زبانہٕ چھے عموٗمَن اَکھا کِس نِش لفظ ووزُم تلان تہٕ پتہٕ پانَس منٛز شروٗپراوان۔ یہِ چھُ پوٗز زِ کأشرِ زبانِ ہُنٛد لفظت چھُ واریاہَس حدَس تام سنسکرت کِس اثرَس تل آمُت مگر یتھ کتھِ تہٕ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ اِنکار کرِتھ زِ فارسی تہٕ عربی اثرات چھِ کأشرِس لفظیاتَس منٛزٕ ئی پأٹھی دژ ٹیٹھی گژھان تہٕ ازکل چھِ کأشرِ زبأنی پیٹھ پینہٕ وول انگریزی تہٕ باقے زبانَن ہُنٛد اثر ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ نظرانداز کرِتھ۔ وَنُن چھُ یہِ زِ جدید لسانیاتہٕ مُطابق ہیکہٕ نہٕ زبانَن ہنٛز درجہِ بندی لفظیات کِس بنیادَس پیٹھ کرنہٕ یِتھ بلکہِ گژھِ زبانَن ہُنٛد موٗل (Basic Stratum) ہیوٗ (Same) آسُن۔ دوٗیمین لفظَن منٛز ہکوٗ یہِ وَنِتھ زِ زبانَن ہُنٛد آ گُر بَدِ کڈنہٕ خاطرِ چھُ لِسأنی ساختُک (Linguistic structure) ہشر آسُن ضروٗری۔ یِتہِ ونُس چھُ یہِ وَنُن ضروٗری زِ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس آ گرَس متعلق چھُ وُنہِ تہِ عالمِن تہٕ لِسأنی ماہرَن درمیان اختلاف مگر اکثر ماہرِ لسانیات چھِ کأشرِ زبأنی 'درد' (dardic) زبان مانان تِکیاز زِ امہِ زبأنی تہٕ باقین 'درد' زبانَن ہنٛز موٗلہ ساخت (Basic Stratum) چھے ہشِ۔ شناتہِ چھے اَکھ 'درد' زبان تہٕ امہِ حیثیتہٕ چھے کأشر زبان امہِ زبأنی ہنٛز بینہِ (Sister language) نہٕ زِ اَکھ شاخ۔ 'درد' زبأنی ذاتھ (Dardic language family)۔...............

چھے تٔہ بن لگِن منٛز بأ گرنہٕ یِوان، یِم تِمَن منٛز شأمِل زبانَن سان بوٗنہٕ گنہِ دِتھ چھے:

(۱)۔کأفِر گرُوپ (Kafir group):

اَتھ گرٛوپس منٛز شأمِل زبانہٕ چھے: باش گالی، وائے الا، واسی ویری، اَشکُنڈ، جوار باٹی، پشایی، تراہی، گُجری، ویگالی تہٕ زونجی گالی۔

(۲)۔کھووار گرُوپ (Khowar group):

اَتھ منٛز شأمِل زبانہٕ چھے: (۱) چِترالی۔ (۲) چِتاری۔ (۳) اَرنیا۔

(۳)۔ درد (خاص) گرُوپ: اَتھ منٛز چھے شِنا، کأشُر تہٕ کوہِستأنی زبانہٕ شأمِل۔

گریٚرسن چھُ درد زبأنی ذأتھ ہِنٛز (Indo-Iranian) ہِند ایرأنی آگُر چھے لَنٛڈ مانان یوسہٕ نَہ ہندوستأنی (ہِند آریأے) تہٕ نَہ ایرأنی آگُر چھے تھاوان۔ گریٚرسن نہِ وَننہٕ مُطأبِق چھے دَرد ذاتھ ہِند ایرأنی زبأنی ذأتھ ہُنٛد اَکھ تٔرٛیِم خاندان بناوان یُس ہندوستأنی (Indo-Aryan) زبانَن ہِنٛدِ حصہٕ باگے (Branching) پَتہٕ مگر ایرأنی (Iranian) زبانَن ہِنٛدِ پَننہٕ خوٗصیٚژ پٔراونہٕ پَتہٕ، پَننہِ آگر زبأنی (Parent stem) نِشہِ بیوٗن سپُد۔ (گریٚرسن، ۱۹۰۶)۔

گریٚرسن چھُ کأشرِ زبأنی ہِنٛزِ بأ گرنہِ متعلق لِکھان: "کأشُر زبان چھے اَکھ رَلہٕ مِلہٕ (Mixed) زبان یٚیمیُک آگُر درد زبأنی ذأتھ ہِنٛز پشاژا (درد خاص) خاندانٛچ اَکھ زبان چھے یَتھ شِنا زبأنی سٟتی قریبی تعلُق چھُ۔ اَتھ (کأشرِس) پیٹھ چھُ

ہندوستانٕی تمدنٕک سۆن اثر رۆدمُت تہٕ اَمکی زیادٕ تر لفظ چھِ مۆلہٕ کٕنی سنسکرت زبانٕی ہِندی ،مگر اَمہِ (کاشُرِ) زبانٕی ہِندی مۆل دۆیمین لفظَن منز اَمہِ چَھن آوازَن ہُند نِظام (Phonetic system)،اَمیُک نحو (Syntax) تہٕ باقٕے خصوٗصیژ چھےٚ درد آگُر تھاوان لِہاذا اِپزٕ یہِ اُتھی گژھ وپس ستیٚ تھاوِنی نہٕ کہِ سنسکرت زبانٕی ستیٚ'۔ (گریرسن ،۱۹۱۹)

کاشُرِ زبانٕی ہنزٕ بولہِ :۔ پرتھ کُنہِ زبانٕی چھےٚ پَننہِ پَننہِ بولہِ (Dialects) آسان ۔یم بولہِ چھےٚ دون سۆتھرَن پیٹھ لبنہٕ یِوان اَکھ گو علاقہٕ واد بولہِ (Regional dialects) تہٕ بیٚاکھ سماجی بولہِ (Social dialects) آزادن چُھ پَننہِ کِتابہِ منز کاشُرِ زبانٕی ہنزَن مختلف بولین ہُند تزکرٕ 'کشمیری اور پہاڑی کشمیری زبان' تہٕ 'متفرق بولیاں' عنوانَن تحت کۆرمُت ۔ووٗنی گوٗیہِ تذکرٕ چُھ سطحی تہٕ سُہ چُھنہٕ ہیٚکمُت کاشُرِ زبانٕی ہنزَن بولین ہُند مُکمل خاکہٕ مرتب کٔرِتھ تہٕ تمہِ بولہِ پۆرٕ پاٹھی وبژھناوِتھ تہٕ نہٕ چُھ پَننہِ نس بیانس منز علاقہٕ واد تہٕ سماجی بنیادَن پیٹھ لبنہٕ یِنہٕ واجنین بولین بیٚون کٔرِتھ ہیٚکمُت تہٕ چھن دۄشوٗنی قسمن ہنزٕ بولہِ اکی ہے عنوانس تحت بیان کٔرمژ۔باسان چُھ زِ تَس اُسنہٕ یمَن دون بُنیادَن پیٹھ زبانٕی ہنزَن بولین بأگرَن کرنٕچ کانٛہہ زان۔جدید لِسانیات کیٚو اصوٗلو مُطابِق چھےٚ یمَن دون بنیادن پیٹھ زبانٕی ہنزَن بولین ہنزٕ الگ پاٹھی وبژھنےٚ سپدان۔

کٲشِرِ ہنزٕ وادی چھےٚ لفظیات تہٕ بول چالَس منز لبنہٕ یِنہٕ والہِ پھیرِ (Variation) کِس بُنیادَس پیٹھ ترٛبن حصَن یعنی کمراز (شُمال تہٕ

شُمال مغربی علاقہٕ )، مَراز ( جنوب تہٕ جنوب مشرقی علاقہٕ ) تہٕ یَمراز ( سرینگر تہٕ امیٖک اۄنڈپۄکھ ) منز بأگرنہٕ یوان۔ یِمَن ترٛین علاقَن منز بولنہٕ یِنہٕ وألِس کأشرِس منز چھےٚ واضح فرق۔ آزادن تہٕ چھ امہِ کتھِ ہُند سرسری تذکرٕ کران شُمأ لی تہٕ جنوبی کشیرِ ہنزِ زبأنی ہُند ذِکر کۄرمُت۔ سُہ چھ لکھان: 'کشمیری زبان وادی کشمیر سے باہر جنوب میں بانہال، رامبن، کشتواڑ اور اِن کے ملحقہ مقامات میں اور شُمالی پہاڑی علاقے کے بعض مقامات میں بولی جاتی ہے۔ بانہال سے پار کشتواڑ کی کشمیری زبان اور وادی کشمیر کی زبان میں نمایاں فرق ہے'۔ آزادن چھ پَننہِ بیان کِس حمایتَس منز 'پہاڑی، کشمیری تہٕ کشمیری الفاظَن ہُند اکھ فہرست مُرتب کٔرِتھ یِہنز فرق واضح کرنچ اکھ رٕژ کوٗشش کٔرمٕژ۔ امہِ علاوٕ چھےٚ تمہِ لولاب وادی منز بولنہٕ یِنہٕ وألِس کأشرِس تہٕ معیأری کأشرِس (Standard kashmiri) منز تہٕ فرق بأوِمٕژ۔ وۄنی گولولاب وادی ہُند کأشر بٔیوٗن بۄلی مانِنہٕ برٛونٛہہ چھ اَتھ پیٹھ لِسأنی اصولو مُطأبِق تحقیق کرنٕک ضرورت تاکہِ یہِ گژھ یِہِ سَرٕ کھٕرِ کرنہٕ زِ آیا اَتھ چھا کینٛہہ پَننہِ مُنفرد خصوٗصیژ کِنہٕ یِم چھےٚ تم خصوٗصیژ یِم کمراز علاقہٕ کِس کأشرِس باقےٚ علاقَن ہنزِ کأشرِ زبأنی نِسبت الگ پٔزنتھ بخشان چھےٚ۔

کُنہِ زبأنی ہنزِ سمأجی بولہِ (Social dialects) چھےٚ تمہِ زبأنی ہِند بولَن والیٚن منز لبنہٕ یِنہٕ والیٚن سمأجی طبقَن ہِندِ بنیادس پیٹھ قأیِم سپدان۔ آزادن چھ پَننہِ کتابہِ منز بٔجَن، بانڈَن تہٕ چمارَن ہنزَن بولیٚن

ہُنٛد تہٕ ذِکر کوٚرمُت۔ اَتھ بارَس منٛز چھ سُہ لِکھان: وادی کشمیر کے بعض پیشہ ور لوگ بھانڈ، بڑھیٔ، قصایی اور شوٗپ بنانے والے چماروں نے آپس میں راز کے طور پر بات چیت کرنے کیلئے اپنی علٰحدہ بولیاں تراش لی ہیں۔ بھانڈ (پیشہ ور قوال) بڑھیٔ اور قصایی کی بولیوں میں اسماء اور افعال کی گردانیں کشمیری زبان کی طرح ہیں۔ چماروں کی بولی مستقل بولی ہے وہ آپس کی گفتگو میں یہی بولی استعمال کرتے ہیں'۔ آزادن چھ یِمَن لوٗکن ہٕنٛزِ زبانٕی منٛز استعمال سپدَن والین وارِیاہَن مخصوٗص الفاظَن ہُنٛد تہٕ ذِکر کوٚرمُت۔ اَتھ بارَس منٛز چھےٚ یہٕ الگ مُنفرد کوٗشِش مگر افسوٗس چھ زِ وُنیُگ تام چھنہٕ کانٛشرِ زبان دانو اَتھ کُن کانٛہہ تہٕ دھیان دیُتمُت تہٕ یتھٕ کُنی چھےٚ یِمَن لوٗکن ہٕنٛزِ زبانٕی ہٕنٛز لِسانٕی خصوٗصیٖژ وُنیُگ تام تہٕ اَنہِ گٕژھ منٛزٕ بے روزمرٕہ تہٕ یِہنٛزٕ زبانٕی ہٕنٛز الگ شناخت (بحیثیت سماجی بولہِ) چھنہٕ قائیم ہیچ مٕژ سَپدِتھ۔ یتھٕ بنتھ چھ یہ وَنُن تہٕ ضروٗری زِ کانٛشرِ زبانٕی ہٕنٛزَن علاقہٕ وار بولین ہٕنٛز بأگرن چھےٚ وُنہِ تہٕ گریسَن ہنٛد ذریعہِ قائیم کرنہٕ آمٕژ بأگرنہِ مُطابق سپدان تہٕ لگ بھگ ہَتھ وٚری پرٛانہِ اَتھ بأگرَنہِ چھنہٕ وُنیُگ تام تہٕ خاطِر خواہ تنقید سپدٕمُت۔ ضروٗرت چھےٚ زِ کانٛشری ماہرِ لِسانیات دِن اَتھ کُن ظوٗن تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد بولہِ خاکہٕ (Dialect Atlas) یِیہِ نوٚسرِ مُرتب کَرنہٕ۔

ووزُم لفظٕت (Borrowed words): - یہٕ چھےٚ اکھ ناقابلِ تردید حقیقت زِ زبانہِ چھےٚ اکھ اَکِس نِش لفظ ووزُم تُلان تہٕ تِمَن پننہِ لِسانٕی ساختہٕ مُطابق پانَس اَندر شرٛوٗ پراوان۔ اَتھ عملہِ ہَکَو پننہٕ ناوٗن (Nativization) وٕنتھ۔

لفظ ووزُم اَننہٕ چہٕ عملہِ خاطرٕ چُھ ضروٗری زِدون (یا زیادٕ) زبانَن سَپدِ پانہٕ وٲنۍ رابطہٕ (Language contact)۔ یتھ تم اَکھاہ کہ ہِنٛدِس اثرس تل یِتھ ووزُم وورُد کرَن۔ یہِ عمل چھُے یمَن زبانَن ہُنٛد بن بولَن والین ہِنٛدِ اَکھ اَکِس سٟتۍ رِشتہٕ (Contact) قایم سَپدنہٕ سٟتۍ مُمکِن سَپدان۔ لفظ ووزُم ٹُلنٕۍ تہٕ تم پانہٕ ناوٕنۍ چُھ اَکھ مُسلّم لِسٲنی اصوٗل یِیمہِ ذریعہِ زبانہٕ پٔنٕن باڈو ہُرراوان چھِ۔ ووٚنۍ گولوٗگن ہُنٛد اَکھ طبقہٕ یمَن 'شوٗدی' (Purists) وَنو چھِ اَتھ عملہِ پیٹھ سخت تنقید کران۔ تِہُنٛد وَنُن چُھ زِ زبانۍ ہُنٛد پٔنٕن لفظہٕ راش گژھِ رٕژھراونہٕ یِن تہٕ یہِ گژھِ نہٕ ووپرٕ الفاظو سٟتۍ مالہٕ گژھن۔ اگرچہٕ شوٗدی اَمہِ عملہِ ہِنٛدۍ رواداری چھِنہٕ مگر جدید لِسانیاتہٕ مُطابِق چھِنہٕ لفظ ووزُم ٹُلنٕۍ کانٛہہ ناکارٕ عمل بلکہِ چھُے یہِ زبانۍ ہنٛزٕ ترقی خاطرٕ ضروٗری مانہٕ یِوان۔ وِیسے تہٕ چھِنہٕ زبان اَکھ ہے ہیتس پیٹھ ٹھہرِتھ (Static) روزان بلکہِ چھُے وقتس سٟتۍ سٟتۍ اَتھ منٛز تبدیلی سپدان۔ زمانس سٟتۍ زبانۍ ہنٛز تبدیلی چھُے اَکھ لِسٲنی حقیقت۔ جدید لِسانیاتُک بَب مانہٕ یِنہٕ وول فرڈینینڈ ڈی ساسیر (Ferdinand-de-saussure) چُھ اَمہِ حقیقژ ہُنٛد اِظہار یمَن لفظَن منٛز کران:

"Time changes all things: there is no reason why languges should escape this universal law."

بیاکھ مشہور ماہرِ لسانیات ایڈوارڈ سپیر (Edward sapir) چُھ ژھوٗڈۍ پاٹھۍ

"language changes in time : باوان گئ پتھ کتھ یہے
"and Space" تمبائی منز سپدن واجنہِ تبدیلی ہُند زیادٕ تراثر چھُ

لفظیات کس سوتھرس پیٹھ پیوان۔ کاشُر زبان تہِ چھنہٕ امہِ نِش مُچھ تہٕ

اَتھ منز تہِ چھِ لفظ ووزم تُلنچ عمل بڑ ونہہ کالہِ پیٹھٕ جاری روزمُت۔ توے چھِ

اَتھ منز سنسکرت، عربی، فارسی، اُردو بیترِ زبانَن ہنٛدی الفاظ عموماً ڈر یٹھی

گژھان۔ وُنی کینٛہ تہِ چھے کاشُر زبان یژ پاٹھی انگریزی بیترِ زبانَن ہنٛدی

الفاظ ووزم تُلان۔

ووپر زبانَن ہنٛدی الفاظ ووزم اَنتھ پانہٕ ناونس متعلق چھُ آزادَن سبٹھاہ

بالغ نظری تہٕ وسیع القلبی ہُند مُظاہرٕ کرِتھ معقول (Balanced) ذریعہِ

پانہٕ نوو مُت۔ یپٹہِ سُہ اَنی کھلہِ لفظ ووزم انہٕ نس تہٕ تمار ضروری نقالی خلاف

چھُ تیتہِ چھنہٕ تمی لفظ ووزم انہٕ انکی دَرواز بنٛد کری متی۔ سُہ چھُ مُناسب

انٛدازس منز یمن لفظن ہندِس استعمالس زبانی پوچھر دِنک اکھ حسین ذریعہِ

مانان۔ اَتھ سِلسلس منز چھِ بونہٕ گنہِ دٕرج خیالات آزادنہِ دوٗراندیشی تہٕ

لِسانی بالغ نظری ہُند ثبوت فراہم کران۔ سُہ چھُ لکھان:

''قدیم الفاظ کا متروک ہونا اور فصیح وجدید الفاظ کا رائج ہونا اِس کی فنا کا

مترادف نہیں کہا جاسکتا۔ یہ تبدیلیاں ناگزیر ہیں اور انہی سے زبان کی زندگی

کا احساس ہوتا ہے۔

ہمیں غیر زبانوں کی دامنگیری سے نہ صرف احتراز کرنا چاہیئے بلکہ اپنی

زبان کے خاص خاص اسالیب بیان، طرزِ تقریر اور لوازماتِ شاعری کی

تلاش کرنا اور ان میں سے قابلِ قبول اور ماحول کے مطالبہ کی چیزیں چُن چُن کر لینا ہمارا اولین فریضہ ہے لیکن محض تعصب اور تنگدلی کی بنا پر غیر زبانوں کے الفاظ سے نفرت کرنا مناسب نہیں۔

یہ سب الفاظ کشمیری غزل کی روح اور کشمیری زبان کے جزو لاینفک ہیں اگر ان الفاظ کو بیگانہ سمجھ کر علیحدہ کرلیا جائے تو اس کی کیا کاینات باقی رہے گی۔ ہماری رائے میں ایسے سنسکرت، عربی، فارسی یا ہندی الفاظ کو جو بجائے خود فصیح ہوں اور ہماری روزمرہ گفتگو میں کام آرہے ہوں اور جن کو کشمیری زبان عرصہ دراز سے آغوش میں جگہ دئے ہوئے ہے بیگانہ تصوّر کرنا اور ہر صورت میں ان کے استعمال سے محتاط رہنے کی قید لگانا بالکل غلط اور ناقابلِ عمل نظریہ ہے۔"

کأشرِ زبأنی ہنٛز پسماندگی ہندی وجہ: آزادَس چُھ اوسمُت کأشرِ زبأنی ہُند سبٕھاہ ژُکھ اوے تہٕ چھُن کأشرِ زبأنی ہنٛز پسماندگی متعلق سوٗنٛچمت تہٕ اَمِکی کینٛہہ وَجہ بَد کٔڈی مٕتی۔ کأشر چھِ شایَد دُنیہِ ہٕنٛز واَحِد زبان یتھ وۄپرۄ تہٕ لتہٕ موٗنٛڈ گرتہٕ پَنہٕ نبو تہٕ مٔشرأو۔ ساسہٕ واد ؤری پژانہِ اَتھ زبأنی چھنہٕ بڈشاہنہِ دورٕ بغأر زانٛہہ تہِ سرکأری سرپرستی میٖج ہٕژ مگر اَمہِ چہِ سخت جأنی چھ داد دیُن پیوان زِنٛدۄت گرِتھ تہِ چھے یہِ زبان زِنٛدٕ تہٕ پایندٕ۔ یہِ تہِ چھ پوٗز زِ کأشرِ زبأنی میٖوٗل نہٕ سُہ روتبہٕ تیٚج یہِ حقدار اُس تہٕ یہِ پزٕ ژھن چھ ضروٗری زِ اگرچہِ لِسأنی طور کأشرِ زبأنی ہنٛز اہمیت تہٕ وسعت مسلّم چھے تیلہِ کیٛاہ وَجہ چھ زِ وُنہِ تہِ چھنہٕ اَتھ پُنٛن مقام میلتھ ہیوٚ کمُت۔ بقولِ آزاد:

”کہنے والے کہیں گے اور ضرور کہیں گے کہ پھر ایسی کیا وجوہات ہیں جن کی بنا پر کشمیری زبان اور اِس کی شاعری کو وہ رُتبہ نہیں ملا جو اِس کا حق تھا۔ ہندوستان کی زبانوں میں سے کیوں یہی زبان خاکِ منزلت میں پڑی ہوئی ہے“۔

یہِ زٲن برٛونٛہہ تہِ وَننہٕ آوزِ اَتھ چھِ کینٛہہ ہاو پٔنٛز تہٕ کینٛہہ ہاووُپَر تہِ ذِمہٕ دار۔ آزادن چھِ اَمِکۍ کینٛہہ وجوٗہات بَدِ کٔڈۍ مٕتۍ۔ یُہ زِ وُنۍ کٲشرِ زبٲنۍ: ”کشمیر کی تاریخ اور کشمیری زبان اور اس کی شاعری کی خصوصیات پر غور کر کے اس کے کئی اسباب معلوم ہوتے ہیں جن کا مختصر بیان یہ ہے:

(۱)۔ غیر زبانوں کا تسلط

(۲)۔ اہلِ کشمیر کی بے اعتنایی

(۳)۔ رسم الخط کی نا مناسبت

(۴)۔ شعراء کی بے اعتدالیاں

(۵)۔ چھکری (وہ عامیانہ راگ جو کشمیر کے با اصول راگ کی بگڑی ہوئی صورت اور فارسی موسیقی کی تقلید پر تیار ہُوا)“۔

یِمَن منٛز چھِ کینٛہہ وجہ یِزۍ یٔتھی کٲشرِ زبٲنۍ ہندِ پسماندگی ہندۍ ذِمہٕ دار۔ کٔشیر چھِ زیادٕ تر وۄپَر حُکمرانن تل رُوٗز مٕژ تہٕ تِمَن حُکمرانن ہٕنٛز زبانہٕ بنیہِ یِمہِ خطہِ چہِ سرکٲری زبانہٕ۔ نتیجہٕ دراو زِ کٲشر زبان گیہِ لتہٕ موٗنٛجہٕ۔ کُنہٕ تہِ زَبٲنۍ ہٕنٛزِ پاپَرجایی خاطرٕ چھ ضروٗری زِ تتھ زبٲنۍ میلہِ سرکٲری سرپرستی (Political patronage)۔

زبانَن ہنز تاریخ چھےٚ گواہ زِ یتھ زبانٕ تہٕ سرکارٕ سرپرستی میج سوٗ ژھ تھوٚ دتہٕ پزٲون حدرٕوس ترقی۔ سرکارٕ سرپرستی ہندی بدولت چھےٚ زبان گژھنہٕ مُلکچ سرکاری زبان (Official language) بنٕنہٕ علاوٕ تعلیمی ذریعہِ (Medium of instruction) تہٕ اَدبچ، نشرواشاعتچ تہٕ قونٕنچ زبان بنان تہٕ امہِ کہِ نشوونما تہٕ ترقی ہندی دَروازٕ چھِ وٕتھی گژھان۔ عبرٲنی زبانٕ ہنز مِثال چھےٚ اَسہِ برٕونہہ کنہِ۔ ساسہٕ وادوٕرِ یَن گال کھاتَس روزنہٕ پتہٕ یِیلہِ اَتھ اِسرٲییلس منز سرکاری سرپرستی میج یہِ زبان وٕژھ تھوٚ دتہٕ اَز چھےٚ یہِ تتھ سرکاری زبان آسنہٕ علاوٕ تعلیمی زبان (Medium of Education) تہٕ۔

آزاد چھ کاشرِ بن ہنز لاتعلقی کاشرِ زبانٕ ہنزِ پسماندگی ہُند دوٚیم وجہ مانان۔ لِسانی تفاخُر (Linguistic Elitism) چھےٚ اَکھ لِسانی حقیقت یمہِ مُطابِق محکوٗم تہٕ پست قومَن ہندی لوٗکھ پَننِ زبان مُشرأوِتھ حاکم تہٕ ترقی یافتہٕ لوٗگن ہنز زبان اَپناوٕنَس منز فخر محسوٗس چھِ کران۔ کاشری چھِ لِسانی تفاخُرس منز حَد کھوتہٕ زیادٕ بوٚڈِتھ تہٕ اَزکل چھ یہِ بدعت عروٗجس پیٹھ۔ بچَن کاشر زبان بولنَس ٹھاکھ کرُن چھےٚ اَزکل کہِ کاشرِ سماجچ عام خصوٗصیت۔ وونی گو یہِ گتھ وَنٕنی چھےٚ یِیتہِ نَس ضروٗری زِ لِسانی طور چھنہٕ بچَن کاشرِ نِشہِ رُکاوِتھ اُردوٗ یا انگریزی بولنُک ترغیب دِیُن کانٛہہ اہمیت تھاوان تہٕ نَہ کریہِ یمَن زبانَن پیٹھ بچَن ہُند کنٹرول زیادٕ مستحکم مگر کاشرِ زبانٕ ہندِس مُستقبلس واتہٕ ناوِ ضروٗر ردّارٕ۔

آزاد چھ کاشرِ زبانٕ ہُند رسمِ خطہ تہٕ شاعرَن ہنز زبان کاشرِ زبانٕ ہنزِ پسماندگی

ہِنْد بن وجہٕ ہاتَن منٛز گَنٛز راں۔ رسم الخطُک مسلہٕ چھُ وونی کُنہٕ حدَس تام حل گومُت تہٕ لِہاذا چھُنہٕ موجوٗدٕ دورَس منٛز یہ وجہ زیادٕ وُقعت تھاوان۔ اگرچہِ موجوٗدٕ رسمِ خط کاشُر زبٲنۍ ہِنٛز ضروریات پوٗرٕ چھُ کران مگر وُنیکتام تہِ چھُنہٕ کاشرِن ادیبَن اتھ پیٹھ مِیل گومُت۔ ضروٗرت چھےٚ زِ جذبٲتیت اوک طرف تراوِتھ سمَن مُختلف (Concensus) نظریہِ تھاوَن والۍ اُدیب اکہِ جایہِ تہٕ کاشرِن ماہرِ لسانیاتَن سِتۍ یکوٹہٕ بہِتھ کرَن موجوٗدٕ رسمِ خطس شیر پارٕ گرِتھ اکھ معیٲری رسمِ خط وضع۔ تتھ یہ مَسلہٕ ہمیشہٕ خٲطرٕ حل گژھِ۔

اُدیبَن ہِنٛز زبان چھےٚ بہر حال کُنہٕ تہِ زبٲنۍ منٛز معیٲری زبان (Standard-Language) مانہٕ یِوان تہٕ ہَر گاہ تمےٚ دوٚیمَن زبانَن ہِنٛز حدٕ کھوتہٕ زیادٕ نقٲلی کرَن تیلہِ چھُ تتھ زبٲنۍ زَکھ واتُن ضروٗری۔ آزاد چھُ تمہِ وقتہٕ کیٚن شاعرَن ہِنٛزِ زبٲنۍ ”ریختہ گویی“ وَنان تہٕ تمَن تنقید کرنَس منٛز چھُ سُہ حق بجانب۔ سُہ چھُ مثالو ذریعہِ واضح کران زِ تمہِ وقتہٕ کیٚو شاعرَو کر باقیَن زبانَن ہِنٛز غٲر ضروٗری دامنگیری یَمہِ کِنۍ پزۍ پٲٹھۍ کاشرِ زبٲنۍ دَدارٕ ووت۔ آزاد چھُ لیکھان: ”کشمیری زبان کی ریختہ شاعری کے گہرے مطالعہ سے ہمارے دل میں دو خاص اعتراض پیدا ہوئے ہیں۔ اولاً ریختہ گو شاعروں نے بلا ضرورت غیر زبانوں کی طرف ہاتھ پھیلائے ہیں۔ ثانیاً یہ کہ ریختہ گویی نے کشمیری شاعری کی اصل صورت مسخ کر دی ہے“۔ خوش قسمتی چھےٚ زِ اَزکۍ کاشرۍ شاعر تہٕ اُدیب چھِ اَمہِ کہِ کمزوٗری نِشہِ آزاد تہٕ تِم چھِنہٕ پنَنہٕ زبٲنۍ (کاشرِس) نسبت کُنہٕ قسمہٕ کِس احساسِ کمترٕ ییس منٛز مُبتلا۔

ہیٚر کنہٕ سپدی مَتہٕ بحثہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ اگر چہِ آزاد اَکھ سند یافتہٕ مأہرِ لِسانیات اوس نہٕ مگر کأشرِ زبأنؠ تہٕ امہِ کِبن کینژَن لِسأنؠ زاوِی جارَن تہٕ مُسلن پیٹھ اوس تٔمؠ پننہِ انداز سوٚنچمت یُس تٔمؠ سندِ تحقیقی ذہنُک باس چھُ دِوان۔ یہِ زَن بزٕ ثہہ تہٕ وَننہٕ آو تٔمؠ سند بن کینژَن خیالاتن پیٹھ چھُ مزید تحقیق کرنُک ضروٗرَت تاکہ کأشرِ زبأنؠ ہِندِس لِسأنؠ سَر مالیس سَپد بیٚیہٕ ہَن ہُر بر



## کتابیات


۱/ ایچی سن، جین چینج (تھرڈ ایڈیشن)۔ کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی پریس

۲/ آزاد، عبدالاحد۔ ۱۹۸۲ء۔ کشمیری زبان اور شاعری، حصہ اول سرینگر: جموں و کشمیر اکیڈیمی آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز۔

۳/ شیخ، اعجاز محمد، زبانَن ہنٛز ذأژ بأگرَن تہٕ کأشر زبان۔ مشمول 'شیرازہ'۔ جلد: ۲۹، شُمار: ۳۔ مئی، جون ۱۹۹۵ء۔

۴/ شیخ، اعجاز محمد۔ کشمیر کی لسانی صورتحال۔ مشمول 'ہماری زبان' نئی دہلی۔ جلد: ۴۔ شمارہ: ۵۴۔

۵/ کاچرو، برج۔ ۱۹۶۹ء۔ کشمیر اینڈ اَدر دارِدک لنگویجز۔ کرنٹ ٹرینڈس اِن لِنگوسٹکِس، جلد: ۵۔ دی ہاگ۔ ماؤتن۔

۶/ گریرسن، جارج ابراہم۔ ۱۹۰۶ء۔ دی پیاچا لنگویجز آف نارتھ ویسٹرن انڈیا۔ لندن: دی رایل ایشیاٹِک سوسایٹی۔

۷/ گریرسن، جارج ابراہم۔ ۱۹۱۹ء۔ انڈوآرین فیملی، نارتھ ویسٹرن گروپ: سپیسمنز آف دارِدک اینڈ پیاچا لنگویجز، لِنگوسِٹک سروے آف انڈیا۔ جلد: ۸۔ حصہ: ۲۔

# عبدالاحد آزادؔ۔ کینٛہہ پرتو

"Spread my dreams under your feet.Tread softly because you tread on my dreams."
Y.B.YEATS

مےٚ کٔرِ ونشار تھٕند بن قدمَن پیٹھ
یِم خاب پٔنٕنۍ
لوٗتہٕ پکِو زبومیانبو خابوٕ پیٹھۍ

یِمَو سٔطرو ستۍ یَتھ تحریرَس دَس تلُن چھُنہٕ کانٛہہ ہاو بر یا نُمٲیِش۔ اصلَس منٛز چھُ کانٛسہِ تہٕ پوٚت کالہِ چہِ شخصیٖژ پیٹھ کینٛہہ وَننہٕ وِزِیہ اِمکان آسان زٕ اَسی ما کرَو کانٛہہ تجوٗوُز۔ کانٛہہ ہیر پوٗو ما یِیہِ نامُناسِب طور ڈالنہٕ تہٕ سو شخصیت گژھِ پَننہِ صحی مُقامہٕ نِش ڈٔلتھ۔ اَوے چھُ اَکھ توٗوزُن تہٕ احتیاط لازِمی۔ تِکیازِ اَسہِ چھُنہٕ اَمۍ سِندِ پوٗرٕ نظرِ یہِک وَحاطہٕ کوٗرمُت آسان۔ بیٚیہِ چھِ تحریکہٕ، اقدار تہٕ تمَن ہٕنٛز ظون بدلان۔

کٲشِرۍ تہٕ کأشرِ بٔن یم توٲریخی گأیلہٕ سپدی تموٗ اوس وارِیاہس حدس تام یمَن نِشہِ احساسِ ذاتھ اَتھِ ہیوٚتمُت تہٕ یمِ پٔتہٕ وقوفہٕ نِشہِ بے خبر تھأوِتھ۔ یمَن اکہِ نہٕ موکلَن واجنہِ کمتری ہُنٛد باس نفسیأتی طور پٔشر وومُت۔ یہُند عزتِ نفس اوس سأزی شوٗ ستی زولانَن حوالہٕ کرنہٕ آمُت۔

میٛون بُڈی بَب مالہٕ وجان ہیتھ تراوِ پونٛسس کِنہٕ آو

مال ہورُم، جان چھم باقی، کڈا اوٚچھ تو حِساب

(مہجوٗر)

تِتھس سمأجی احوالس منٛزِ ے کانٛہہ ہستی یم زولانہٕ پھٹراونک شعوٗر بیدار کرِ یا اَتھ اَبتری تہٕ پراگندگی منٛز شیرازٕ بنٛدی ہِنٛدِ اَمارٕ کانٛہہ تہذیبی، ثقافتی کنہٕ سمأجی پرٛزنتھ بدِ کڈِ، رَچھِ یا تتھ وَقتہٕ سوٚدرمنٛزِ ژھأرِتھ رٔژھرایِہ، تَمِہ پُیہ تام واتناوِ، سُہ چھُ سانہٕ شُکرانٛک حقدار۔ کأشر زبان چھےٚ اَمِہ احسأسی وجوٗدِ چ سارِوٕ ے کھوتہٕ زیادٕ اہم تہٕ تعمیر کارتہٕ کٔنہٕ کُنٛز تہٕ۔

''مورخ ہم کشمیریوں کو ایک دیرینہ قوم سمجھتے ہیں۔ لیکن یاد رکھیے کہ قوم کی بقا کے لیے دو باتوں کا ہونا ازبس ضروری ہے۔ نمبر ایک قومی خودی۔ نمبر دو قومی زبان''۔ [1]

أتھی خیالَس تأیید کران چھُ رأہی صأب وَنان ''اِنسانس چھےٚ پٔز شوہرتھ تہٕ

---

[1] علامہ اقبالؔ۔ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ صأبس ستی مُلاقات وِزِ اکھ پأغام۔ ''آلو'' جون، ۲۰۰۳۔ گوشۂ عارفؔ از محی الدین ریشی۔ صفحہ ۱۷۶۔

یزتھ ماجہِ زیوِ ستی حاصِل سپدان......اسہِ سپدِ حقیقی بجر کاشرِ زبانٕ ستی حاصِل۔[1]
یِم حوالہِ چھِ سوتھر حقیقت واشگاف کران یِمہِ ستی گنہ قومس، سیاسی تہٕ
سماجی پرٛ زنتھ پڑاونک، شناخت قایم تھاوٕنک تہٕ امیک امار رچھنک یقین تہٕ
اعتماد حاصِل چھ روزان۔
یِتھی وِے محسوٗ منز چھ عبدالاحد آزاد پایہ بوڈ تحقیق کار۔ تذکرٕ
نوٗیس۔ نقاد تہٕ شاعر یِمی پنہٕ نو محدوٗ دٕ وسیلو باوجود کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبس پنٕن
تھکٕن لایق دیٛت آیتَن تھوو۔ یِتیٛ یوت نہٕ بلکہِ کوٗرُن ماجہِ زیوِ ہُند تمام
مولوٗم ادبی سرمایہ یکجا تہٕ پنہٕ واجنہ پیہ خاطرٕ لیچھن گوڈنچہ لٹہِ سو کتاب یوسہٕ
تو تام زِندٕ روزِ یو تام کاشری تہٕ کاشر زبان روزِ۔ ''کشمیری زبان اور
شاعری'' چھنہٕ محض اکھ تذکرٕ ے یوت بلکہِ یہ چھے آزاد صابنہِ تمہِ لوچ،
ریاضَتھ تہٕ مشقتچ اَنہٕ دار یوسہٕ اَمس ژُکی درس اَمہِ موللہِ کارنامہِ خاطرٕ کرٕنی
پیٛیہِ۔ اَوَے چھ وَننہٕ آمت ''وہ شعرائے سلف کے حالات اور اُن کا غیر
مطبوعہ، مطبوعہ کلام جمع کرنے لگے۔ اس سلسلہ میں آزاد کو ریاست بھر کی
بادیہ پیمائی کرنا پڑی۔ وطن کے دوٗر اُفتادہ علاقوں میں جا کر برنا و پیر سے
عجز وانکساری کے ساتھ ملاقاتیں کرنا پڑیں۔''[2]
مرحوم آزاد صابس اوس نہٕ محض رسمی طور مواد ترتیب دِتھ کام نگھ والنٕک

---

[1]۔ فکروفن۔ ۷۸، ۱۹۷۷ء۔ صفحہ: ۳۱، ۳۲۔ پروفیسر محمد ابراہیم۔ ''آلو''۔ جون ۲۰۰۳ء۔
[2]۔ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو ''کشمیری زبان اور شاعری'' جلد دوم، صفحہ: ۱۱۔

خیال بلکہٕ پٔنٕنۍ بہلہٕ پایچ یہِ کوٗشِش ادبی تہٕ تنقیدی تنوظرٕس منٛز مُستند تہٕ
بناوٕنۍ ۔ تِمن اوس یہِ حوصلہٕ تہٕ تہٕ صلاحیت تہٕ ۔ تِمۍ چھُ پٔنٕن تنقیدی شعور تہٕ
جمالیٲتی نظرِیہٕ ورتاوِتھ اَتھ کِتابہِ روزٕنۍ تہٕ مُسلمہٕ اہمیت دِژمٕژ ۔ اوے چھُ
کأشرِ ادبُکۍ اکھ بٔڈ محقق تہٕ ادیبَن یہِ اعتراف کوٚرمُت:

''یِمہِ کِتابہِ ہُنٛز اہمیت کیاہ چھےٚ کأشرِ زبأنۍ منٛز ؟ اَتھ چھُ یُتھے یوت وَنُن
کفایت کران زِ اَز تام آیہ نہٕ کأشرِ زبأنۍ ہِندِس ادَب وتنقیدس متعلِق پیٚژ ہمہ
گیٖر کِتاب بارٕسَس'' ۔ یُتھے یوت نہٕ بلکہِ اَمہِ کِتابہِ ہِنٛدِس معیارَس تہٕ
اِستنادَس متعلِق گَتھ کران چھُ وَننہٕ آمُت '' آزادنہٕ تنقید نِگاری ہُنٛز اکھ
خصوٗصیت چھےٚ تِسنٛز شدید رِیاضت سُہ اوس پَنہٕ نِس اَتھ علم وعشقہٕ چہِ امانژشوٗژ
تہٕ مُقدس زانان ۔ تِہنٛدی اِقتباس چھِ اَتھ لایَق زِ کأشرِ زبأنۍ ہِنٛدی تمام نقاد
کرَن تِمَن نِشہِ فأضان حاصِل ...... آزادنہٕ ڈٔسۍ آے نہٕ صرِف سانہِ تنقیدٕ کۍ
معیارٕ ے وجوٗدَس منٛز بلکہِ تِمۍ کٔر یِمٕنے پیٹھ سأئنس ادبَس پرکھاوٕنٕچ رِوایت
شروع ۔'' [۱]

خبَر یِم حوالہٕ پرِتھ ما گژھِ اَسہ کُنہِ پوٚت یادُک وَشفہٕ تہٕ اُسۍ ماسونٛچھوٗ زِ
بےٚ لاگ مُحاکمس ما چھُ اَمہِ کُے ٹھوٚر ۔ یا چھُ ایجادِ بندہ ۔ تہِ چھُنہٕ ، آزادٕنۍ یہِ
عالی مرتبہ کام اُس بڈٲتی تیژاہ تھدِ پایہِ زِ اکھ غار کأشری دأنشوَر تہٕ ادیبَن
تہِ چھُ یہِ کارنامہٕ وُچھتھ وودلسنَس تہِ تہِ پأٹھۍ اعتراف کوٚرمُت:

---

۱ ۔ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ۔ مقدمہ از محمد یوسف ٹینگ ۔ صفحہ ۱۵ تہٕ ۲۶ ۔

"آزاد صحیح معنوں میں آزاد خیال تھے۔ انہوں نے تمام غیر صالح رُجحانات پر جی کھول کر تنقید کی ہے۔ کشمیری شاعری کے غیر صحتمندانہ، غیر مُلکی روایات، اور غیر فطری تصوف پر گرفت کی..... آزاد نے کشمیری زبان کو زمین سے اُٹھایا اور تخت پر بٹھایا ہے۔ وہ کشمیری کو بجا طور سے ہندوستان کی ایک اہم زبان مانتے ہیں..... یہ صاف ظاہر ہے کہ آزاد کشمیری کے صرف پہلے تاریخ نویس اور ناقد ہی نہیں ہیں بلکہ ایک اہم ناقد ہیں"۔[1]

اَمہِ کاشرِ ادبکہِ کاشری مُنارَن لوب نہٕ پنُن مُقام پزِ نہٕ پاٹھی۔ یہِ چھے سانہِ اجتماعی سماجچ بدقسمتی زِ کینٛہہ لُکھ چھِ تغوفلہٕ ذریعہِ یادِ وو ترِ منزٕ نِہنا ونہٕ یِوان۔ یا چھُنہٕ تِمن حق بہ حقدار سطحس پیٹھ اعتراف کرنہٕ یِوان۔ مہجوٗر تہٕ آزاد چھِ سانہِ اکہِ انقلابی دورٕکی زٕ کم کاسہٕ ہمعصر اہلِ قلم۔ مہجوٗر صاب اوس ہنا زیادٕ دے پہن سِیاسی تحریکہِ مُتاثر۔ اوے آے تِم نغمہٕ بارسس یِہنٛد گرٛز آزادی ہِندِس لوہ لنگرس تالہِ کھوٚت۔ تِہنز شاعری واٗژ اَیوانو پیٹھِ کھِہن تہٕ باغن ہِندٕ بن محنت کشَن تام۔ عوام الناس گٔے گیر۔ سرکاری اعزاز واحترام آو چُکاونہٕ۔ ملک گیر پزٕ زنتھ گوٚ وحاصِل۔ فِلمہٕ تام بَنے یہ تہٕ "مہجورشناسی" ہِش کِتاب آے لیکھنہٕ یتھ "ساہتیہ اکادمی" یِنامہٕ توٚر۔ حالانکہِ آزاد صاب تہِ اوس نہٕ اَدبی دِتہٕ کہِ حِسابہٕ تیٚوت اَتھٕ چھوٚن۔ مگر رُو دنہٕ سانہِ توجہک تیٚوتاہ مرکزیوٚت شوٗبہ ہے۔ یِتھِس تغوفلس کیاہ یِیہِ ونہٕ؟۔

---

[1] علی جواد زیدی "کشمیری زبان اور شاعری" پیش لفظ۔ صفحہ ۱۰۸، ۱۰۹۔

آزادَس اوس پَننہِ فنٕک اَکھ باپَتھ زِیُٔہ چھُ تمہِ جذبہٕ سٟتؠ یہ کوہِ ''الوٕنڈ'' سَر کران۔ یُس پَننہٕ جایہِ منفرد چھُ تہٕ تیٚچ سماجی تہٕ تہذیبی حیثیت چھےٚ۔

سیحرٕ کےٚ تأثیر زن تقریر آزادُن کران

درد چھا، خوٗنِ جگر چھا، شعر چھا، الہام چھا

مہجورصأبنہِ پأٹھی اُس آزادَس تہِ سوٗدَگ محسوٗس گژھان یوسہٕ کشیرِ ہنٛز غلأمی تہٕ ناروا سلوٗکن یِمَن فنکارَن ووتلأوِمٕژ اُس۔ یہِ اوس ترقی پسندی ہُنٛد دور تہٕ یہِ اَدبی رُجحان اوس نظریأتی طور ژھالہٕ تُلان۔ اَتھ چھُ آزادتہِ شأمِل گژھان مگر تمی چھُنہٕ طنزیاتَس کأم ہیتھ سماجی ناروا حالاتَن تہٕ ظُلمَس پرِدٕ تُلُمت۔

جدَس یُس اکہٕ مَٹہِ اوسُم     وُنیٚس تام سےٚ نکھَس پیٹھ چھُم

بہٕ کیٛاہ ہاوَے دِلاوأری     بہٕ نوٗذرِ عشقہٕ بیمأری

پکُن چھُم کارو بیگارَس     برُن چھُم جِنس سرکارَس

تیٚم وُگرا یہِ باپأری     بہٕ نوٗذرِ عشقہٕ بیمأری

پگاہ چھُم ہٕذِ یہِ دیٚن پیٚرَس     تھوبم گن توبہٕ تقصیرَس

قیأمژ دوہ کربم یأری     بہٕ نوٗذرِ عشقہٕ بیمأری

ہٕنٛدِس کرِہوٗن ہوٗنس ہوٚنڈ گنٛڈِس کرِپوٗش پوٗشس کوٚنڈ

کرُن چھُم رأضی پٹھوأری     بہٕ نوٗذرِ عشقہٕ بیمأری

اَتھ اَسِن تراَیہِ وَننہٕ آمژِ نظمہِ منٛز چھُ آزادَن تمہِ پٕژرِ سماجی صورتحالُک نقشہِ ووتلوٕمُت یُس کأشرِس سماجَس اَمہِ ساعتہٕ کلَس مٕڈنہٕ اوس آمُت۔ تتھے

پأٹھی چھ آزادَن پننِس مشہور نظمہِ ''ڈٔریاو'' منز زندگی تہٕ امیُک بدلہٕ وُن انہار کامیاب محاکأتی رنگس منز ووتلووُمت۔ اَتہ چھ پتہٕ ننان زِ آزاداوس اِقبالنہِ ''عمل پیہم'' تصورُک قأیِل تہٕ جہدِ حیاتَس لور۔

آزادَن تھوٚوپنہٕ نِس تنقیدَس منز تہٕ اَکھ نظریہ سٔنبألتھ تہٕ کُنہ مصلحتہٕ ستی کوٚرُن نہٕ سودا۔اوے چھ محمد یوسف ٹینگ وَنان'' آزاد چھ اِجتہأدی فکرِ ہُنڈ پاسدار۔سُہ چھُنہٕ رِوایژن تہٕ غلط اِستدلالس کھوژان بلکہِ چھ تسُنڈ ہُشار شعورتمی ہِنڈِس پنہٕ نِس نظرِیَس رأچھ کران''۔

مہجور تہٕ آزاد اَسی کم کاسہٕ کالہٕ ہأج۔مہجور صأبَن اوس آزاد پنُن ادبی جانشین تہٕ ژورمُت۔مگر یہ اوس قدرتُک کرُن زِ آزاد صأب دژاو مہجور صأبَس بڑوٚنٹھے یہمہِ عالمہِ محض پانژ تأجی وُہرے۔تاہم چھ آزادَن پنُن اِنفرأدی مُقام بدِ کوٚڈمُت۔تتھ چھن پُشنے کرِہژ۔سیّد رسول پونپُر چھ وَنان ''آزادِنی شأعری منز چھ گوڈنچہ پھرِ طبقأتی شعورُک پوٚرِ پوٚر اِظہار......تمی کٔری نٔوی نٔوی عروضی تجربہ۔لفظہٕ تُھرِ ے چھے نبرل۔یمہِ کٔنی کأشرِ جدید شأعری کاڈ کوٚڈتہٕ چھج وَہروو''۔[1]

آزادَس اُس ہمکال ادبی نُجن تہٕ رُجانن ہنز پوٚرزان۔تٔمی چھے رِوایژن تہٕ پُشنے کرِہژ۔تاہم چھُنہٕ سُہ قدآوار شأعِر پنہٕ نو عقیدٔ وِنشہِ دوٗر ہیوٚ کمت روٗزِتھ۔یم بقول پونپُر اُمس خأطرِ ٹھوٚر بنے یہ۔

---

[1] ۔ماٚ مشہِ نہٕ زانہہ''۔سیّدرسول پونپُر۔صفحہ:۴۵۔

اماپوٚز آزاد اوس ''زندگی ہنٛز کوچھِ منٛز تھنہٕ پپنہٕ وول شُر'' (ٹینگ) قرار دِوان تہٕ اُمِس اُس ادبی جمالیاتچ پٲرٕ زان تہٕ۔ امہِ حسابہٕ اوس تتھی مُستند تہٕ تعمیری و صالح شاعری مانان یوسہٕ احساسِ جمالس تہٕ رنٛزناوِہے۔ ٔستی دِیہٕ ہے اِنسانَن اندر ژھیپتھ ''رٕژرٕکنِن تہٕ خارٕ کنِن'' عُنصرَن تہٕ ووٚن۔ اَمے حوالہٕ چھُ ڈاکٹر رشید مجروح وَنان ''آزادُن تصورِشعر تہٕ تصورِ جمال چھُ اَز تہٕ وارِیاہو رنگو سانہٕ شاعری ہِندِس جمالیٲتی پہلوٗہَس گاشراوان۔ آزاد چھُ روایت ساز تہٕ۔ تکیازِ تمی کوٚر شعرٕ کہِ روایتی محاورٕ نشہِ اِنحراف تہٕ نوٚشعری روایژ ہُند کوٚرُن ٔسلابہٕ''۔[1]

بیٚیتہٕ مہجور صابَن ''وَلو ہا باغوانو'' تخلیق کٔرِتھ اَکہِ نوٚ اَنمانگ گرٕ زِتل تہٕ چھُ آزاد تہٕ لرِلوٚر چھلہٕ چھانگرٕ معاشرس تہٕ بے سوکھ روٗحس اَکھ پٲغام واتناوان۔

تژ اوپژ اَنی قصہٕ تہٕ اَفسانے تژ او زاٗلی زاٗلی پنجرٕ تہٕ زولانے
ووتھ زِنٛدٕ مارٕ وژھوہ گے بنٛدٕ گی ہنٛدی دوہ گے ہِند رہتی بیدار

زُ میوٚن، میوٚن وطَن دِل میوٚن، میوٚن وطَن
میوٚن یار میوٚن غمخوار صد بار مُبارَکھ

وطنکی یم رَجزیٲتی نغمہٕ گیوٚی مہجورَن تہٕ تہٕ آزادَن تہٕ۔ یہِ اوس ٔسہ تیلن یُس وطنچہِ تہٕ وطن دارَن ہنٛز اَبتری بیٚمن پُشر ووٚمُت اوس۔ مگر مہجورٕنی نغمہٕ

---

[1]۔ ''انہار'' جمالیات نمبر ۱۹۹۷ء۔ صفحہ: ۱۷۹۔

گئے محمود شہری ہندی دٕسی عوامَس تام۔ اَتہِ رؤد آزاد کہِ پہم لُکن ہِندِس یادٕ ترِس تام واتنَس پتھہِ۔ تاہم چُھنہٕ اِنکار زِ آزاد تہٕ اوس انقلابی شاعِر ے۔ تہٕ تمِ تہٕ اُس سوتیہہ، سہ تیٚوٚکھ نشہِ پانَس اندر وپَر وومُت یُس مہجورَس اوس۔ اوے چُھ وَننہٕ آمُت ''آزاد چھ کاشُرِ زبانٕ ہُند تِتھے اَکھ انقلابی شاعِر۔ بلکہِ کُنہِ حدَس تام اَکھ پوو کھسی تھے۔ یِتھ کُنہِ ہندوستانک گرودیو ٹیگور چُھ''۔ ۱؎

آزاد اوس نہٕ محض تنقیدی تہٕ تحقیقی کامہِ پیٹھے یوت دَسگاہ تھاوان۔ تمِ چُھ تخلیقی کمال تہِ تسلیم کرنو وُمت۔ تہنز شاعرانہٕ نوزُکھ خیاٲلی تہٕ موضوعاتی رنگاٲرنگی تہِ چھے ہاوان کہِ تمَن کوتاہ دَسگاہ اوس زبانٕ ہِندِس خلاّقانہٕ استعمالَس پیٹھ۔ امیُک اِظہار چُھ یِمہِ آیہِ کشیرِ ہِندی اَکر مایہِ ناز صاحبِ قلمَن کوٚرمُت: ''اُنہوں نے جس قدر بھی کاوش کی اُس کا کشمیری ادب کی تاریخ میں اہم مُقام ہے۔ معلوم ہوتا ہے کہ آزاد کا ذہن نہ صرف میدانِ شعر میں خلاّقی کا جوہر دکھا سکتا ہے بلکہ سنجیدہ اور علمی موضوعات پر قلم اُٹھاتے وقت بھی اُس کے متوازن تنقیدی شعور کا احساس ہو جاتا ہے''۔ ۲؎

احد، جانباز تہٕ پتہٕ آزاد بنِن واٲلِس اُمِس اہلِ قلمہٕ سنز ''کاٲم روزِ دوہے زِندٕ تہٕ تھکنٕ لایق''۳؎ اگر ےٚمی ''کشمیری زبان اور شاعری''۔ سنگرمال (۷ حِصہٕ)۔ کُلیاتِ

---

۱؎ ۔ماہنامہ ''تعمیر'' (آزاد نمبر) حوالہ شمیم احمد شمیم۔

۲؎،۳؎۔ احوال نامہ۔ کاشُر شعبہ۔ کشمیر یونیورسٹی۔ صفحہ: ۱۵۹۔

مقبولؔ (ترتیب) یاأژٕرے کأم کرتہٕ اوس سُہ مسلّمہ طور کأشرِ ادبک بوٚڈ بُنیأدی تعمیر کار۔ سُہ چھُ تتھ انقلأبی قافلس سِتۍ تہٕ شأمِل یمۍ کشیرِ تہٕ کأشرِن ہنٛز پرٛزنتھ پرٛاوٕنس منٛز سمأجی کیٛو سیأسی رہبری کر۔ سُہ چھُ کأشرِ زبأنۍ تھکُن لایق تحقیقی تہٕ تخلیقی ادب دِتھ اَتھ بختاوٕر بناوٕنس منٛز پنُن خوٗنِ جگر زالان۔ یٛمہِ سِتۍ نوٚ پُیہٕ سُہ احساس بیدار گوٚو زِ کأشرِ زبأنۍ لوٚب فروٗغ تہٕ شعروادب ووت پننہِ نوِ گونوٚ کنِی یوٚ تام زِ رأہی صأبس آو ''کبیر سمان'' دِنہٕ یُس گوڈنیُک اعتراف چھُ ریاستہٕ نیبر کأشرِ اَدبہٕ کہِ تھزرُک تہٕ معنویتُک۔

اما پوٚز وُنہٕ چھُ ماجہِ زیوٚ انتظارٕ ے زِ سو واتہِ ہے باقی زبأنین لرِ لوٚر فی زمانہٕ کینہٕ میڈ یاہکین سارِنے شوبَن تام۔ بیٚیہِ گژھِ ہے تمام سطحَن پیٹھ ماجہِ زیوٚ ہنٛز حیثیتھ نصابس شأمِل۔ اَخبار تہٕ رِسالہٕ گژھَن عام کأشرِن مہیّا۔

یٚیلہِ یہِ خواب تعبیر پرٛاوِ تیٚلی یہِ آزاد صأبس صحی خراجِ عقیدت اَدا کرنہٕ۔ یہِ چھُ تمام کأشرِن قرض ماجہِ زیوِ ہُند۔ پرٛژھِ سِتۍ چھُ حیأتس معنہِ ہُراں تہٕ مأرۍ مٔنزۍ خواب شکلاوُنہٕ یِوان۔ تیٚلی سپدِ رأہی ینُ یہِ روٗمان پرور تصوٗر تہٕ پوٗرٕ

لولہٕ سازٕ چہِ تارِ پیٹھ چھِی شولہٕ وِنۍ آوازٕ أسی
حُسنہٕ باغہٕ چہِ لاوِ تھرِ پیٹھ شبنمُک اندازٕ أسی

---

(نوٹ)۔ یتھ تحریرَس منٛز آزاد صأبنۍ کأشرۍ اقتسابات وِپرأوِنۍ چھِنہٕ موضوعس مطلوب۔ تتھ خأطرٕ گوٚو کانٛہہ عنوان ژأرِتھ تمہِ آیہِ أنکہٕ وٕنۍ کرِنۍ (مضمون نگار)۔

عزیز حاجنی

# آزادٕنی زندگی۔ کینٛہہ عکس کینٛہہ اَنہار

مےٚ عادَت، چھُنہٕ پَتھ پھیرُن مےٚ نِش گۆ وبڑٕ ونٛہہ گُنٕے نیرُن
نَہ چھُس گُل پان چھُم شیرُن، نَہ بُلبُل اول چھُم بیرُن
ہٕ چھُس خوش پیچ وتا بَن اِنقلا بَن زلزلَن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرَن منٛزٕ لَن اندَر

"ڈٕریاو" نظمہِ ہِندِ اَمہِ اکہِ بندُک تفسیر کٔرِتھ ہیکَو أسی عبدالاحد آزادنہِ زندگی ہِند بن ءکتبن اَنہارَن وۆن دِتھ تہٕ ووھنہٕ کٔرِتھ۔ عیسوی سنہٕ چہِ وُہمہِ صٔدی ہُند دۆیم ڈٕہیُل۔ کٔشیرِ انٛدر شخصی راجُک ظُلم تہٕ بول بالاطیس پیٹھ۔ پڑتھ کانٛہہ کأشُر دَم پھٹٕ گٔڑھتھ پَنَنِس خراب راہ طالیَس تہٕ تقدیرَس راہ کھالان تہٕ ظُلم تہٕ جبر نیزٕمی سان ژالان تہٕ وبراوان۔ نوٲریخہٕ کِس أتھی گٹہٕ زٕلِس منٛز چھ ژوڈٕری علاقہٕ کِس رانگر گامَس منٛز سُلطان ڈارُن فرزند عبدالاحد ڈار بالغ سپدُن ہوان۔ ۱۹۰۳ عیسوی یَس منٛز ایُن لبَن وول نیُک نیُک تہٕ زیٛوٗٹھ بتھ کٔرِتھ یہِ کنہٕ تژ کُر بچہِ اوس بظاہر گیٛشوم مگر أمی ہِندِ منُک

شوذرتہٕ صفائی اُس شُری پانہٕ پیٹھے شفقہٕ ژھٹان ۔ یتھٕ پاٹھی اکھ ضأیفہٕ مگر
اِراد سبٹھاہ طاقتورتہٕ خیالات زنتہٕ شاہ پرٲ گتھ لاہوتی منزِلن تہٕ مقامن
ہُند سأل کرنک سٕز کران ۔ اکس شرم دار شُری ہندِس ذہنس تہٕ ضمیرس
اندر اکھ باگہِ بوٗرت تہٕ بوٚڈ بارٕ باغی شاعر بڈ ہتہِ باوتھ کرنچہٕ
سٔو کران ۔ سخت گیر تہٕ ستم ساز نظامس بتھی پھیر گوشنک جرتھ چھ آزادس
فِکرِ پوٗنے تتھ ماحولس اندر گوشان ییتہٕ پرتھ اعتبارٕ بے سروسامأنی
اُس ۔ ذرائع محدوٗد تہٕ مأ لی اوسودگی نہ آسنس برابر ۔ حالانکہ خود سُلطان
ڈارُن گرٕ اوس پننہِ وقتک بارستہٕ زمیندار گرتہٕ یمن اُس ۲۸۱ کنالہٕ کھیوٹی
زمین ۔ غلام نبی گوہرن یم انکشاف آزادٕنی ذأتی ڈایری پرِتھ کری متی چھِ
تموٚ مُطأبِق چھِ اتھ بڈس گرٕیسی گرس منز تمہِ وقتہٕ تہٕ رئبس اوسطاً ترٕ ہہ سیر ماز
رننہٕ یِوان اُسی متی یُس تمہِ زمانکہِ ماحولہٕ مُطأبِق رئیس آسنچ علامت
اُس ۔ امہِ باوجودتہٕ کیازِ چھ سانو کینژ وادبی مورخو تہٕ محققو یہنزِ سفید پوشی
پیٹھ واویلا کوٚرمت یہ چھ اکھ الگ موضوٗع ۔ قأبلِ توجہ گتھ چھے یہ زِ پانہٕ
اوسوٗدِ حال آسنہٕ باوجوٗد یتھٕ پاٹھی دزاو آزاد نادارن، لاچارن تہٕ مظلوٗمن
ہُند ترجمان بنتھ تہٕ بےبأکی سان گرن اکھ فِکری انقلابچ بُنیاد تیار ۔ امہِ
اہم سوالُک جواب ژھانڈنس دوران چھ آزادنہِ پأدأیشی طور بوٚڈ مفکرتہٕ
پوٚز سخنور آسنک تصدیق سپدان ۔

آزادنہٕ زندگی ہُند مُطالعہٕ کرنس دوران چھ بیا کھ دلچسپ تضادتہٕ بڑونٹھ
کُن یِوان ۔ یُہند بابہٕ صأب سُلطان ڈار اوس دون صوفی سِلسلن ستی

وابستہٕ اُکھ باکمال روحانی بزرگ یِمس درجنہٕ واد طالب تہٕ مُریدیہٕ ڈیٛلہِ زِتہٕ
پوشرِنی گتھ کران اٛسی۔ باٛطنچ زان تہٕ ظون آسنس ستی ستی اٛسس دینی
علمس تہٕ فارسی زبانۍ پیٹھ اطمنان بخش حدس تام دسترس حاصِل۔ طمع
اوُسس زِمیٛون فرزند گوژھ مذہبی تعلیم پرٛاوتھ اَکھ جان پایک دینی عالِم
بنِن اٛتھی جذبس تحت پرٛنووتموٚ پنٛن خانہٕ مول نِچو سارِوے گوڈ قرآنِ مجید
تہٕ عربی تہٕ فارسی زبانۍ ستی گرنٛس زان۔ لوٚچہِ واٛنسہِ منٛزٕ ے پرِ اٛمی ہُشارمغز
بچٕن فارسی زبانۍ ہنٛزٕ مُروجہِ مثنوی یہِ۔ باظابطہٕ درسی تعلیمہِ ہُند آغاز چھ اَمہِ
پتہٕ مگر اٛمی اَنمانہٕ سپدان۔ بقول ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو" ۱۹۱۴ء عیسوی میں آزاد
کے بڑے بھائی غلام علی ڈار نے ایک مکتب رانگر میں کھولا جسمیں آزاد نے
اُردو اور فارسی کی تعلیم حاصل کی۔ ادبیات کا مُطالعہ اِسی زمانے سے آپ کا
مرغوبِ خاطر مشغلہ رہا۔ الغرض بچپن اور لڑکپن فارسی اور دینیات کے درس
وتدریس اور دیگر دہقانی مصروفیات میں گزار دئے"۔ ۱۹۱۸ء عیسوی یٚس
منٛز دژاو ظاہری پاٛٹھی محمد سلطان ڈارنِس اَرمانَن تر۔ عبدالاحد یُس وُنہِ
بوزَوے تہٕ شرُے اوس آوزوہامہِ کِس مکتبس منٛز ترٛ وٕہن روپیَن ہنٛدِس
ماہوار تنخواہس پیٹھ بحیثیتِ عربی ووستاد تعینات کرنہٕ۔ ووٕنی ہیٚوت تمس
سارِوے شاگردَو، ساٛتھی ووستادَو تہٕ باقے لوٗکو یَزتہٕ سان مولوی صاٛب
وَنُن۔ عربی زبانۍ ہنٛز تعلیم دِنہٕ وول مولوی صاٛب روٗد ترٛہن وٕری یَن مِثالی
ووستاد بٔنِتھ سبق پرَناوان۔ سکول شُربن نَم ہوان، تِہند بن ژھینٛہ متین پلوَن
ٹیب دِوان، مالہٕ بچٕن سرٛاان کران تہٕ اَمہِ باپتھ ہمیشہِ چندس منٛز شُراکہٕ

پَچ، ہرِ ژَن پَنہٕ داوتہٕ صابنہِ چاٹِھ سکوٗل ہتی نِوان۔ قابلِ تہٕ باصلاحیت بچَن

کھنڈٕ پھلنو ہتی پَلالہٕ کرن دول عربی ووستادگوٚ وفرضِ منصبی زبر پاٹھی نکھہٕ

والَنِ دول ووستادبنتھ لکن منز وارِیاہ مقبوٗل مگر مدرسکس اَمِس مولوی صابُن

اَندریم اِنسان اوس سارِنے روایژَن ژٕکی پھیٚر کرِتھ اَکس طلاطُم خیز

نِظامَس نِرآلوان۔ اَکس تھس نِظامَس یتھ منز مذہبی تنگ نظری تہٕ ورگہٕ

باگے اعلیٰ اِنسانی قدرَن ہُند ضِد مانِتھ توجہک مرکز اِنسان تہٕ صِرف اِنسان

بَنان چھُہ۔

قُدرتَس بیوٚن بیوٚن تھوٗنی یوٚ داسیہَن ملّت تہٕ قوم

پرِتھ اَکس بیوٚن بیوٚن زمینا آسمانا آسہِ ہے

یا

دیہند ارِ ژےٚ چھے دیٚن پَنُن میٚتہِ چھُہ پَنُن دیٚن

ایمان خُدا چون تےٚ اِنسان مُدعا میون

آزادَس متعلق یادٕ کرنہٕ آمت یہ تاثر زِ سُہ کیاہ اوس ووتھٕ بیٹھ، سُونس

کپٹنس تہٕ باقٕی معاملاتَن منز سادگی پَسند تہٕ چھُنہٕ صحیح۔ سُہ اوس پَنَنہِ زمانک

اَکھ فاشنی یاو۔ پھبرَن چھُنہٕ تمو پَنَنہِ وضع داری سببہٕ فکرِ پینہٕ پیٹھ اَخری

دَمَس تام زانہتہِ لوگمُت۔ رتہٕ کالہِ اَسی کرِہنی شیروانی تہٕ سفید پیزار لاگان تہٕ

وندَس اندر اَسی پٹیگ بند گلہٕ کوٹ لاگان۔ دَستار اَسی نوابَن ہِندی پاٹھی

گنڈان۔ آزادنِن واقف کارَن ہُند وَنُن چھُہ زِ آزاد اوس ہمیشہِ صاف تہٕ

شفاف پلو لاگان۔

آزاد چھ کم گو آسنس ستی ستی حیا بوٗ رُت تہٕ اوسمُت۔ یوہے چھُ وجہ زِ تمۍ ہیوٚ کنہٕ لولُک اِظہار تہٕ ٹاکار پأٹھی کٔرتھ۔ حُسنِ اِتفاق چھُ یہِ زِ معشوق تہٕ اوس عأن تہٕ غأن یتھے۔ اَکھ شوخ تہٕ شوٚبدار گامہٕ سونٛدر لولہٕ کِس جلاوس منٛز أندری أندری شِنہٕ مانہٕ ہِنٛدی پأٹھی گلان مگر مذہبی تہٕ سمأجی قدرَن ہنٛزِ پاسدأری منٛز لاجواب

دھرم پھلر ووٚتھن شرم گری گری یے

بٔنہٕ کوٚری مأری منٛز سونٛدری یے

حیادأری ہنٛدبن حدَن ہنٛز حفاظت کران کران ہانے یہِ یہِ کاژ زوٗن تہٕ لٲوی اَرمان تہٕ اَمار ہیتھ گیہِ زندگی ہُنٛد جہار تہٕ بہار وُچھنہٕ بغأرے زنتہٕ وٕسی۔ معشوقہٕ سُنٛد ہیہہ گرٛھتھ جانہٕ مرگ گرٛھنگ غم شرٛوٚپرووآزادَن وٕہکی پأٹھی۔ أمی سنٛزِ زندگی ہُنٛد کلُھم خاکہٕ بڑٕ وٕنٛتھ کُن أنتھ چھُ یہِ اَکھ ژیٛڈ وول تہٕ سخت جان اِنسان ہُنٛتھ بڑٕ وٕنٛتھ کُن یِوان۔ ازدوأجی زندگی ہُنٛد شدید شٔکٹھی نیار تہٕ دم بخود سَپدِتھ ژالان تہٕ موصُم پوترٕ سنٛز دَگ تہٕ أندری للناوان۔ نہٕ واویلا تہٕ نہٕ احتجاج۔ پنہٕ نِس یوٗتاہ جِگر دوٗر آسنس پیٹھ چھُ منٛزی منٛزی پانہٕ تہٕ حأرتھ کڈان۔

ژُل میأنی پانَن سارِ سمیک بور کلَس پیٹھ

ملکَن تہٕ فلکن جیرٕ ووٚتھ ڈیشتھ یہِ جگرٕ میون

پانہٕ وٕدُن تہٕ بیا کھ وٕدناوُن چھ أمِس مُشکل پسند فلسفی شاعرٕ سنٛدِ منطقہٕ مُطأبِق بوٚڈ گناہ۔ منٛدِس زُوس دیُتن نہٕ زانہہ آرام۔ ۳۱ جیٹھ ۱۹۹۸ بکرمی

ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو ؤسند ناو لکھنہٕ آمژ آزادنہٕ چِٹھ ہنٛز ییمہ کینٛہہ سطرٕ چھےٚ امہِ حوالہٕ قابلِ توجہ ''نیلی عینک لگا کر یہ چٹھی لکھ رہا ہوں۔ پلکوں میں سوئیاں سی چُبھ رہی ہیں۔ آنسو گرنے لگے............اچھا ذرا آرام دوں اِن معصوم گنا ہگاروں کو..........اوروں کے وبال بھی کیوں اپنی گردن پر لیں۔ رونا گناہ اور رُلانا گُناہِ کبیر اور دردِ چشم کے لئے بھی مُضر ہے''۔

مےٚ چُھنہٕ تیٛوت جُرٲتھ زِ بہٕ وَنہٕ آزاد اوس مجبوٗرس کھوتہٕ بوٚڈ شاعر مگر ستی چُھم نہ یہِ وَنہٕ نِس اندرتہٕ کانٛہہ مُبالغہٕ باسان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' لیٚکھتھ یُس بہلہِ پایہٕ تحقیقی کارنامہٕ اٰمی تیٛہُل توٗرِتھ وٲلی اَڈ لیٚکی محققن تہٕ زمانس منٛز اَنجام دیٛت سُہ اوس اَکس رنٛگین مزاژتہٕ عاشق پسند اَدیبہٕ ہِنٛدِ بَلہٕ تہٕ بترِ نبر۔ امہِ باوصف تہِ آو نہٕ آزادس پننہٕ نِس دورس منٛز بلکہِ وَنہٕ بہٕ تمہِ پتہٕ تہِ منصب دارَن تہٕ صاحبِ اختیار لوٗگن ہِنٛدِ طرفہٕ سُہ مرتبہٕ تہٕ مُقام دِنہٕ ییمیُک سُہ حقدار اوس۔ اَتھ چُھنہٕ وجہِ یہِ زِ شیخ محمد عبداللہ کیاٛ اَسی نہٕ تہنٛزَن صلاٚحیژَن وٲقف بلکہِ چُھ مرزا عارف ؤسندِ لکھنہٕ مُطابق تمَن آزادنِن تحقیقی کارنامَن پیٹھ کاٛنٛی فخر اوسمُت۔ واضح چُھ زِ یہِ تاریٖخ شناس تہٕ ادب نواز حُکمران تہٕ لیڈر کرِ ہے نہٕ کشمیر تِکس اصلی علمبردارَس نظرانداز مگر

وہ تو مایل بہ کرم تھے لیکن

مرے آڑے میری انا آئی

اَتھی تنوظرس منٛز چُھ مرزا عارف اَکھ بڈٕ حقیقت یہِ وٕنتھ بیان کران زِ ''آزاد چاپلوس نہیں بلکہ صاف گو تھے۔ وہ اپنے متعلق بھی صاف گوئی سے

کام لیتے تھے اور ہر چھوٹے بڑے حاکم و محکوم کے متعلق بھی ادبی صداقت
کے قایل تھے۔ ظاہر ہے ایسے آزاد منش مصنف سے اربابِ اختیار خوش نہیں
رہ سکتے تھے۔ اور ایسا ہی ہوا لیکن اُنہوں نے اپنا سر خم نہیں کیا اور اِسی آن بان
کے ساتھ اِس دُنیا کو وداع کہہ گئے"۔ گامہٕ گوم تہٕ اگرٕ نگرٕ جاسوٗسی ہنٛزٕ ہانٛژھِ
تہٕ باورٕ گی ہنٛزٕ پامہٕ بوٗزِتھ یُس موٗلُل تحقیقی سرمایہ آزادن سۆمبرومُت اوس
تمیُک اَچھوپ مَسودٕ روٗد تَس بسترِ مرگس پیٹھ تہٕ ہمسوس بٕنتھ ہمراہ۔

آزاد چُھ زیرک تہٕ ہزل گواوسمت۔ دَپان ییٚلہِ تَس خاندر کۆر رُکھسہٕ
اوس لوکُٹ شُر۔ مہرازٕ بٕنتھ ییٚلہِ ہووُر گۆو گۆمٕ تام وۆنُس کَنٛس تَل زِ مہرازٕ
گرِس چُھکھنہٕ گاسے ترٛوومُت۔ اَتھ پیٹھ چھِ تَمۍ ہوٕری وٕطنہٕ کٔمن انتظامن
ٹانہٕ ژٔڈۍ متۍ۔ یہُنٛد اَچھوپ "سُرسیار نامہٕ" تہٕ چھُ یہنٛدِ ہتکیٚ آسنُک ٹاکارٕ
ثبوٗت۔ انت ناگ تہٕ ترٛالَس مُتعلق تہِ چھکھ ہزلیہ بٲتھ لیکھۍ متۍ یِم وُنہِ
چھَپنۍ چھِ۔

آزاد چُھ جنٛونَس حدس تام ترقی پسند اَتھ چُھنہٕ کانٛہہ شک۔ تَس پیٹھ
چُھ مارکسی تحریکہِ ہُنٛد زبردَس اثر یہِ تہِ چھُ اَکھ ٹاکارٕ پٔزر مگر تَس متعلق عام
پاٹھۍ قایم کرنہٕ آمُت یہ تاثر زِ سہٕ اوس دہری چُھ غلط۔ اَتھ سلسلَس منٛز چھُ
تَمو مرزا عارف سٕندِس خطَس اَمی حوالہٕ پرٛژھنہٕ آمتس جوابَس منٛز لیٚوکھمُت:

"مجھ پر یہ لیبل بزاز صاحب کی مہربانی سے چسپاں ہوا ہے۔ وہ ریڈیکل
ڈیموکریٹ ہیں اور خاص گروپ سے تعلق رکھتے ہیں۔ جہاں تک دبی ہوئی
ستم رسیدہ انسانیت کی مظلومیت کا تعلق ہے میں اِن کا ہم خیال ہوں۔ مگر

خُدائے وحدہٗ لاشریک کا قائل ہوں۔ بچپن سے توحید کے سایے میں پلا ہوں۔ مشہور صوفی بُزرگ سُلطان ڈارِ رانگر کا بیٹا ہوں۔ ذِکر وفکِر کا قائل ہوں اور کئی چیزوں کا حصار دے چُکا ہوں۔ ہاں مُلا اِزم کے خلاف ہوں۔ استحصال کا دُشمن ہوں۔ اِنسان کے احترام کا پرچار کرتا ہوں۔ دُنیا میں برادری کا ماننے والا ہوں"۔

۴۔ اپریل ۱۹۴۸ عیسوی۔ یہِ شولہِ وُن اَلاو گۄو اچانک تہٕ بیکدَم ژھیتہٕ۔ اَکھ جوشہِ ہۄت تہٕ حوصلہٕ مند شاعِر، مورخ، محقق تہٕ مُفکِر گۄو جوان مرگ۔ علمی تہٕ اَدبی حلقَن گۄو وِژَس تہٕ مجبوٗرَن وۄن۔

کأشرِ ہنِدِ علم وادبُک باغ اَز بُر باد گۄو
باغ وُچھنے حسرِ تھاہتھ باغہٕ وول شداد گۄو
سرِ فِدا اکۄ رباغوانَن دژ اواَدٕ سالِ وفات
بولہٕ وُن زَن بُلبُلا ترٛ اُوتھ چمن آزاد گۄو



مشعلؔ سلطانپوری

# عبدالاحد آزادنی لولہٕ شاعری

وُہمہِ صدی ہُند دوٚیم ژوباگ چھُ کاشُرِ زبانیٚ ہِندس ادبی توٲرٟخس منٛز مہجوٗرن تہٕ آزادُن زمانہٕ مانہٕ یوان ، یہِ چھُ یہند ناو مشترکہٕ تِکیازِ یمن دوشوٕنی شاعرن ہند دیٛت چھُ تیوٗتاہ زِ تہ ہکون اکھ پتھ تھاٲوِتھ تہٕ نہ بیاکھ مشرٲوِتھ۔ کینٛہہ توٲرٟخ نویس چھِ اَمی حسابہٕ ادبی توٲرٟخ مرتب کران تہٕ یَس تہِ ادیٖبس یا شاعرس کُنہِ دورس پیٹھ مکمل چھاپ ترٲوِنچ توژھ آسہِ یا زیادٕ نامور ثابت سپدِ سُہ دور چھُ تَسی سٕتی منسوٗب سپدان۔

یمہِ ساتہٕ آزاد شاعری ہنٛزِ شاہ پرٕی مأنتراوُن ہیوٚت ، کاشُرِ شاعری منٛز اُسی زٕ حاوی رُجحان سایہٕ کُرِتھ ۔ اکھ صوٗفی شاعری ہُند رُجحان تہٕ بیاکھ لولہٕ شاعری ہُند۔ شعرِ ذاژن ہِندِ حسابہٕ اوس وژُن گوڈٕنکس درجس پیٹھ مقبوٗل ، یتھ منٛز تصوفُک موضوع تہِ ورتاونہٕ یوان اوس تہٕ لولہٕ شاعری ہند تہٕ۔دوٚیمس درجس پیٹھ اُس غزل۔ مثنوی لیکھنُک سلسلہٕ یوٚدوے ژھوکُن ہیوٚ تمُت اوس پوٗز ختم اوس نہٕ گوٚمُت ، یمیُک ثبوت خود

مہجورنہِ تہٕ آزادنہِ مثنوی چھےٚ۔

قدرتی کتھ چھےٚ زِ آزادن تہِ گٔر وٚژنہٕ تہٕ غزلہٕ ستی شاعری شروع۔ تمی پانہٕ نوو سے رنگ یُس تمہِ وقتہٕ پسند کرنہٕ یوان اوس۔ گوڈٕ گوڈٕ اُس یہِ شاعری تمی قسمچہِ کونچہِ ، یِم پرٛتھ مبتدی شاعریا ان ہیچھر کران چھُ ، تِتھے پاٹھی یتھہٕ پاٹھی نوٚ ونوٚوے سکوٗل سوزمُت شُر مشقہِ پچہِ پیٹھ حرف لیکھنہٕ بجلیہِ رِکھہٕ پوٚنز کران آسان اوس۔ ووں گو طبیعتس منٛز اٴسس موزوٗنیت تہٕ خدأے تعالیٰ ہن اٴسس جِس لطیف ہِش دولت تہِ عطا گٔرمٕژ۔ واریاہ کالا روٗز اُمی سنٛز شاعری صرف رسمی تہٕ رِواٮ۪تی۔ یوٚ تاں اُمی سنٛزِ زندگی منٛز پرٛٮ۪ پاٹھی لول دٲخل سپد تہٕ ذاتی تجربہٕ تہٕ دِلی وٲرِدات بیان کرنچ بنیاد میسر سپز۔

آزادنی شاعری تہٕ اُمی سُند فکر و فلسفہ دونان چھےٚ اکثر تسنٛزِ شاعری ہندبن پتیٚ مبن دورن پیٹھ نظر ترٛاونہٕ یوان تہٕ تسنٛز لولہٕ شأیری ،مقدارلحاظہٕ ییمٮ۪گ پوٗتر گوٚبے پٮ۪ہن چھُ ،گاٗل کھالتس ترٛاونہٕ یوان۔ چھُنا صلاح از دِموأسی اُتھی نظر گُزر۔

کلیات آزاد ترتیب دِنہٕ وٲلی صاحبن چھےٚ یہِ کلیات پننہِ پسند مطأبق ترتیب دِژمٕژ۔ ساڈشےٚ ہتھ صفہٕ کتابہِ ہندی دوٗن زٕ ہتھ صفہٕ چھِ ، فہرست ، حالات زندگی ، دیباچہِ و مقدمہٕ ہوبن عنوانن ستی مو کلے متیٚ۔ شاعرٕ سُند کلام چھُ بادۂ وطن ،مناظر قدرت، ندائے ہاتفی ، انقلاب، سوز وساز ، وقتچہِ کتھہٕ ہوبن عنوانن تحت تقسیم کرنہٕ آمُت ،یِمن منٛز اکثر نظمہٕ

تھونہٕ آمژ چھےٚ، ہیٔژ حسابہٕ چاہے وژُن چھُ غزل چھُ یا بیٛہٕ کانٛہہ ہیٔت۔
یہٕ حصہٕ چھُ دۄنٛن دون ہتن صفن پیٹھ پھٔہلتھ۔ دۄن ترٛےیہ ہتھ صفہٕ چھُ
سُہ حصہٕ یتھ اندر غزل تہٕ وژُن چھِ تہٕ یِمن ہُنٛد حاوی موضوٗع چھُ لول۔
آزادٕنی شاعری یِمہِ وقتہٕ زیادٕ مقبوٗل سپٕز، چاہے پریم ناتھ
بزازنہِ ہمدرد اخبارٕ کنی، چاہے وِتھ قیتھ منگ نظرتل تھونہٕ کِنی، سُہ اوس پوٗرٕ
ہندوستانس منٛز ےنہٕ، دنیاہس منٛز روسی فلسفہٕ یا اشتراکیت کہ چلے
جاوُک زمانہٕ۔ برصغیرس منٛز اُس ترقی پسند تحریک طیس پیٹھ تہٕ اتھ یُس
نظریہِ ڈٔکھِس اوس، تمہِ کِنی گژھِ کتھ کرنہٕ ینٛی صرف سمأجی تہٕ معأشی
نابرابری ہنٛز، طبقأتی تقسیم کہِ نوٗرچ، اتھ نظامس تلک پیٹھ کرٕنچ،
انقلابٕچ وغأرٕ وغأرٕ، لوٗلچ چھینہٕ کتھے مذہب تہِ گوٗو گأل کھالتھ ترٛاوُن تہٕ
اتھ اُس یوان سو اُفین وَننہٕ یوسہٕ لُکن شوٗنگتھے تھاوان چھےٚ۔ یانہٕ آزادن
اکھ شعر چھُ اَتھ کُن اشارٕ کران۔

تمہِ لولہٕ کھوتے بہتر زولانہٕ غلامی ہُنٛد

استادٕ جواں مردیُس لول پتھر پاوے

اَمی وجہ آونہٕ آزادنہِ لولہٕ شاعری کُن توجہ دِنہٕ۔ خود آزاد تہِ
ما آسہِ ہے اتھ "دفترِ بے معنیٰ" سمجتھ "غرق مےٚ انقلاب" کرُن بہتر
زانان۔ پوٚز لول چھُ سُہ موضوٗع یُس سکرأتچ تلخی تام میٹھ شربت
بنأوِتھ ہٹہِ وانٛلنچ کرامات کران چھُ تہٕ چھُ انسانہٕ سِند بن بُنیأدی جذبن
منٛز شأمل بلکہ تِموٗمنٛز تہٕ اکھ زبردس جذبہٕ، یِمہِ کِنی لولہٕ شاعری ہمیشہٕ دِلن

رنزوان رۄزمژ چھےٚ تہٕ عامن کیو خاصن براہ یوان رۄزمژ چھےٚ۔ سانیو گیون والیو واتناوٕ یہ لۄکن تام، ژٕ دمتین دِلن پیٹھ شیہلتھ تہٕ مشراونہٕ ہیچ نہٕ یتھ۔ وژنن اندر اٗس نہٕ کانٛہہ، رۄدی ننمدِ باٗتن تہٕ لولوباٗتن ہنٛزِ شکلہِ منٛز سانین دجن تہٕ ڈوربن، کھہن تہٕ کھین ہُند فضا گرٛزٕ ناوان تہٕ مُشکاوان تہِ۔

کلیات آزادٕکی ترتیب کارن چھُ گوڈنکہِ دورٕکی وژن تہٕ غزلہٕ پۆتُس درج گرٕمتی دۆیمہِ دورٕکی منٛزس تہٕ اٗخری دورٕکی گوڈٕنتھ، شاید یہِ زاٗنتھ زِ گوڈنکہِ دورٕک کلام ما آسہِ فنی لحاظہٕ کمزور۔ زماٗنی لحاظٕ چھُنہٕ یہِ ترتیب صحیح زانُنہٕ یوان۔ خاٗر، یُس کلام تمہِ پۆتُس دیُت مُت چھُ یعنے گوڈنکہِ دورٕک کلام، تتھ منٛز چھِ غزل کمے، وژن چھِ زیادٕ۔ امہِ وِزِ چھُ آزاد، احد تخلص ورتاوان اوسمُت پۆز امہِ تخلصکی چھِ سیٹھاہ کم باٗتھ میلان تہٕ یہِ چھےٚ سارِنٕے خبر زِ ابتداٗیی مشق کران کران کۄتاہ کاغذ چھُ سیاہ کرنہٕ یوان۔ باسان چھُ یتھ واریاہ کلام چھُ تلف کرنہٕ آمُت۔ جانباز تخلصس تحت لیکھنہٕ آمُت کلام تہِ چھُنہٕ تیۄتاہ میلان۔ اَتھ تہِ ما چھےٚ یہے وَنن گاٗمژ۔ بہرحال کینہہ مقبوٗل عام باٗتھ چھِ اٗتھی دورس ستی تعلق تھاوان۔ مثالہِ پاٗٹھی

چھےٚ بُلبُل درعذابو کتیو پھۆلہم گلابولو

یا

بہٕ لاگے درد ہی تے گل مداٗنو پردٕ رولیس ٹُل

آزاد چھُ اَتھ دورس منز کینہہ نوینہٕ تشبیہ تہٕ ورتاوان مثلن۔

سزٕ ییتھٕ پاٹھی میژ منز تیل  نتے پتھ آبہٕ پیالس نیل

تتھے پاٹھی تس تہٕ مےٚ گومُیل  بہ لاگے دردٕ ہی تے گل

اَتھ روٲیَتی شاعری ہندس دورس منز تہٕ چھُ گنہ گنہ وِزِ یہ کلام دِلس سنان۔ شاعر چھُ پنُن باسان، لہجکی زٲوِلی نکتہٕ تہٕ اٲوِلی جذبہٕ چھِ اظہار لبان۔ مثلاً

دِتہٕ سَے میٲنے کنہٕ کُے سون تے  ہیتہٕ سے وعدٕ قرار

نمہٕ ہس پانہٕ چھس اندیشن تے  ونتے کتہٕ بیوٚٹھ یار



یاوصلہٕ کہِ شبہ ییلہِ میج اَسہٕ تن تے  ترٲوی نم زُلف شہمار

نرِ شاند تھاوِمس لرِ ئر پھن تے  ونتے کتہٕ بیوٚٹھ یار



ہیرِ ییلہِ ڈیوٚٹھم ہیرِ گُن اژنے  سُنٕ پوش اٲسس شیرِ لاگان

ہوش وبسہٕ رووُنم گوم پھیُر گژنے  بیٚیہ آلژنے تھاوس پان

اَمہِ دورٕ چین غزلن منز چھُ آورد باسان۔ پوٚز وژنن منز چھُ چھرا آمد۔ زن چھُ ناگہٕ راد وزیومُت۔ لفظٕ ژٲر، محاکات تہٕ جذبن ہند اظہار چھُ آزادنہٕ روشن مستقبلچ بشارت دِوان۔

تیم از روشہٕ پوشے موٚت، پتھا سونتگ ہوالوٚت لوٚت۔

دلگ دیریمنہٕ تب سوٚت سوٚت بہ ظاہر چھُم ہمن امشب

ییہ گچھے کٹھِ بال چھس پراران اَچھے داُر آرٕ کرٕتھاران
وُچھنے دارِ بُری لاران سُہ حُسنک آفتاب ییہِ نا
یندرس بہتھ دون کوکلن ہینز یأنی چھکھ فلیٕ ملن

سینٛدر ڈبکس میل کیا رٕژے
آرٕ کرٕژے بدوَل جمال

ہولہٕ تب چونٔے گوم أندری یے
چھُنہٕ نِشہِ غأرن ونہٕ نس وار

چھوکھٕ لد عاشقن پھرٛکہٕ ونی پھری یے
کاستم ٹھُری یے آس لاچار

وارٕ وارٕ چھےٚ تہندس کلامس منز زیادے پختگی ہوان ییٚنۍ۔ بیان
چھُ باسان بیٚیہِ ہناسہٕ وُن تہٕ لفظہٕ ژأر پھرِنی لایق۔ تشبیہ چھرا کأشری۔
ترأوِتھ ژوٚلم سُہ کوٚستوٗر، یاون تھرے تلتھ ویوٚر
پرِ ہے نظر کرِنی دوٗر، یوٚت اضطراب شوٚبیا

چانہِ فراقہٕ ودن ودن ، نوٗنہٕ پھلِکی پاٗٹھی گوٚل مے بدن
گوم جعفری پوشن رنگہٕ وٕلے ، وولہٕ للہٕ وَتھ لولہِ منزٕ ے
لولِہ للہٕ وُن اوس یوٗأنی وننہٕ۔ لولہِ منز للہٕ وُن چھےٚ آزادِنی کتھ۔ ے
رُم چأنی ونان وارٕ ازچھے نہٕ سُہ دِل یارٕ

کوزِلنہٕ دیتے خارٕ          کُمی تازٕ سوندر مالے

دوٚیمس دورس یعنے مژٕ یمس دورس منٛز یوٚ دوٚے بیٚین زبانن

ہنٛزٕ شاعری خاص کرٲرِ دو شاعری ہندی اثرات وارٕ وارٕ پٮ۪ن پرتو تراوان

چھِ باسان تہٕ گرتھ چھُ تہند پٮ۪ن رنگ تہٕ شوخ سپدان جذبن ہنٛز

صداقت تہٕ بیانک مٮ۪چھر چھُ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔

ترٲوِتھ ژوٚلُم سُہ کوٚستور          یاون تھرے تُلِتھ ویور

پٔژ ہے نظر کرٕ نی دوٗر          یوٗت اضطراب شوٗبیا

آزادن چھُ یتھہٕ پأٹھی توہہ تہنٛزِ شاعری منٛز دِنہٕ آمژ و مثالو ستی

نتیوُمت آسبو ، ہندی شاعری ہنٛز سو روایت یوسہٕ کرشن ہندوستانی

زبانن ہنٛزِ بولہِ شاعری منٛز چلان روٗزٕ تہٕ کأشرِ شاعری منٛز وُنہٕ تہٕ یہِ

ژھوکان چھینہٕ ،عشقُک اظہار نسوانی لہجس منٛز کوٚرمُت۔ لول باونہٕ

خأطرٕ چھُ یہِ لہجہ سبٹھاہ پُر اثر رودمُت تہٕ وژن شاعری ہنٛز چھےٚ یہ خصوصیتھہٕ ،

کأشرِ غزلہِ پٮ۪ٹھ تہِ روٗدیہٕ اوترٕ اوترے تام سایہِ ترٲوِتھ۔ آزادن چھنہٕ

یہِ لہجہ پوٚت ورتوومُت بلکہِ زنانن ہندِو نوزُک جذبن تہِ زبو دِژمژ۔

کینٛہہ مثالہٕ ـ

ہیہ تن گاٹژ لولہِ بانبرے چھم          نالہٕ متہِ رٹہٕ ہن لالہٕ روخسار

توشان کاٗژاہ یم پوشہِ زٕرِ چھم          شاٗدی سوٚ ندرِ چھم واتم یار

تاریتھ لولہٕ سہلابس ژھاران سوندر مال چھندریالیس

نُندٕ بون یاوٗن پوشے پھوٚت زن اتھہٕ پیوم ہے ہائے

میر غلام رسول ناز کی صائبہِ اکہِ مشہور غزلہِ ہُند اکھ بلیغ شعر چھُ

آغاز و چھمس انجام وُ چھمس واہ واہ جوانی ہے ہے جوانی

پوٚز یاوُن تِتھہِ پاٹھی ہنگہِ منگہِ راوُن، زنتہِ پوشہِ پھوٚت اتھ منٛز

پتہٕ چھنا چھپر گژھن، چھےٚ بدٕلے تشبیہا، بدٕلے کتھا۔

تِتھے پاٹھی وُچھتو یم مثالہ

چھُم برگہ رٕس لِتس بالہٕ پانس ورگہٕ واوُک ڈر

بے عار گٹیل یاروَنہٕ چے یارِ تھلِتھ گوم

گژِ مےٚ ہن ہن کاڑ زوٗ نے ہانژ آیم رٕکژ

ڈشراوُنس لوٗکہٕ متٕ یے وُچھتہٕ نوٗرٕنی پھتی یے

بُلبلو ووٚد، گُل ہرِتھ پیٚنے، سرٕ وُگلی گے روٗزی روٗزی

چاک جامن دِتھ مےٚ کیا تاں پاک دامانس وِنیوم

مرزا غالبن قد چھُ اُردو شاعری منٛز تھدِ تھوٚد۔ تُسند یہِ شعر آو

المن کھالنہٕ۔

بوئے گل، نالۂ دل، دودِ چراغِ محفل

جو تری بزم سے نکلا سو پریشان نکلا

حالانکہ یہِ چھُ یتیمہِ فارسی شعرُک سیٚد سیوٚد ترجمہٕ تہٕ فارسی شاعر

سُند ، ناوتہِ چھُنہٕ ہنہٕ آمُت ۔ گوڈنیُک مصرعہٕ چھُ سرِ شبوُت تسنٛد ے ۔

بوئے گل نالۂ دل دود چراغ محفل

ہر کہ از بزم تو برخاست پریشان برخاست

آزاد چھُ کأشُر شأعرتہٕ پٔنن پر چھُ لوٚتُے آسان ۔ اُمِس کُس دیہِ اَتھ شعرس داد ۔ امے اندازٕ تہِ چھُ آزادنہٕ شأعری منٛز دریٛٹھی گژھان ۔ صرف اکھ لفظ ورتاوِتھ ، کوٚتاہ کینٛہہ وَنُن ، وارِیاہ کینٛہہ بیان کرُن ۔

وُچھنہِ ژالیس بہٕ وارِ ہنٛدی گل تتےٚ یہِ سینہٕ دوٚد مےٚ بلکل
وُچھِتھ گلن ستی چھوان بُلبُل سبٹھاہ کتھہٕ یاد پیٚیم ہالالو

آزادن چھِ کینٛہہ غزل تہٕ وژن ، مہجورنہِ کلامہٕ کِس اثرس تل تہِ وٗنی ہتیٚ یادَپوتھند بن غزلن یا وژنن جواب تہِ لیوٚکھمُت ۔ گوڈٕنی کمی لیوٚکھ تہٕ پتہٕ کمی دیُت جواب ، تہِ چھُنہٕ معلوم سپدان ۔ مہجورُن اکھ مشہوٗر وژن چھُ ۔

ویٚسی یے کیا ملالہٕ روٚٹ جانانن جاے تمی رٹ پرستانن منٛز
آزادن چھُ اَمہِ چالہِ یہِ وژَن ووٚنمُت ۔

باغی یے کیا گمانہٕ بوٚرجانانن روشہٕ بیوٚٹھ پوشہِ ڈالانن منٛز
مہجورنس وژنس منٛز چھُ اکھ سبٹھہٕ مولل شعر ۔

واش یپلہِ کوٚڈتمی زُلفِ پیچانن گاش بیوٚٹھ ژورِ دردانن منٛز
مشک دار واو پھیوٗرمنٛز گلستانن جاے تمی رٹ پرستانن منٛز
آزادنس وژنس منٛز تہِ چھُ مولل شعر ۔

حتدٕ ییٚلہِ کوٚرتمۍ گلِ خنداںن　　منٛدٕ چھِتھ لعل پیٚٹھۍ کانن منٛز

ہولہٕ ستۍ لولہٕ اَتھ باندِ گوپانن　　روشہِ بیوٚٹھ پوشہِ ڈالانن منٛز

آزادنہِ شاعری منٛز چھُ لولہٕ جذبن ہُنٛد اظہارتمہِ آیہِ سپُد مُت ، زِ زنتہٕ اُسی ، ییٚتہِ ژُے کانٛہہ عاشق ، ماشوقس ژھاران چھُ ، پراران چھُ ۔

نظرے نیرے تھزرن ہا پھیرے　　وِگہِ نمن ستۍ ونہٕ ناوے مدٕنو

نارٕ یوٚد زالنم آب گژھہِ جأری　　سوٚرمیون وَسہِ آری ییے

پھیرِ گُلزارن جویہِ ژھأری ژھأری　　ترٛ اوسا کیناوأری ییے

زاگ ہیٚتھ باغٕ منٛز پٔترٛ مے پیارے　　بالا درِتھزے دارے ستۍ

بِندرے ٹھولہٕ چھم پسوان ہارے　　بولہ ناطوطہٕ ونہارے ستۍ

مُدری دودٕ کھاسۍ پھیرٕ ہس دارے　　یِژھ تے لولچہٕ نارے ستۍ

توسہٕ ؤتھراوس زأوِجہِ تارے　　بولہِ ناطوطہٕ ونہارے ستۍ

لژھے کرٕنس ہژرے نیوٚنم کڈِتھ سون　　یژھے لولس یہِ ژیا پھل درام اُتۍ ییے

آزادن چھُ وژنن منٛز تھیٚھ لاین وول ووج مصرعہٕ تہٕ قافیہِ بندی ہُنٛد دِلس دیہِ وُن نظام ورتووُمت ۔ غزلن منٛز تہِ بڈٕ نبرل قافیہِ استعمال کٔری متۍ یعنے فارسی تیچ پأروی کرنہٕ بجایہِ کاشُر مزاژ پسند کوٚرمُت ۔

ہلمأشہٕ متیو ہولہٕ چانے تھوٕمہ دشے مے

پیرن فقیرن کھور چھٔلِم لولہٕ اشے مے

اَمی غزلہِ ہُند یہِ شعر چھُ قابلِ توجہ ۔

اَمی سنگدلن ہیہِ کوٚرنم اری نہِ ہنٛدُے رنگ

گنزران کم گل رأوی اَتھ پومبوری دشے مے

یتھے پاٹھی چھے بیاکھ غزل "آسے" قافیس منز۔ مطلع چھُس

راوان یَس چھُ آدن تس کتہِ قرار آسے

کیازانہِ دلُک ڈُ دوَن یَس تازٕ بہار آسے

تہٕ یمہِ غزلہِ ہُند قافیہ تہِ چھُ اچھوُوے ہیوٚ۔

چھُم ہوس نالہٕ رٹھ لالہٕ یہٕ ژوٚرے ژوٚرے

کیاونے حال دِلُک بال یہِ دوٚرے دوٚرے

مٔنزی مہِ دورُک دُپہر ڈلان ڈلان چھُ آزادنہٕ لولہٕ شاعری ہُند سُہ رٔنی آرٕ ہنا تھکان ہیوٚ۔ اتھ چھُ گربز گژھان کم۔ وون چھِ غزلن تہٕ وژنن منز سماجی تہٕ سیاسی موضوع تہِ رل گژھنی ہوان۔ تُنٛد دِل چھُ وُنہِ تہِ لولہٕ بوٚرت، عشقُک شمع وُنہِ تہِ تسنٛزٕ دلہٕ چہِ زوٚر پٹھ گہہ ژھٹان۔ پوٚز یہِ عشق چھُ پنُن روخ بدلاوان، لوٚلچ یہِ وتھ چھے وونی کتھ تانی بیٚیس طرفس کُن روخ پھران۔ وُنیک تاں یُس رنگ تسنٛدِس لولس اوس شاید چھُ آزاد تتھی متعلق ونان۔

تمہِ لولہٕ کھوتے بہتر زولانہٕ غلامی ہُند

اِستادٕ جواں مردس یُس لول پتھر پاوے

پۆ زنوبن سرحدن پھیرتھ تہٕ نوبن کولن ہنٛز ترٛیش چیتھ تہِ چھُ
سُہ اصلی رنگ ، آدنکہِ لولُک رنگ یُس ہر ہمیشہٕ تیوٚتاہ شوخ چھُ ورتاونہٕ
ینہٕ کہِ زمانہٕ تہِ تہٕ نار ژھبتہٕ گرٛٲٔھتھ یاداوآری ہنٛزِ شکلہِ منٛز تہِ، زِزٕ ہنٛیٚ
چھُنہٕ تھپھ ژُلان، آزادنہِ شاعری منٛز بےٚ شونکی پأٹھی کلہٕ کڈان۔ یہِ غزل
چھےٚ امی کتھہِ ہنٛز نشان دِہی کران ۔

بہ ہالالہٕ وندے لال بہٕ نوژالہٕ جُدآیی
بہٕ ہاساس مٲلِتھ نیرٕ کرے کاسہٕ گدآیی

چھُ از جانانہٕ ساقی پانہٕ لولُک مس بران کھاسن
گرِتھ پأراو ، نأوتھ پان ترٛ آوِتھ زُلفِ پیچانن

مائزِ نمن بُمن کرٛل پوشہِ بدن زٕ پوشہِ تلُی
نِشہِ یتھس ستم گرس ژۄرِیہِ دِل بہٕ تھاوہا
یا یٚمہِ اندازٕ کر تہٕ یٚمہِ رنٛگکی وژن ۔

ہایہِ تہٕ ضلیہِ گومیوٚن یاوُن یے — اورٕ کنہِ دِل میوٚن چھُنہٕ پھیران
نادان کوتاہ یہِ غرضہٕ اوٚ نُے — أتی روز وِگنہِ ون وُنے بوز

☆

سنبس ماپوشہِ بدنس مس — مٲلِتھ کمہِ شوقہٕ تھاوان چھس
مشک دار زُلف خمداران — سُہ پھیریا تازٕ یارن ستی

☆

پھیرِ ما میانہ وتے — رٹہٕ ہن نالہٕ متے

حال دِل باوہسے درزۆن لأج نسے

تہٕ اَتھ چھِ اَمہِ علاوٕ تہِ آزادنہِ کلامہٕ منٛز کیٛژ مثالہٕ میلان۔ ییلہٕ تمۍ دۆیمبن شعرٕ ہیٚژن منٛز تہِ اظہارِ خیال کرُن ہیوٚت تہٕ موضوعی نظمہٕ لیکھنہٕ ہیٚژٕ، خصوصن قدرتی نظارن پٮ۪ٹھ یا تنبہٕ لاون والین موضوٗعن پٮ۪ٹھ، تمہِ ساتہٕ تہِ اوس در پردٕ تس دِلک یہَے دود دگ ٹلان۔ مثالہِ پأٹھۍ ''وُزمل'' نظم۔ یا اَمہِ کھوتہٕ تہِ ٹاکارٕ مثالہٕ، بٹہٕ کورِ تہٕ پہلی کور عنوانن پٮ۪ٹھ لیچھمٕژ نظمہٕ، یمن منٛز سُہ پننِس محبوبہٕ سُند سراپا بیان کران چھُ، بیٚیس کُن لأگتھ تہٕ تسُندِ لولہٕ دادِکۍ وبداکھ دِوان چھُ۔ اکھ ز مثالہٕ دِنہٕ روزِن منأسب۔

پوشو ماوُ چھے بمہٕ چأری چأری ژمہٕ ژمہٕ گمہٕ گے جأری یے

دَمہ دَمہٕ پۆشنۍ یہ شرمدأری پہلی کوٗری لولہٕ ون ہأری یے

ہٹہِ گنڈ ٹُلسی ہرٕ لاگ گری یے ساتھ وُچھ مٔژ راو جنتھری یے

بٹہٕ کار گٹہٕ کار چھِنہٕ سرسری یے بٹہٕ کوٗری مأری مٔنزی سوندری یے

ژاٹہٕ ہالہٕ دژ اکھ منٛزی بازری یے بون بون وأرِتھ شلوارٕ نری

تن چأنۍ زوتان دوتہِ أندری جایے بٹہٕ کوٗری مأری منٛز سوندری یے

یہ مختصر مضمون لیکھنک خیال آو مےٚ صرف اکہِ کتھہِ ز عبدالاحد آزادنہِ شأعری ہندۍ یم گوشہٕ قأبلِ توجہ باسناونہٕ یوان چھِ، فکرتہٕ فلسفہٕ کنۍ ما آسن قأبلِ توجہ۔ پۆز شأعری ہُند رۄح نظ تل، تھاوِتھ چھِنہٕ تتھۍ یِژھ تہنز لولہٕ شأعری چھےٚ۔

ڈاکٹر حسرت حسین

# عالم ہا کرِ یاد آزاد آزاد

آزاد چھُ یِیمہِ دورُک نمایندٕ شاعر یِیلہِ کٔشیرِ شخصی راجہِ چہ کاژِتلہٕ آزاد سپدان اَس تہٕ ہُپاری اوس برصغیر ہندوستان انگریزَن خلاف برابر بغاوتچ علَم تُلِتھ آزاد دی ہِنٛد بن خوابَن خۄنِ دِل چاوٕناوان، ہُپاری اوس کُل عالمُک انقلاب غریبَن تہٕ مُفلِس لۄکَن اَتھِ رۄٹ کٔرِتھ سرمایہِ داری تہٕ جاگیر داری خلاف منظّم کٔرِتھ اَکِس عوامی نظامِ حکومتَس وجود بخشان۔

زندگی کیاہ؟ انقلابَن ہِنٛز کتاب

اِنقلاب و اِنقلاب و اِنقلاب

اِنقلابو پاد کری مذہب تہٕ دین

اِنقلابو کوس شک ہوو کھ یقین

آزادس چھُ اِنقلاب ٹوٹھ، بامے سہ زندگی ہِنٛدِس کُنہِ تہٕ شعبَس ستی واٹھ تھوان اَسی تن، ژکہِ چھُ آزادا کھ زِنٛدٕ جاوید اِنقلاٰبی شاعر، تَسند شاعرانہٕ سوز وگُداز چھُ اِنقلابَن منٛزٕ پرٛتھان تہٕ پوٗٹھان، تَس چھُ نہٕ صرِف پننہِ ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛد وَسہِ بلکہِ چھُس کُل عالمُک تیوٗت سۄن تہٕ گۄن مُشاہد، یوٗتاہ نہٕ تٔسنٛدِ دورِ کُس کانٛسہِ دۄیمس شاعرَس پۄرٕ برصغیرَس منٛز حاصِل چھُ۔

ہِند عرب ، رُوس چین فِتنہٕ گرَن ہُنْد نِفاق
دٕہن تہٕ ایمان کیاہ ؟ لول گُنبر اِتفاق
زان دٕ ے بۆڈ گناہ ، مان گُنبر بۆڈ ثواب
یِی چھ وَنان اِنقلاب اُتھی چھِ وَنان اِنقلاب

آزاد چھ اِنقلابَن ہُنْد نہٕ گرٕ بن دِل ودماغَس منز وپراوتھ اَمہِ پتہٕ تِتھِس تھدِس اَدبَس زایُن بخشان یتھ اُسی ہر لحاظہٕ کلاسیکل ادب (Classical Literature) وٕنتھ ہیکو، تہٕ یُس پَننی تیٚہہ تہٕ تاثیر ازدوٕن گرٕ ھتھ تہٕ مولہٕ ناوتھ چھُ۔

خانہٕ مول بنْدٕ گتہِ زانہِ یہٕ آزادُن حال
زانہِ سوے جاے دزُن نار پھوان یتھ جایے

(نالہٕ بڈشاہ)

جران اَکھاہ سون تہٕ چھوٗنہِ جامَن
بیٚین نہٕ زانہہ اَن بَنان شامَن
وُچھِم یئے زیٚادٕ پاک دامَن
ژٕبے نِش تمَن کیُت نہٕ آب ودانہ

(شِکوٕہ ابلیس)

فریبوٕ ستی چھار وزان درد ُک سوز پردَن تَل
ستَن سٕدرَن ترٕ تھ بارَودٕ تُن شورس تہٕ نارس منز

(مہاتما گاندھی ۔ شاعر)

موم دِل، شیرٖین دٔہان وپوٚنتہٕ راے

نِشتَر وٕ ستی لۅٚر وِن شُستٕر قلاے

مغز نمرٕ دُن کھوان لاٗ گتھ موٚ ہا

رامہٕ ہونٛنن گالہٕ دُن پادٕ رٕ ہیا

(مارکس ازم)

آزاد چھ اَکھ بُلند بانگ شاعر، أمِ سُند شاعرانہٕ فلسفہٕ چھُ اِنسانٛی نابرابری ہُند واویلا۔ أمیری تہٕ غریبی یوسہٕ أکِس شخصَس وٕستھ تہٕ بیٚیس کھٕستھ بناوان چھےٚ، چھےٚ آزاد سنٛز شاعری ہُند بُنیأدی موضوٗع، سُہ چھ أمیری تہٕ غریبی درمیان ٹھری کاسان، جاگیرداری تہٕ سرمایہٕ داری ہنٛدِس نظامَس تُلہٕ کترِس تاپھ، تَس چھُنہٕ ظالمہٕ سُند ظلُم تہٕ جابرٕ سُند جبر برداشت گژھان۔

پاکباز وسون سِیکھ منٛز ژورمُت

کانٛتھو کاریگرَ وٕنٛیِہ کورمُت

(مارکس ازم)

خُدا ایٚن یادٕ گری باقے یُہنٛد رتھ ماز میوٗنے خوٗن

یوان أسم نہٕ ژٕ کھ بلگُل ولیکن وونی یِوانی چھم

غریبٔن گژھیتھن ہنٛز ترجُمانی شوٗبہِ آزادَس

پسندکانٛژاہ یِوان تہنٛد بن خیالَن ہنٛز روانی چھم

(گژھیسی نامہٕ)

شہنشاہی تہٕ سُلطانی بنان میانٮ۪س رٕتس مازَس
بنان چھِم دَردٕفری یادَن تہٕ نادَن گردِ آسمانی
مےٚ گوٚ وتقدیر ہاوُن پانہٕ گوٚ وتدبیر وَرتاوُن
یہِ چھافرموومُت دھرمَن وَنان چھاأتھی مُسلمانی

(آہِ مظلوٗم)

تَیم ییلہِ راکھ فأرِشتَہ
دِمکھ نے کینٛہہ انَن رینجر
گرٕ ھیم وِرزیُن تہِ سرکاری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

......

ژٕ زاکھ اِنسان بڈٕ ٹھوکھ اِنسان
کتے بنیو کھ ہیوٚ ند کتے مُسلمان
چُھ چون مذہب گُنہرتہٕ یکسان
ژٕ اَکھ بہٕ اَکھ گنٛزرُن رَواچھا

آزاد چھُنہٕ مذہبَن دھرمَن تہٕ اِزمَن خلاف، سُہ چُھ اَمہِ کیٚمن غلط تحویلاتَن تہٕ تفسیرَن ہُند مُخالِف۔ تَوے تہٕ چھِ تَس اِنقلاب ٹاٹھی۔ آزادٕ سُند مذہب چُھ اِنسانٮ۪تس پیٹھ دٲرِتھ، ہیومینٹی (Humanity) یازِ اِنسانٮ۪یت چُھ تسُند فلسفہ شعارتہِ تہٕ فلسفہ زندگی تہِ۔ تَس چھِنہٕ مذہبکی اَپزی تفسیرٕ تہٕ تحولات ٹارِ گھسان بلکہِ چُھ سَدا اِنسانٮ۪تس لول بھران۔

مُشیدَن مندرَن گرجن دھر مسالَن تہٕ اَستانَن
تِتھِن پیتِن گرَن اَژنگ کَنِۓ درواز آسُن گوٚژھ

......................

ہاران اَکھاہ خوٗنِ جگر بیٚاکھ ماران ہُنڈی
اَکھ تژیش ژھاران بیٚاکھ چھُ ژاران دوِدس گَنڈی

(عید)

ووتھ پانہٕ پَنُن سَنز کربَن پانہٕ پنُن رہبَر
اَوتار تہٕ پاغمبَر یِوان اَسی پتھ کالے
دوٚگی نیٚار چھُ بیٚلہِ مطلَب پوٗزاپہٕ نمازن ہُنٛد
سوزَس بہٕ یہِ بخشائیش بیٚیہِ توری لَدِتھ ڈالے
ہیٚندِس تہٕ مُسلمانَس شیرِتھ اَکی ہے بانَس
زانُن تگہِ اِنسانَس کیٚاہ معنہِ چھُ مِثالے

آزاد چھُ خودشناس (Idealist)۔ خودی ہُنٛد فلسفہٕ بَدِ کڈان چھُ علامہ اقبالَس نکھٕ یِوان، بُنیادی طور چھُ خودی ہُنٛد یوہَے جوہَر آزادَس عرِشکی تہٕ فرِشکی اَسرار چاک کرناوُنس پیٹھ مجبوٗر کران۔

ہو جسکے جوانوں کی خودی صورتِ فولاد
اُس قوم کو شمشیر کی حاجت نہیں ہوتی

تَمہِ لولہٕ کھوتہٕ بہتر زولانہٕ غُلامی ہِندی
یُس لول جوان مردَس ایستادٕ پتھر پاوے

آزادؔ سٕنز نظم ڈٔری یاو تہٕ شکوۂ ابلیس چھےٚ تِسنزٕ خودشناسی ہٕنز بہترین نظمہٕ یِمہٕ سراپا خودی ہِندِس وبو ہارَس للہٕ کھوٗل کران چھےٚ۔ یِمن دوشوٕنی نظمن منٛز احساسات تہٕ تجرٕبہ کاڈ کڈان چھِ تِم چھِنہٕ نہٕ صرِف عبدالاحد آزادؔ سُنٛد ذاتی شاعرانہٕ بجر متعین کران بلکہِ چھُ یِمن ہُنٛد اَدبی تہٕ اکھ کلاسیکل (Classical) رنگ تہٕ روغن رٹان۔

مےٚ عادَتھ چھِنہٕ پَتھ پھیرُن مےٚ نِش گوٚو برٛوٗنٛہہ کنٛےٚ نیرُن
نہٕ چھس گُل پان چھُم شیرُن نہٕ بُلبُل اول چھُم ییرُن
بٔ چھس خوش پیچ و تابَن اِنقلابَن زلزلَن اَندر
یِوان چھم زندگی ہُنٛد سوز سفرَن منٛزلَن اندر
(ڈٔری یاو)

............

وُنہٕ ژٕ اَزماو یہِ میون طبیعت
خودی تہٕ غیرت وُچھکھ وَنان گتھ
دِتم بیٚیس سٔجدٕ کرنہٕ باپَتھ
ژٕ سورگہٕ کھوتہٕ زبر مکانا (شکوہ ابلیس)

آزادؔ سٕنز مثالی خوٗبی چھےٚ تِسنٛدِس اَکھ پوٚز تہٕ دوٗربین کاشُر آسنَس منٛز گِیتھ۔ یِیمہٕ ٹاکارٕ شبوٗت تِسنز شاعری تَس بحیثیتِ اَکھ ادبی مورِخ (Literal Historian) زانِتھ وو تلاوان چھےٚ۔ تَس چھُ کٔشیرِ ہُنٛد پوٗت کال از حدٕ ٹوٗٹھ تہٕ از کالچ کٔشیر وُچھِتھ چھس یہِ ڈٕلی زِ تہٕ وانٛج رَتھ چوان۔

پیٚمتی آسَن چرخ تہٕ کلہنؔ، غنیؔ تہٕ صرفیؔ یِیمِس لوٗلے منٛز
تھوٗن پرٛنیا تَس یہِ نار للہٕ ڈُن تہٕ یوٗت حسرت تہٕ خارٕ خاراہ (شکوہ کشیر)

............

# عبدالاحد آزاد تہٕ نقاد

عبدالاحد آزادس متلق چھُ واریاہو نقادو قلم تلُمت ۔ 'کلیات آزادؔ'، تسنٛز زندگی تہٕ 'کشمیری زبان اور شاعری' نظرِ تل تھاوِتھ یہِ کینٛژھا نقادو لیوٗکھمُت چھُ تمہِ ستی چھُ آزادنہِ ادبی کامہٕ ہُند اکھ معمولی تہٕ سرسری تعارُف پیش سپدان ۔ تاہم چھنہٕ عبدالاحد آزادس متلق مفصل پاٹھی کانٛسہِ نقادن پننہِ قلمُک استعمال کوٗرمُت بَلکہِ چھِ کینٛہہ تنقید نگار پننہٕ نَنہ بامبرِ ہتبن ،واضح مضموٗنن ،توٗراتن تہٕ دیباچن منٛز یِہنٛزن ادبی خدماتن ہنٛز نشاندہی کرنس منٛز گنہِ حدس تام کامیاب گمتی ۔ ووں گوٚو خدماتن ہنٛز نشاندہی تہِ تہٕ ادبی مأدانٛک اکھ رنگ بستہٕ پوشہٕ مأدان ہیکہِ نہٕ گنہِ تہٕ صورتس منٛز اَکس لوکٹس پوشہِ چمنس سوٗنب مُشراونہٕ یتھ ۔ البتہٕ چھُ گُنہِ وِزِ ماحصل سمپُل زٕنگی پیش یوان کرنہٕ ۔ تاہم یوسہٕ تہٕ کوٗشش نقادو کٔرمژ چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُ واضح زِ عبدالاحد آزاد پرکھاوٗن تہٕ تسنٛدِ قلمہٕ تہٕ ووندٕ منٛزٕک مقام متعین کرُن چھنہٕ آسان تہٕ سرسری بَلکہِ گژھِ نقاد

شاعری ہندِ بن اصولن ، رموزن تہٕ خاص کٔرِتھ کشیرِ ہندِس سیاسی ،
سماجی تہٕ مذہبی ڈھانچس ابتداہس تہٕ ارتقاہس علاوٕ آزادنس وقتس
نفسیأتی تہٕ ذہنی طور وأقف آسُن ۔ ووٚنی ییٚلہِ آزادٕنی شاعری اوٚ کٔطرف
ترٲوِتھ تسنزِ شہر آفاق کتابہِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' پٮ۪ٹھ تنقید کٔر پیمانہٕ
لاگو ۔ کأشرس شاعرس تہٕ زبأنی متعلق چھِ تمہٕ پرٕ دوٗر ہٹان ییم کأشرِ بن
ہندِس ادبی دُنیاہس برابر تۆ تام بُتھہِ آسی یۆ تام آزادن ''کشمیری زبان
اور شاعری'' تخلیق کٔر ۔ یۆ تام تنقید نگارن ہُنٛد توٗلق چھُ ، سأری چھِ یہِ
بدِ کڈنس منٛز کامیاب گٔمتی زِ آزاد چھُ کشیرِ ہُنٛد تِتھے فرزنٛد ییٚتھ فارسی
والٮ۪ن ہنٛدِ خأطرٕ پروفیسر بڑاوُن تہٕ اُردو والٮ۪ن ہنٛدِ خأطرٕ الطاف حسین
حالی تہٕ شُبلی چھُ ، آزادس متعلق قلم آزماوَن والٮ۪ن منٛز چھُ پریم ناتھ
بزاز ، ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو، علی جواد زیدی، محمد یوسف ٹینگ، عبدالقادر
سروری ، جیالال کول، بنسی نردوش، آنند ورما، پروفیسر پی این پشپ ،
عزیز کاشمیری، غلام احمد ، دنیاناتھ پارمو ، پروفیسر شفیع شوق، گنگا دھر بٹ
دہاتی، غلام نبی گوہر تہٕ محمد اسلم کلیم قأبلِ ذِکر ۔

عبدالاحد آزادس متعلق گوڈنیُک نقاد پریم ناتھ بزاز چھُ تمہِ
ساتہٕ قلم تُلان ییٚلہِ آزادنہٕ کٔنہ تام غزلہٕ ، نظمہٕ تہٕ آراہمدرد اخبارٕ تہٕ محفلہِ
شعرٕ ذٔریعہِ برۆنہہ کُن آمتی آسی ۔ ییمن محدوٗد غزلن، نظمن ، مکمل تہٕ
اشارأتی آرأیش ہنٛدِس ڈھانچس پٮ۪ٹھ چھُ پریم ناتھ بزاز تٔنٛز اکھ ادبی
لٔرتعمیر کران ییٚتھ اندر تِتھے رنگ بستہٕ ساز وزان تہٕ گاش چمکان چھِ تِتھی

ہزار بُلبُل داستان گُلس تہٕ میسور کِس برنداون باغس منٛز اَکِس مقرر وقتس پیٹھ وقوع پذیر سپدان چھِ۔ بزازن چھنہٕ یہِ کانٛہہ تگنگری کرمٕژ یا آزادس خواہ مخواہ دستار گنڈنٕچ کوشش کرمٕژ بلکہِ آزادنہِ کلامُک نفسیٲتی ذہنی تہٕ سماجی تجزیہِ پیش کٔرِتھ تسُند مُقام متعین کورمُت ونان چھُ۔

”آزاد صرف شاعر ہی نہیں تھے بلکہِ صحیح معنیٰ میں ایک ریسرچ سکالر بھی ۔ انہوں نے کشمیری زُبان کے تمام گذشتہ شعراُ کی سوانح حیات اور کلام کو جمع کرنے کیلئے کشمیر کا چپہ چپہ چھان مارا...... آزاد کی ذات نے پرانی بندشوں اور روایات سے بلند ہو کر اپنے کلام سے کشمیری زُبان کو موجودہ دُنیا کی ترقی یافتہ زُبانوں کی صف میں لا کھڑا کیا“[1]

آزاد چھُ انسانیت ،فرقہٕ دأری ، وطن پرستی، انقلاب ، عوام بیدأری ، پوٚز انقلاب، مذہبی تعصُب، نام نہاد پیشوا تہٕ خود اعتمأدی ہنٛدی پہلو پننہِ شأعری ہنٛدی زینت بناوان تہٕ یہنز بُنیاز پیٹھ بے ولیہِ قلم تُلِتھ انسانس خاصکر کأشرس اَمکِس اصلس تہٕ فرائضس منٛز تمیز کرناوٕن ہیچھناوان۔ پرٛیم ناتھ بزاز چھُ آزادنہِ کلامُک بُنیأدی پیغام پرکھاوان۔ مثلن

”آزاد کی نگاہ میں اُس انسان نے اپنی زندگی کا مقصد پا لیا جو بلا تمیز مذہب وملت و رنگ ونسل ۔ عام

---

[1] پریم ناتھ بزاز، شاعر انسانیت ، حالیؔ پبلشنگ ہاوس دہلی ۱۹۵۲ء ص ۱۸۔

انسانوں کو ایک ہی نظر سے دیکھتا ہے۔ اُن سے محبت کرتا ہے اُن کی مظلومیت کو مٹاتا ہے۔ خود بھی آزاد رہتا ہے اور انکو بھی مکمل طور پر آزاد دیکھنا چاہتا ہے۔ اُنکی نظموں میں گُنبر (اتحادو ایکتا) لول (محبت) درد (ہمدردی) اور آزادی انسانیت کی نشانیاں ہیں۔ اُس کا عقیدہ ہے کہ جس انسان میں یہ وصف پائے جائیں اسکا جنم سپھل ہے کیونکہ وہ صحیح معنوں میں انسان ہے"[ا]

شاعری منز بحیثیتہٕ فنکار کیاہ چھُ عبدالاحد آزادُن مُقام۔ سُہ چھُ تُسند کلہم کلام پرنہٕ تلہٕ ننان۔ أہندس فنی بجرس کیا چھُ وُنن تہٕ کیازِ یَس شخصہٕ سنز کتاب کشمیری زُبان اور شاعری' مقدمہٕ شعروشاعری تہٕ شعرالعجم ہش تنقیدی کتابن مقابلہٕ تھاونہٕ آسہٕ یوان، زانُن گژھہٕ زِ تٕسندِس کلامس متعلق ہیکہٕ نہٕ کانہہ غلط فہمی پأدٕ گژھتھ۔ وول گوٚو تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ بزاز صأب یہندس فنس پیٹھ قلم تُلتھ یُہُند اکھ تھوٚد تہٕ الگ مقام مقرر کران مثلن:

"آزاد کشمیر کے بہت بڑے شاعروں میں تھا۔ اُسکا مقابلہ دُنیا کے بڑے بڑے شاعروں سے بھی کیا جاسکتا ہے۔ گووہ انگریزی زُبان سے بالکل ناواقف تھا لیکن اُس نے اُردو کتابوں کے مطالعے سے اِس زبان کے شاعروں کی

---

ا پریم ناتھ بزاز، شاعر انسانیت، حالی پبلیشنگ ہاوس دہلی ۱۹۵۲ء ص ۱۸۔

نسبت تھوڑی سی واقفیت حاصل کر لی تھی...... انگریزی زبان
کے شاعروں میں سے آزاد کا مقابلہ تین سے کیا جاسکتا ہے۔
اول ٹینی سن ، دوم وآرڈس وَرتھ اور سوم شیلے ۔ ٹینی سن کی
طرح آزاد بھی اخیر عمر تک عمل پر زور دیتا رہا۔ بیدا رہو جا۔
بیکار مت رہو۔ آگے بڑھو۔ یہی ٹینی سن کی تعلیم تھی اور
آزاد کی بھی۔

''گُنبر یکسان چھس ژھاران لارن یؤت ماران پان'' ......یہی
پیغام ٹینی سن کی نظموں میں بھی بکثرت ملتا ہے ۔ پاں ژادر ( آبشار )
کے چند بند ملاحظہ ہوں۔

چھُکھ ژبےٛ تاب سیماہکی پاُٹھی لوکچار کرِ حُباہکی پاُٹھی
ہُکہٕ یوان بُکہٕ بُری بُری یے روزی دماہ پاں ژاڈری یے
دوٗرِ ڈیوٗنٹھم چون پرتوا نوٗرِ ژادر زَن بر ہوا
موخحتہٕ جالرن چوٗنہِ جُری جُری یے روزِ دماہ پاں ژاڈری یے

شینہٕ مائی ( برف کے تودہ ) سے کہتا ہے ۔

سُدرِ مژدژا ایکھ گژلیہِ مارآنی یاوٹک باغ چھاوآنی یے
ژیشہِ ہژ بُترات چھیےٛ ژےکریشاٰنی شینہٕ مائی شلہٕ پدمائی یے
لولہٕ کیاہ سوز نکھ مالیٛنی کژآنی ڈوٗلی چائی آیہِ اسمائی یے
ونہٕ چے وِگنہِ چھیےٛ کھونہِ للوآنی شینہٕ مائی شلہٕ پدمائی یے

---

انگریزی زُبان کے مشہور شاعر شیلے (Shelly) کی طرح

آزاد بھی قدرت کے مختلف مناظرہ میں ایک ہی طاقت پوشیدہ پاتا ہے

"دریاو" کہتا ہے ؎

دِتم پرواز اؤ برس راحتُک تاثیر بارانس
وٗلِم یِم نیلی جامہ تہٕ لاجوری جامہٕ اسمانس
ٹُلان چھُ ہوٗل گگراین تہٕ شولان وُزملن اندر
یوان چھُ زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

آزاد کی نظم "دریاو" کافی لمبی ہے لیکن اسکا ایک ایک لفظ اُس نے چُن کر استعمال کیا ہے اس نظم کا مقابلہ انگریزی زبان میں شاعر گڑے (Gray) کی Gray's elegy سے کیا جاسکتا ہے کہا جاتا ہے کہ گڑے نے وہ نظم گیارہ سال میں لِکھی لیکن آزاد نے "دریاو" کو چند ہفتوں کے اندر مکمل کیا۔ زُبان، خیالات، تخّیل اور فلسفہ کے لحاظ سے نظم اتنی اچھی اور بلند پایہ ہے کہ اگر شاعر نے اپنی عمر میں اسکے سوا کچھ بھی نہ لکھا ہوتا تو بھی کشمیری ادب میں اسکا نام ہمیشہ کیلئے زندہ رہتا۔ جب تک دریاو کے پڑھنے والے موجود ہیں آزاد کا نام روشن رہیگا"[1]

جناب بزازن یہ دعوازِ آزادس چھُ اُردو کہِ وساطتہٕ انگریزی ادبُک اثر پیوُمت چھُ گُنہِ حدس تام مُبالغہٕ باسان۔ تکیازِ ادبس منز یک رنگی آسنی چھُ اکھ فطری عُنصر۔ اثرتہٕ ہیکہِ آسِتھ مگر خیالن ہنز ہمہ گیری

---

[1] پریم ناتھ بزاز، شاعر انسانیت، حالی پبلیشنگ ہاوس دہلی ۱۹۵۲ء ص ۸۱۔

ہنٛدی محرکات گٔنہٕ اَکی ہے چیزٕس سٟتؠ منسوٗب کرٕنی گیہِ انتہا پسندی۔

آزادٕنی تمام آرا نظرِ تل تھاوِتھ چھُ بزاز اَمِس شاعر انسانیت قرار دِوان۔ "آزاد ،تٔسنٛز شاعری" تہٕ "کشمیری زُبان اور شاعری" پٔرِتھ تہٕ سو کہہٕ وچِھ کھاٗلتھ چھُ بزازٕس اتھ خطابس لبیک کرُن پێوان۔ پریم ناتھ بزازٕس قائیم کرِی مَتِس اتھ ناقدانہٕ رجحانس دِیت ڈاکٹر پدم ناتھ گوٗنجوٗن سگ تہٕ تِمو کرٕ تِمن تمام پہلون وبزھنے کرنٕچ کوٗشش یِم آزادنٛ پنٛنِس کلامس منٛز استعمال کرِیٔمتی چھِ۔ یِتھٕ یوت نہٕ بٔلکہِ تُلکھ کلیاتِ آزادٕ کِس دیباچس منٛز "کشمیری زُبان اور شاعری" پٔتھ تہِ قلم تہٕ دِیتھکھ یہِ اکھ عظیم کارنامہٕ قرار۔ گنجو چھ سُہ گوڈنیُک نقادیُس عبدالاحد آزادٕس پروفیسر براون، الطاف حسین حالؔی تہٕ شُبلی سُنٛد درجہ دِوان چھُ تہٕ تٔسنٛز کتابہِ "کشمیری زبان اور شاعری"، "انے ہسٹری آف پرشیا' "مقدمہ شعرو شاعری" تہٕ "شعرالعجم" برابر گنزران چھُ۔ تٔسنٛدِس کلامس متلق چھُ سُہ تیوٗت عقیدٕ تھاوان زِ پرن ووٗل تہٕ تتھ پٔتھ عمل کرن ووٗل گژھنہٕ زانٛہہ کم ہمت، پست تہٕ ناکام تہٕ نہ روزِتس منٛز بٔدی، نفرت، حسد، کینہٕ تہٕ دوٗگنیار حالانکہِ آزادنہِ شاعری ہُنٛد ماحصل چھُ یی۔ گنجو چھُ آزادنس ادبی سرمایس سام ہێوان لِکھان زِ:

"آزاد نے اپنی شاعری کے مختلف ادوار خصوصاً آخری دور میں بے شمار اخلاقی اور سماجی نُکات چھیڑے ہیں۔ زندگی کے مختلف پہلوؤں کو نظرِ غور سے دیکھ کر ایسے

نکتے پیدا کیئے ہیں جنکا مقصد انسان کی اخلاقی ، سیاسی، تمدنی اور معاشرتی زندگی کو کسمپرسی کی دلدل سے نکال کر ایک بلند معیار پر کھڑا کرنا ہے۔ اسکی شاعری پر ایک سرسری سی نظر ڈالنے سے محسوس ہوتا ہے کہ اسکی فکر کتنی ہمہ گیر ہے۔ کبھی وہ محض فلسفیانہ موشگافیاں کرتا ہے۔ کبھی نیچر کی عکاسی میں چابک دستی دکھاتا ہے۔ انسانوں میں عدم مساوات ، فقدان انصاف اور روٹی کمانے کے ذرایع محدوٗد دیکھ کر وہ تلملا اُٹھتا ہے اور اُس کے جذبات اُسے بغاوت اور انقلاب کا نعرہ بُلند کرنے پر مجبور کرتے ہیں ۔ کبھی سچائی کے مقابلہ میں جھوٹ کے فروغ پانے کے دل شکن مناظر دیکھ کر وہ راستی اور نیکی کی طرف رغبت دلاتا ہے۔ کبھی ایک بازاری عورت کو پیش کر کے طنزاً ایسی باتیں کہتا ہے کہ سماج اپنی زندگی کے اس پہلو کی طرف متوجہ ہو جائے ۔ عید کا دن مسرتوں کا دن ہوتا ہے۔ ہر طرف شادیانے بجتے ہیں۔ خوشی منائی جاتی ہے۔ زردار دل کھولکر رنگ رلیاں منانے میں محو ہوتے ہیں اور مفلس کی دُنیا میں کہیں ماتم ہے اور کہیں فاقہ کشی ہے۔ آزاد منظر کے دونوں پہلو دیکھ کر تخیل کی بلندیوں کو چھوتا ہوا تصویر کے دونوں رُخ پیش کرتا ہے۔ غرض یہ کہ اپنی مختصر حیات میں خصوصاً آخری دور میں آزاد زندگی کے متنوع اور مختلف

پہلوؤں کو ایک ماہر کی حیثیت سے دیکھتا ہے اور ہم وطنوں کے لئے سنجیدہ دلائل پیش کر کے ایک ہمہ گیر پیغام عمل دیتا ہے۔ مثلن

سبٹھاہ زاُنتھ مےٚ زوٗنم کیٚنٛہہ نہٕ زوٗنم
لُبتھ تیٖرو کمان روٗوم نشانے



گُنے پرواز کاوس بُلبلس طوطس تہٕ شہبازس
ولیکن وُچھ تفاوت اکٔس پروازس تہٕ پروازس



ناداں دوستن ہنٛز منت مہٕ کھال پانس
تمہِ کھوتہٕ دُشمنن کُن دارُن ہلم غنیمت[1]



آزادس تہٕ آزادنین ادبی کارنامن ہنٛز رنگینی، بلند خیالی تہٕ ہمہٕ گیری ہُنٛد احساس چھُ شمیم احمد شمیم نِس قلمس تہِ غاَرتھ انان تہٕ لیکھناوان زِ:

"..........انسان یہ سوچنے لگتا ہے کہ ایک ہی ماحول نے دو شیکسپئر، دو ملٹن، دو غالب اور دو اقبال کیوں پیدا نہیں کئے..........لیکن تقریباً ایک ہی ماحول نے شیکسپئر اور مارلو کیوں کر پیدا کئے۔ ایک ہی ماحول میں غالب اور ذوق کے

---

[1] ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو، دیباچہ، کلیات آزاد، کلچرل اکیڈیمی سرینگر، ۱۹۶۶ء ص ۱۶۶۔۱۶۸

مختلف بلکہ متضاد ذہن کیونکر وجود میں آئے۔ ماحول کی کار فرمائیاں مُسلّم، لیکن کبھی کبھی شخصیتیں، ماحول کے طلسم کو توڑ کر خود ماحول کو ہی متاثر کر دیتی ہیں۔ اُنکی صلاحتیں اور قوتیں مُخالف ہواؤں میں بھی جلا پاتی ہیں۔ اِن میں متاثر ہونے سے زیادہ مُتاثر کرنے کی قوت پائی جاتی ہے اور یہی عہد آفرین شخصیتیں تاریخ کے بہاو کا رُخ موڑ کر اِسے ایک نئی سمت میں لے جاتی ہیں۔ عبدالاحد آزاد کا شمار اِن ہی شخصیتوں میں کیا جاسکتا ہے جو اپنے ماحول سے آگے سپر ڈالنے کے بجائے اپنی آشفتہ سری کے سہارے آگے بڑھتی رہتی ہیں اور اس طرح کبھی کبھی اپنی دنیا سے آگے نکل جاتی ہیں۔ آزاد اپنی اِس ''تیر گانی'' اور ''جنون خیزی'' کی قیمت ابھی تک ادا کر رہے ہیں۔ زمانے کو اِس منزل تک پہنچنے میں ابھی کافی وقت درکار ہوگا۔ جہاں آزاد کے شعور، اسکی فکر اور اسکے ذہن نے ڈیرے ڈال دیئے ہیں۔ یہ کہنا بے جا نہ ہوگا کہ آزاد اپنے وقت سے بہت پہلے پیدا ہوگئے تھے۔ اس لئے ابھی اِن کی صحیح قدر و قیمت کا یقین آسان نہیں............

جس نے روایت سے باغی ہو کر کشمیری شاعری کو ایک نیا ذہن عطا کیا۔ آزاد کو سمجھنے کیلئے کچھ دور اِن کے ہمراہ چلنا ہوگا۔

---

ہمارے ہاں آزاد وہ پہلے شاعر ہیں جو آپکو دعوت فکر دیتے

ہیں اور جنکو سمجھنے کیلئے آپکو کچھ ریاض کرنا پڑتا ہے۔ مذہب،
سائنس، وطینت، قومیت اور سماج سے متعلق اُنکے تصورات
اور اعتقادات کا مطالعہ کرتے ہوئے حیرت ہوتی ہے کہ آزاد
کی تعلیمی قابلیت میٹریکولیشن سے زیادہ نہیں لیکن وہ ہمارے
آجکل کے یونیورسٹی پاس سے زیادہ آزاد خیال اور ترقی پسند
ہیں۔ آزاد کے ہاں ہمیں پہلی بار فرسودہ عقائد اور مذہب
کے متعلق ایک صحتمند اور سائنسی تشکیک کا احساس
ہوتا ہے......[1]

شمیم احمد شمیم چھُ آزادنہٕ بجرٕ کی محرکات بدِ کڈان لِکھان زِ سُہ چھُ
واُحد شاعر یمیٚ پرانئن تہٕ فرسوٗدٕ عقیدن نفی کوٚر تہٕ رِوایتی سوچن نشہِ
انحراف کٔرِتھ پرٛاُون اکھ الگ تہٕ منفرد وتھ یمیُک مقصد دُنیہس یکت
پاٗدِ کرُن اوس تہٕ انسان اُکی ہے خدایہٕ ہنٛدی پاٗداوارتہٕ بندٕ ملنہٕ راوُن
اوس۔ یتھ منزٕ سُہ کامیاب گوٚمُت چھُ۔ کٔشیرِ ہُنٛد مستند تہٕ خاصکر اُردو،
نقاد پروفیسر حامدی کشمیری چھُ آزادُن انقلأبی پہلوو بۆزناوان لیکھان زِ
"آزادُن کلام پٔرِتھ چھُ نَنان زِ تِمس اوس سماج چہٕ
کھسہٕ وَسہِ تہٕ اَمہٕ کِنہِ خراب نتیجن ہُنٛد احساس۔ سُہ چھُ وارٕ
پاٗٹھی زانان زِ طبقأتی نظامہٕ کِنہِ مسلن سام ہنٛنہٕ بجایہٕ غزلس
منز خیأٔلی عشقکی افسانہٕ وٕنٕنہٕ گیہٕ خام خیأٔلی ............سہ چھُ

---

[1] آزاد کا شعور، شمیم احمد شمیم، "تعمیر کا آزاد نمبر" جلد۔ ۳ شمارہ ۲۱، سرینگر ۱۹۵۸ء ص ۴۸، ۴۹

زانان زِ غلاٗمی ہنٛز لعنت چھےٚ انسانٛی شخصیژ بےٚ وار تہٕ بےٚ
شوٗب کران تہٕ قومن ہُند وجود پارٕ پارٕ کران مثلن۔

کمن دِل ہُشار تہٕ بیدار مغزن    کمن براندٕ نے سجدٕ دیاوان غلاٗمی[1]

جناب علی جواد زیدیؔ تہٕ محمد یوسف ٹینگ چھِ تم زٕ نقادیم آزادنہٕ
شاعری بجلیہ "کشمیری زبان اور شاعری" پیٹھ حاصل تنقیدی قلم
آزماوان چھِ۔ جناب علی جواد زیدی چھِ کشمیری زبان اور شاعری ہِندِس
دۄیمس جلدس منٛز مقدمہٕ ناوس تحت قریبن اَکس ہتس صفس پیٹھ تمام
پہلون متعلق موخصر، نمایاں تہٕ واضح قلم تُلان۔ تہٕ مذکورٕ کتاب تھنہٕ پبنہٕ
کنبن محرکاتن سام ہیتھ یتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ آزادس برۄنٹہہ گنہٕ چھنہٕ
کانٛہہ تژھ کتاب اَسٕہ یتیمہِ کہِ مُتأثر گژھنہٕ ستی تمؔ "کشمیری زبان اور
شاعری" لیچھ بلکہِ اُس تس یہ خداداد صلاٗحیت تہٕ خیال۔ سُہ چھُ دعویٰ
کران زِ شیخ العالم، لل دید تہٕ حبہٕ خوتونہٕ متعلق زانکاری چھنہٕ اَمہِ برۄنٹہہ
گُنہِ کتابہِ منٛز میلان۔ شاعری ہندی آرا، خیالات، موضوع، عقیدٕ،
سیاسی حالات تہٕ سماجی وِہٕ ہار، لسانٛی شعوٗر تہٕ مختلف زبانن ہندی اثرات،
رزمیہ شاعری ہندی پہلو یا مذہبی کٹر پسندی ہندی خیال چھُ جناب علی
جواد زیدیؔ مدلل پاٹھی وپھناوان۔ زیدی سُندِ یہ تنقیدی رُجحان چھُ آزادنہٕ
شاعرانہٕ مفہوٗمُک صحیح ترجمان۔ آزادن یتھ تہٕ کھوچہِ کاشرین شاعرن
ہنٛز شاعری کھاج تتھ چھُ جناب زیدی حمایت کران تہٕ بیۆہ ہن تہٕ واضح

---

[1] ڈاکٹر حامدی کشمیری "جدید کاشُر شاعری" کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۸۲ء ص ۴۰، ۴۱

کران تہٕ آزادس اُردو تہٕ کاشُرِ زبانٕی ہُند اکھ بہلہِ پایہِ سکالر، نقاد، دانشور تہٕ محقق قرار دِوان مثالے

''آزاد نے کشمیری زُبان کو زمین سے اُٹھایا اور تخت پر بٹھایا ہے۔ وہ کشمیری کو بجا طور سے ہندوستان کی اہم زبان مانتے ہیں اور یہ تسلیم کرنے کو ہرگز تیار نہیں ہیں کہ یہ زُبان کسی زبان سے کسی معاملے میں کم تر ہے۔ انہوں نے کشمیری ادیبوں کو انکی بے راہ رویوں پر ٹوکا بھی ہے............وہ کسی صورت میں رجعت پسند نہیں ہیں اور تاریخ کی سوئی کو پیچھے کی طرف نہیں چلانا چاہتے۔ اس طرح یہ صاف ظاہر ہے کہ آزاد کشمیری کے صرف پہلے تاریخ نویس اور ناقدِ نہیں ہیں بلکہ ایک اہم ناقدِ بھی ہیں۔ بعد میں آنے والے اس پر گُل بوٹے بنائیں گے.........اور نئے نئے گوشے نکالیں گے لیکن کسی کیلئے بھی ممکن نہ ہوگا کہ وہ آزاد کی کوہ قامت شخصیت کو نظر انداز کر سکے اور انکے قدموں پر خلوص و عقیدت کے پھوُل نچھاور نہ کرے۔ آزاد کی نظر میں وسعت ہے، اُن میں تحقیق کرنے والوں کی ہمت اور صبر ہے۔ اُنکے قلم میں روانی اور سلامت ہے اور وہ ایک بڑے کام کے انجام دینے کی پوری اہلیت رکھتے ہیں۔ کیا مشعل کے بغیر وہ تاریکیوں میں درانہ چلے جاتے ہیں۔ صدیوں کے

پردے چاک کرتے ہیں..........دونوں ہی صورتوں میں یہ اُردو کی خوش نصیبی تھی کہ کشمیری زبان کا پہلا مستند تذکرہ اُسی زبان میں لکھا گیا اور عبدالاحد آزاد پر نہ صرف کشمیری زُبان کا بلکہِ اُردو کا بھی حق مسلم ہوگیا..........''[1]

آزادُن اعلیٰ نقاد آسنک راز چھُنہٕ صرف کاشُرِ شاعری ہٕنز توآریخ لیکھنس منز ژیتھ بلکہِ تسند بس لسانی شعوٗرس منزتہِ۔ تم چھِ کاشُرِ زبانٕ تہٕ اِمِکس ارتقاہس متعلق مدلّل بحث کران۔ آزادُن لسانی شعوٗر نظرتل تھاوِتھ چھُ علی جواد زیدیؔ تس لسانیاتک دوٗر اندیش تہٕ پُرمغز سکالر تہٕ نقاد مانان۔ علی جواد زیدیؔ یَس علاوٕ چھُ محمد یوسف ٹینگ تہِ آزادنِ لسانی بیدآری تہٕ ذہنی شعوٗرک قائل۔ مثالے

''ادب و انشاء کے مسائل میں عظمت اور اہمیت کے فتوے صادر کردینا یوں بھی بڑا کٹھن کام ہے۔ مگر کسی خاص ادبی کارنامے کے وجود میں آتے ہی اُسکی عظمت واہمیت کا دعویٰ دار ہوجانا اور بھی مشکل ہے..........اِن تمام باتوں کو ذہن کے پس منظر میں رکھنے کے باوجود اِس دعوے کے ساتھ آپکے سامنے یہ کتاب پیش کرنا کہ یہ ایک زُبان اور ایک تہذیب کی بہت ہی اہم اور سچے معنوں میں عظیم دستاویز ہے، جسارت کا کام ہوگا مگر اس جسارت کی بنیادیں

---

[1] عبدالاحد آزاد ''کشمیری زُبان اور شاعری''، کلچرل اکادمی، ۱۹۸۳ء، جدل دوم ص ۱۲۸-۱۲۹، ۴۵

کافی گہری اور مضبوط ہیں۔ یہ کتاب ایک ایسا عہد آفرین
کارنامہ ہے جو کشمیری زُبان کی تاریخ وتنقیدی اور اسکی لسانی
تہذیب کا اولین پتھر بھی ہے اور اُسکی حیات کا سرچشمہ
بھی......"[۱]

محمد یوسف ٹینگ چھُ آزادنِس ناقدانہٕ شعوٗرس پیٹھ قلم تلان
لیکھان زِ سُہ چھُنہٕ کُنہِ جایہِ جذباتن ہُند شکار گژھان نہ چھُ تنقیدی
اصوٗلن ہُند توازُن نرم ترٛاوان ۔ آزاد اوس زبردس وطنپرست ۔ لہٰذا یہ
کینژھا تِسنٛدِس وطنس سٟتؠ وابستہٕ اوس تتھ اوس سُہ عقیدت تہٕ احترامچو
نظرِ وُچھان تہٕ تتھ متعلق اوس نہٕ سُہ اَچھ پیٹھ مچھ تہٕ زِروان مگر یِیلہِ سُہ
تنقیدی قلم چلاوان اوس۔تس اوسنہٕ طرفداری، عقیدن تہٕ وطن پرستی ہُند
کہنےٚ رُجحان زیرِ کران بٔلکہِ اوس پزِ بتھ پہلوس کھوچہِ کھأژتھ تمیک مُقام
متعین کران ۔ اَمچہِ مثالہِ چھےٚ " کشمیری زبان اور شاعری" ہٕنٛدی
ترٛیشوَے جلد۔ سُہ یُس تہِ شأعری تنقیدچہِ کھوچہِ کھالان چھُ۔تس چھُ
سُہ ہررنگہٕ واضح کران اَدِ سُہ شیخ العالم، "لل دید، جبہ خوتون، مقبول شاہ
کرالہٕ وأری یا مہجور اُسی تن ۔ اُہند بہلہِ پایہٕ تہٕ اعلیٰ آسنگ اعتراف چھُ
سارِوٕے نقادو پننہِ پننہِ آیہِ کوٚرمُت ۔ محمد یوسف ٹینگ چھُ آزادُن
تنقیدی مُقام متعین کران کران درجنہٕ واد صفہٕ لیکھان ۔ مثلن:
" آزاد کی تنقید نگاری کی ایک اور خصوصیت اُنکی شدید ریاضت

---

[۱] عبدالاحد آزاد "کشمیری زُبان اور شاعری"، کلچرل اکادمی سرینگر ۔ ۱۹۸۳ء، جلد دوم، ص ۱۰ ۔ ۱۶

ہے۔ وہ اس قابل ہیں کہ کشمیری زبان کے تمام نقاد اُن سے سبق حاصل کریں۔ ایک معمولی سے حوالے کے لئے وہ ہزار ہا صفحے چھان سکتے ہیں۔ یہ کہنا تو آسان ہے کہ کشمیری زُبان کی شاعری دُنیا کی بڑی زبانوں کی شاعری کے مقابلے میں پیش کی جاسکتی ہے۔ مگر ریاضت، حوصلہ اور ہمت کے بغیر اسکی تصدیق ممکن نہیں.......... آزاد اجتہاد فکر و نظر کے علم بردار ہیں اور وہ ادب کو زندگی کی کوکھ کا بچہ قرار دیتے ہیں۔ وہ کبھی روایات اور غلط استدلال سے خائف نہیں ہوتے اور ہر وقت اِنکا بیدار شعوٗر انکی پاسبانی کرتا ہے۔ حضرت شیخ نور الدین نوٗرانیؒ کے متعلق یہ لکھتے ہوئے بھی کہ اہل دل حضرات کی عقیدت مندانہ روایات کو سائنسی زُبان میں لکھنا اور اسکی کسوٹی پر پرکھنا دورِ حاضر میں فی سبیل اللہ فساد کے مترادف ہے جب وہ انکی شاعری کے تاریخی کردار اور اُنکے فکروفن کی ہیّت ترکیبی کا تجزیہ کرنے کے لئے قلم اُٹھاتے ہیں تو وہاں ایک نقاد کی تیز بینی اِن کا نمایاں وصف نظر آتی ہے......[1]

آزادسٕ متعلق یُس تہٕ محقق تہٕ نقاد قلم چھُ ٹلان تَس چھُ تیسٕنزِ قٲبلیٖژ ہُنٛد احساس گژھان۔ یہِ قول چھُ پۆز تہٕ دُرٕس زِ فن پارٕ یوٗت اعلیٰ آسہِ تیوٗت چھُ تمیُک تنقید اعلیٰ آسان تہٕ یہِ وَنُن تہِ چھُ مستند زِ اگر معمولی فنپارس تھۆد نقاد پیٚیہِ، سُہ بناوِتھ اعلیٰ کھوتہٕ اعلیٰ۔ وول گۆو تھۆد فنپارٕ چھُ نقادس تیوٗت وسیع النظر بناوان زِ سُہ چھُ فنپارس رنگہٕ رنگہٕ

---

[1] عبدالاحد آزاد ''کشمیری زبان اور شاعری''، کلچرل اکادمی سرینگر۔ ۱۹۸۳ء ص ۳۲۔

کھوٗٹ دِتھ امیُک جمٲل پن بد کڈان ،نقادس یوٗت وسیع مُطالعہٕ آسہِ

تیوٗت ہیکہِ سُہ کُنہِ ادبی تخلیقہِ ہِتۍ اِنصاف کٔرِتھ تہٕ تمیُک زاد بوم

ٔنہٕ رٲوِتھ۔ یُہے وجہ چھُ زِ عبدالاحد آزادٕنی شاعری پٕرِتھ تہٕ تمیُک تجزیہٕ

کٔرِتھ باسیوو پریم ناتھ بزازس سُہ شاعر انسانیت وٕنس لایق تہٕ ڈاکٹر پدم

ناتھ گنجو چھُ تمام حالات وواقعات نظرِ تل اَنِتھ آزادس پروفیسر بڑاون ،

الطاف حسین حالی تہٕ شُبلی یَس مقابلہٕ کھڑا کران تہٕ "کشمیری زُبان اور

شاعری" چھُ "اے ہسٹری آف پرٔیشا" "مقدمہ شعر وشاعری" تہٕ

"شرا لعجمس" برابر مانان۔ یِیلہِ زَن محمد یوسف ٹینگ اَمہِ تہِ برونٔہہ

نیرتھ یہِ دعویٰ کران چھُ زِ "کشمیری زبان اور شاعری" چھےٚ یمن ترٕیشونٕی

کتابن مقابلہٕ زیادٕ اہمیت تھاوان تِکیازِ فارسی تہٕ اُردوس منٛزاوس نہٕ یہِ کانٛہہ

نوٚو تجربہٕ یِیلہِ زَن کاشرس منٛز یہِ تحقیقی ،تنقیدی تہٕ توٲریخی ڈٔسلابہٕ اوس۔

اگرچہ پریم ناتھ بزاز تہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو آزادنہِ شاعری

ہنٛدی اکثر پہلو وبڑھناوان چھِ تہٕ اکھ خاص پہلو اگر نہٕ نظر انداز کرنہٕ

آمُت چھُ مگر مُفصل تہٕ مدلل بحث تہٕ تمِچ افادیت چھےٚ بلکل مشٕراونہٕ آمٕژ

سُہ چھُ وطنُک دود ،دگ ، وطن پرستی تہٕ وطنٕچ ثقافتی بجر۔ آزادُن اکثر کلام

چھُ وطنکِس گُلہم پتھ کالس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ پیش کران تہٕ اَمکہِ بجرُک

رٲسی گژھُن تہٕ راوُن بار بار تہٕ پھری پھری احساس دِوان تہٕ زمانچین

تبدیلین ہِتۍ اَمِچ ناہموٲری ژھبس پاوان۔ سُہ چھُ وطنہٕ خاطرٕ پزٕ بتھ

کانٛہہ قربأنی دِنس پٔتھ آمادٕ مثالے۔

کھوژُن ڈرُن ژٕے گس چھے رُت پھَل محنتس چھے

حُبِ وطن ژٕنتس چھے دۆپنم منَن مُبارکھ

آزاد چھی نہٕ دھن دیار وطنُک ژٕ چھُکھہ وفادار

تن دِتھ توے وطن دار چانِن کتھن مُبارکھ

یا

ؤوی تو محبتُک بیول تُھری توس ماے تے لول

لولُس اندر چھُ بۆڈ لول حُبِ وطن مُبارک

آزادنہِ وطن پرستی، وطن دوستی تہٕ وطن پروری تلہٕ چھُ فکرِ تران زِ چھُ وطنُک پھلوأے اوسمت۔ لِحاظا یہِ دعویٰ کرنس منز چھُنہٕ کانٛہہ مبالغہٕ زِ سُہ یُس نفرعبدالاحد آزاد، تسنٛز شاعری تہٕ "کشمیری زُبان اور شاعری" کشیٖرِ ہٕندس سیأسی ، سمأجی ،ثقافتی ، تمدنی ، توأریخی تہٕ مذہبی پۆت منظرنظرِ تل تھأوِتھ پرِ تسند تمام تر توجہ گژھِ وطنچہِ بجأیی ، ترقی تہٕ پاپر جأیی گُن۔



# ''آزادُن اِمتیاز''

کشمیر یونیورسٹی ہِندِ کشمیری ڈپارٹمنٹ طرفہٕ منعقد کرنہٕ آمتِس نومبر ۲۰۰۳ء کِس سیمنارس منز وۄن محمد یوسف ٹینگ صابن اکہِ سواٲلکِس جوابس منز کہٕ ''مرحوم عبدالاحد آزادس اتھیسٹ۔ تِکیازِ تٔمی چھِ وٕنی ہتی ''گیتایہِ کیا خطا کۄرو تم قرآنہٕ والے'' ہوی بٲتھ۔ اِتفاق چھُ یہِ کہِ ''شیرازہٕ۔ عبدالاحد آزاد نمبرس'' منز اوس اَمہِ برۄنٹھے پہن بییہٕ تہٕ کینژ و مقتدر ادیبو آزادس متعلق کینژن حساس معاملن پؠٹھ تحریری طور پننین خیالن ہُند اظہارتہٕ کۄرمُت۔ جناب امین کاملن یہ بیان تہٕ چھُ قابلِ غور:

''اُن کی شاعری کی ابتدا رومانی غزلوں اور گیتوں سے ہوئی، طبقاتی سماج اور اُس کے تصورات خیالات کے خلاف باغیانہ للکار بن کر گونجی اور ایک نیم متصوفانہ انسانی آدرش واد پر انجام کو پہنچی''۔ ''کشمیری زبان اور شاعری جلد اول (۱۹۵۹ء)

مرحوم آزادنی ٲسی قریبی یار اَسی اشتراکی ۔ شہر وٲتتھ اوس

آزاد بیشتر وقت اَہندِ صحبتس منز گذاران ۔ ممکن چھُ کہ آزادنہٕ

شاعری منز دریٹھی گژھن واجینہٕ ترقی پسندن ہنز زیریں لہر ما آسہِ اَمی

صحبتُک نتیجہٕ ۔ پنڈت پریم ناتھ بزازس متعلق چھُ یہِ تام وننہٕ یوان کہِ

آزاد کوٚر تمی پننیو مخصوص سیاسی مقصدو باپتھ استعمال تہِ ۔ ترقی پسندی

ہندِس فائشنس منز ہیٚنہٕ پتہٕ چھُ واضح سپدان کہِ سُہ چھُ مزازن شوخ

تہٕ آزاد طبعیتُک اوسُمت ۔ مگر تہِ کرِتھ تہِ چھُنہٕ آزادس لادینی ہُند مہلامہٕ

کرُن تیوٗت سہل معاملہٕ کینٛہہ ۔ یتہٕ چھُ پزٕتھ کانٛہہ زانان کہِ میر تقی

میرؔ، غالبؔ، یا رسول میر ہیو شاعرو لیکھی وِزِ وِزِ تتھی شعر تہٕ یمن ہندِس

پس منظرس منز تمن متعلق خدشن تہِ زیو یِتھ ہیکہِ ہے ۔ مگر خوش قسمتی کنہِ

چھُنہٕ تمہِ وقتکی نقاد تہٕ دانشور زیادٕ جلد باز اَسی متی ۔ نتہٕ گژھِ ہے آزادنی

پاٹھی تہنز شاعری ہنز خوبصورتی تہِ پاسہٕ فنکاری تہِ یتھ بخشس پیٹھ قربان

کہِ تم چھا موحد کِنہٕ مُلحد ثابت سپدان ۔ کانٛسہِ فردٕ سٕندِس عقیدس پیٹھ

رائے زٔنی کرنک دستگاہ اگر کانٛسہِ چھُ ، تہٕ سُہ چھُ شاید مذہبی عالمن تہٕ

مفتی حضراتن ہُند ۔ مگر مرحوم آزادس متعلق چھُ یتھ ہیوٗ بحث تسنزِ شاعری

تہٕ تحقیقی کامہِ ژھلیہٕ ہلس منز تراوُنک بےٚ شونک ڈسلابہٕ (خاصکر ادبن

ہندِ طرفہٕ تہٕ بدقسمتی کنہِ چھُ یتھ ہیوٗ بحث کینٛژو لِکھارو ے شروع

کوٚرمُت ۔

کاشرِ بن ہندِس تحریکِ حُریتس یوسہٕ مخالفت آزادن کرٕمٕژ

اُس (بقول امین کامل ۔ بحوالہ اُردو شیرازہ ۔ آزاد نمبر ص ۲۵) تیٚج تلخ تہٕ اُس مہجورنہٕ شاعری منٛز تہٕ ورگہٕ پاٹھی محسوٗس کرنہٕ آمُت ۔ آزادس اوس گوڈے باسیومُت کہِ جدوجہدِ آزادی چھےٚ کینژن استحصالی عناصرن ہٕندس کھوکھرس قیادتس ہِنش ییرغمال تہٕ عام کاشُر اُسی نہٕ اَوٚہُند یہِ سانگ ژرژِتھ ہیکان ۔ مہجورس ییٚلہِ اَمہِ ستم ظریفی ہُند علم سپُد، تمہِ بروٚنٹھہ اُسی تمِ "وٕلو ہا باغوانو بہارک شان پیدا کر" ہوی خصوصی نغمہٕ تہٕ تخلیق کٔرِمٕتی ۔ گویا کہِ "آزادی" ہِش طنزیہ تہٕ احتجاجی نظم لیٚکھتھ اوس سُہ پنہٕ نِمن پٔتِمن کرتوتن ہُند کفارٕ یژھان کرُن تہٕ توے وٕنُن شاید ۔

یہِ آزادی چھےٚ کوکر، جان سونہٕ ہٕندی ٹھوٚل کینہٕ تژاوان

.................

یہ آزادی چھےٚ سورٕچ ہوٗر پھیرِنا خانہٕ پتہٕ خانہٕ
فقط کینژن گرن اندر چھےٚ ماران گژا یہ آزادی

مگر عبدالاحد آزاد اوس قومس گُمراہ کرن والین یمن ناعاقبت اندیشن ہٕندی بدنیت ارادن ہُند نبض بروٚنٹھے محسوٗس کٔرِتھ گومُت ۔ ییٚنہِ تحریکِ حرّیت ییٚلہِ پننس منطقی انجامس نکھہٕ واژٕ اے تہٕ استحصالی سامراجی طاقتو کوٚر صدی وادن ہُند غلام کاشُر شخص پرستی ہٕندس زوالس منٛز بند ۔ سیاسی تہٕ مذہبی سطحس پیٹھ آو انتشار پھٔہلاونہٕ تہٕ نام نہاد ژٕ کی درن آو پٔنِنی سیاہ کارنامہٕ سرانجام دِنک موقہٕ ۔ آزادن ییٚتہِ یمن عناصرن گوڈے پیٹھ اُس کڈمُت تتہِ اوس مہجور تمن واریہس کالس تام پننہِ

شاعری ہُند طواف آیتن تھوٗتھ ۔ آزادن وَنیاس

مردی چھنہٕ سون وتھرُن ہیرن | ژند نِکی لاگِنۍ دارِتہٕ بر
سونہٕ سیرِ لاگنہٕ تھزٕ کنہٕ ویرے | پزٕ شمشیرے گِندُ نا کر

''دور بین اور دور اندیش جواں سال و جواں فکر آزاد نے جو وارننگ دی تھی اُسکا اِرتعاش گردش ایّام نے ہماری تین نسلوں کو دیا ہے۔ اس پیمبرانہ پیشنگوئی سے آزاد کی حقیقی آزادی کے ساتھ وابستگی (Commitment) کے خصائص و خصائل واضح ہیں...... اب دیکھئے کس طرف ایسی قیادت کی دھجیاں اُڑائی جارہی ہیں...... اس قیادت کو آپ ہی پرانی استحصالی لیڈر شپ، وہی فرسودہ غاصبانہ چال تصور کرسکتے ہیں جو اپنی بازی گری سے عریاں ہوچکی ہے۔(شیرازہ......(رُسل پونپر) ۔ص ۱۷۳)۔

مُمکن چھُ کہ أتھی رہبر نما رہزنی خلاف بےٚ پھرٕک بیزأری ہاوِنس پیٹھ آسِہے آزادس ماحول برپا کرنس کُن توجہ کرنہٕ آمُت۔ تِکیازِ آزاد اوس اکہِ اندٕ بےٚ پھرٕکی پأٹھی عوامی خدشن ہنٛز ترجمأنی کران تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اوس نہٕ تس سرکأری یا سیاسی پُشت پناہی ہُند کانٛہہ انتظام۔ اتھ برعکس لیٚچھ مہجورن بے پھرٕک پأٹھی ''آزادی'' ہش نظم یوسہٕ تمہِ وِزِکس کأشرس سیاسی ژھوٚژٕ قیادتس زبردس تھیٚر اُس۔ تہِ گرِتھ تہِ ہیوٚ کنہٕ مہجورس خاص کانٛہہ دَدارٕ وأتتھ ییلہِ کہِ زَن آزادس دوٗر دراز

علاقن تام ژھلہٕ گژھن۔

ییٚلہِ کُنہِ نیک مشنس ستۍ مشکوٗک لوٗکھ وابستہٕ سپدان چھِ، تیٚلہِ چھُ یہِ مشن تام تنقیدُک تہٕ غیض وغضبُک نشانہٕ بنان۔ چنانچہِ چھُ یتہِ اکھ وُجہ کہ گندم نما جوفروشن خلاف تُل آزادن پتَن بے کینہٕ قلم تہٕ کوٚرُن مصنوعی ہاوباوکین عناصرن ہُند پردٕ فاش۔

ڈیکس سئیند رتہٕ نِشانہٕ سجدُک	دِلس اندر سحر سامری چھُکھ

یہِ مَس موٚدُرکُس اکھاہ تہٕ چووٗکھ	سُہ کُس نہٕ بیدار یُسنہٕ سووٗکھ

یہِ دلبری چھا ستمگری چھا	یہِ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

ادبی حلقن منز چھُ یژپاٹھی ادبہٕ زیر بحث یوان۔ مگر تواٗریخ چھےٚ گواہ افلاطونسے پتہٕ آے سیٚدِ سیوٚد پاٹھی یاورگہٕ پاٹھی ادبس تہٕ اُدیبس مختلف قدغن لاگنہٕ۔ تہٕ یتہٕ چھُ پزر کہ رلیہٕ ہنز آزادی ہُند آو غلط استعمال تہِ کرنہٕ۔ نام نہاد ترقی پسندی ہندس ناوس پتہٕ آیہِ لوٗکن ہنز دِل آزاٗری تہِ کرنہٕ۔ اکھ خیال چھُ یتہِ پیش آمُت کرنہٕ کہ مذہبی تہٕ نظریاتی موضوعن پتہٕ لیکھنہٕ ستۍ چھُ فن غارت سپدتھ لکھارین دداریتہِ واتنان۔ یہِ دعویٰ تہِ چھنہٕ سوٗرے تسلیم کرُن لایق۔ تِکیازِ مذہبی افکارن تہٕ بالا فطری موضوعاتن سنان سنان چھُ اکھ لکھاٗری تخیلی طور کافی زرخیز تہٕ ادب پارٕ بعضے لافانی تہِ بنتھ ہیکان۔ مثلن ملٹن سُند "پیراڈائز لایٹ" مولانا رومی سنز "مثنوی"، تُلسی داس سنز رامائن، حضرت شیخ العالم سٕندی شُرکی تہٕ محسن کاکوروی سُند نعتیہ کلام۔ عالمی تنوظرس منز چھ مذہبی تہٕ

نظریاتی تضاد اوٚک طرف ترأوِتھ چھیکرس ادب برائے ادبٕچ پذیرائی سپدان روزمٕژ۔ اگر مذہبی علماء تہٕ تنگ نظر آسہٕن تیٚلہِ گژھی نہٕ غالبنۍ یتھی ہوی شعر ہرگز تہِ برداش سپدٕنی۔

ستائش گرا ہے زاہد اس قدر جس باغ رضوان کا

وہ اکِ گلدستہ ہے ہم بیخودوں کے طاق نسیاں کا

یا

کل کے لئے نہ آج خست کر شراب میں

یہ سوئے ظن ہے ساقیٔ کوثر کے باب میں

اَتھ برعکس تہٕ حسب توقع چھُ وعظ و تبلیغ چین محفلن منز غالبنۍ یتھی شعر تہِ بطورِ حوالہٕ استعمال سپدان۔

دو میں ہے رخش عمرِ دیکھے کہاں تھمے

نے ہاتھ و بھاگ یہ ہے نہ یا ہے رکاب میں

تہٕ یتھے گٔنز آسن واریاہ یژھے مثالہٕ۔ مثلن آزادس نِش تہِ چھ اسہٕ یتھی ہوی شعر میلان۔

کُنزس چھ ونان کُفر تہٕ کینس چھ ونان دیٖن

ملہٕ وان ے معرفتس بنگہٕ تہٕ اٗفین

بہرحال چھُ عقیدتگ واسطہٕ روٗحس تہٕ دِلس سٟتی تہٕ فکر وفنگ علمس تہٕ ادبس سٟتی۔ علمی نقطۂ نظرٕ کِنی چھےٚ تحریر شُدہ مواد سے کھوٹ دِنہٕ یوان۔ بالا ادبی یا غارلسانی حوالن شاعرٕ سٕندِس فکر وفنس سٟتی خلط ملط

کرُن تہٕ چھےٚ اکہِ سِہج جلد بازی ۔ یَیلہِ اُسی تِمن تحریرن ، تنقیدی اظہارن یا تقریرن سام ہیوان چھِ، یِم از تام عبدالاحد آزادس متعلق ظاہر آے کرنہٕ ، آزادُن قدٕ تہٕ قدٕر چھُ برۄٚنٛہہ نِشہِ واریاہ ہُران۔ سُہ چھُ پننِن اکثر بلکہِ تمام ہمعصرن ہِنٛدِ کھوتہٕ سبٹھاہ جان شاعر ثابت سپدان (صمد میر تہٕ احد زرگر ہوی صوفی شاعر اوٚک طرف ترٲوِتھ)۔ تُہنٛد تنقیدی شعوٗر تہٕ شونٛڈ چھ از تہِ قابلِ رشک باسان۔ بطورِ محقق چھُ آزاد کاشرِ ادبُک باوا آدم باسان تہٕ تِہنٛدِس تحقیقس ہیوٚ کنہٕ اَسہِ از تام تہِ شاید ، کانٛہہ خاص ہُر بر کٔرِتھ ۔ اُکس مخلص تہٕ بے لوث کاشری ہِنٛدِ حیثیتہٕ چھُ تُہنٛد ظاہر کیو باطن شیرِ لاگُن لایق۔

پرٛٮ۪تھ کانٛسہِ ذی حِس انسانس چھُ پنُن اکھ خاص سیاسی نظریہ تہٕ ذاتی فلسفہٕ آسان۔ یِیمیُک بےٚ پھرٛکھ اظہار سُہ موقہٕ محلہٕ مطابق کران روزان چھُ۔ تکیازِ عام نوعیتُک انسان چھُنہٕ مصلحت پسند آسان۔ اَتھ برعکس چھ سٲنی دانشور تہٕ قلم کار پنُن سیاسی نظریہ پیش کرنس منٛز بے حد بُز دِل تہٕ مصلحت پسند۔ مرحوم آزادُن جرٲت اوس اَمہِ لحاظہٕ تہِ قابلِ داد۔ سٮ۪ٹھے نا موافق ماحولس منٛز تہٕ کٔرمٕژ استحصالی تہٕ جاگیر دار سیاتٕچ مخالفت ۔ اکُوہمہِ صدی منٛز تہِ چھُنہٕ کانٛہہ کاشُر دانشور کاشرِ بِن لۄکن ہِنٛدِ مستقبلکہِ حوالہٕ آزادس برۄٚنٛہہ کنہِ کتھ کرُن لایق ۔ جود ناوی سوشل Scientist ٹن ونیاو رِوایتی سوشلسٹن خیالی سوشلسٹ utosocialists اِو موکھہٕ کیجےٚ نکھ پٔٹ کہِ تھندی کنی یِیہ جاگیرداری

نظامس پننوٕ غلطیوٕ ستی تباہی ۔ یہ چھُ پوٚز کہِ ادب یا ادیب چھُنہٕ کانٛہہ پروپگنڈا کرنُک پابند ۔ مگر متضاد کردارٕ کی ادیب چھ پانس پانے ٕکٹھ کڈٕ ناوان۔ صورتحال چھےٚ یہ کہِ راتکی ترقی پسند چھہٕ ووٚنی دھارمِک موضوعن پیٹھ لکھنس تہِ بروٚنہہ بروٚنہہ۔ ورگہٕ ونو کہِ موجوٗدٕ درو کین ادبین تہ چھےٚ ییتچہِ سیاسی یِرونہِ نایہِ ہنٛز باٗش گمٕژ ۔ فرق چھےٚ یِژے کہِ اکثر سیاست کارگے یتھہِ یتھہِ پنٕن باطن ہیتھ نمودار مگر ٕکتی سأنٛی نمایندٕ لکھأرِ چھ اکہِ انٛدٕ کشیرِ منٛز جأرِ تحریکہِ ہنٛدی علمبرٕ اربتٕکی سانگ تہِ چاران تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ فرضی ناون تحت ریڈیو تہٕ ٹی وی کین مختلف پروگرامن بابتھ تحریک مخاٗلف تبصرٕ لکھنہٕ خأطرٕ بھرپوٗر معاوضہٕ حأصل کران۔ مرحوم عبدالاحد آزاد چھُ یتھین دانشورن احتسابہٕ کس آینہٕ خانس منٛز کھڑا کٔرِتھ یاد پاوان ؎

لیڈری یا شأعری قوچ زبان عقلہِ ہنٛد ہوشُک جنوٗنُک امتحان

کنٛزِ کس نقاشہِ سنٛز صورتگری لیڈری پیغمبری یا شأعری

مرحوم آزادن کٔڈ کأشرِ شاعری گوڈنچہِ لٹہِ رومانوی تہٕ داستانوی طلسماتہٕ منٛزٕ تہٕ واتنأوِن تتھ آزاد فضہس منٛز ییتہٕ سو مرضی تحت تہٕ زمانکِن تقاضن مطأبق پرواز کٔرِتھ ہیکہِ ہے۔ مرحوم شمیم احمد شمیمن لیچھاییو ۱۹۵۸ء منٛز" زمانے کو اس منزل تک پہنچنے میں ابھی کافی وقت درکار ہوگا جہاں آزاد کے شعور، اُنکے فکر اور اُس کے ذہن نے ڈیرے ڈال دئے ہیں۔ یہ کہنا بے جانہ ہوگا کہ آزاد اپنے وقت سے پہلے پیدا ہوگئے تھے۔

اس لئے ابھی اُنکی صحیح قدر و قیمت کا تعین آسان نہیں" (بحوالہ "تعمیر" آزاد نمبر (نوریاستی محکمہ اطلاعات)

تہٕ اوَے چھےٚ آزادٕنی آواز شاید وُنہ تہٕ زن اجنبی تہٕ ناگوار ہش باسان۔ آزادنہٕ شاعری منٛز چھنہٕ مہجورٕنی شاعریٕ ہندی پاٗٹھی نسوانی خودسپردگی ہنٛز دلکشی۔ بلکہِ چھےٚ اَتھ منٛز فکرِ ہنٛز جولانی تہٕ جواں سالی ہنٛز شعلہٕ بیانی۔ آزادس نِش چھنہٕ روٗسُل میرٕنی جمالیاتی تہٕ غارارضی حیولائی کینٛہہ۔ آزاد چھُ عملی زندگی ہنٛدٕ بن سنگلاخن ہِتی مردانہٕ وار دید مانی ہیٚچھناوان۔ آزادُن اَندرم شاعر چھُنہٕ افسانوی تہٕ خیالہٕ دلیلن ہنٛدس اُسمتس آزاٗدی دیاونٛچ زکوٰۃ منگان بلکہِ چھُ تس نِش گرٕزٕ وِنس ہیٚہہ ہنٛز سوللکاریِیمہٕ ہِتی استحصالکی بلند و بالا سنگر تام ترسان تہٕ ژسان چھِ۔ تہٕ ہِتی چھُ سُہ آشفتہ سری ہُنٛد خمار بِدوٗن حبہٕ ہُشیار بیداٗری ہُنٛد درس تہِ دوان۔

چھِ آسرٕ ی پھللبن سنگرن ہِتی اُخر پُنٛن وقت وأتتھ لڑاوان غلاٗمی

کوٚرتھ فتنن فسادن ناو دہٕند اری وطن داری

ونان یتھ چھکھ ژٕ بیداٗری یہٕ چھےٚ خمار انسانو

ولہٕ ویرٕ ہلہٕ وزِیتھ نو پھیرے ولولہٕ تٔمی سُند تُلہِ محشر

ہیٚہہ گرٕ یوشالٕ یِہہ ژوٚرتل بیرے یہ زٕ شمشیرے گِنڈ ناکر

تہٕ یێلہِ آزاد جذباتن منز تھ تہٕ ترقی پسندی یا انقلأبی موضوعن پیٹھ قلم

تُلان چھُ ، سُہ چھُ اُخری حدس تام تہِ فنی تہٕ ادبی محاسنن ہنز پاسدأری

کرنٕچ کوٚشش کران ۔ مکتبی تہٕ تحریکی خیالات باونہٕ وِزِ چھُنہٕ سُہ ہمیشہ

واعظانہٕ یا نیتا آیہِ ہنگامی لسأنی ورتاون ہُنٛد قأیل بنان ۔

گِندٕ کھے دِلکس زارس اِدٕ گِندٕ ستی دلدارس

یێلہِ شورٕ وُچھان نارس دزِ یانہٕ بیٚین زالے

گلن منز چھُکھ ژٕ ترأوتھ لر بچھاوِتھ مخملک بستر

گُلن تہٕ گلشنن اندر گژھان چھا شیرِ نرپأ دا

اَتھ برعکس یێلہِ باقٕے ترقی پسند جوٗشس منز شأعری اُسی لیکھان ، سو

اُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تنگ بندی تہٕ ٹاہری ورتاو روزان ۔

لہِ قدرت چھلہِ چھلہِ گژھہِ عالم

یێلہِ وُزملہٕ ہٕن شیٚچھ باوٕنے

نادمؔ

یارٕ وولو چھُ خستہٕ حال گرٛوس موٗزور کاشکار

لوٗسی متین دِلن ژٕ ون فاقہٕ پھرٕہٕن ہُشار کر

عارضؔ

ترقی پسندی ہندی خیالات تہٕ اَمہِ قسمُک نوٚو طرزِ اظہار کأشرس

منز اننگ شرف تہِ چھُ آزادس حأصل ۔ تسند سے کلامس منز چھُ گوڈنچہِ

لٹہِ باضأبطہٕ پأٹھی طبقأتی شعور تہٕ سامراجی استحصالس خلاف بغاوتٕچ ژٕتھ

آزاد بنِن ظلم گالن وہمہٕ کرُن دوٗر
یِی میون ہاوس یِی چھُ صدایی چھُ مُدامیون
پوشہٕ کلی گُنزٕرِ کی چھِ دٕدیٖ مِتی یوڑدوِیی ہنٛدِ تاوٕ ستیٖ

الفتنک باران رحمت تراوِ پانے انقلاب

"پتہٕ سپُد مےٚ...... گوڈٕنکس ترقی پسند شاعر مرحوم عبدالاحد آزادس ستیٖ ملاقات۔ یمیٚ مےٚ مارکسیات پرٕنچ تحریک دِژ" (شیرازہ۔ ۱۹۶۶، ص ۲۴)

فنی سوٚتھرس پیٹھ چھُ آزاد اکھ زیرک، حساس، دوٗربین تہٕ کار آگاہ شاعر باسان۔ یمن اوصافن ستیٖ چھےٚ تٔمسنٛدِس کلامس بڈٕ موافق روانی تہٕ موضوعن ہنٛز فراوانی تہٕ

بہ چھونس زندگی ہُند مے بہارن ستیٖ تھونم لے
وزان چھم دردسوزٕچ نٲے چھوان چھس پیالہٕ مے درمے
پیامِ گُل شئٕ ہی چھُ میانین ولولن اندر
یوان چھم زندگی ہُنٛد سوز سفرن منزلن اندر
علمکِس باغس دہ ہے آسان بہار
علمکین پوشن اندر چھنہٕ کنڈی تہٕ خار
مغز نمرٕ وُن کھوان لٲگِتھ موٚہا رامہٕ ہونین گالہٕ وُنی پادر ہہا
سہل بیانی تہٕ خوشہٕ وِنی روانی ہنٛدِ مدٕ چھُ آزاد بعضے تھی پیچیدٕ تہٕ

طویل مضمون آسٲنی سان نظماوان یمن ہندِس بیانس پتھ اکھ خام کار شاعر تفصیلن ہُند تہٕ تفسیرن ہُند سنز بیہہ کرنہٕ۔

چھ آسن واٲلی آسان بیوقوف آستھ تہِ دانشمند
ڈیکس لیکھتھ غریبس گاڑہٕ جارآستھ تہِ ناداٲنی

مذہبن ، دینن ، یقینن ہُند مدعا
وٕحدتچ آواز یکسانٕک مُدعا

آزاد چھ اَکس شوخ فکر فنکارٕ سٕندی پٲٹھی پرٛتھ ساعتہٕ نٔوی نٔوی فکری تہٕ فنی سرحد ژھنڈِتھ شاہپٲز سٕندی پٲٹھی بلند و بالا پروازن گُن ،ٲیل روزان۔

یِیمہِ عقلہِ ہٕندی زوالہٕ بہٕ رٕٹتھہٕ پٲٹھی ژٕٹتھ دزاس
یا زانہٕ یہِ میوٗن پان تہٕ نتہٕ زانہِ مژر میون

آزاداوس اَتھ مٲدانس منز تہِ پننین ہمعصرن نِشہِ کاٲفی برونٛہہ تہٕ تیزِ شاٲعرانہ تہٕ فلسفیانہٕ رٕنٛچ پرواز چھےٚ ازتہِ باعثِ تقلید تہٕ تعظیم۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ:

"مہجور چند نئے تصوّرات اور نیا پیرایۂ اظہار کا خالق ہوتو ہو۔ مگر اس عظیم تاریخی شعوٗر کی ہمنوائی اسکے بس کی بات نہ تھی ، جسکی رہنمائی آزاد نے سرانجام دی۔ یہی اُسکی مجبوری ہے۔ جہاں پر اس کے تصوّر کے پر جل جاتے ہیں وہاں سے آزاد کے پرواز کی سرحدیں شروع ہوجاتی ہیں۔ جہاں

مہجورؔ تھک کر سُستانے لگتا ہے۔وہاں پر آزاد کا سفر شروع ہوتا ہے''۔تعمیر (۱۹۹۹ء) انتخاب نمبر۔

مرحوم آزادن کرٕ نظم نگأری منز تہٕ طبع آزمأیٔ۔ تسٕنزن نظمن منز چھےٚ موضوعن ہنز رنگارٔنگی، زبان و بیانٕچ نُدرت تہٕ فنکارانہٕ ورتاوٕچ سوٗ شۆبدار شونڈ ییمکِس شعوری یا غأر شعوری اثرس تل یِنہٕ والہِ زمانٕچ کأشرِ نظم کاڈ کڈان چھےٚ۔ گرٕیسی نامہٕ، شاعر، لیڈر، قوم، تقدیر، گُنہٕ، وطنیت، خدا، دٔریاو، آسمانکۍ تارکھ وناں انسانس تہٕ بیترِ نظمہٕ پرٕتھ چھُ فکرِ تران کہِ آزادس چھُ پنہٕ نۆ ہمعصرو کھوتہٕ مقابلتن زیادٕ واضح تصوّر (نظمہ نگأری ہُنٛد) اوسمُت۔ امیُک مطلب گوٚنہٕ یہِ کہِ تسٕنز یِمہٕ تمام نظمہٕ کیٛا چھےٚ فنی طور بلکل مکمل؟ بلکہِ چھُ مقصد یہِ کہِ آزادٕنۍ نظم چھےٚ (صنفی تہٕ فنی طور) مہجورنہِ نسبت کأفی حدس تام وژٕنکہِ اثر نِشہِ آزاد باسان۔ حالانکہِ ''دریاو'' نظم چھےٚ از تام تہٕ کأشرِ ہن ممتاز ترین نظمن منٛز شمار سپدان۔امہِ نظمہِ ہنٛز دٔہتھ یِنہٕ واجینٛۍ روانی، جذباتن ہنز شِدت، تخلیقٕچ فلک بوسی تہٕ Personificationٕچ بے بدل کسب دأری چھےٚ پننٕی مثال پانے۔

سبٛٹھاہ نرمی تہٕ دلجوٗیٔ کران چھُس خوبروین منٛز
یوان چھُس مسولن ہیتھ تزٕیش خوش رفتار جوین منٛز
ٹُلان تصویرٕ پمپوشن بہتھ پوٗشے ڈلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن منزلن اندر



ظریف احمد ظریف

# آزاد۔ شوٗزِ ضمیرُک اصل شاعِر

آزادا کھ ذَرادڑا کھ گُستاخ شوخ بیباک
عرشُک جگر کوٚ رُتھ چاک فرشکہِ ٹھکانہٕ والے

یٚیمہِ شعرٕکۍ خائِق عبدالاحد آزاد صأبَن لوٚب ماجہِ کٔشیرِ ہنٛدِس تِتھِس پُرآشوب تہٕ ظُلمہٕ جبرٕکِس دورَس اندر زاینُن یٚیلہِ کأشرِس پڑزلہٕ وُنہٕ تہٕ ڈَکھجَل پَتھ کاڑِچ سوٚ سأرٕ ے وَسمَتھ یہِ ڈٕلۍ زِتہِ موٚچھِ موٗرِتھ أس بِنہٕ آمٕژ یٚیمیُک افسوٗس تہٕ راوَن تیٚوٗل تَس ڈٕپوٚ أڈرنہِ أندرَ ے اوس باگہِ تہِ آمُت تَمی سَببہٕ اوس تہُندٕ غیوٗر کأشُر دِل تہٕ دماغ قلَم تُلَن وِزِ بےٚ سوکھ تہٕ بیزار آسان ۔

یہِ عالَم حسرتُک خاراچھُ میأنس گلشنَس اندر
سُہ عالَم وحشتُک داغاہ چھُ میأنس دامنَس اندر

یہِ شعرونَن وأِلس اِنقلأبۍ شاعرَس، مُحققس تہٕ مفکرَس أس پَنہٕ نِس پَتھ کالَس پیٹھ سٔنۍ نظر تہِ تہٕ نازتہِ یٚیلہِ تَتھ برعکس تہُندٕ حال تہُندِ باپَتھ حأرأنی تہٕ تہُندِس وطنداراَس کأشرِس رِکٕژ وأرأنی ہنٛدۍ داستانِ غم تہِ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ

اوس ۔ یوہے حالِ حارٲنی ہُند عالم نظرِ تَل اَنتھ دوٚپُن۔

کلہن، غنی تہٕ صرفی ساراب گری تیمی آبن

سُے آب سانہِ باپتھ زہرِ ہلال آسیا

عبدالاحد آزادَن اوس لوٚکہ پانہٕ پتھٕ پانس اَندی پکھی کشیرِ ہُند سورُے

ماحول، دوکھہ تہٕ وُجارٕ وُچھمُت، توَے اوس تِہندِ قلمہٕ عاجزی تہٕ اوزُردٕگی

ہُنٛدُ ے اِظہار سپدان۔

گنڈی چھکان میاٚنین وتن یُس کونہٕ تَس بوزُن تگان

تَس تہٕ مایہٕنے وتن پگہٕ ناوِ پانٕے اِنقلاب

آزاد صاب چھُ سون سُہ آزاد خیال تھکُن لایق لِکھاری یُس پننہِ وطنہٕ چہِ

پوشہِ وارِ ہِنٛد بن بیٚون بیٚون گُلَن ہِنٛدی گون گیوِتھ گُلِستانک آسُن تہٕ اہمیت

چکاوِتھ پَنُن اَکھ الگ مُقام تہٕ منصبہٕ حاصِل سپُد۔

عالم ہا کرِ یاد آزاد آزاد

کُنہٕ ساعتہٕ وُچھتہٕ یاد پاوَے مدنو

آزاد صابَن کوٚرنہٕ اَندوَند واَنسہِ وَقتہٕ چہٕ کُنہٕ تہٕ مصلحت پسندی ہِنٛز کانٛہہ تہٕ

سمجھوتہٕ ۔ عبدالاحد آزادِ ے چھُ سانہِ ماجہِ کشیرِ ہُند سُہ غیرت مند، تُرک تہٕ

گاٹُل گوٚبُر اوسمُت یُس زُوِ ڈیٚول اَسِتھ تہٕ کشیرِ شہرِ خاص تہٕ گامہٕ گوم

پھیرِتھ پَنہٕ نین کاشُرٕ بن وبدَن تہٕ راوِس تَل گاٹمتین گونماتن ، کتھٕ گربن، تہٕ

لِکھاربن ہِنٛدی قلمی مسودٕ تہٕ تِہنٛدی زندگی ہِنٛدی تھکنٕی لایق کارنامہٕ تہٕ کمالات

سوٚمبراوِنس اندر کامیاب گوٚو، یُس پتہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" ناوِک

کِتابہِ اندر دون جِلدَن اندر شایع سپُد۔

آزاد چھُ سون گوڈنیُک سُہ حقیقت پسند شاعرِ پُر ہُنر تیمی کاشُر شاعری تصوُفکو زُلفِ پیچانو اَندرٕ آزاد کٔرِتھ تتھ پَننہِ انقلابی فِکرِ تہٕ حقیقی زندگی ستیٚ ستیٚ پکنک حوصلہٕ تہٕ ہمت بخش، دوٚپُن۔

افسانہٕ جُدا ساز تَے سامانہٕ جُدا مٔیون

مَیخانہٕ جُدا شیشہٕ تہٕ پیمانہٕ جُدا مٔیون

آزاد بُنِ ظلُم گالُن وَہمہٕ کرُن دوٗر

یِی مٔیون ہاوَس، یِی چھ صدا، یِی چھُ مُدعا مٔیون

آزاد صاٮ۪ب تہِ یوٚ دوٚے مہجوٗر صاٮ۪نی پاٹھی ماجہِ کٔشیرِ ہُنرٕ پوشہِ وارِ ہنٛد بُلبُلِ خوش نَوا تہٕ اوس پوٚز تسُند دردمند دِل تہٕ دماغ اوس تَس ظالِم، جابرٕ تہٕ سنگدِل سرکارٕ ہنٛدس سنگین زالَس تہٕ والہٕ واشَن ہنٛدی ژھل تہٕ وَل وُچھِتھ چھوکہٕ دأوی گرٕ ہان تہٕ وَنان۔

گرٕ ہان آزاد گُلزارَن تہِ یوٚ دسأرس چھ یارَن ستیٚ

نظر تھأوِتھ تہٕ گن دأرِتھ چھ آسان دردٕ کَس سازَس

کٔنی پرواز طوطس، بُلبُلس، کاوس تہٕ شہبازَس

ولیکن وُچھ تفاوت کرٕ پروازَس تہٕ پروازَس

آزاد ییٚلہِ پَننہٕ نِہن محبوٗب آشَن تہٕ اَرمانَن ہنٛدِس پوشہِ مٔتس رنگہٕ بُلبُلس ژٕھپس اندر پکھن کانٛچھ تہٕ کلأبی پھنگِس کھر آمُت وُچھان اوس، تَس اُس دِلَس پنجرَس اندر اوٚہند پکچُن یزی پاٹھی تھزرِ لاچأری تہٕ نالہٕ زأری ہنٛدی

سَنہٕ وٕنی ضرب دِوان تیمچ وۆکھنَے یِمَن شعرَن اندر رٕتھ گٔژھ چھے ۔

چھُ بُلبُل دَر عذابو لو
کتیٚو پھۆلہٕم گلابو لو
ژٕ یے پتھ لوگ دِل مے پَد مانے
خبر کیٚاہ چھم ڈُبکہٕ لانے
نَہ چھُم آرام نَہ تابو لو
کتیٚو پھۆلہٕم گلابو لو

عبدالاحد آزادؔ صابنہِ شاعری ہُند مٔزِل روٗزِ کشیرِ تہٕ قلمک محبوٗب پٔژن سِتم زدٕ کاشُر اوٚ۔ کَنی سپز نہٕ تٔہُنز شاعری نوزُک تہٕ نزاکت دار اِبہامچ شِکار، سُہ روٗدٕ پننہٕ نِس مُخاطِب وطَند ارَس سیٚد سیٚو دلو تہٕ وَے لو تہٕ وَے لفظَن اندر غلأمی ہُند طوق لعنت نالہٕ کڈِتھ شاہ پأز ہنزی پأٹھی آزاد فضہَس اندر تھوٗد پَرواز کرنک حبس تہٕ ہمت دِوان ۔

دلیرَن ستی تھاوکھ لے، گرِژھی دِل تے جگر پیدا
چھے صحبت بُزدلَن ہنزٕ ے کران وَسوَس تہٕ ڈر پیدا
غلأمی تے گدأیی ہُند محبّت زہرِ قأتل چھُے
مہٕ بَن احسانگے بنہٕ ژٕ کر لولُک اثر پیدا

آزادٕن لولہٕ ہوٚت بے سوکھ دِل تہٕ بالغ نظر اَسنہٕ تَس بڑ نزِس تہٕ کُنہِ رنگہٕ وَہمَس یا بڑمَس اندر رٕپنہِ دِوان، تَس اوس اَمیُک پوٚختہٕ یقین تہٕ محکم پٔژھ زِ خُدا صأبَن بنوو اِنسان یتھ کُرہٕ اَرضَس پیٹھ پٔنٕن شرفہٕ وول خلیفہٕ اوٚ۔ کَنی پزِ بنی

آدمس یہِ عالَم پَننہِ فکرِ تہٕ محنتہٕ ستی پانٔس تأبیا تہٕ کومہِ اندر أنتھ آباد کرُن۔ نہ کہِ نرٕ ٹتھ پیٹھ کُن نظر تھأوِتھ ناہموار پٔتھرِ کی ٹھوکر کھێنی۔ وَنان چُھ

تھد بن آسمانَن بڈ بن خاندانَن

چُھ چونے تھز رتے بجَر نو جوانو

ژے چھے وَہمہٕ پیٚومُت یہِ ماربم ہہ تاربم

ژٕ اَتھ ژھایہِ پَنٕہ نے مہ ڈَرنو جوانو

ژٕ ووتھ روز اِستادٕ پَنٕہ نٔبن کو ٹھمن پیٹھ

پَنٕنی نیا ے پانٔے أنژَرنو جوانو

آزاداوس گُنزرُک تہٕ لولُک پرستار بیدار ذہن تہٕ شوٗژِ ضمیرُک اصل کأشُر شاعر، یمی لۄلوی پَنٕہ نٔبن پوختہٕ اِرادَن تہٕ آشَن ہنٛدی یوسف فِکرِ ہُنرٕ کھوٚنہِ اندر تہٕ لولہٕ ہُری گبوان گبوان بِہنووُن آشَن تہٕ اَرمانَن ہنٛدِس پَنٕہ نِس میراثہٕ کِس تختَس۔

ژٕ ے مأ لِک چونے گرٕ تے بار

ژٕ ے باغوان چأنی گُل تہٕ گُلزار

بأ لی مو بَن ہا ملک دار و ہو

گژھتہٕ بیدار ہا وطَندار و ہو

ژھبتہٕ کیا زِ گوٚ ے غارتُک نار و ہو

گژھتہٕ بیدار ہا وطَندار و ہو

آزاد صابُن قلم تہٕ تھُنٛد وکھرٕ اسلوب چُھ سانہِ کأشرِ شأعری ہنٛدِس نبس

پٹھ گاشہِ تارٕکی پأٹھی پٔرزلان، سُہ چھنہٕ انہِ وَند پَنہِ مختصر زندگی ہِنٛدِس شأعری ہِنٛدِس طویل ناہموار سفرَس اندر گُنہ تہِ جایہِ بڑمہٕ بُڑی دولابَن اندر پھسیٖومُت تہٕ کَنٛہ چھِ تَس کینٛژن نقادَن ہِنٛدِ زانہٕ کَنٛہ اِنکأری نظریہِ ہِکی نعرٕ باز لِکھأری آسنکی تہِ لانٛج آٮ۪تی۔ یِیلہِ زَن آزاد پرٕتھ تہٕ زأنتھ تھٕنٛد یہِ اظہار تہِ چھُ منُن دِنُن لأزمی بنان زِ اِنسانَس چھُ زٔمینَس پیٹھ خالقہٕ ہِنٛدِ طرفہٕ یہِ عالَم سَرٕ کھٕر کرنہٕ خأطرٕ فِکر تہٕ ہمت دَسبوسہٕ بدَل بَخشنہٕ آمٕژ تہِ زأنی تھے چھُ وَنان

خُدا صأبَن بَخشنٛم زُویہِ تھٕنزٕ ے مہربأنی چھَم
وَلے باقی یہِ آسُن گوٚژھ سوٚ پَنٛنی جاں فِشأنی چھَم



شبیر آزرؔ

# آزادؔ۔ اَکھ لولہٕ موٗت فنکار

رومین رولانَن سُنٛد قول چُھ زِ بوٚڑ فنکار چُھ سُہ تہِ آسان یُس صرف پننٕ ترجُمانی چُھ کران مگر سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ فنکار گوٚو سُہ یِمی سُنٛد دِل پرٛتھ کانٛسہِ ہنٛز دَگ للہٕ وِتھ رُت کانٛچھان چُھ۔ یہِ دَگ تہٕ دود چُھ سُے فنکار للہٕ وِتھ تہٕ سُلہٕ وِتھ ہبکان یُس میر تقی میرٕنی دأریلہٕ ترٛاوِتھ احساسَس اَکھ نوٚو جہار بَخشہِ۔ محمد حُسین آزادن چُھ ''آبِ حیات'' ناوِک کِتابہِ اندر میر تقی میر سُنٛد یہِ واقعہٕ نقل کوٚرمُت زِ أکِس خاص ہمدردَن دیُت میر تقی میرَس اَکھ خوٗبصورت مِکانہٕ بنأوِتھ تہٕ اَتھ برٛونٛہہ کنہِ بناوِنووُن اَکھ نظرَن طراوَت تہٕ جذبَن شیٚہجار بَخشَن وول باغہٕ ہَنا زِ میر آسہِ رنگارنگ پوشہِ ذأژ وُچھِتھ تہٕ روٗحَس شاد کرَن وول مُشک ژھینِتھ خوش گژھان تہٕ اَمہِ تازٕگی ستی لَبہِ أمی سُنٛد فن نوٚو بہار تہٕ جہار۔ اکہِ دوہہ ییلہِ یوہَے دوست میرٕ سنٛز خبَر اَتر زانہٕ خاطرٕ سمکھنہِ آو سُہ گوٚو وێڑ حأران ییلہِ تِمی میر تقی میر دارِ برَترٛ وپرِتھا اَکِس لوکچہِ موکچہِ کوٗٹھرِ اندر وُچھ۔ تِمی کوٚر میر تقی میرَس عرض زِ مے بناوِ ناوِنوٚو یہِ خوٗبصوٗرت تہٕ خوشوٗن باغ یِمہِ خاطرٕ زِ توٚہی أسو یہِ وُچھِتھ أنٛدٕری پھولان مگر توٚہہِ چھو دارِ برَترٛ وپرِتھ

فقط مسودن سٕنتھ۔ میر تقی میرٚن وٕون اپنہٕ نٮ۪ن مسودن کُن اِشارٕ کرِتھ تس جواب زِ بۂ چھس یتھ باغس منٛز تیٚوت محو زِ نبرٚ نیرنٕچ چھنہٕ خبرٕے روزان۔ لۄکن ہنٛز دَگ دود محسوٗس کرنہٕ تہٕ پانس أنٛدی پٔکھی حالاتن تہٕ حأری ثاتن ہُند سٕرٕوٚن مُشاہدٕ کرنہٕ باپتھ چھُ یہِ ضرۆری زِ پرٛتھ کانٛہہ دأر گرٛھ یلہٕ ترٛاونہٕ ینٛزٕ تہٕ پٔنُن مُشاہدٕ تہٕ بنہِ زیاد موثر تہٕ تعمیری۔ییلہٕ أسی کأشرِ ادبٕچ تواریخ پران چھِ اَسہِ چھُ عبدالاحد آزادٔس نِشہِ یِم سأری دارٕپٕڈ مُنٛزرأوِتھ نظرِ گژھان۔ دأرمُنٛزراوُنٕک عمل چھُ شاعرِ کشمیر مہجوٗرٔس نِشہِ تہٕ لبنہٕ یِوان تہٕ عبدالاحد آزادٔ سنٛزِ شعری تُلہٕ ترٛاوِ تہٕ خیالاتن ہنٛدِس آہنگس پٮ۪ٹھ چھےٚ حالاتن ہنٛدِس اثرٔس ستی مہجوٗرنہٕ شأعری تہٕ خیالاتن ہنٛز ژھاے تہٕ دزٕیٔنٛٹھی گژھان مگر مہجوٗرن چھنہٕ دأر یلہٕ ترٛأوِتھ تہٕ پوٗرٕ پأٹھی اویزان پرٕدٕ ڈألِتھ ہیٚکیٚمتی تہٕ تمی سنٛز شأعری چھےٚ أکس پُرآشوب زمانٔس منٛز تہٕ انقلابی آہنگ أسِتھ تہٕ خواب آور مزاج پانہٕ ناوان۔ تہٕ ییلہٕ أسی عبدالاحد آزادٔ سنٛزِ شأعری پٮ۪ٹھ سنجیدگی سان نظر ترٛاوان چھِ اَسہِ چھُ تمِس نِشہِ مہجوٗرنہٕ فِکری آہنگ تہٕ توأریخی شعورچ علویت لبنہٕ یِوان تہٕ تمیُک اِنتہا چھُ پوٗرٕ شدٕومد سان رقص کران دزٕیٔنٛٹھی گژھان۔ عبدالاحد آزاد چھنہٕ صِرف پٔننہِ ذأژ ہنٛدِس آوِلنس اندر رٔہنہٕ یتھ تخیل چہ مستی ستی نیم بیدأری ہنٛدِس حالٔس منٛز روزنُک قأیِل لبنہٕ یِوان بلکہِ چھُ اَکھ میٹھ دَگ تہٕ دود ہٮ۪تھ تمیُک مرہم ژھانٛڈان تہٕ پٔنُن اَکھ مُنٛزِیُل تہٕ مُنفرد اسلوٗب ہٮ۪تھ اَکھ لطیف احساس تہٕ حوصلہٕ عطا کران۔ عبدالاحد آزادنہٕ شأعری اندر چھُ وَقتہٕ کہِ نزاگرٛ ہنٛدِ

احساسہٕ لَرِ لوٗر اَمہِ کہِ طوٗفانک زور، مظلوٗم تہٕ محکوٗم اِنسانَن ہٕنز ترجمانی، بدٕلوٗنہِ وقتک گہر احساس تہٕ اکہِ نوٗصبحک خواب۔ یِتھہِ شاعری مَنز اگرچہ فنیٖ رَزٕ ڈیجی گژھہِ تہٕ یہِ شاعری چھےٚ نعرٕ بازی، چکرٕ ہارتہٕ کنَن کھرٕ وُن شور باسان مگر عبدالاحد آزادنِ چھ پنُن اِظہارتہٕ گُفتار بچاؤتھ تھوومُت تہٕ فنی لوازِماتَن ہُند احساس تہِ چھس ستیٖ ستیٖ اوسمُت۔ اَمی سٕنٛز شاعری چھ سُہ جلال تہٕ کمال پوٗرٕ پاٹھی ناپان نظرِ گژھان یُیمہِ ستیٖ فنیٖ عمارت تابان تہٕ زوتان چھےٚ تہٕ بُلند آہنگ شورٕ بجایہِ چھےٚ اکھ سَرساوی لے دِلَس تہٕ روٗحَس تخلیقی لُطف عطا کران۔ یِتھہٕ پاٹھی چھےٚ عبدالاحد آزادٕنی شاعری اندروٗن تہٕ بیروٗن کہٕ لوٗبہٕ ونہِ مِلہٕ ژارچ باج وٕٹھ۔

مِلہٕ ژارتہٕ بأے برادری چھ اکھ تیٖتھ طاقت یُیمہِ ستیٖ اِنسان کُنہٕ تہٕ طوفانک مُقابلہٕ کرتھ ہیکہِ۔ عبدالاحد آزاد اوس زانان زِ پُر آشوب حالاتَن ہُندِ مُقابلہٕ خاطرٕ چھ مِلہٕ ژار اہم تہٕ عبدالاحد آزادنہِ شاعری اندر چھ مِلہٕ ژارُک ساز جایہِ جایہِ کنَن گژھان۔ آزاد اوس اَمہِ مِلہٕ ژارٕ باپتھ کُنہِ تہِ حدَس تام گژھنہٕ باپتھ تیار۔ تمِس اوس پرٕتھ کانٛہہ دیوار یا پرٕدٕ کھران یُس مِلہٕ ژارَس ٹھوٗر ہٕنتھ روزِ ہے۔

دوٗگر نیار چھ یُیلہِ مطلب پوٗزایہِ نمازَن ہُند
سوزَس بو یہِ بخشایش بیٚیہِ توٗری لِدتھ ڈالے
بٔنیو کھ دینک تہٕ دھرمُک تھم، نہ دینُک غم نہ دھرمُک غم
کران اِنسانیت ماتم، وُچھتھ چأنی کار اِنسانو

آزادنس وَچھس اندراوس اَکھ لولہٕ موٗت دِل پٕرتھ ژٕہہٕ دُبراے کران تہٕ یوہے لول اوس تمس غلامی، مُفلسی تہٕ بیکسی ہٕندِس کالہٕ آولنس منٛز ہیٚنہٕ آمتس اِنسانہٕ سُند دود دَگ ہیتھ جایہِ جایہ پھرناوان تہٕ سُہ اوس یِیمہِ آیہ پنٕہ نٕین جذبَن تہٕ احساساتَن لفظَن ہٕندی موٕلِلی جامہٕ وَلان۔

یہِ اَزلُک لولہٕ دیواناچھ آسان تیز طوفانا
پکان محشرٕ ٹلان شہرَن تہٕ گامَن پرگنَن اَندر
ژلان چھم شرٕ حُبابَن اِضطرابَن وَلولَن اندر
یِوان چھم زِندگی ہُند سوزِ سفرَن منٛزلَن اندر

حُبابَن ، اِضطرابَن تہٕ وَلولَن ہُند سوز وٕچھس اندر ویٚپراونہٕ خاطرٕ گژھِ کلیجہِ آسُن تہٕ آزاداوس یہِ جگر تہٕ کلیجہِ ہیتھ شدومدٕ سان وژامُت تہٕ اَدٕ اوس سارِ سمیٚک دود دِلَس اندر تمہِ آیہِ للہٕ وان تہٕ سُلہٕ وان زِکم کم وَلہٕ ویٚراَسی تھہران۔

ٹُل میٚانی پانَن سارِ سمیٚک بورکلس پیٹھ
ملکَن تہٕ فلکَن لرز ووٚتھ ڈیشِتھ یہِ جگر میٚون

اِتھس لولہٕ مَرژس منٛز تہٕ تھوو آزادَن فِکر تہٕ تدبُرُک شمع زوتہٕ وُن تہٕ کاشُر شاعری دِتُن اَکھ لوٚبہٕ وُن توٚارٕیخی تہٕ فِکری آہنگ ، اَکھ سماجی شعوٗر ، اَکھ میٚوٗٹھ اِنقلابی ووٚہار تہٕ حالاتَن ستی مُقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ ۔یِمَن خیالاتَن تہٕ احساساتَن لفظَن ہٕندی موٕلِلی جامہٕ وَلنہٕ خاطرٕ کوٚرُن اَکھ سُہ اسلوب اختیار یُس زیادٕ مُندٕ بون تہٕ شوٚبہٕ وُن چھ ۔اَمہِ خاطرٕ پیوٚوس روایتَس نِشہِ انحراف گٔرِتھ اَکھ سُہ مردانہٕ لہجہِ اختیار کرُن یُس مقصد پرٛاونہٕ خاطرٕ ضروٗری

اوس۔ یِمہٕ ساعتہٕ اَسی کأشرِ شأعری ہٕنز تواُریخ پران چھِ اَسہِ چھُ گوڑنچہ لٹہِ
مردانہٕ لہجُک جلال پوٗرٕ کمالہٕ سان آزادٕ سے نِشہِ درٛینٛٹھی گژھان۔ مہجوٗر تام چھُ
نِسوأنی لہجہِ ہیتھ لبنہٕ یِوان تہٕ یوہے وجہ چھُ زِ یِمہٕ اِنقلأبی آہنگ تہٕ توأریخی
شعوٗرُک دَس مہجوٗرَن تُجاوُسہٕ ہیوٗک عبدالاحد آزادٕنے کمالَس واتناوِتھ تہٕ
یِتھٕ پأٹھی چھِ آزادٕنی فن پارٕ اکہِ نوِتہٕ منفرد اسلوٗبکی مرٛحلی پرٛتو ہاوان، اکہِ
نوِصُبحُک باس دِوان تہٕ زندگی ہِند بن کرٛتھن ژِہِن ہُند مقابلہٕ کرنُک
حوصلہٕ بخشان تِکیازِ آزاد اوسہٕ خفتہ تہٕ نیم مدہوشی ذہنُک قأیِل۔ آزاد اوس
یژھان زِ پرٛتھ کانہہ گوٚژھ خواب خرگوشہِ نِشہِ بیدار گژھُن تِکیازِ تمی ہٕنزن
نظرَن منز اوس اکہِ تابناک تہٕ روشن مستقبلُک خواب ژھالہٕ ماران توَے
روٗدنہٕ تمہِ شأعری ہُند قأیِل یوسہٕ اِنسانس زُلف خَم تہٕ نازواَدا کہِ
ڈیزِ پامہٕ ستی مدہوش کرِ۔

بزم تہٕ فریب، زُلف خَم، نازواَدا تہٕ مأتِزنم
زِندگی مہٕ کرستم، رِنٛدٕ ہنا ژٕ عار کر



تمہِ لولہٕ کھوتہٕ بہتر زولانہٕ غلأمی ہٕندی
اِستادِ جوانمردَس یُس لول پتھر پاوے

عبدالاحد آزادٕ سِندِس کلٲم سرمایس پیٹھ نظر ترٛأوِتھ چھُ اکھ خلوٗصہٕ
موٚت تہٕ لولہٕ ہوٚت فنکار پوٗرٕ شبابہٕ سان درٛینٛٹھی گژھان تہٕ تمی ہٕنزِ بُلند فکرِ
ہٕندی جلوٕ چھِ احساسَن شیہجار بخشان تہٕ تمی سِندِ درٛچھ دُبرائے چھے اکھ مانوس

لے ہیتھ جذبن زُووَنِدان۔ أمِس لولہٕ بٔری تِس فنکارس متعلق چُھ حیثیتہٕ مُطأبِق وارِیاہ کٔم لکھنہٕ آمُت۔ ضرۆرَت چھےٚ امِہ کتھِ ہٕنز زِ سأنی نقاد دِن اورکُن خاص ظون۔ اگرچہ کأشرِس ادبَس منٛز وُنہِ تنقیدی لحاظہٕ وارِیاہ کینٛہہ سرٕنٛج ضرۆرت چھےٚ اماوٗنی کٔمن تہٕ چھِ اَسہِ نِشہِ تِتھی لِکھأری یِم جان تہٕ زبر پأٹھی عبدالاحد آزادنہِ زندگی ہٕنٛدی مختلف گوشہِ گأشہِ راونس سِتی سِتی تٔمی ہٕندِ بن فَن پارَن منٛز فنی محاسِن بَدِ کڈِتھ ہکَن تہٕ کشیرِ ہٕنٛدِس أمِس پایہِ بُڈس فنکارٕ ہٕنٛدی کمالات زیادِ کھوتہٕ زیادٕ لُکن تام واتناوِتھ تہٕ ہکَن ادٕنٛچ تہِ خدمَت کٔرِتھ تہٕ لوٕنٛچ تہِ حق ادأیی کٔرِتھ۔



ہوش کر پأدٕ لولہٕ دیوانے
گوش تھاو بوز افسانے میون



یٚیمہِ یکسانہٕ کہِ ہالہِ مأدانے
کُس پَنُن کُس چھُ بیگانے میون

عبدالاحد آزاد

ظہور رہائگامی

# کاشرِ ادبہٕ کِس فکرو فنس منٛز آزادُن دیُت

قُدرَتن چھے سائنٛ کٔشیر پزٕی پأٹھی جنّت بناوٕمٕژ۔ یہ چھے پزٕ اچین کالہٕ پیٹھے علم وادبچ مسکَن روٗزمٕژ۔ پزٕ نہٕ پأٹھی چھے کٔشیر اکھ للہٕ وُن لول تہٕ کأشر زبان چھے اَچھ لولہٕ برٕژ قاصد۔ روٗمانٛی فطرژ سببہٕ چھے کأشری علم وادبَن خاص کر شأعری اِمی مزاز نَم لوٚبمت۔ حقیقت تہٕ چھے یہأے زِ کٔشیرِ ہنٛدی کوہتیتأنی، آرٕ بٔٹھی، کولہٕ راد، سَرسبز شاداب یارِوَن، لالہٕ زار بیترِ چھِ کأشرِ شأعری ہِنٛدی علمِ تصور کہِ گاٹہٕ جارٕ کرِ بُنیأدی مرکز روٗدی متٕ۔ اَمہِ پزٕ رُک چاو تہٕ بٔجر چھ اَسہِ پٔننہِ لُکہٕ ادبہٕ کِس نزاکتَس منٛز اَمہِ کہِ حُسن و جمال تہٕ رنگ و روٗپ کِنہٕ صاف لبنہٕ یِوان۔ یوٚ دوَے أسی اَمہِ کِس پوٚت منظرَس کُن اَکھ سرٕسری نظر ترٛاوو تیلہِ چھ یہ سأنٛس ذہنَس ہی مال نأگی راے، وِزرامال زِنی موٚزوٗر بیترِ ہوبن ڈٔلیلَن ہتھ پٔنن وَق صَرف کرِتھ زندگی ہِنٛدِ مفہوٗمہٕ رٔنگی شأعری ہِنٛدِس عنوانَس تَل بےٚ شوٗنکی پأٹھی نوٚ وَتہٕ بَد کڈِنَس منٛز تہٕ آوٕراوان۔ یِتھہٕ پأٹھی روٗدی عام لوٗکھ پٔننہِ دوکھہٕ سوٗکھکھ اِظہار ڈٔلیلَن تہٕ بأتَن منٛز تہِ کران۔ اگرچہِ لل دید، کبیر داس، حبہٕ خوتوٗن، رسول میرَس ہوبن

شاعرَن ہِندی زبأنی بأتھ دٔلیلَن ہُنز جاے تحریری طورٕ تہٕ محفوظ روٗزِتھ وۄقتچ
اَکھ اہم ضرورت بنیاوے، تتہِ گےٚ یِہٕندی مشاق تہٕ قدردان تیتیٚ پأدٕ زِ تِہُنز
گرٛنٛد کرٕنۍ چھےٚ سبٹھاہ مُشکِل۔ اَتھ پرٛزل وِنس سمیٖس ستیٚ ستیٚ آے یِیٚہ
کأتیاہ اَتھ علم وادب کِس سرٛس منٛز یِہ دٔپۍ زِ تہٕ حسین وجمیل پمپوش پھوٚلتھ
یِمو بیوٚن بیوٚن رنگ تہٕ رنگس ستیٚ بیوٚن بیوٚن ناورٕٹۍ۔ پوٚز اَتھ سرٛس منٛز
رٕٹ أکی پمپوشَن عِرفأنی سروٗرٕچ تہٕ عقل وشعوٗرٕچ لےٚ تہٕ وۄلُن شیخ
نورالدین نوٗرأنی صأبُن لِباس تہٕ بیٚ پمپوشَن وَنہٕ نوو پأنس لل دیدٕ۔ تِتھے
پأٹھی گےٚ پیٚوٹھس پیٚٹھ پمپوش پھولان۔

عام پأٹھی چھِ دیان زِ ادب گوو أدیبہٕ سٕندِ دِلچ دُبرایے تہٕ یہ چھ عام
اِنسانہٕ سٕندِ جذبأتی رِشتٕچ وہ کھنے کران۔ یِیلہِ زَن جذبأتی منظرکشی تہٕ موٗل
جذبأتیت چھ اَمہِ طرزِ فِکرٕچ وٕتھی پوٚٹھی نالہٕ ژھٹہٕ وٕنی فلسفہٕ انگیز ژینہٕ وَن۔
یِتھ پأٹھی یہِ اَکھ تو أریخی پزر چھ زِ اسلأمی عقأیدَن ہُند پوٚلل دیٚد ہِندِس
عرفأنس پیٚٹھ زبردَس اثر۔ یَتھ منٛز شوٗ ازمُک تہٕ اِسلامُک مُشترکہٕ تصوٗرِ
وحدانیت تہٕ وحدت گژھ اِیہِ ماران أسی۔ یِہُند کلام پرٕتھ اطوار تہٕ انہار تلہٕ چھےٚ
أمی سٕندبن واکھن ہیترِ منٛز اَمہِ پزرٕچ بوے یِوان۔ یَتھ منٛز شِوس پیٹھٕ پرمہٕ
شِوَس تام پرٕتھ منٛزِل وبرٛھناوِتھ اِسلأمی فلسفک نوٗرلولہِ للوان دزٕ بیٚنٹھی چھ
یِوان۔ کُنہِ چھےٚ لل پنہٕ نِمن واکھن منٛز تمثیلی رنگ اختیار کرِتھ صِلہ آخرتُک
فلسفہٕ یا کہِ أکِس دوکھہٕ زدٕ زنہٕ ہُنز شأبأبی ہیٚرٕ رٕنگی سماجی نا اِنصأفی ردِ عملچ
تیٖہہ ورگہٕ پأٹھی بیان کران۔ لل دیٚد چھ سہ سوٗرے حأری شاتھ یُس صبرُک

مختشرِستان اوس نفسہٕ کیو ظُلماتو منٛزی ۔ طے کوٚرمُت ۔ لٔلہٕ کوٚر یہِ سورُے
برداش ۔ یہِ اوس أمی ہِنٛدِ نفسہِ عرفانُک گوڑ مختشر یُس لٔلہِ لولہٕ لٔلہٕ نوو ۔ شاید
ئُج أمس اَمہِ ہتیٚ أندرِمِین مختشرَن زیرِ بیمہٕ کٔنی أمی ہیوٚت مُکمل سکوٗن تہٕ
ابدی سرخوشی ہِنٛد بن اَمرت ناگن ہُنٛد تلاش کرُن ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ جبہ خوتو نہٕ
پیٹھ أرنہِ مالہِ تام تہٕ یہنٛدی نغمہٕ بأتھ لوٗگن ہِنٛد بن جذبَن ہِنٛدی أنہٕ پزٕنہٕ
پأٹھی بنان تہٕ دُرستِس عالمس پننہِ وطنہٕ کہِ عظمتُک داستان بوزٕ ناوان ۔
مہجوٗر چھُ کاشرِ جدید ادبہٕ کہِ حُسنک وَتہٕ ہاوُک ۔ یہِ چھُ اَکھ تو أریخی پزٕر
تہٕ زِ مہجوٗر چھُ زبأنی ہِنٛدِس ورتاوَس نسبت بیٚین نِش واراہ وَکھرٕ تہٕ ۔ تاہم
یوسہٕ شأعری یہنٛدِ اِظہارٕچ زَبان مہجوٗر صأبَن اختیار کٔر سوٗ أس عام اِنسانہٕ
ہِنٛدِ زُوَن پایہٕ کہِ نسبت غلأمی نِشہِ مُچھٕ گژھنٕچ جوازتہٕ پیش کران ۔ یتھٕ پأٹھی
چھےٚ گُہے کٔشیرِ ہنٛز زبان بنان تہٕ گاہے پگہہٕ کہِ بہارُک بولہٕ وُن بُلبُل ۔ پوٚز
أتھی دوران یوسہٕ بیٚیا کھا اَکھ بأغیانہٕ طرزٕچ آواز اکہِ وُزملی رَفتارٕ آزأدی
ہِنٛدِس آب وہوَہس نسبت ووتلیٚایہِ سوٗ أس عبدالاحد آزادٕنٕی ۔ أمی ہنٛز
شعرٕ زبان بالخصوص چھےٚ سازٕچ سو تار بَنے مٕژ یتھ مِضراب لگی تھےٚ سوزٕ کی
سہلاب وُزان چھِ ۔

یُس دردٕ نیستانَن مستانہٕ قدم ترٛاوے
اَہریز، نیز خنجر زَن پوشہِ پھلےٚ چھاوے
بیٚیہِ نارٕ ترٛٹَن ہِنٛدی پأٹھی ألراوِ کوہَن بالَن
صُحکہِ ہواوٕ کی پأٹھی پوشَن دِل پھوٚلہٕ راوے

عبدالاحد آزاد چھ کأشرِ شأعرِی ہنٛدِس موضوعَس اندر دٕ ژرَس تبدیلی

ہنٛدی نقش شہر وگام تۍ اوان۔ سُہ چھُ صحی معنہِ یَس منٛز کأشرِ شأعری اَکھ نوٚ وزٕو

زبتہٕ تہٕ مِزاژ بخشان پوٚز تہٕ دَرتہٕ زندگی ہنٛد بن کیٚنژن رِتمن گوشن ہنٛز

تفسیر تہٕ تنقید تہٕ بَنان۔

یِمہِ عقلہِ ہُنٛد زولانہٕ بوٗ کتھٕ پأٹھۍ ژٕ ژٕھ دژاس

یا زانہِ میٚون پان نَتہٕ زانہِ مژ رمیٚون

ژُل میأنی پانَن سارِ سمیٚک بور کلَس پیٹھ

ملکَن تہٕ فلکَن لرزٕ وۆتھ ڈیٚشتھ یہِ جگر میٚون

یتھٕ پأٹھۍ چھُ قدامت پسندی ہُنٛد یہِ رُجحان گُنہِ شعوٗری ژأر ہُنٛد

حأصِل تہِ بَنان۔ یِمہِ عنوانکی یِمِ زٕ شعر چھِ۔

بیٚیہِ ازلُک لولہٕ دیوانا چھُ آسان تیز طوٗفانا

پکان محشر ژلان شہرَن تہٕ گامَن پرگنَن اندر

ژلان چھِم شر حُبابَن اِضطرابَن وَ لولَن اندر

یِوان چھِم زندگی ہُنٛد سوز سفرَن منزلَن اندر

حقیقت چھے یہاے زِ آزاد صأبَن اوٚن کأشرِ بن غلأمی ہنٛزٕ زنٛجیرٕ ژٕتھ

آزأدی ہنٛدِ حبُک جوش پَنہٕ شأعری منٛز مشالہِ روشَن ہنٛدی پأٹھۍ قبولیت کِس

مأنِس تام وٕژتھ۔ یتھ منٛز اِنسان دوستی تہٕ روٗمان پروٗری ہُنٛد جذبہٕ ژھالہٕ

گِتی کران روٗد۔ بیٚیہِ طرفہٕ روٗد اَتھ مشالہِ روشنَس منٛز اکہِ صحت مند حُب

وطنُک خوشبوٗ تہِ یِوان۔ اِنسانہٕ سنٛزٕ عقلہِ ہنٛدی اُفق تہٕ حد چھِ دوہہ کھوتہٕ

دوہہ وسیع سپدان۔ زندگی ہنزِ فکرِ سونچکی ژِہہ یم مرٚنس تہٕ زبٲنس ہتی وابستہٕ چھِ، چھِ پرٚتھأ کٔس اِنسانٔس منٛز اہم تہٕ غالب بنان۔ وارِیاہن کتھن پیٚشِ نظر ووٚن مہجور صأبن یٔس زَن آزاد صأبس تہٕ بڑونٛہہ اَتھ مأدانس منٛز حُبِ وطنُک جوش ژھٹان روٗد تہٕ آزاد صأبنہِ یِمہِ عالمہٕ رخصت گژھنہٕ پتہٕ تہٕ ووٚن مہجور صأبن حقیقتُک رنگ برانٛ زِ

مہجور کرِ ہے ناز بردأری
وقتچ تَس چھے لاچأری
ووٗنی چھے آزادس چأنی ذِمہٕ وأری
کاژ زوٗنی بوزمیأنی زأری یے

اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شک زِ مہجور صأب اوس اَکھ پوٚختہٕ کار گوٗنماتھ۔ تِتھے پأٹھی اوس آزاد صأب تہٕ پَننہِ اِظہارُک اَکھ بہترین مُقرِر تہٕ مشہور حاضِر جواب تہٕ۔ بیٚین مُقابلہٕ روٗد آزادس حُبِ وطنہٕ کہِ تاثرُک اِسٹایِل ہنا پوٚٹھ پھَن ییٚلہِ زَن مہجور صأبن اِسٹایِل ہیٚوٚ کنہٕ آزاد صأبنہِ اِسٹائیلچ ہِش نرمی تہٕ خوٗش رفتأری حاصِل کرِتھ۔ آزاد صأبنی لفظہٕ ژأریوٚ دوے شرافت، نرمی تہٕ سادگی منٛز گتہٕ گیوٚر کران چھے تتہٕ چھ امیُک نتیجہٕ تمہِ ژارِ ہُند تہٕ یوسہٕ تَس شأعری متعلق أس۔ سُہ اوس یہِ کتھ تہٕ پوٚرِ پأٹھی زانان زِ شأعری گژھِہ صرف شرائچ لگہٕ ہارتہٕ آئی زِ بلکہِ گژھِ زیاد کھوتہٕ زیاد لُکن فکرِ ترٛنی یتھ اکثر وبیشتر لوٗکھ قبوٗل کرن۔

آزاد صأبنی شأعری گے روایتی روٗمأنی انداز شروع مگر تلخ خلأیی پرواز

ستی سپُد آزاد صابُنس تخیُلس اَکھ نوٚو وُڈوعطا۔ یمیُک احساس أمِس پڑتھ وِزِ بن قلب و جگر چھوکہ دأوی کران رٕود۔ تاہم اوس یہ احساس أمِس أندری أندری کوٚران زِ ''بر کیاہ چھوکہِ لد دِلہِ کُمِن خائَن'' اگرچہِ زندگی اعتبارِ آزاد پوٚر پاٹھی واش کڈِتھ ہیٚو کنہ تاہم کوٚرُن بہترین شعرٕ حُسنک بہترین نموٗنہ پیٚنہ شأعری منز تھِ ہوی تصوٗرات وَرتأوِتھ اِنقلأبی آیہِ سبٹھاہ کم وقتس منز یمہِ آیہِ اِظہار۔

تمہِ لولہِ کھوتہٕ بہتر زولانہٕ زندگی ہُند

اِستادِ جوان مردس یُس لول پتھر پاوے

اَتھ کتھِ چھُنہٕ کانْہہ شک زِ آزاد صأبس رٕود حُبِ وطنُک جوش أندرِ أندری لٕہرِ ماران تہٕ اَتھ جوشس رٕود حأکمانہٕ بنٛدِشو باوجوٗد نرمی تہٕ خوٚش رفتأری سان قبوٗلِ عامس تام واتناوان۔

دِل سون مہٕ کر غمگین تقدیر تھٕکَن والے

اَفسانہٕ پرَن والے دیوانہٕ کرَن والے

تَس دردٕ غزل خوانس صد خیف ہزار افسوٗس

یَس خام خیالَن پتہٕ آرام دِلُک راوے

وَقتہٕ کہِ تواریخی تقاضن ہُند پاس گرِتھ تہٕ زمانہٕ چو سختی یو سببہٕ ژھوٚٹن اِنقلأبی وَلولُک أندریم دُتارٕ یمہِ آیہِ۔

برٛم تہٕ فریب چھی زلفِ خم ناز واداتہٕ مائزِنم

زِندگی مہٕ کر ستم رِندٕ ہناژ عار کر

آزاد چھ پَننہِ مخصوص لب و لہجہٕ پَنہٕ نِنن وطن دارَن ونان زِ
سازوسامان تہٕ رونہِ دامانہٕ بیترِ ہِک وَق مُشرأوِتھ چھ اَسہِ پگہہٕ کہِ شاندار
مُستقبلُک ، تشخصُک ، وقارتہٕ جلال پانہٕ قأیم تھاوُن ۔ شخصی راجُک رعب و
داب تہٕ تمہِ وَقتہٕ کہِ ظُلم وجبرٕ کۍ حالات مدِ نظر تھأوِتھ پیوٚ آزادَس تہٕ زِندگی
ہُند افسانہٕ حرکژ منز اَنتھ تخلیقی طور بیدار کرُن ۔

دوٚگۍ نیار چھ یِیلہِ مطلب پۆزِ ایہِ نمازَن ہُند
سوزَس بوٚ بخشأیش یِیہِ توٚرۍ لدِتھ ڈالے

............

بنیوٚ کھ دینک تہٕ دھرمُک کھم ، نہ دینُک غم نہ دھرمُک غم
کران انسأنیت ماتم وُچھِتھ چأنی کار انسانو

............

فند باز یار وبأزی گار وبأزی پٔننۍ زین
ہاوُن ژۍ تھوٚوُ یے کعبہٕ بُتخانہٕ ونۍ کیاہ

انسأنیتُک تقاضہِ کرِتھ تھأوآزاد صأبَن پَننہِ شأعری ہنز توأریخ تمہِ آیہِ
رقم کرِتھ زِ تمۍ سنز تخلیق پرِتھ چھےٚ اَچھ بِٹہٕ رایے مُشتھ گژھان شأعری منز نوِ
وَتہٕ بدِ کڈنَس منز تہٕ گأشراونَس منز چھےٚ وچھ قتچ دُبہٕ رایے تہٕ نوٚبن نوٚبن
احساساتَن ، انھرۍ جذبَن اَپناوِنچ کَل گنزراوان ۔ اَمی کِنۍ چھ اَسۍ اکہِ
پژانہِ تہٕ شاندار شعرٕ روایتَس ستۍ نالہٕ موٚت کرِتھ ۔ آزاد صأب ییٚتہٕ پَننہِ نِنن
ہمعصر اَدیب وشأعرَن ستۍ اَکس خاص اندازَس منز تھاوون تہٕ ہرگاہ

اقبالؔ صابَس ستۍ تٕمۍ سُند شاعرانہٕ قدامتُک مُشابہَت کرٕ وغلَط گژھِہٕ۔ یہِ چُھ دوکھ دأے تعجُب زِ اگر زَن اصوٗلی طور کأشرِ بَن أدیبَن اور گُن ظون چُھنہٕ۔ کأشُر أدیب یُس پرٕ ن لکھَن وول یا باحبس چُھ، چُھ ضرُوٗر کیٛژَن ہم عصر فلسفہٕ تخلیق کارَن تہٕ عالِمَن ہُنٛد ذِکر کران مگر ییلہِ سُہ قلَم تُلان چُھ سُہ چُھنہٕ ہبکان اَکھ دژ سہٕ اَنتھ تہٕ فرسوٗدٕ فِکرِ تہٕ اِظہارُک روایتی قلَم چُھ خیالَس منٛز آوراوان۔ آزادؔ چُھ اَتھ برعکس اَکھ مُکمل صِنفِ اِظہار اِنسأنی فِکرِ ہنٛز ژ‍‍‌ٲ‌ے ژھرٛ‌ٹہٕ ژھرٛ‌ٹھ گرُون پِنٛن اَوٛندپوٛکھ تہٕ ماحولُک تعلُقأتی منظر پیش کرنُک نموٗنہٕ عام قأری یَس بروٗنٛہہ گُن اَنان۔

پریم ناتھ شؔاد

# عبدالاحد آزادنہِ شأعری منٛز رومانیت

رانگر چُھ شہرِ سرینگر پیٹھٕ لگ بھگ زٕ توٕوُہ کلومیٹر دوٗر تحصیل ژوڈرِس منٛز واقع۔ أتھی گامَس منٛز پیٚو آزؔاد ۱۳ ارجون ۱۹۰۳ ءِس منٛز سُلطان ڈار صأبنہِ گرِ تھنہٕ۔ ڈار صأب أسی اَکھ عأِلم تہٕ تہٕ صوٗفی تہِ۔ یِمَن اوس فارسی تعلیمہِ پیٹھ دسترس حأصِل۔ عأرِضؔ صأب تہِ اوس اَمی خانداِنُک اَکھ پھولہٕ وُن تہٕ مُشکِھ دار پوش۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ دوشوِٕے آزادَن تہٕ عارِضؔ صأبَن کوٚر مرحوم سُلطان ڈار صأبَس نِشہِ تعلیم پرٕنٛک اِبتدا۔ چونکہِ تمہِ ساعتہٕ اوسنہٕ مدرسَن ہُنٛد رواج تیٚوٗت زیادٕ۔ اَمہِ وِزِ آسہَن پرٕ أنِس بڈ گأمی تحصیلس منٛز یَتھ زَن ازکل ترٕ ٚے تحصیل ژوڈُر، بڈگوم تہٕ بیروہ بنے متی چھِ۔ کُہی تام ترٕ ٚے ژور مدرَسہٕ۔ لہٰذا اسوٗزِ یِم گرِ کِھ دوشوٕ ٚے شہَر تعلیم پرٕنہِ۔ کِہٕ کالہٕ پتہٕ آیہِ یِم گرِ واپس۔ آزادَن ہرگاہ سکولی تعلیم کِہٕ کٔر حأصِل مگر مُطالعہٕ کوٚرُن کأفی۔ یِمیُک نتیجہ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ہِنٛدی ترٕ ٚے جلد چھِ۔ یِہ کِتاب چھے تحقیقہٕ خأطرٕ اَکہِ میلہٕ گنہِ ہِنٛز حیثیت تھاوان۔ بوزوٕ ٚے تہٕ آزادَن کٔر پنداہ وہرِ پانہٕ پیٹھے شأعری شروع۔ گوڈٕ أسی احد پتہٕ جانبازتہٕ

أخرس آزاد تخلُص تھاوان۔ ترٛ ال تبدیل گژھنہٕ پتہٕ کوٚر کھتتہٕ جانباز ترٛ أوتھ
آزاد تخلُص اختیار۔ یہِ اوس اردہ ؤری وأنسہٕ منٛز یے زوہامی پرایمری سکولس
منٛز بحیثیت وستاد مُقرر کرنہٕ آمُت۔ یِمو میانو دوستو آزاد صأبَس نِشہٕ
پوٚرمُت چھُ تِہُند وَنُن چھُ زِ یہِ اوس کانٛہہ فرق کرنہٕ ورأے ژاٹہٕ شُربن ستی
شفقتہٕ ستی پیش یوان تہٕ یتیم شُربن ہُند اوس تَس خاص خیال روزان۔ میٛون
أکھ دوست اومکارناتھ ماہنوٗری یِمو أمِس نِش پوٚرمُت چھُ، چھِ وَنان زِ
"چونکہِ بہٕ اوسُس یتیم مے أسنہٕ گرٕچ مأُلی حالت ٹھیک لہٰذا اوس میانہٕ خأطرٕ
کِتابَن تہٕ وردی ہُند خرچ وبتر اوُن مشکل مگر آزاد صأبنہٕ شفقژٕ کنی باسے یہ نہٕ
مے یِمَن دوشونی چیزن ہنز کانٛہہ وبژھے"۔ اومکارناتھ چھ ونان زِ "آزاد
صأب أسی نر کأنی قلم تیٚتھ گران یِتھ نہٕ جورَے اوس"۔ میأنین دوستن موتی
لال ساقی تہٕ مکھن لالس تہِ اوس تِہُند شأگرد آسنُک شرف حأصِل۔

بہٕ کرٕ یَتھ لوکٹس مضمونس منٛز آزادنہٕ لولہٕ شأعری پیٹھ أکھ سَرسَری نظر
ترٛاونچ کوٗشش۔ وُچھوَے تہٕ لگ بھگ سارِوے شأعرو چھ پننہٕ شأعری
ہُند دَس لولہٕ شأعری ستی تُلمُت۔ عاشق مزاج آسنہٕ موٗجوٗب اگر آزادَن تہِ
پننہٕ شأعری ہُند دَس لولہٕ شأعری ستی تُل تہٕ کانٛہہ خطا چھُنہٕ۔

آزادَن یِیلہِ شأعری ہیٚژ کرٕنی مجبوٗرٕنی روٗمان پرورباتَن ہُند گرزا اوس
پرٛتھ طرفہٕ کنَن گژھان۔ مہجورس نزدیک یِنہٕ کِنی کتھہٕ روزِ ہے آزاد پننہٕ
شأعری منٛز روما نک اثر قبول کرنہٕ نِشہِ لوٚب۔ مہجورَن ہرگاہ کأشرِ شأعری نٔوی
طرح دِتی اماپوٚز آزادَن دِژ اتھ دأیرَس وُسعت۔ کینٛہہ کال پتہٕ اگرچہِ

آزادَن الگ تہٕ بیٛون اسلوب تہٕ آہنگ پژ وومگر تسنٛز لولہٕ شاعری گر تیژاہ عوامی مقبولیت حاصِل زِ اَز تہٕ چھِ کشیرِ ہِندِس طول وعرضس منز آزادٕنی رۄمان پرور غزل یا روایتی صنِف وژن فارمہِ منز باتہ شوقہٕ سان گبونہٕ تہٕ پسند یِوان کرنہٕ۔ لوٗس للہٕ کھۄل کران چھ آزاد ونان۔

ژاوی پژانی قصہٕ تے اَفسانے

ژاوی زالی زالی پنجرٕ تہٕ زولانے

چھاوی یاونگ شژاوُن ہاروینٛسی یے

نیری چھاونہٕ گُل تہٕ گُلزاروینٛسی یے

وقتہٕ چہِ ناپایداری ہنز ژینہٕ وَن دِوان چھ ونان۔

چھکھ ژٕ تو شان سازس تہٕ سامانَس

واجہِ مرمَن تہٕ بیٛیہِ روبنہِ دامانَس

یہِ چھُ سورُے ناپایداروینٛسی یے

نیری چھاونہِ گُل تہٕ گُلزاروینٛسی یے

آزاد چھ آرٕ ولہِ ہنز کلپنا کرِتھ رۄمانی شاعری منز محبوٗب ہِندِس عشقس منز ورَن تہٕ ولَن منز ہینہٕ یِوان۔ یَتھ اَندراَمس تیٛرَن سینہٕ دارُن تہٕ جِگرَس صدمہ ژالنی پیوان چھِ۔ توے چھُ ونان۔

وارِمے آرٕ ولی کیا زِ گیکھٕ وُبالی یے

جادِ کری تہٕ گن بری وَنتہٕ یہِ کمی گلالی یے

یا

کرُل ژُمی کوٚرُ ے بُمن ماۂزِ ژُمی مُژ ھے نمن
جامہٕ چھلی ژٔے شبنمن زُلف ژُمی سنبھالی یے

یا

عشق پھران کمن کمن نپہ ریشن تہٕ عالِمن
عشق کران موصمن پوشہِ بدن کزٲلی یے

احساس چھُ سپدان زِ آزاد گتھ حدس تام اوس پنہٕ نِس محبوٗبس پتھ فِدا۔ بٔنِیس جایہِ چھُ وَنان

وَنہٕ یوٚد کوہن تہٕ بالَن تم میانہِ کھوتہٕ چھِ نالَن
میوٚنُے جگر چھُ ژالَن یمِ چاۓنی صدَم نِگارو

یا

گرِی تن کتھے وَتے لؤکھ ماشوق میون ژٔے چھکھ
اَسہِ دون چھُ وعدٕ ازلُک دژٔ ے تے قسَم نِگارو

ازلُک وعدٕ آسُن یا قسم درٕ ے ہاوُن چھُ ٹاکارٕ پاٹھی ییمہِ کتھِ ہُند ثبوت زِ آزادس اوس محبوٗبہ سُند لول رگن رگن منٛز شرٛوٚپتھ سُہ اوس تَس ورأ ے سیماب قطرٕکی پاٹھی بےقرارتہٕ ژھرٕتہٕ ژھرٕٹھ کران۔

آزادَن چھُ پنہٕ نِس مُلازمتس دوران وارِیاہ کال سورسیار گامس منٛز گژھ ورُمت۔ سورسیار اوس تتھ جایہِ واقع یتھ اکہِ طرفہٕ نالہ دؤدھ گنگاتہٕ بیٚیہِ اندٕ گہلی یارِوَن باگہِ اُسی آمتی تہٕ یمٕنے یارِوَنِن ہندِس دامنَس تل بہتھ آزاد سُند ماشوقہٕ ہندِس فِراقس منٛز شعروننی اُس اکھ لازمی گتھاہ تہٕ اُتھی بے

قرأری ہِنٛدِس حالتَس منٛز چھ پَنہٕ نِس مدٲن وارس شِکوٕ کران ۔

ژٕ ے چھے عاشہِ متمن ءستی لے

چُھہکھ چاوان وصلُک مے

مے پیٹھ گر ولتہِ انوٲری

بےٚ نو ذٕرٕ عشقہٕ بیمٲری

عشقہٕ دود ییمہِ آیہِ آزادس سزٕیوٗمُت اوس تَمی آیہِ چھ سُہ تیٚھنٛد بن شعرَن منٛز

بے وایہٕ نوٗن نیران ۔

تنہٕ نالہٕ چہٕ وَژہٕ تر اُتھ باغِ نسیم گرٛژھٕ وَے

دٕوٗ شیٚہلَن نارٕ تی یے وُچھتہٕ نوٗرٕنی پھوٗتی یے

......

آزادٕ نٔی ولہٕ تے زار شِلہٕ پد مان سوزَس

تم چھِ مرٕ دار بیٚیہِ لوٗتی یے وُچھتہٕ نوٗرٕنی پھوٗتی یے

آزاد چھ ماشوقس آدنک جانانہٕ زأنتھ تہٕ بے وفٲیی ہنٛز تہمت

لاگان ۔ یِژھان چھ زِ دِلبر گوٚ ژھ مے لرِلو رہیتھ میانین کتھن گن دارُن

یتھ مے لولہٕ نارُک جوش ہَمہٕ ہے ۔

روزِ ہے ساتھاہ سُہ دِلبر بوزِ ہے افسانہٕ میوٗن

بے وفا بے گانہٕ لاگان آدنک جانانہٕ میوٗن

قدمَن ہا چشمہٕ وَتھراوَے مَدنو

لالَن ہا مالہٕ کرناوَے مَدنو

پَنہٕ نِس ماشوقس خوٗبصورت پٔری ہُنٛد درجہ دِنَس تہٕ چھنہٕ والیہ کران۔

ویرناگ مأری منٛز پٔری یے

سونٛدٔ رٔی یے دیدار ہاو

دِلبر سُنٛد دیدار کرُن چھ عاشقہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ تِتھے ضروری یُتھ اِنسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ آب تہٕ ہَوا اُچھ۔ شاعرَس چھ یارٕ سٕنزِ جدأیی ہُنٛد شَر یَتھ حدَس تام ناقابلِ برداشت گژھان زِ سُہ چھ نالہٕ دِوان دِوان وٕہہ کھٕنبٕس تہٕ واتان۔

ناریس ہیُوٚ تُن منَس وارتہٕ چھُنہٕ وَنہٕ نَس

نالہ دِنَس تہٕ وٕہہ کھٕنبٕس وَنتہٕ سُہ عار کیاہ گرے

اَخرس پیٹھ کرٕ بٕہ آزاد نہِ اکہِ وژنچ ذِکر یُس مےٚ وِزِ وِزِ مأنزِرأ ژَن، کھلَن تہٕ کھٕہَن، ننبٕ ڈوربن، کونگہٕ واربن ژوٗرَس دوران تہٕ شامہٕ شِہلِس سوکھٕ آنگنَن منٛز روٗف کران کوربن ہٕنٛزٕ زبأنی کَنَن اوس گژھان تہٕ سورُے فِضا اوس رقصاں باسان۔

اَز چھم دِلَس خوش حالی یے

وٕنی تو سہٕ یِیہٕ ناسأ لی یے

ہی پان بٕہ وَتھرَس بالی یے

وٕنی تو سہٕ یِیہٕ ناسأ لی یے



# آزادس متعلق جاوید آزادس ستی اَکھ مُلاقات

پانہٕ آگُر، پانہٕ جوین مرٕ یوان
روومُت ژھاران، لوٚ بمُت راوران

(آزاد)

اَمہِ شعرِ کس تخلیق کارس متعلق باوتھ کرنہٕ خاطرٕ قلمس زبو دِنہٕ باپتھ گژھِ علمِ دُنیاہس ستی ستی علمِ عرفان تہٕ آسُن۔ لہاذا کم کاسہٕ حرفہٕ زأنی وول یہٕ کینژھاہ لیکھتھ ہیکہِ تہٕ چھ سُپر دِ قلم کرنہٕ یِوان۔ عبدالاحد آزاد چھِن اأسی شاعر، ادیب، نقاد تہٕ مورخ آسنہٕ کہِ حیثیتہٕ زانان۔ کانٛہہ تہِ شاعر سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ اأسی پرٛکھو گوڈٕ تسُند شاعرانہٕ تخلیک سمندر کوتاہ چھ سرٛ ون تہٕ گوٚن۔ کیا زِ ییلہِ اَتھ سمندرس گرٛکھ چھےٚ یِوان تہٕ یہِ چھ نبر نیرٕن ہوان تہٕ پتہٕ کوتاہ طاقت چھُ اُمِس یہِ نبر کڈنک تہٕ کوتاہ شرٛڈ پراونک

تہِ چھُ تمی ہِندِ کلامہٕ ستی فِکرِ ترانۍ۔ تؤرے چھُ آزاد فرماوان۔

کھٹان آزاد أندریم جوش چوان خونِ جگر خاموش

یوٚہے أندریم جوش اوس موصوفس تیوٗ تاہ تیز زِ تم چھِ برجستہٕ فرماوان۔

عالم ہا کرِ یاد، آزاد آزاد

کُنہِ ساعتہٕ وُچھتہٕ یاد پاوے مَدنو

پأنی پانس کانٛہہ تعریف کرِنہٕ بلکہِ یہِ چھُ سُہ ژھٹھ مارَن وول أندریم سمندر یُس ووٚنی نبر نیرُن اوس یژھان تہِ کاڈاوس ہوان کڈُن تؤرے آیہِ یہِ آواز تہِ اکہِ لٔہرِ ہندی پأٹھی بٔٹھس کُن تہٕ اَز ووت سُہ وَق تہِ ساعت ییلہِ اَسہِ امیُک نتیجہِ تہٕ تعبیر بروٚنٛہہ کُنہِ چھُ۔ آزاد اوس خدایہِ ہِندِ بن تمام بندن دوست وبندان۔ کُنسِ خدایَس پیٹھ أسس یژھ تہٕ پژھ۔ خدائے کُنہِ ڈلیلہِ وَرأے مانُن یہِ اوس تٔہنٛد ایمان۔ ونان چھِ

زانہٕ نَے آسُن تُسند زانُن پوان

گاٹہٕ جارِچ أچھ ؤتھ مانُن پوان

ووٚنی گوٚوہَر کانٛہہ چھُ پَن پَننہِ عأنکہٕ ستی وُچھان، تُنی کتھاہ چھے زِتَس ییہ تِی بوزنہٕ یہِ تَمہِ ستی بوزنہٕ یُن گژھِ۔ لہاذا کانٛہہ قصوٗروار ٹھہراوُن گوٚو غلط، مگر حقیقت چھے ہمیشہِ حقیقت سو ہیکہِ نہٕ بدلِتھ۔ آزادَس متلق یُس اکھ غلط تصوٗر چھُ یوان پیش کرنہٕ زِ تم أسی دہری یہِ زانُنہٕ خاطرِ سمکھیوٚس بہٕ تسِندِس مأنی ہِتس یعنے منکتہٕ نیچوس محترم غلام حسن ڈارس یُس پانہٕ جاوید آزاد چھُ تخلُص کران۔ یہِ مُلاقات بَیان کرنہٕ بروٚنٛہہ کرِ بہٕ یتھ گوڈٕ اکھ زِ کتھہٕ

بَیان یِمہٕ بہٕ ضروٗری چھس سمجھان۔
امین کامل چھِ لیکھان زِ آزادَس اَسی ژور یار یِمن سٟتۍ تَم اکثر و بیشتر ووتھان بیہان اَسی یِم اَسی ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو، ڈاکٹر اومکار ناتھ، غلام احمد مہجور تہٕ پنڈت پریم ناتھ بزاز۔ یِم چھِ لیکھان زِ ''پریم ناتھ بزازنی کوٗشش روٗز یہ زِ تِمو کرِ مرحوم آزاد پننہِ سیاسی مقصدٕ خاطرٕ استعمال تہٕ تمیُک نتیجہ دراو یہِ کہِ آزادُن قلم گوٚو ذرا نیچہِ ڈٕلتھ ہیٚو۔ تہٕ لوٗکن منز گیہِ بدظٔنی پأدٕ یِمہِ کِنۍ موصوٗف ہٕندِس مرنَس پتہٕ کأنسہِ تہٕ اوٚش قطرٕ ترٛ وونہٕ''۔ مرحوم مرزا عارف چھِ یہاے کتھ بَیان کران وَنان زِ آزاد دَہری تصوٗر کرُن چھُ صریحاً غلط تہٕ اَکھ لغو کتھ۔ تِم اَسی نہٕ صِرف اَکِس بزرگ، خداد وست شخصہٕ ہٕندۍ فرزند بلکہِ اَسی پانہٕ تہٕ صاحبِ دل۔ مرحوم عارف چھِ بروٗنہہ کُن لیکھان زِ پریم ناتھ بزازَس سٟتۍ تعلقات آسنَس متعلق ووٚن۔ ''یِہ آزادَن پانہٕ اکھِ دوہہ پُر درد لہجس منز'' بہٕ چھُس بحیثیت اُستاد ترٛہہ روپیہ تنخواہ نوان، بزاز چھم پانژ ترٛہہ روپیہ دِوان، لہٰذا چھُس کُنہ کُنہ تِہندِ پسندٕ تِمن اَخبارِ ''ہمدرد'' خاطرٕ اشعار لیکھتھ دِوان۔ اَمِہ پتہٕ کُڈ آزادَن پننہِ چندٕ منزٕ اَکھ رومال یتھ منز ترٛہہ روپیہ آسہٕ تہٕ ووٚنکھ مے عارف صأب یہ وُچھِو یہِ چھ اکہِ رِتُک تنخواہ یہِ سوٗرُے چھُ نذر صِرف تحقیق تہٕ تجسُس چہ وَتہِ''۔ مرحوم عارف چھِ مزید لیکھان زِ ''کشیر'' کتابہِ ہُندۍ مصنّف ڈاکٹر محی الدین صوفی چھِ لاہورٕ پتہٕ ۱۹۴۵ہٕ یس منز مے استفسار کران زِ کیا یوسہ لوٗکن منز آزادَس متعلق دَہری آسنچ اَفواہ چھے یہِ چھا اپز کِنہ پوٚز؟۔ جواب آکھ یہِ چھُ سوٗرُے اپز۔ آزاد

چُھ یَمن لفظَن منٛز امیُک جواب لَبھان۔ (ترجمہٕ) ’’مےٚ آیہِ یہِ لیبَل بزاژنہٕ مہربٲنی سٟتؠ چسپان کرنہٕ۔ تِم ٲسؠ پانہٕ ریڈیکل ڈیموکریٹک کِسن خاص گروٗپس سٟتؠ تعلُق تھاوان، پَتہٕ گوٚو یوٚ تام دَیمِژ ستم رسیدِ اِنسانیتکہِ مظلوٗمِیتُک تعلُق چُھ بہٕ چھُس تہُنٛد ہم خیالِ، مگر بہٕ چھُس خدا وحدہٗ لاشریک مانَن وول تہٕ تٔسنٛدِ وحدانیتُک قٲیِل۔ بہٕ چھُس اَکھ مؤحِد۔ بَچہِ پانہٕ پیٹھہٕ چھُس توحیدِ کِس سایَس تَل رَچھنہٕ آمُت۔ مشہوٗر صوفی بُزرگ سُلطان ڈارِ رٲنگرُ سُنٛد نیچُو چھُس۔ ذکر وفکرُک چھُس قٲیِل۔ کأتؠ ہَن چیزَن ہُنٛد حصارتہِ چھُم کوٚرمُت پزَر چھُ مُلّا اِزمَس چھُس خلاف۔ استحصالُک چھُس دُشمَن، اِنسٲنی احترامُک پرچارکرَن وول چھُس۔ دُنیاہَس منٛز برادری تہٕ برابری ہُنٛد چھُس قٲیِل‘‘۔ (شیرازہ، اُردو۔ آزاد نمبر)

یَم آسہٕ کیٚنٛہہ کتھہٕ یِم مےٚ تمہید یہ بَیان کرِ۔ مگر یِتھ چھےٚ یہِ کتھ تہِ ضرۆری بَیان کرٕنؠ زِ ڈاکٹر اومکار ناتھ چھِ وَنان یِیلہِ آزادَس یِمہِ عالمہٕ نیرُنُک وَق ووت تِم ٲسؠ سرکٲری ہَسپتالَس منٛز کسمپرُسی ہِنٛدِس حالتَس منٛز۔ تِم دژایہِ یِمہِ عالمہٕ مگر کأنٛسہِ ہنٛز اَچھ سپٕز نہٕ اشکبار۔ کأنٛسہِ کوٚر نہٕ تِمن سُہ عزت یِمکؠ تِم مستحق ٲسؠ۔ یُہنٛد جسدِ خاکی اَہنٛدِس آبٲیی گامَس تام واتناوَنس منٛز یِم مُشکلات اَسہِ برداشت گٔری تِم زانَن سوٗنؠ پان۔

یِم تہٕ بێیہِ کیٚنٛہہ کتھہٕ یِم میٲنِس ذہنَس منٛز آزادَس متعلِق آسہٕ تِم برصفحہ قرطاس اَننہٕ برونٛٹھ زون مےٚ غنیمت زِ بہٕ کرٕ ہا گوڈٕ جاوید آزادَس سٟتؠ مُلاقات۔ دٕلیچ دُبراے ہُریِیہِ تہٕ مےٚ کوٚر رانگرُک سفر، یہِ اوس ۴؍اپریل

۲۰۰۴ ؁ء ۔مےٚ کوٚرگوڈ یَمن فون تہٕ کوٚرُم مُلاقاتہٕ خاطرٕ وق تہٕ اجازت حاصِل ۔ بہٕ ییٚلہِ اوروٚتُس تَم اُسی پَنٕنہِ گَرٕ کُس ورنڈ اہَس پیٚٹھ بِسترَس منٛز بِہِتھ ۔ مےٚ ئتی اوس میٚون دوست غلام محمد گُلزار یُس اَکھ ووتھہٕ وُن شاعر چھُ تہٕ پیشہِ کِنی چھُ ووستاد ۔ اَسہِ کُر سلام عرض ، سلیک علیک پَتہٕ کُر اَسہِ مقصد چ گَتھ شروٗع تہٕ سوے گَتھ چھَس بہٕ یَتھ مضموٗنَس منٛز سپُردِ قلم کَران ۔ کینٛہہ لَمحہٕ گےٚ تہٕ یِموٚ اَنہِ نٲو چاے برٛ وٚنٛہہ کُن ، اَسی رُوٗدٕ چاے تہِ چوان تہٕ گَتھ گَتھ تہٕ کَران ۔ یِمہٕ گَتھہٕ یَمن ئتی سپٕز تہٕ یِم نکتہٕ یِموٚ وِرٛ ھناوِ تَم سارِی یَتھ اَکِس مضموٗنَس منٛز بیان کَرٕنی چھِنہٕ مُمکِن ۔ مگر کینٛہہ اہم تہٕ ضروٗری گَتھہٕ یِم مےٚ یَمن پرٛ ژھہٕ تم چھےٚ :

(ا) ۔ عبدالاحد آزاد چھُوٗن تُہہٕ زانان تہٕ کوتاہ چھُو ہوٗن زانان ؟

درجواب دِژ یَموٚ میٲنِس بَتھس کُن نظراہ تہٕ تیز ہِکِس منٛز فرموٗو کھ ، آزاد بہٕ زانَن نہٕ تہٕ اَد کُس زانبس ؟ بہٕ زانَن آزاد یَتھہٕ پٲٹھی یَتھہٕ پٲٹھی اَکھ فرمانبردار گوٚبُر پَنٕنِس مٲلِس چھُ زانان ، مےٚ چھےٚ یَمن ئتی پٕنٕنی سارٕے وُمر گُذٲرمٕژ ۔ آزادٕنی پرایویٹ تہٕ عام زندگی چھےٚ مےٚ برٛ وٚنٛہہ کَنہِ آفتابکی پٲٹھی ، توہہِ گَتھ پہلوہَس مُتعلق چھےٚ زانکٲری ضروٗرت تہٕ پرٛ ژھی تو ۔ توہہِ تِہُنٛد علِم چھازانُن ، شاعری چھازانٕنی ، تِہُنٛز زندگی چھازانٕنی ۔ یِہُنٛدِ کلامہٕ تلہٕ اوس فِکرِ تران زِیم چھِ اللہ تعالیٰ ہَن علمِ عرفان ئتی تہٕ بہرہ وَر گٲری متی ۔ میٲنہِ خاطرٕ اوس یہٕ بہترین وَق تہٕ ساعت تہِ ۔ یہٕ اوس یَمن ئتی میٚون گوڈنیُگ تہٕ اَخری مُلاقات تہِ تِکیازِ اَمہِ پَتہٕ دراے تَم یٚیمہِ عالمہٕ صرف کُرٕ شتام رٕتی

(انا للّٰہ وانا الیہِ راجعون)۔

مےٚ پرُژھ اَمہِ پتہٕ دوٚیُم سوال تِمَن یہِ زِ آزادَس متعلق یُس دھری آسنٛگ اِلزام چھُ تہٕ کیاہ چھو تتھ متعلق وَنان۔ اَزی کہِ ملاقاتُک چھُ صرِف میون یُہے اکھ مقصد۔ باقین کتھن متعلق کرَو انشأ اللّٰہ آینٛدٕ توہہِ ستی ملاقات؟۔

اَتھ سوالس پتہٕ کوٚر تِمو گوڈٕ زبردست برہمی تہٕ افسوسُک اظہار پتہٕ ذرا دَم دِتھ فرموٗو کھ: مےٚ چھُ سیٹھاہ افسوس زِ کینٛہہ لوٗکھ چھِ بغیر مُطالعہٕ تہٕ گُنہِ تحقیقہٕ مرحوم آزاد صأبَس تتھ صفس منٛز شأمِل کرنٕچ کوٗشش کران یتھ تِم نفرت اَسی کران۔ مےٚ چھُ باسان شاید چھُنہٕ تِمَن لوٗکَن مرحوم آزاد صأبُن یا تہٕ کلام فِکرِ توٚ رمُت نتہٕ تہُنٛد علم تہٕ زندگی۔ شأعر چھُ آزاد، بحیثیت شأعر ہیکہِ نہٕ کینٛہہ تہِ وٕنِتھ۔ اگر کانٛہہ غیر مُسلم شأعر نعت یا مناجات لیکھِ کیا سُہ گوٚوا مُسلمان یا اگر کانٛہہ مُسلم شأعر لیلا لیکھِ تہٕ سُہ گوٚوا کأفر؟ چنانچہ آزاد اوس طرحدار تہٕ حساس شأعر۔ یہُنٛد زمانہٕ اوس غلأمی ہُنٛد زمانہٕ، یُس وٕری وادَن ییٚتہِ چلان اوس امہِ ستی اَسی لوٗکھ بنیأمِتی بُزدل، کأہِل تہٕ سُست۔ بیدأری ہُنٛد جذبہٕ اوس ختم گومُت۔ ہَر طرفہٕ اَس اَنہٕ گٹہٕ۔ مزدوٗر طبقس ستی اَس حق تلفی گژھان۔ اظہارِ رائے کرنَس اَس پابندی بیترِ۔ مرحوم آزادَن تُج اَتھی خلاف آواز، تِمو کٔری لوٗکھ بیدار، اَتھی بیدأری وَنہٕ وادَہریت؟ تِمَن اَس لوٗکَن ہنٛز دَگ، فرماوان چھِ

تُل میٲنی پانَن سارِ سمیٚک بور کلَس پٮ۪ٹھ

ملکَن تہٕ فلکَن لرز وۄتھ ڈیشِتھ یہِ جگر میٲنی

غریب عوامَس پٮ۪ٹھ یُس ظُلم تہٕ سِتم اوس سپدان سُہ اوسنہٕ یمَن برداشت

گژھان۔فرماوان چھہٕ

غریبَن ہُنٛد جگر تہٕ دِل بزان یمِ کیا زِ یِتھَن پٮ۪ٹھ

امیرَن ہِنٛدی خُدایَن تمِ تہٕ گرٕ یٚتی اَسی اگر پیدا

آزاد صاب اَسی یژھان یہِ اِنسان گۄژھ بیدار گژھُن، یہِ گۄژھ پزرُک

اِنقلاب اَنُن تہٕ اَہنٛدِس دِلَس منٛز گۄژھ پُختہٕ ایمان پاد گژھُن۔توے چھہٕ

فرماوان

تھویو نے قُدرتَن پننہٕ نِمن خزانَن ٹھان مُژراوِتھ

ژٕے اوسے باگراوِتھ کھیٚوَن بٔنیوکھ شہمار اِنسانو

محبت باگراوُن کیٚت کریونکھ قُدرتَن پیدا

ژٕے لوگُتھ دین وایمانَس کرُن باپار اِنسانو

مرحوم جاوید صابَن بوزِ نووُس یہٕ آزاد صابُن وارِیاہ کلام، تِمَن اوس زَن تہٕ

سورُے کلام ازبر زبان یاد۔وۄنِکھ اگر راتھ زَن تہٕ دوہَن تہٕ بہومے بِنش آزاد

صابُن کلام بوزنہٕ ژھٕمن گژھنہٕ کیٚنٛہہ۔مے پرٛژھکھ یہٕ کرٕ ہاتوہہِ سوال زِ تُہی

ہیٚکہِ وامے کانٛہہ ترژھ مِثالاہ یا حوالہ دِتھ یُس تُہنٛدِس سوالَس مزید وضاحت

کرِ۔مے کۄر درجواب عرض مِثال چھِمنہٕ معلوم البتہٕ کیٚنٛہہ حوالہٕ ہیکہٕ

دِتھ۔وق کم آسنہٕ کِنہِ تہٕ صحتہٕ کِنہِ کمزور آسنہٕ سببہٕ دِتی تِمو صرف زٕ حوالہٕ۔نمبر

اَکھ، شمیم احمد شمیم سُند یُس مضمون ''شیرازہ، عبدالاحد آزاد نمبر، صفحہ ۱۹۸-۱۹۹ ''منز چھپیو مُت چھ تتھ منز چھ سُہ لیکھان: ''آزاد غالباً پہلے کشمیری شاعر ہیں جس نے مذہب کا طلسم اپنی پوری کمزوری اور گھناونے پن کے ساتھ بے نقاب کردیا''۔ پتہٕ چھ برونٛہہ کُن لیکھان ''مختصر کہ آزاد مذہب سے مایوس ہوکر بیزار ہوگیے تھے''۔ نمبر ڑ چھُ بشر بشیر صابٕ اُتھی کِتابہِ ہٕنٛدِس صفحہ ۱۲۱ ہَس پیٹھ پننہٕ نِس مضمونَس منز لیکھان: ''آزاد کی شاعری کا مطالعہ کرتے ہوئے یہ بات کھل کر سامنے آجاتی ہے کہ وہ براہ راست مارکسی فلسفہ کے قایل تھے''۔

بہٕ کرہا بیٛیہِ تہِ کیٛنٛہہ حوالہٕ پیش مگر تِمن کھوٚت ذرا اشتعال ہیٛوٚہ تہٕ مےٚ کوٚر ُکھ اِشارٕ ژھوٚپہ کرِنٛک، مےٚ گَر ژھوٚپہٕ تہٕ مرحوم جاوید آزاد صابَن فرموو۔ یہِ چھےٚ غلط تہٕ بلکل غلط ترجمانی، اِنسان پرٕزناوُن چھُ سیٛٹھاہ مُشکل، پتہٕ یُس اَکھ شاعر، ادیب تہٕ نقاد آسنَس ستیٚ ریفارمر تہِ آسہِ، یَسٕنٛدِس دِلَس منز قوٚمچ، ملتچ تہٕ وطنٕچ حقیقی دگ آسہِ سُہ زانُن تہٕ پرٕزناوُن چھُ سیٛٹھاہے مُشکل۔ اُمِس متعلق تِتھی ریمارکس چھےٚ اُمِس ستیٚ ناانصافی تہٕ کھلم کھلا زیادتی۔ اَمہ پتہٕ کر بکھ تِم سارےٚ کتھہٕ بیان یِمہٕ مرحوم آزاد صابَن پننہٕ نِس اعتقادَس متعلق وَنہِ مژٕ چھےٚ تِمہٕ آسہٕ قریباً قریباً تِمے یِمہٕ اَسہِ یِتھ مضمونہٕ کِس ابتداہَس منز تمہیدی طور بیان کرِ۔ تِمہِ پتہٕ فرمووُکھ۔ مےٚ چھ آزاد صابٕنس نِش پوٚرمُت، بہٕ چھس تِمن ستیٚ وۄتھمُت بیٛوٚٹھمُت، مےٚ چھ تِہنٛد سورُے اصل تہٕ فرح معلوٗم، بہٕ ہیکہٕ توہہِ تِمہٕ وارِیاہ مِثالہٕ دِتھ یِموٚ ستیٚ توہہِ فِکرِ ترِ ژِ

آزادکوتاہ خُداپرست، دین پسند تہٕ صوفی شاعراوس۔ مرحوم آزاد صأب أسی وحدت الشہودٕکی قائیل ، وحدت الوجودکہِ فلسفہِ نِشہِ تہِ أسیٚ نہٕ ژھبنہٕ کینٛہہ۔ فرماوان چھِ۔

پانہٕ آگر ،پانہٕ جوٚین منٛز یِوان
روومُت ژھاران، لوٚبمُت راوران

اَتھ شعرَس منٛز کوتاہ سنبر چھُ ،کوتاہ فلسفہِ تہٕ زآوی جار چھُ ،یہِ سمجھُن چھُ سٮ۪ٹھاہ مُشکل۔ یُتھ کلام ہیکہِ اَکھ صوفی شأعرے وٕنتھ۔ اَتھ چھُ اَکھ خاص وجہ،موصوٗف سُنٛد بابہٕ صأب سُلطان ڈارِ رانگراوس اَکھ صوٗفی بزرگ۔ یِمن أسی کأتیاہ مُرید تہٕ خأدِم، یِم اکثر تِہٕندِس خٕدمتَس منٛز یِوان تہٕ گرٛشان أسی۔ توٚے چھِ آزاد صأب پَنہٕ نِس کلامَس منٛز توحیدٕچ باوتھ کران تہٕ توٗحیدٕ ے آوتِمن راس۔ فرماوان چھِ۔

ژٕکنُے تہٕ چھے نہٕ شریک کانٛہہ ،یہِ چھُ دین یہِ چھُ یقین میٚون
مگر ازُو چھان ییٚتہِ چھس أچھو ینہٕ مانہٕ ہاینہٕ زانہٕ ہا
چھُ پیٚوان بڑ اندَس نُمن تہٕ کرُن طواف عمارژَن
مگر یہِ توحیدُک درس دِوان گوٚ وتِمن بیٚیہِ طرفہٕ دُشمنَن ہُنٛد اَکھ صف تہِ کھڑا۔ وَنان چھِ مےٚ یُس شکر یِمن لوٗگن آپریا یووسہٕ لوٗگ میأنین دُشمنَن زہر کھوتہٕ ٹیٚوٹھ۔

نٔیرادنہِ آیوس گُنبر چوٗن گُنہِ رَس منٛز !
شٔترَن تہٕ مِترَن زہرٕ کھوتہٕ ٹیٚوٹھ لوٗگ یہِ شکر میٚون

یم عقلہٕ ہندی زولانہٕ بہٕ، کتھہٕ پاٚٹھی ژٕ ژتھ دژاس

یا زانہٕ یہِ میوٚن پان نتہٕ زانہٕ مژ رمیوٚن

یم چھِ فرماوان مےٚ کرِ ساری مُشکلات برداشت، سختی برداشت، خوٗنِ جگر چوم، پرٛتھ کانٛسہِ ہندی ستم ژاٚلِم، مگر اے خُدایہِ ژےٚ ورأے ترٛووُم نہٕ یہِ سر کانٛسی برٛونٛٹھ کنہِ۔

فولاد ژووُم ، نار ژولُم ، خوٗنِ جگر چوم !

اَز تام ژےٚ روٗس کانٛسہِ برٛونٛٹھہ کُن پھونہٕ یہِ سرمیوٚن

آزاد صابَس نِشہِ چُھ یہے درجہ کمال بندگی ہُنٛد درجہٕ تہٕ مُدعا زندگی۔ آزاد صابَس اوس زندگی ہُنٛد اکھ مقصد خُدایہِ سُنٛد کُنبر ثنٛر اوُن، تِمن اوس مُدعا خُدا پزٕ زناوُن، تِمس ستی لے کرِنی، سیم وزر نہٕ کینٛہہ۔ تِمن اوس مُدعا لولُک نار، شورِ نار نہٕ کینٛہہ۔ فرماوان چھِ۔

میوٚن مُدعا چھے کُنبر چوٚن، چوٚن مُدعا سیم وزر

میوٚن مُدعا لولہٕ نار، چوٚن مُدعا شورِ نار

مرحوم آزاد اَسی نبی اکرمؐ سُنٛدِ یمہِ حدیث شریفکی قایل **"من عرف نفسهٗ فقد عرف ربّهٗ"** توے دیُت تِموز ورِ انسانَس صرف اِنسان بنہٕ ننک۔ تِمن نِشہِ چُھ بوٚڈ مرتبہٕ اِنسان بنُن۔ وَنان چھِ۔

دِہندارِ ژےٚ چھے دِہن پٔنُن، چھم مےٚ پٔنُن دِہن

ایمان مُدعا چوٚن تےٚ، اِنسان مُدعا میوٚن

یم اَسی دراصل علامہؒ اقبالؒ سُنٛدی پاٚٹھی اِنسانَس مُکمل اِنسان بنہٕ نچ تعلیم

دِوان، اقبالؔ چھ فرماوان

فرشتے سے بہتر ہے انسان بننا
مگر اسمیں لگتی ہے محنت زیادہ

مرحوم آزادس نِش چھُ تخلیقِ آدمُک بوٚڈ مقصد صرف حضرت انسان بنُن، تہٕ حضرت انسانٕنے چھُ آزادسُند آرزو تہٕ کمالِ معرفت۔ کیازِ انسان ییلہِ پنُن پان زانان چھُ تہٕ سُہ چھ بنان "مَن عرفَ نفسہٗ" ہُک تفسیر تہٕ امیُک تعبیر چھُ پتہٕ اِنسانہٕ سُند دوٚیم پڑاو سُہ گوٚو ربّ زانُن سُے گوٚو "فقد عرفَ ربہٗ"۔

اُمی ہے اِنسانَس چھُ آزادوَنان

اَتھ ڈیڈِ چانہِ نیاس وُچھم لامکانُک ہنگ
تھدِ شانہٕ کوتاہ ڈیوٗٹھ مکھ اِنسانہٕ وٕنے کیاہ

میانہِ بییہِ اکہِ سوالہٕ کِس جوابَس منز فرمووو مرحوم جاویدؔ آزاد صابَن کہِ مرحوم آزاد صاٗب اُسی ییمہِ دُنیاہُک پردٕ ژٹتھ گتھ تام بییس عالمَس کُن پرواز یژھان کرُن۔ اکہِ الگ دُنیاہُک سأر کرُن تہٕ تمی سُند یہِ سفر گوٚو شُری پانہٕ پیٹھے شروع۔ تمی ہِنْدِ امہِ سفرُک اوس اکھ منزل لامکان تہٕ اَتھ مقامَس پیٹھ واتہٕ نَس تام یمِ ٹھری بظاہر آسان چھِ تمِ چھِنہٕ کانہہ رُکاوٹھ بلکہِ یمِ گے شُری خیال۔ فرماوان چھِ

میانہِ سفرُک منزِلاہ اکھ لامکان
شُری خیالاہ آسمانُک درمیان

پرِدٕ ڈٔی ژٔی بروٚنٹھ نیرٕن کارمیٛون
گردشِ پیکار چھنہٕ رفتار میٛون

أتھی سوالہٕ کِس جوابَس منٛز فرموو جاویٖد آزاد صابَن زٕ یہٕ ونوٕ تۄہہٕ اَکھ خاص واقعہٕ یُس بۄ زِتھ گرٕ وتھ پانَے فٲصلہٕ زِ حَق کیا چھُ۔ واقعہٕ چھُ وارِیاہ طویل مگر أسی کرَو یتیٚتھ مختصرِ بیان۔ ''دٕپان تحصیل کپوارِ کِس ڈورُ سوگامَس منٛز اوس اَکھ خُدادوست یَس ناو اوس غنی صأبِ شورہ گری، یِم لاہورَس منٛز پننہٕ نِس مرشدکاٛ ملسَس نِشہِ بہَن ؤری یَن أسی رۄدی ٕمتی تہٕ أسکھ تِمن نِش ژٕ تجی چِلہٕ تہٕ مکمل کٔری ٕمتی۔ دٕپان یِیلہٕ أمی پننہٕ نِس مأکِس چِلہٕ کٔشی ہُنٛد اجازت ہیٚوٚت تہٕ تِموٚ فرموو بٔکھ أژِو تہٕ ستی دِیت بٔکھ اوٚڈ چھٹانگ سوٚت۔ یِم رۄدی ساڑٕ ژون ؤری یَن چِلَس یۄ تام انتہٲئی کمزور گیہ کہٕ ووٚنی رۄد یہُنٛد وزَن صرف ساڑھ ژور کِلو۔ دٕپان یِیلہٕ یِم صحت یاب سپدی تہٕ یِم گے چرارِ شریف تتہٕ کوٚر کھ کیٛو ژٕ کال قیام تہٕ آکھ از غیب حُکم زِ تھی گرِ شھورانگر تتہٕ چھُ اَکھ شریف النفس، صوٗفی بزرگ یُسٕنٛد ناو چھُ سُلطان ڈار۔ دٕپان یہُنٛد حُلیہٕ تہٕ ہووٕ بٔکھ تہٕ فرموو بٔکھ تُہی گرِ و تِمن ہٕنٛز دستِ بیعت۔ یِیأری آو سُلطان ڈارَس تہٕ خوابَس منٛز أمِس مہمانہٕ سُنٛد حُلیہٕ ہاونہٕ۔ یِموٚ ووٚن پننہٕ نِنِن گرٕ کین اَکھ مہمان چھُ چرارِ شریف پیٚٹھہٕ تشریف انٕن وول، اَسہِ چھُ تِمی سُنٛد اِنتظار۔ صُبحس یِیلہٕ سُلطان ڈار نِنٛدرِ وۄتھی تہٕ دٕژاے گرِ نبرٕ تہٕ وُچھکھ اورٕ اَکھ نوٗرٕ بۄرُت شخصاہ یِوان یِمنٕے گُن۔ دۄنوے چھِ اَکھ أکِس پرٕزناوان، علیک سلیک پتہٕ وأتی گرٕ۔ تۄ پتہٕ رۄد یہِ مردِ خُدا یعنے غنی صأب

أتی سُلطان ڈارٕنی گرِ برابر شمن رٹنٕ تہٕ اُمس گرٕکھ سلسلہ نقشبندی تہٕ سلسلہ
قادری یَس منز تربیت۔ دَپان یہِ خُدادوست بیٚلہِ اَتہِ وڑاوتہٕ سُلطان صابنہِ
گرِ واجنہِ (خوانده دیٖد) کوٚرُس عرض، اَسہِ حض گٔے برابر باہ وٕری لڑکہٕ
زاونہٕ کانہہ، ووٕنی حض چھِم عرض اَسہِ گوٚژھ لڑکاہ آسُن۔ غنی صابَن فرموٗس
خُدا صاب کرِ توہہِ اولادِ صالح عطا یُس بہہ وُہرے شاعری تہِ کرِ تہٕ سرکارٕی
ژوٚٹ تہٕ کھیٚیہِ۔ دَپان نو رٕتھ گیہِ اَدا تہٕ یِمَن زاو لڑکہٕ یَس ناو تھووٗکھ
عبدالاحد ڈار۔ یُہُے شخص ہیکیا ملحد یا دہری آستھ؟ ہرگز نہٕ۔
سُلطان ڈار صابَس اَسی گوڈٕے زٕ بچہ لڑکہٕ تہٕ لڑکی یِہُند ناو اوس علی محمد
تہٕ مال دید۔ عبدالاحد بیٚلہِ ژوٗہُر ووت تہٕ گرِن پنٕنہٕ نِس بأیس تہٕ مأیِس
بڑونٹھہ کنہِ زانوئے ادب تہہ۔ اَمہِ وَقتہٕ اوس اَتھ علاقَس منز یُہُے یوت
گرِ پوٚر رمُت لیٚو کھمُت۔ یِمو پوٚر یِمَن نِش بدایع منظوم، گُلستان بوستان،
قرآنِ شریف۔ اَمہِ پتہٕ پوٚرُکھ پوٚنژِمہِ جماعژ تام ژوہامہِ سکولَس منز۔ پوٚنژِم
جماعت پاس کٔرِتھ بنیٚاے أتھی سکولَس منز ووستاد۔ تَمہِ پَتہٕ کوٚرُکھ مُنشی
فاضل تہِ پاس۔ دَپان باہ وُہُر وأنِتھ گٔر یِمو گنگرا ے شروع تہٕ آیکھ شاعری
تہٕ أندرِ مس عشقہٕ حُبابَس ہیٚژن گرٕ کھ لگٕنی۔۔ گوڈٕ گوڈٕ کٔر تِمو روایتی شاعری
تہٕ پتہٕ آیہِ اَتھ منز تبدیلی یہِ تبدیلی تِژ گٔے نہٕ کہِ تِہُند ایمان بدلیٚو و بلکہِ
حالات وُچھِتھ گٔے مُتأثر کیازِ کہِ تِم اُسی سٹھاہ حساس۔ پنٕنہِ وطنکی لوٗکھ وُچھکھ
محنت و مشقت کٔرِتھ تہِ بے دست و پا تہٕ فاقٕے فُقرٕ ے مران۔ یہِ گوٚو نہٕ آزاد
صابَس برداشت تہٕ تِمو کٔر اِنقلأبی شاعری تہٕ گرٕکھ پیٚتکی لوٗکھ بیدار۔ آزاد

صأب أسی گوڈ گوڈ ییمہِ آیہِ شأعری کران ۔

ئہ ہالالہِ وندے لال ئہ نوژالہِ جُدأیی

ئہ ہاساس مُلتھ نیرِ کرَ ے کاسہِ گدأیی

گس باوِ پنٔنی دأ دیِ گس ہاوِ دِلکی آخ

یَس ٔستی اوسُم وعدِ تمِس چھم نہٕ وفأیی

......

لبکھس نالولہٕ کی نامہٕ

مےٚ ثیٖونَم کامہٕ دیوَن دِل

کرٕلی سَپنم ووزٕلی جامہٕ

مےٚ ثیٖونَم کامہٕ دیوَن دِل

......

اَسہٕ دُن بے وفا دلبر اَسی کُن بے حجاب ییہِ نا

لوٕ لے منز لولہِ سان للہٕ وَن سُلے پھوٚلمُت گلاب ییہِ نا

......

جانانہٕ کرَ ے جان فِدا لولہِ صدا بوز

دامانہٕ رٹے خُمارٕ ہتے میٖون مُدعا بوز

بہرحال مرحوم جاوید آزادس ٔستی یمِ نوکتہٕ تہٕ نازُک کتھہٕ زیرِ بحث آیہٕ تم کرَ وأسی ییٚہِ کُنہِ مقالس منز مدلل بیان ۔ خُدا اصأب کُرِن مرحوم غلام حسن ڈار رانگریُس جاوید آزاداوس تخلص کران پنٔنہِ رحمتہٕ ٔستی مالامال تہٕ کُری نَس

مرحوم آزادَس سان مغفرت۔ أخرَس کرَو أسی ییٚمہِ مضمونُک اِختتام آزادِ ئِنٛد یمِہ شعرَ وٕستی

آ د م محبت عا لم محبت

شا ن محبت سبحا ن ا للہ

لولُس فدا چھس لولُک گدا چھس

لولُک گدا اگر بڈٕ بوٚ ڈ شہنشا ہ

مردِ محبت ژ ھا ر یا یہِ دولت

استغفرا للہ استغفرا للہ

از قولِ زاہِد کریٚو وٕ تُمۍ تو بہ

در فعلِ عابد استغفرا للہ



# ناماوار وادی ہُند قداوار شاعر

## عبدالاحد آزاد

کٲشیرِ چھے پرٛاچین کالہٕ پیٹھے درٕس عالمَس منٛز اکہِ للہٕ وِنہِ لوٗچ حیثیت
پرٛاوِمژ تہٕ اَمِچ زبان چھے امیُک لولہٕ بوٗ رُت قاصِد تیمی پَننہِ وَتہٕ روزن والین
منٛز وَکھرِ وَکھرِ پَنٕنی گاشرِ اثرات ترٛاوِمتی چھِ۔ییمہِ ریٚشی وارِ ہنٛز زبان
تہِ چھے قُدرتَن اَزلے یہِ ڈٲپِ زِ تہِ یگ رنگ نہٕ بلکہِ رنگا بہ رٔنگی خوش کروِنی
پوشَو تہٕ گُل کأوی پوشہِ ٹوٗرن ہٕندی پرٛژی پہچانہٕ رٔنگی کأشرِس تہذیب تہٕ
تَمدُنکِس تواریخس نسبت حبس آسنگ نِشانہٕ تھوومُت۔ عام اِنسأنی نوینہٕ
ژٔکرَل تصوٗرَس ستی ستی پوٗرِ پوٗر ہشَر نہَ آسنہٕ باوجوٗد چھُ علاقٲیی لِسٲنی وَرتاو
وَقتہٕ کنہٕ مُخأِلف واوِ گرٛاین تام کوم گرِتھ اُمت تہِ رِیاستہٕ کنہٕ کُلھم وسیع تَر
فِکری گوشَن اَندر چھُ موجوٗدِ دورِ کنہٕ گردِشَن ہیتھ اکھ مُکمل پأری زان اہمیت
بَرقرار تھأوِتھ۔اَو کِنی چھُ مُختلف اَدبی تلاوَن منٛز پنُن زُوزہٕ لٔبتھ سرخٚیلی رنگہٕ

وجوٗد قائیم تھاوِتھ۔ شاید چھُ یہِ سِلسلہٕ ییٚمہِ جنتُک کٔن لگنہٕ پتھٕ شروٗع
سپد یوٗمُت۔ یوٚ دوے یتھ جنتس منٛز لسَن تہٕ بسَن والیٚن تمَن پوشَن ہُنٛد
رنگ تہٕ تِہُنٛد بن رگَن رگَن منٛز تصوٗراتی حُسنٕچ مستی پھران رٕوٗزتہٕ تہِ رٔدرنگہٕ
رنگہٕ یمَن بولہٕ وِنن بُلبُلن تہٕ پوشہِ نوٗلَن ہِنٛدِ عقلِ شعوٗرٕچ لے تہٕ کلہٕ تھوٚد
تُلتھ یتھ پرٛزلوٗنس دِلفریب پمپوشہِ سرٛس منٛز کاڈ کڈان۔ یم رٕوٗدی امہٕ کیٚمن
رگَن تہٕ وٕتھرَن، رنگس تہٕ حُسن و نزاکتس منٛز بے شوٗنکی پاٹھی پھبان تہٕ
پھولان۔ سانہٕ ییٚمہِ رنگہٕ زٕرِجایہِ ہِنٛدی یم رنگہٕ گُل تہٕ گولاب رٕوٗدی پتہٕ وَتہٕ
پَتہٕ نِس سماجی اَنٛدی پکھس علِم وادٕبچ زبانی لِہاز چاوتہٕ بجرٕ زبان بٔنتھ درٛستس
عالمس پَتہٕ لوٕلرٕی وطنہٕ کہِ تخلیقی تہٕ تخیلی عملی سرٛوٕرچ آمی رات دوہ کُن کرِتھ
کانچھان۔ زبانی ہِنٛدِ ورتاو اعتبارٕ ہر گاہ زِ ییٚمہِ سرٕچ یہِ گتھ تہٕ تہِ عجیب باسہٕ تاہم
چھُ سَر کنٕے۔ آب تہٕ آب وہواتہِ چھس کنٕے۔ مگر ییٚمہِ لولہٕ سرٕ کہِ منٛزلہٕ ہِنٛدی
پھولوٗنی پمپوش گے وقتہٕ وقتہٕ صوٗرت اِختیار کران۔

کٔشیرِ ہُنٛد کلُہم کلچر، جغرافیہ تہٕ تواریخ مدِ نظر تھاوِتھ ییٚتہٕ یہِ "کاشیراج"
یعنی کونگ تہٕ کوٹھ وٕ پداوُن واجینی جاے آسنُک شرف پرٛاوان چھِے تتہٕ چھِے
یہِ ٔسرٕیت، صوٗفی سنت، گونماتھ بیترِ تہٕ اکی لٔنجہِ ہِنٛدی تھر گولاب گوڈ بٔنتھ
پرٛاچین کالہٕ پتھٕ امی شہادِچ تھکہٕ پینڈ آسنچ پے پتاہ تہٕ دِوان۔ کاشرٕ زبانی ہُنٛد
یہِ سرٕخیل تہٕ رٔیشُل دور چھُ امی خیالہٕ پرٛنہٕ پاٹھی للہٕ ایشوٗر تہٕ حضرت شیخ رح سُنٛدِ
پتہٕ پتھٕ بیوٗن بیوٗن ناو رٔٹِتھ شروٗع سپدان۔ تاہم چھُ یمَن دوٗن فلسفی
گونماتَن ہِنٛدِ برزٕخی پرٛدس پتھ گرٛھنہٕ ستی اکہِ بڈ کاشرِ ادبہٕ کہِ دوٗرُک اَنٛد

تہِ سَپدان ۔ حالانکہِ اَتھ زبٲنۍ ہِنٛدِس توٲریخی دورَس منٛز آسہِ ہَن بێیہِ تہِ کٲنٛہہ گوٗنماتھ بارَسس آمتۍ یُس زتھنٛدِ دٔسی آسہِ ہانہٕ سانہِ موجوٗدٕ زبٲنۍ تیوٗت رٕژرتہٕ پوٗچھر پرٛ وومُت ۔ یتھے پٲٹھۍ آسہِ ہے سنسکرت، فارسی یا بێیہِ کانٛہہ غٲر کٲشُر زبان اَتھ دورَس منٛز مُروج تاہَم یتھٕ کٔنی ہَنہِ ہَنہِ کٲشرِ زبٲنۍ پَنٕنۍ صحیح ہیٚژ اِختیار کٔرِتھ پۆزِ رِپۆر موجوٗدٕ دورَس تام نٔوی نٔوی ادیب، شاعر پھاپھلاوِتھ تھکبنہٕ پٔژی بارَسس اٲنۍ تیتہِ تھوواَمہِ زبٲنۍ پرٛتھ کُنہِ اَدبی صِنفس منٛز پَنٕن روتبہٕ تخلیق کارَن سان ڈٔنجہِ تہٕ بَڈٕ رتہِ سلیقہٕ سان اِستادٕ ۔ یتھٕ پٲٹھۍ روٗد فارسی، عربی علاوٕ کٲشُر اَدیب تہٕ شاعر اُردوٗ اَدبَس پیٹھ تہِ وٚسیع نظرِ رٔنگی پَننہِ زبٲنۍ ہِنٛدِس عظمت گٔہس منٛز وقتُک باوپۆ رِپۆرپرٛ زنیار سان پوٗچھر لبان۔

اَدب پارٕ گوٗسے یُس پرٛنہٕ پٲٹھۍ اَکس قٲری یَس فِکرِ ہِنٛدِس سرَس تھاپِھ دِتھ منٛز تھنٛدرِ وُزناوِ ۔ پرٛن وٲلِس گرٛھن اَکس اَدیب وشاعرٕ ہِنٛدِ فنکی مختلف گوشہِ سام ہیتھ بدنیرٕنی یم حسبٲوی حبس آگہی ستیٚ اَکس قلم کارَس نٔوی نٔوی نُخمس بیترِ بَد کٔڈِتھ مزید سوٚنچہٕ سرنہٕ باپتھ آمادٕ کٔرِتھ ہکَن ۔ یتھے ہیوٚ اَدب پارٕ چُھ پتہٕ عام پرٛن والین تہِ اَتھ فنس کُن مٲل پھِران ۔ یِمہِ کٔنی ادبَس منٛز اَمہِ فن پارُک مقام مُشخص تہٕ مزید ہر بر، برٕ ژرٔنگی رٕھٕژ رنس منٛز کارگر ثابت سَپدتھ چھِ ہکان ۔ اَتھی تصوٗرَس آے تہٕ پاے ہر راونس منٛز ہَرگاہہ بہٕ ؤنہٕ زِ عبدالاحد آزاد چھِ اَتھ صحیح اَدیبانہٕ روٗپ بخشنہٕ علاوٕ اَبدی سَرخوشی ہنٛز بُنیاد ترٛاوِتھ سُرخ روسَپدیا متۍ مُبالغہٕ گرٛھِ نہٕ ۔ اَتھی نسبت یِیمہِ متنُک عنوان مے ژورمُت چُھ، چُھ اَتھی تنوظرکس پوٚت منٛزرَس سام

ہنٛہٕ باپَتھ مُشخص کرنہٕ آمُت۔

جنوٗبی کشیرِ ہنٛدِ ؤترٕ کنٛی کلہٕ تھدی شوٗبی دار دیوداری رأیلی یارَون پیر پانٛژاألی تھوٗنگی کس أکس منوشس ہمکَن نہٕ دِل مُہتھ نتھ۔ ژووایأری نظرترٛاوِتھ چھُ تحصیل بڈگامُک موضع رانگرژوڈُر پُتھرتہِ امی سرخٔلیہٕ رٕنگی مزأجی دژینٛٹھی گژھان۔ یہِ پُتھرتہِ چھُ پرٛاچین کالُک سٔری ییتی تہٕ علم وادبُک روٗنہٕ منزُل۔ أتھی گامَس منٛز ٹھیک اکھ ہَتھ ؤری برٛونٛہہ ۱۹۰۳ ہٕ منٛز چھُ أکس درویش صفت مُنش محمد سُلطان ڈارنأوی ہٕندِس گرِس منٛز اکھ بچہٕ تھنہٕ پیوان یَیمس عبدالاحد ناوتھاونہٕ آو۔ یہُندٕ بابہٕ صأب اکھ سادٕ صوفی مُنش آسنہٕ کنٛی دیٖنی، مذہبی علوٗمو علاوٕ شعر بیترِ تہِ وَنان اوس۔ وَیسے تہٕ چھُنہٕ یِتھس ہِوس فِضہَس منٛز گُزر بسَر کرَن والی ساری زیوٗنی گونماتھ نیران۔ نَے چھُ پرٛتھ کانٛسہِ گونماتس گرِس منٛز ادبی ماحول نصیٖبَس آسان۔ تاہم اَتھ معاملَس نسبت اوس ازلَے عبدالاحد آزاد اکھ خوش بخت گونماتھ، یَیمس گرٕ سے منٛز ادبی ژاٹہٕ ہالُک ماحول بدَس اوس تہٕ یتھ پأٹھی ہیوٗتُن امہِ گرُک یہِ شُر وارٕ وارٕ پھانٛپھلُن تہٕ أندی پکھی کُلی سبزارو تہِ شیٖہلاوِہس چشمہٕ۔ پانٛژِ ؤہرِ پتھٕ ہیوٗتکھ یہِ اَچھرِ زان کرناوُن۔ گامہٕ سے منٛز اوسکھ پٔتِن غأرسرکأری ژاٹہٕ ہال۔ یتھ أمی سُند زیٹھ ہیوٗہ برادر غلام علی صأب چلاوان اوس۔ یتھٕ پأٹھی پرٛأو آزاد صأبن شُری پانہٕ پتھٕ گری قُرأنی، فارسی بیترِ تعلیم تہٕ مُزید مُروج تعلیمہٕ ہُند اِستفادٕ کوٗرُکھ أتھی ژاٹہٕ ہالَس منٛز حأصِل۔ ییتہٕ ییٖہِ پاسہِ پیر پانٛژألی کوہ سأنی شینہٕ تھوٗنگی بال تہٕ

سَرسبز مأدان أمی ہنٛدی خاموش مُدرِس تہٕ أسی تتہِ سپُد آزاد صأبَس پانٛژٕ ألی
سَرسبز بالہٕ دامَن تہٕ یارِوَن گِنڈَن گاہ تہٕ کارآمَد ثأبِت۔ تتھے پأٹھی گےٚ
أمِس شُری پانہٕ پیٚٹھے کُنہِ کُنہِ گرِنبر تہٕ لگہٕ باتَن ہنٛز مٔدر گنگراے معصوٗم
لأوی دِلَس سَنان۔ قُدرت بَنے یہ ماجہِ یتیٚمس موج تہٕ ہیٚژنس وارٕ وارٕ شأعری
بیترِ ہنٛز گل تہٕ گنٛنی۔

آزاد صابَن ہیٚوٚت ووٚنی فِطری طور فِکری حُسنَس ستی گِنڈُن۔ یِمو
سَرسبز تہٕ شاداب کوہ سأنی فِضہو دیُت ہَس زیادٕ زیادٕ تفکیری وُتش۔ ماجہِ
کٔشیرِ ہنٛدی أمی وُبألی حُسنَن کوٚرنَس دِلَس منٛز مزید اَدبی ذوق وشوقُک حُسنِ
شعوٗر بیدار۔ امہِ تفکیری حُسنُک جوٗن ہیٚوٚتن آزاد صأبَس دوہ کھوتہٕ دوہہ
تیزُن۔ دِل گوس اَتھ پیٹھ ہنا زیادٕ پہَن وچاٹُنہٕ ہووِنَس باضأبطہٕ پأٹھی
یاوپأراوَس منٛز شأعرانہٕ زُلف شیرِنَس کُن۔ شُراہ وُہر وأتتھ لوٚگ یَپأری
پَن نِسے گامَس منٛز گٔژن تام روپیَن پیٹھ سَرکأری سکولَس منٛز بحثیت اَکھ عربی
مُدرّس ییٚتہِ آزاد صأبَن مزید پننٛی تعلیم تہٕ جأری تھأو۔ اَتھ دوران روٗدی
شأعری بیترِ ہنٛز مشق تہٕ کران۔ پنجاب یونیورسٹی منٛز پڑوُن مُنشی عألم
اِمتحان تہٕ رِتی پأٹھن۔ پوٚز صحت ناسازگار آسنہٕ کِنی ہیٚکی نہٕ مزید تعلیم
پرٛأوِتھ۔

یَپأری أس کٔشیر ڈوگرٕ شخصی نظامکہِ تاناشأہی حکوٗمتَس خلاف تہٕ جنگ
حُریت کِس مرقع جہادٕکس اثرس تل ہبنہٕ آمٕژ۔ آزاد صأب تہٕ آدباتی اَدبی
رُفقاہَن ہنٛدی پأٹھی تاناشأہی حکوٗمت کہِ تلخی پٔژی سیأسی مالاتن منٛز ہبنہٕ

پٔنہٕ کس جُرمَس تحت گرِی کٔر تہٕ مُختلف پریشانِیَن تہٕ پراگنٔدی یَن منٛز سَخ
آورأوِتھ زُوہائی گامہٕ پٔتھ سمبٹھاہ دۄر بیٚیس أکس ترٛألی گامہٕ کس مِڈل
سکوٗلس پھرِ تھوٚر گرِتھ مقدور گرنہٕ ۔ یِتھ پأٹھۍ آو اکھ منصوبہٕ بند سرکأری
ژوٗیہِ تحت یہِ ڈلِزِ تہٕ أکِس وُڈوٗنس جاناوار ہِنٛدی پأٹھۍ محصوٗر
گرنہٕ ۔ گریلو دۄر بر سبہٕ سپُد آزاد صأبُنس ذہنی پریشانہِ یَن منٛز حدٕ رٚوس
ہُر برتہٕ رۄدی اَمی علاقہٕ کس شاہ ہمدانؒ ہِنٛدِس خانقاہ اعلیٰ ہَس منٛز گُنہِ وَق
گُزأرِتھ صِرِف عقیدت مندانہٕ دُعائے خأرٕ ذریعہِ پنٕن پان ذہنی
اعتبارٕ آورأوان ۔ أتھۍ دوران وأژ کھ گرِشیٚچھ زِ بَچہ چھُ سَخ علیل ۔ پۄ زبے
بَس آسنہٕ کِنۍ ہیٚکی نہٕ خانقاہِ عالی ہَس منٛز رۄزِتھ تہٕ پنٕنِس گُن تہٕ کیوٗل بچہ ہِنٛدِ
خیر و عافیت باپت کہیں تہِ کأنچھتھ ۔ چھیکرس ہیۆ ژُکھ زِ بَچہ چھُ وأصل بحق
سپُدمُت ۔ مُمکِن چھُ زِ اَمہِ سرکأری حُکمہٕ تہٕ خُدایہٕ ہِنٛزِ یِژھہ مرضی برٛونٛہہ گنہِ
آسہِ گُنہِ حدَس تام اَہنٛز عقیدت مندی ہُنٛد جذبہٕ مجرۄح گومُت ۔ پۄ زہمت
ہأرِ کھنہٕ ۔ سرکأری کامہٕ کوچہِ علاوٕ رۄدی آستانہِ عالی ہَس منٛز مُتواتر خُدائے
برٛحق ہِنٛز خوش نۄدی تہِ حاصل کران ۔ کیٚنٛہہ وَق گُزرنہٕ پتہٕ ذہن گُنہِ حدَس
تام پراگنٔدی ہِتوٚ مُچھِ گرِھتھ لوٗگ آزاد صأب کُھلہٕ پأٹھۍ پنٕنہِ وٕطنٕچ خدمت
تہٕ زبان وادکہِ نوِ بیدأری ہِنٛدِس جدوجہدَس منٛز پوٗرِ پأٹھۍ حِصہٕ ہِنہِ ۔ علم وادبہٕ
چَن کامہِن کوچَن ہِنٛزِن تہذیبی بیدأری یَن منٛز رۄدی بیٚین ہِتی باچَن شیراو
تہٕ پأراو گرنہٕ ۔

عبدالاحد آزاد رۄدی پنٕنہٕ نٔین ادبی رُفقاے اعلیٰ ہَن منٛز اکہِ وَکھرٕ ادبی

ووٹہِ ژھانٹہِ ہنٛز وَتھ رٕٹتھ قلمی زور اَز ماوان ۔ اگرچہ یم گُنہِ حدس تام بیٚین
نسبت اَکھ خاص قلمی اِمتیاز پرٛاوان گےٚ تمیٚگ بوٚڈ وجہ اوس زِیمَن رُفقاہَن
نسبت اوس آزاد صأبَس تأریخ وادَب تہٕ علوٗم وفنوٗنک مال ومتاع واریاہ
بدٕس ۔ پوٚختہٕ فِکر تہٕ رَسا ذہن آسنہٕ کِنۍ اوس یہُنٛد مُطالعہٕ سیٚٹھاہ وسیع ۔ تِتھے
پأٹھۍ طبیعتَس منٛز جماو آسنہٕ سَببہٕ آسکھ خیالَن نسبت اِرتقأیی قدرہٕ تہٕ ۔ کأشرِس
تمدُنَس تہٕ توأریخَس مُتعلق اوس اَمہِ وَقتہٕ تہِ واراہ کیٚنٛہہ تحریر کرنہٕ آمُت تہٕ
یِوان تہِ اوس ۔ تاہم اوس اُردوٗ زبأنۍ منٛز اَمہِ قسمٕک دَس وَرگہٕ پأٹھۍ محمد دیٖن
فوٗق ہِنٛدِ ذٔریعہ شروٗع سپُد مُت ۔ یِلہِ زَن اَمہِ وَقتہٕ مہجوٗر صأبَس علاوٕ
عبدالستار عاصیؔ ، غلام احمد کشفیؔ ، غلام احمد پرویزؔ ، عبدالسلام دلالؔ ، عبدالمجید
سالکؔ ، لَسہٕ خانؔ ، میر غلام رسول نازکیؔ ، تنہاؔ انصاری ، غلام حسن بیگ عارفؔ
صأبَس بیترِ ہوۍ بَہلہٕ پایہٕ شعر مولانکو ہِنٛزِ تہذیب شناس ژُکۍ درَن سان
کأشرِس زبان وادبَس نسبت لچہ واٹھ گرِتھ نچھناوان روٗدۍ ۔ ہَرگاہ زِیم اَکھ
اَکۍ ہِنٛزِ کتھِ ہتۍ دِۓ گرنہٕ ورأۓ سمےٚ چھ گتھِ ہشر ڈیٚنٛجر وُچھنہٕ ورأۓ
اَتھ گنڈ گرِتھ کأشرِس علم و ادبی ، تہذیب وتمدُن تہٕ ثقافتی جہتہٕ عملی طور
تخلیقی ، تخیلی اعتبارٕ تہِ گوڈبران گےٚ مگر یوسہٕ اہم کأم آزادَن انجام دِژ سو اُس
سیٚٹھاہ اَہم تہٕ وَقتہٕ اعتبارٕ موزوٗن تہِ ۔ آزاد صأبَن دِژ محمد دیٖن فوٗق صأبَس
پتہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' کتابِ ناوۍ کأشرِس ادبَس نسبت بےٚ لوٗس
خدمژ رٕنٛگۍ انجام ۔ تِتھِ کِنۍ چھِ آزاد صأب بیٚین ہتۍ باجَن ہِنٛدِس کارنامس
نسبت اَتھ للہِ کھوٗل گرِتھ اَکھ سام ہش پیش کرنَس منٛز پرٛزی پأٹھۍ پنٕنہِ طور

اَکہِ میلہٕ پَچہِ ہنٛزٕ ہِش حیثیت پڑاوان یہِ اظہر من الشّمس چُھ۔ یہِ کِتاب

چھےٚ ترٛٮ۪ن جِلدَن منٛز اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ یِمَن ضخیم ترٛیشونی جِلدَن منٛز چھِ

اَلہٕ پَلہٕ تِم سٲری اَنہار درٕ ینٛٹھی یِوان یِم تذکرَن منٛز بارسَس آمٕتی

چھِ۔ یِمَن گوڈٕ اَنوارِ اَدبی میرَن منٛز آزاد صابُن پنُن اَدبی سفر گَنہِ راوُن پیٚو و

تِمَن منٛز پزٕ وو آزاد صأبنے سبٹھاہ کم عُمرِ منٛز کا شرِ ن تحقیق و تنقیدس منٛز صحی اَدبی

ترٛایہِ ہُنٛد وَق سبٹھاہ باگہِ بوٗرُت یتھ منٛز آزاد صأبَن مِجوٗر صأبُن ہیوٗ

استدلال، عاصؔی یُنٛز ہِش سادِگی، فِدا صأبُن ہیُو زورِ بَیان، کشفی صأبنٛز ہِش

شگفتگی بیترِ واضح درینٛٹھی گژھان چُھ۔ آزاد صأبَن چھِ یِم رنگ اَمہِ آیہِ ترتیب

دِتی مٕتی زٕ اُہنٛدِ مزاز چھ یہِ اَکہِ بےٚ دوٗنی ہیٚژ تہٕ تھزٕ اعتبارٕ صاف وشفاف

نظرِ دوٗ رِ بدِ نیران۔ یتھ منٛز آزاد صأبُن شعر و شأعری ہُنٛد جأیزٕ تہٕ تمہِ آیہِ

نیوٗمُت چھ زِ کُنہِ مصلحت ورأے چُھکھ تنقیدی اَدبس پیٹھ قلم تُلمُت۔ یہِ چھ

پزٕ زِ اَدب چھ زِندگی ہُنٛد آینہٕ تنقیدِ حیات تہٕ تفریحی طبعک اَکھ ذریعہ آسنہٕ

کِنی سوٗرُے تہٕ کینٛہہ آسان تِکیازِ خٲلِص غور و فِکر چھےٚ ذہنس و دِماغَس

وَتن خوشکی پأدٕ کران۔ یہأے فِکر مدِ نظر تھأوِتھ چُھ شاید آزاد صأبَس تہٕ

ظرافتُک خیال کُنہ کُنہِ ذأتی غمو نِشہِ مُچھِ گژھنہٕ کِس صوٗرتَس نسبت ذہن

آوُراوان اوسمُت۔ دَپان چھنا زِ زِندگی ہنٛزٕ تلخیہِ ہِکَن برداشت گٔژھِتھ پوٚز

تلخ زندگی ہُنٛد تلخایہِ سٔری پیٹھی گژھتھ ہیکہِ نہٕ برداشت گٔژھتھ۔ اَکھ اِنسان

چُھنہ زندگی ہنٛزَن تلخیَن تہٕ ناسازگار حالاتَن نِش گھبراہٹ یا کھوژُن محسوٗس

کران البتہ تلخ زندگی تہٕ ناخوشگوارزیست چھےٚ پژتھ ساعتہٕ پریشان کرٕنی

روزان۔ پۆز آزاد صاب چھِ اَدبہٕ کِمن بیٚین معروٗف صِنفَن لرِلوٗ رظرافتچہٕ تحریکہِ تہٕ تمی اَنمانہٕ چاشنی بخشان۔ یِمہٕ آیہِ یمو ماباقی تحریکی اَدبَس رنگ بوٚر مُت چھُ۔ ویسے تہٕ چھِ یہِ سائنس کلٲمہ کاشُرِس ادبَس لَگمِہٕ اکہِ جاندارظرافتی سایہِ پرٛٲچھرِ تہٕ بڑونہہ بڑونہہ پکان روٗدمُت۔ مزاحیہ تحریرَ دِتی چھِ زبان و ادبٕچ شگفتگی ہُند احساس گنان۔ یِمہٕ ستی قوم و مُلکُک تمدُنی اقدار، معاشرتی رواج، معاشی رجحان، سماجی ربط واختلاط یعنی آمیزِش، مذہبی صحت مندی تہٕ جسم و دماغٕچ توانٲیی ہُند پتہٕ بیتر تہٕ لگان چھُ۔ یتھ کُنی گیے پرٛتھ صِنفس منز اَتھ زبانی نسبت اَکھ ٲنٛچ تہٕ اکہِ وُڈونہِ نظرِ ہِندی پٲٹھی سماجی تہذیب و تمدُنی مولہٕ آنکوٲنی ستی جایہِ پوٚد تہٕ بناوان۔ یہِ سورُے چھُ صرف پانٛژترٛہہ وُمرِ ہِندِس قلیل مُدر اوٗنی گاٹہٕ جارِ کِس زُوَن پایَس منز آزاد صابنہِ کلٲمہ اَدبی سرمایہِ چھِ پیٚڑاہ ضخیم کُلیاتِ آزاد بارَسس اَنہٕ ستی ممکن سپدان۔ یِمہٕ تلہٕ یہِ کتھ تہٕ شقہٕ چھِے زِ یِم کاٗنیاہ بِسیار گو چھِ اَسی مُتی۔ اَوُ کِنی چھِے چھیکرس رٕژتہٕ مُدرِ لَیہٕ ہنز نفیس لفظہٕ ژاَرِ ہنز شاعری آزاد صابنہِ زِندگی ہُند یہِ ڈُیِٕ زِتہٕ اَکھ اَفسانہٕ بنیومُت۔

یوٚدوَے کاشُر زبان واَدب غلامی ہِندِس پڈی سایَس تل واراہ کالس تام زُوان روٗزِ تہٕ پرٛاوأمی وَقتہٕ کِس گرنہٕ پھرِس منز اکہِ یاوُنی وُزملہٕ ہِندِ رَفتارٕ پٔتن صحی پزٕ زلوٗن اَنہار تہٕ۔ ہرگاہ زِ اکہِ پاسہٕ آزاد صابنِن فن پارَن ہُند اَکھ تھکُبن لایق تحریرَ کاشُرِ اَدبک میراثہٕ رٔنگی رٔژھر نہٕ آمُت چھُ تہٕ چھُ یہِ پزنہٕ پٲٹھی سرٕ کھرٕ تہٕ گومُت۔ یتھ اکہِ پاسہٕ فرٲقک نار تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ

لولُک وُشنیر تہٕ عِرفانُک اَفتاب تہِ گتہٕ گیوٚرکران چھُ۔ یتھ وصلکی پوش اکہِ خود رو ڈکھ کرٕ یہِ ہندی پأٹھی بیوٚن بیوٚن علم و عقلہِ ہندی قدم بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ پکان چھِ۔

آزاد صأب ییتہِ یمہِ ناماوار وادی ہندی اکھ قداوار شأعرتہٕ ادیب، محقق تہٕ شوٚد تہٕ صاف ذہنُک نقادتہِ تصوُر کرنہٕ آوتہِ پزٕ اوٚ یمو اکھ تہذیب شناس حیثیت تہِ۔ یہند بیشتر ادبی سرمایہ یُس مُختلف صِنفن منز بدِ دزامُت چھُ، چھُ تیوٚتاہ پاسل تہٕ موٚللی انہار یُس ازتہِ وقتہٕ چن قدرن تہٕ شأعرانہٕ ووچھوأری اصوٚلن پیٹھ اِستادٕ چھُ۔ یتھٕ پأٹھی روٚدی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس نسبت آزادصأب پننہٕ درُس وأنسہِ دوہ راتھ کُنٕ کرِتھ عملی تہٕ فِکری پارٕ نیچھناونہٕ کِس معاملس منز بیٚین تہٕ سرس۔ اُردوٗ ادبس منز تہِ چھِ پننی کتھ مأنی راونس منز حق بجانب۔ رحمانؔ ڈارنس "شش رنگ"، صِنفس مولانکہٕ وَن کرِتھ چھکھ تنقیدی ادبہٕ زٔلس "کشمیری زبان اور شاعری" کِتابہِ ہندِس دوٚیمس باگس منز نوِ تنقیدی سئن ترایہِ بلیغ گیٚنی کڈِتھ صحی فنی مأری منز رُک تہٕ تخلیقی جبروٚتُک باس دیٚت مُت یُس کأشرِس تنقیدی ذہنس اکہِ تھکنی میراثہٕ رٔنگی بالخصوص تہٕ ادب سرن والین بالعموم یہِ ڈٔلیِ زِ تہٕ مَنہٕ کِس سٔدرس تھتھرا اے ہش تُلنس برابر چھُ۔ تکیاز تنقیدی زبان وادبس کاپہ رٔٹتھ کُنہٕ فن پارس سام ہیوٚن چھ اکھ الگ کاردارد وول معاملہٕ یہ مے بڑ وٚنٹھے عرض کوٚر۔ امہِ علاوٕستن رزمن ہندٕ قلبی معرفتکُ ورشُن پرٕتھ طرفن حبس آگہی کرن وول آہنگ یا اسلوٗب چھُ ہر ساعتن اکِس

قأری یَس سوٚنچَن ترٛ ایہِ نسبت وُتش دِتھ حأرتَن کران۔ یِہأے چھے أکِس معتبَر مُستنَد قداوار ادیب وشأعِر بیترِ ہشر حِکمت نٔترٛ راوان۔ یمے حِکمت وأل عناصِر چھِ سمأجی زُوَن پایَس اکہِ تَمہِ معاشرٕ چ تشکیل کران یہُند ناوٕنِس نَبَس پیٹھ کہکشانکی پأٹھی نَپہٕ نَپہٕ کروٗن پرٛتھ ساعتَن دزٛ یتھی گژھان چھُ۔

عبدالاحد آزاد صأبَس دیُت نہٕ موتَن تیٚوٗ تاہ کاڈ کڈنہٕ یوٗ تاہ وُنہِ یہِ ووٗنزراوِنَس ژھارُن گوٚژھ۔ تاہَم چھِ أسی یِی محسوٗس کران زِ آزاد صأبُن حبس چھُ بیدار او سمُت تہٕ زِندگی ہٕندِ تجرُبک تہِ چھِ بھرپوٗر مُشاہدٕ کران روٗدی متی۔

لذیذ بود حکایت دراز تر گفتم



جواہر لال سرورؔ

# عبدالاحد ڈار آزاد......اکھ جائزٕ

بڈگامٕ ضلع چُھ پتھ کالہٕ پیٹھٕ علم وادبک آگر رُوٗدمُت۔ أمہِ ضلعن کرِ مقبول شاہ کرالہٕ وارؔی، شمس فقیر، صمد میر تہٕ لکشمن جو بلبلؔ ہی تھدِ پایکی گوناتھ وِزِ وِزِ پأدٕ تہٕ امی ضلعہٕ کِس رانگر گامس منز زاو عبدالاحد آزادؔ۔ جون ۱۹۰۳ء منز محمد سلطان ڈارنہِ گرِ۔

آزادن کر ابتدایی تعلیم عربی تہٕ فارسیس منز پننس مألس نش گری حأصل تہٕ تمن دوہن اوسنہٕ سکولن ہند رواج زیادٕ عام کینہہ۔ کینژس کالس سوزمألی آزادؔ عأرض صأبس ستی شہر پرنہِ مگر تہِ ٹِکے نہٕ ییم دوشوے زیادٕ کالس کینہہ۔ لہاذا آے ییم کھےٕ کأنٛلی گرٕ واپس۔

پزر چھ یہِ زِ آزادن أسنہٕ تھزٕ تعلیم حأصل کرمٕژ مگر امیک مطلب کڈون أسِ یہِ زِ سُہ کیا اوس ان پڑھ۔ ۱۹۱۸ء منز آو آزاد زٕ ہأمی گامس منز بحیثیت عربی وٕستاد مقرر کرنہٕ تہٕ أتھی دوران کوٚرُن مُنشی عألمُک امتحان پاس۔ یہ کتھ گژھ نہٕ وَنٕ وِیٹھ زِ سُہ رُوٗد أخرس تام مطالعہ کران۔ تہنز کتاب ''کشمیری زبان اور شاعری'' وُچھِتھ چھُ ٹاکارٕ پأٹھی نناں زِ تمی چھ پننہِ وقتہٕ کِمِن دأنشورن، ادیبن تہٕ شأعرن ہند سوٚن تہٕ گوٚن مطالعہٕ کوٚرمُت۔ سُہ اوس واریاہ اردو شأعرو تہِ متأثر کوٚرمُت یِموٚ منزٕ ڈاکٹر اقبالؔ سُند اثر تمن پیٹھ ہنا زیادَے پہن درینٛٹھی گژھان چھُ۔ خاص کر اقبالؔ سنز

نظم نالہِ ابلیس چھےٚ امہِ کتھِ ہنز شہادت دوان، زِ اٲمِس کوتاہ سرٛوٚن اثر چھُ اہنزن (اقبالٓنِٛن) نظمن ہنداوسمُت۔ مثلن آزادٕنؠ نظم شکوے ابلیس بیترٕ۔ یہِ تہِ چھےٚ اکھ حقیقت زِ مہجورٕس لرِلوٚ رروزنہٕ موکھٕ روٗد آزادٓ مہجورس نشہِ متاثر گژھان یٕژے یاٚ ژھےٚ نہٕ کتھ آزادن بوٚ رکاشرِ شاعری ہند دامن بےٚ پناہ پاٹھۍ تہٕ دامن بران بران روٗ دیُہ جدید شاعری تہِ گوڈ بران۔

روٗز کتھ آزادنہِ تمہِ شاعری ہنز یوسہٕ نہٕ از تام اسہِ نشہِ وٲتتھ ہیٚچ یا چھاپ سپز یہِ چھُ پزر زِ مرحوم ساقی صاٲب اٲسی تتھ متعلق وژِھ واٲنجہِ کھوج کران اتھ متعلق چھُ ساقی صاٲبن شیرازکس ۱۹۹۴ء شمارس منز صفحہٕ نمبر ۴۳ ہس پیٹھ آزادٓ صاٲبنؠ تم کینہہ شعر دِتی مٕتی یم نہٕ ہیٚیہ گنہِ جایہِ نظرِ چھ گژھان۔ مثلن یہ کرٕ مثالہِ پاٹھۍ یہ اکھ شعر پیش۔

نِوارِ ز نِچہ ڈوٗری سگوان پھیرِ ژھ واپور

اسہِ پوشہِ ونن توشہِ ناوان نیرِ وتبتا

ممکن چھُ زِ ساقیٓ صاٲبس نش ما آسہِ ہے کمہٕ کاسہٕ آزادٓ صاٲبنؠ سو شاعری یوسہٕ نہٕ چھاپ چھےٚ سپز ہٕژ یا یوسہٕ نہٕ اسہِ تام وٲتتھ ہیٚچ مگر ساقیٓ صاٲب چھُ نہٕ وُنی کینہ اسہِ درمیان موجود لہٰذا اوٚنو اٲسی یہِ روٗز اکھ پٕژتہٕ یہِ چھےٚ محققن ہنز کاٲم زِ تم ژھانڈن تمہٕ وتہٕ ییمہِ ستی اسہِ آزادٓ صاٲنہِ تمہِ کلامُک پےٚ لگہِ یُس چھاپ ہیوٚک نہٕ سپد تھ۔ یا بیا کھا کھ وتھ یوسہٕ اسہِ منزِ لس تام واتنس منز مددگار ثابت سپدِ سو چھےٚ آزادٓ صاٲبُن اکھ نزدیکی رشتہٕ دار غلام حسن ڈار المعروف جاوید آزاد یم رانگرس منز حالے حیات چھُ[1]۔ سبٹھاہ امکان چھُ زِ تم ہیکن اتھ سلسلس منز بحیثیت اکھ رہبر مددگار

---

1 یم چھِنہٕ وونؠ حیات

ثابت سپد تھ۔

آزادؔ ینتھ ماحولس منز زاوتھ منز بیدارٲری ہنز کتھ کرٕنی اوسنہٕ بوٚڈ بارٕ گونہہ یوت بلکہ اکھ سنگین جُرم تہٕ۔ آزادؔن کلام پرُتھ چھ ییمہ کتھِ ہند باس لگان زِ تمو چھ أکس انسانس بیدار گرٕھنک پأغام دیت مُت۔ أمِس چھ لُکن ہند دود دگ تہٕ غلامانہٕ ذہن آسنک سخ احساس تہٕ یہٕ احساس نظرِ تل تھأوتھ چھُ تس اندریم خون گرکھ دوان تہٕ چھُ شعرن زاینُن دِتھ لُکن ہنز ترجمأنی کران۔ مثلن

گور کر اے نوجوانؐ بور پٔمن چھُے گوبان

دور زمان چھُے ہوان سختٕ کٹڑر یہٕ امتحان

نندرِ تُلن وأل چأنی پانہٕ گمتی چھِ مست خواب

انقلاب ان انقلاب انقلاب ان انقلاب

یا

ژھبتہٕ کیازِ گوٚے غأرتک نارو ہو — گرٕھتا بیدار ہا وطن دارو ہو

چھکھ دیبومُت خوفچہِ ربہِ اندر — بُمہٕ سِنہِ ہندی پأٹھی چھیٚے ترأومژلر

لہرٕ ماران نیرو شہمارو ہو — گرٕھتا بیدار ہاوطن دارو ہو

آزادصأبن یوسہٕ زبان شأعری منز ورتاوس منزٲنی ہٕژ چھےٚ سو چھےٚ میٹھ، موٚدٕر تہٕ عام فہم۔ تِمس چھ کشیرِ ہندبن شنہٕ بالن، کوہن تہٕ نالن پیٹھ فخر۔ سہٕ چھ یٚیمیک مأری مندی فضہن متأثر کوٚرمُت۔ تَس چھُ ییٚتہِ کِنن گرزٕ ونبن آرن ہند آب امرت باسان۔ اوٚے چھُ لیکھان۔

انا تریشہِ ہتین آلو گرِتھ چھس سالہٕ چاوان تریش

پھولکھ نادِل جگر شیہلکھ پلنگ تہٕ تھکنگ ویش

گژھے جُوین کولن گاہ سر بندن نلکن اندر

یوان چھم زندگیہِ ہندسوز سفرن منزلن اندر

یہِ کتھ وَنس منز چھےٚ نہٕ مےٚ کانہہ جچک زِ آزاداوس کأشرِ زبأنی ہنداکھ قداوار انقلأبی شأعر۔سُہ اوس مظلوم کأشری ننددرِ بیدار کرنٕچ کوشش کران۔تہٕ تسندس دماغس پیٹھ یُس غولأمی ہند دباو اوس سُہ دور کرُن اوس تسند مقصد مثلن۔

زندگی چھےٚ انقلابن ہنز کتاب

انقلاب وانقلاب وانقلاب

آزادنہِ نظمہِ مثلن ''دریاو'' یا ''شکوہٕ کشمیر'' چُھ اہندِ فکری احساسُک تہٕ داخلی تصوٗرُک باس دِوان۔سُہ چُھ نظمن منز بیرونی تہٕ اندرونی صلاحیژن ورتاوتھ شعر سرمایہ تخلیق کران۔اہنز لفظہٕ ژأر چھےٚ برمحل۔یہ چُھ بذاتِ خود اکھ سوأ حدذات لیس نہٕ ژُمن توگ تہٕ یُس نہٕ ظأ لمن ہندِ ظلمہِ باوجود زانہہ گنہِ دباوس تل آو۔ژٕ ژوپ بشستروٗ کرِتہٕ زانہہ تہِ کوٚ رُن نہٕ وایہِ۔سُہ رُوٗ دروان دوان ہرگاہ وقتن تِمس ساتھ دیت نہٕ مگر از کل چھ یہ کتھ ثأبت سپدان زِ سُہ اوس وقتُک بوٚڈ بار محقق، عأ لم تہٕ شأعر۔آزادس پیٹھ یوٗتاہ تحقیق از تام سپُد تتھ وسعت دِنٕچ چھےٚ ضرورت تہٕ محققن پزٕ یہ کأم بڈ ژُکہِ سان اندواتہٕ ناوٕنی۔چھیکرس واتہٕ ناوٕ بہٕ ژٕ یہ اکھ لوکٹ موکٹ کوشش آزاد صابنہِ یمہِ شعرٕ ستی اند

عالم ہا کرِ یاد آزاد آزاد

دوہہ اکہِ یاد مٔیا وے مدنو

# نذرِ عبدالاحد آزاد

پانہٕ تیمی اِنسانی ہجرِ کی نغمہٕ گیٚوی
خوٗنِ جگرِ کی لولہٕ بٔری بٔری جام تھٔوی
وائے یم دیوانہٕ عشقٕنی سازٕ نوی
بَدلہٕ وِنہٕ حُسنٕکی وُچھِتھ اندازٕ نوی
تَس حُسن کارَس سٕمِتھ لولہٕ برَو

آ یتِن تیمی تھوو زُوپوشے وتَن
تیمی ہٹیٚک رَتھ دِتھ سگوٗ لولُک چمَن
ماگہٕ تیمی شیٚچھ بُوٗنی بہارٕچ گُلشنَن
تیمی آزادی تھوو آ یتَن
تَس وطنٕ دارَس سٕمِتھ لولہٕ برَو

زون ییٚمہِ دُزِس عالماہ لولُک وطَن
یُس بےٚ سوکھ ہر رنگہٕ تھوٚو پارٕ دی دِلَن
زوٚرنہٕ ییٚمہِ دوٚگ نیارٕ دٕ ے دوٗر بروؤدَن
ییٚمہِ سگوٗ اِنسانی یٔژ ہُنٛدٕ ے چمَن
تَس مدٕ نوارَس سٔمِتھ لولاہ برَو

کاشرِس ییٚمہِ پاڈٕ مستَس شانہٕ کوٚر
دَردِ لاہ یُس اوس پٕژی کٕنی سازٕ گوٚر
ییٚمہِ نہٕ تھکہٕ ٹک ناو ہیٚوت کانٛہہ واے بوٚر
کاشرٕ یُک دامانہٕ سوٚ پٔنٕن منزِ تہِ جوٚر
تَس قلمکارَس سٔمِتھ لولاہ برَو

آرٕ وٕلہِ رٕدٕ چھ دِل ییٚمِس گرِ دِلبری
آبشارَو جام مَسہٕ کی یُس بٔری
وَنچہِ یارٕ یُس چھوٚگن مرہم کری
کوہسارَن ییٚمہِ اَشے دامَن جٔری
تَس جِگر پارَس سٔمِتھ لولاہ برَو

اوس یَس پارٕ دی بےٚ سوکھ ڈٕری یادِل
دَردِ نَے وایان یُس وٕبگلاو دِل

یُس نہٕ تھۆکھ ییٚمہِ زون ڈٲری یاوٕ ےمنٛزِل
روزِ یُس سَگہٕ وان دَپھ صحراوِ دِل
تَس طلبگار َس سٟمِتھ لولاہ بَرٕو

ییٚمہِ پَزی شمشیرِ گٕنٛد ناہ کۆرتہٕ دژاو
اَچھرٕ مالَن موکھتہٕ معنے بۆرتہٕ دژاو
لولہٕ زَرلَلہٕ نووپَر بَتھ زوٚرتہٕ دژاو
یُس غلاٗمی تیرِ سیٖنَس تۆرتہٕ دژاو
تَس شہَر یارَس سٟمِتھ لولاہ بَرٕو

ییٚمہِ گوڈٕنی سنگلاخ ژٕڈٕ پھٕٹِر جویہِ آب
گۆژھ پگاہ نُنٛد بون آسُن وۄنی خواب
شیٚچھ وٕنِن سوچِتہٕ ہردَس کۆر جواب
گاٗریمبٕر زَل تہٕ بۆمبُر گۆوبےٚ تاب
تَس اَداکارَس سٟمِتھ لولاہ بَرٕو

شاٗعری ییٚمہِ قدآدَم اَنہٕ ہوو
میرِ تَے مقبولؔ، مہجورؔ اَنہٕ نوو
نُنٛدٕ ریۆشؔ، لَلہٕ دیدٕ، پرمانندؔ پرٕزنوو
اَنہٕ خانَس ییٚمہِ نہٕ پَنہٕ نٕے پانٕ ہوو
تَس قداوارَس سٟمِتھ لولاہ بَرٕو



☆